२१. ॐ येन कर्माण्यपसो मनीषिणो यज्ञे कृण्वन्ति विदथेषु धीरा:।
यदपूर्वं यक्षमन्त: प्रजानां तन्मे मन: शिवसंकल्पमस्तु।।२१।।
य. अ. ३४। मं. २।।

وِدیُت پۆزِ کرٕم یوٗگی، شریشٹھ، کرم آتماہَس انوٗسار ییٚمہِ منٛہٕ پکان
تم دھیر، تھٕر بوزٕوان یم یگہ، پتھ، دانہٕ کنٛہ کرٕمہٕ وان
یُس پرٛتھ کانٛہہ کار کرن وول تہٕ پوٗزنیہ مانٛنہٕ یِوان
ہی دَیہِ بناوٗن تھٕر تیُتھے میٚون من روزٕم میٚہربان

२२. ॐ यत्प्रज्ञानमुत चेतो धृतिश्च यज्ज्योतिरन्तरमृतं प्रजासु।
यस्मान्न ऋृते किंचन कर्म क्रियते तन्मे मन: शिवसंकल्पमस्तु।।२२।।
य. अ. ३४। मं. ३।।

یاداشتُک سادن بودِ وٕ پدایک ہمیشہ ہُنٛد پٲنٛیہِ دان
یُس ناشہِ روٗس أندرری پرٛکاش روٗپ چھُ باسان
ییٚمہِ ہِنٛدِ روٗس کانٛہہ کار چھُنہٕ أنٛزرنہٕ یِوان
سُے میٚون من دَیہِ بناوتن تھٕر وِچار تھان

२३. ॐ येनेदं भूतं भुवनं भविष्यत्परिगृहीतममृतेन सर्वम्।
येन यज्ञस्तायते सप्तहोता तन्मे मन: शिवसंकल्पमस्तु।।२३।।
य. अ. ३४। मं. ८।।

ییٚمہِ ناشہِ روٗس منٛہٕ ستی بوٗت بووِشہِ، ورتمانُک گیان زانٛتھ ہیکان
سُے میٚون مَن تھٕر بناوِتھ روٗزِن گیانٛچ، موٗکھچ وتھ سادان
یِہنٛدِ ستی آہوژ داتہٕ وِوہار پرمارتھ زِندگی روٗپ یگہ کرٕمو کران
سُے من تھٕر کرِتھ شوبہٕ آژار وِچار روٗزتن تار لبان

२४. ॐ यस्मिन्नृच: साम यजूंषि यस्मिन् प्रतिष्ठिता रथनाभाविवारा:।
यस्मिंश्चित्त गं सर्वमोतं प्रजानां तन्मेमन: शिवसंकल्पमस्तु।।२४।।
य. अ. ३४। मं. ५।।

یتھ رتھا، پێنژ گرارِ منز لگر بند چھہ آسان
یتھ شود منس رِگ، سام، یجُر، اتھر وید گیان آسان
یتھ منز سارنے زیون ہُند گیان موختہ رِپھ مالہِ گنڈتھ آسان
میون مَن وید، پرٕ شاستر وچارو یتھ رۄزی تن گوتہ کران

२५. ॐ सुषारथिरश्वानिव यन्मनुष्यान्नेनीयतेऽभीशुभिर्वाजिन इव।
हृत्प्रतिष्ठं यदजिरं जविष्ठं तन्मे मनः शिवसंकल्पमस्तु।।२५।।
य. अ. ३४। मं. ६।।

ژوتُر رتھ بانہٕ رِپھ مَن پانژن گُربن یوتن یژھان توتن نِوان
بلہٕ وان ہَوا کھوتہٕ تیز پکن وأل یم لگامہِ ستیٖ گنڈس روزان
تیز گُریو رِپھ یئندروشس کرن وول یُس ہرٕ دیَس منز بسان
دوکھ رۄس، چنچل سُے مَن رۄزنم شود سنکلپن پھیُر دِوان

२६. ॐ स नः पवस्व शंगवे शं जनाय शमर्वते।
शं राजन्नोषधीभ्यः।।२६।। साम. उत्तरार्च्चिके. प्रपा. १ मं.१।।

دود گاون گُپنن دود پُشیَن ئِنکھ اوشدھن
پرٕکاشوان دَے تِم سارِنے سوکھٕ سان تھوٕتن
گُربن باقٕے سوارِ پشن سوکھ کاری دَے رۄزتن
زیون زیوتھ دِنہٕ وول دیایہِ سوکھ شانتی بخشن

२७. ॐ अभयं नः करत्यन्तरिक्षमभयं द्यावापृथिवी उभे इमे।
अभयं पश्चादभयं पुरस्तादुत्तरादधरादभयं नो अस्तु।।२७।।
अर्थव. का. १९। सू. १५। मं.५।।

یِرِ لۄکی پرِ لۄکی بنیہِ رۄس ہی دَیہِ تھوتم
پتہٕ برٕونٹھ ہیرِ بونہٕ انھے روزنک دام چاوتم

२८. ॐ अभयं मित्रादभयममित्रादभयं ज्ञातादभयं परोक्षात्। अभयं नक्तमभयं दिवा नः सर्वाआशा मम मित्रं भवन्तु।। २८।।

अर्थव कां. १९। सूं. १५। मं. ६।।

میٚترن شیٚترن زانٕنی انزانٕنی پدارتھن نِش بے بٕھے تھاوُم
دوہ، راتھ، ژوشوے طرف زگت داتہٕ مےٚ میٚتھر بناوُم



(شانٛتی پرکرن پاٹھ ووت اَند)



# سامانیہِ پڑ کرن یا پاٹھ

بونہٕ لیچھ مژ کڑ یا گرٛہٕ سارِنے سنسکارن منز کرٕنی۔ مگر یتھن کیٚنہہ خاص ودی آسہِ کرٕنی تتھن ییہِ باضابطہٕ لیکھنہٕ۔

**ییٚچھ جاے:** یہِ جاے گرٛہٕ شرٛوُنژھ تہٕ ووپدژ و رٕوس آسنۍ۔ صاف ہَواتہٕ ہَواہَس گرٛہٕ نیرنچ تہٕ جاے آسنۍ۔

**یگیہ شالا:** اتھ چھِ یک منڈپ تہٕ ونان۔ یہِ گرٛہٕ کم از کم اٹھ اتھ تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ شراہ اتھ میٚنتھ ژوٗکوٗنجل بناونہٕ یِن۔ یوٚد زمین شود آسہِ نہٕ، تیٚلہِ گرٛہٕ یگی منڈپس منز زٕ اتھٕ میٚنتھ میٚژ نبر کڈٕنی تہٕ شود میٚژِ ستی گرٛہٕ تتھ برا ے کرٕنی۔ یوٚد 16 شراہ اتھٕ کونڈ میننہٕ آسہِ آمُت، تیٚلہِ گرٛہٕ اَندی اَندی 20 وُہ چلہٕ لگاوِتھ تتھ پیٹھ چھت دِنہٕ یِن، تہٕ اُٹھ اتھٕ واَلس گرٛہٕ ژوپاری 12 چلہٕ لگاوِتھ پیٹھٕ سایہِ رٕوپ چھت دِیِن۔ یہِ چھت گرٛہٕ 10 ڈٕ ہہ اتھٕ ہیوٚر تھونہٕ یِن۔ کونڈس ژُپاسے گرٛھن کُل ژور درواز تھوٕنی تہٕ یگ کونڈ گرٛہٕ ژپاسے ڈیڈیو تہٕ شوٗبہٕ وٕنی پلو و ستی سجاوٕن۔ چوٗنہٕ تہٕ لیٚدرٕ ستی گرٛہٕ اَندی اَندی موردٕ رٕکھ دِنی۔ ہَون کونڈ سجاونچ گرٛہٕ پرٕتھ کانٛہہ کوٗشِش کرٕنی۔ زٕہون پزِ پرٕتھ کُنہٕ رٕژِ کامہِ منز پٔنی تہٕ پردِ سِندِ کلٛیان باپتھ ہونہٕ یُنی دَیہِ ووپاسنا کرٕنی تہٕ مُشکہٕ دار پدارتھ ہٕنز آہوژ ہَونس دِنہٕ۔ تِم پدارتھ چھِ یِتھٕ پاٹھی:

**ہوم کرنک سامان ژورِ قسمہٕ:**

**(گوڈنیک مُشکہٕ دار):** کستوٗری، کونگ، اگر تگر، سفید ژنڈن، اَلہٕ، زاپھل، جاویتری بیتر۔

**(دویم یُس بل دِوان):** گیہ، دود، موٕ، قند، تومُل، بتہٕ، کٕنک، ماہ بیترِ۔

(تزیُم موڈُر) : شکر، سہت، خضر، منکہٕ۔
یگۍ لِکر: یوسہٕ لِکر دٕزِتھ زیادٕ دٕھ تہٕ بدبوٗ دِیہٕ نہٕ، سوے لِکر گژھِ اگنس لاگنۍ۔
مثلن: پلاش، شمی، پیپل، گُلر آم، بیل کشیرِ منز اَسی ٹُل کُلیگ، ژیر، بادام، ویر تہٕ
ہتب زیوٗن استعمال کران۔
ہوم کرنکی چیزن ہُند فائدٕ:
ناپھ یا کستوٗری: دیان شِکاری چھِ کستوٗری باپتھ مِنہٕ مُر ماران۔ تمی اَسی دیان زِ
کستوٗری اگنس ہمنٕ چھِ پاپھ۔ مگر سورگہٕ واسی شری یُت پنڈت لیکھارامن چھُ
ونمُت زِ ییلہٕ مِنہٕ مرِ ہانگل سُند ضروٗرتھ چھُ پہوان، تمہِ وقتہٕ چھِ سو کستوٗری
ہِندِس گنڈس پلن چھاوان۔ تمہِ ستی چھِ سبٹھاہ کستوٗری پتھر پہوان تہٕ پتھر پہومت
چیز تُلنس منز چھنہٕ کانْہہ دوٗش۔ کستوٗری اگنس تراونہٕ ستی چھُ شگند اچھ دوٗرتانی
واتتھ مَن خوش روزان۔
کونگ یا کیسر: امہِ ستی چھِ سارنے بیمارین ہِندین کیمین ہُند موٗل گلان۔
اکہِ سمیہٕ ییلہٕ مدراسس منز (پلیگ) توٗن پھہلیومُت اوس، ڈاکٹر کنگ
آئی۔ایم۔ ایسن ووٗن ہیندی شُرین زِ توہۍ کری زبو ساری کونگ تہٕ گیوٗک ہون
تہٕ مہاماری گژھِ ناشس۔
سفید ژنڈُن: سفید ژنڈن تیل چھُ سُجاک بیہہٕ آتشکھ ہوی خطرناک روٗگن تہٕ
تمیُک زہر گالنہٕ باپتھ وید استعمال کران۔ تتھے پانْچھ جٹاماسی، زاپھل، زاویتری،
کوفوٗر بیتر یوٗ دوَے مُشکہٕ دار چھِ آسان، تدوَے چھُ امیُک دٕہ ہَوا صاف کران۔
بمبئی منز اَکی اینگلو انڈین مُلازِم سر جارج وڈ وُڈن چھُ 'ٹائمز' منز اکہِ چِٹھِ ڈِسی
لیوٗکھمُت زِ ییلہٕ بمبئی منز وِکٹوریا باگ تہٕ البرٹ میوٗزیم آو بناونہٕ، مزوٗرن کھوٗت
تتہِ ملیرا تھف، پتہٕ ییلہٕ تتھ باغس ژوپاسے تُلسی کُلی وونہٕ آیہٕ، تتہٕ گو جلدٕے ملیرا
تھف نابوٗد۔

**گیوو:** باقٕے پدارتھ یوٚ دگیوو رۄس زالویہ چھُ ہواہَس منٛز خوشکی پاٛدٕ کران۔ تمہِ بٕنٛی یِم تتٕین آسان، تمن کرِہٕٹس خراش تہٕ گرٕھن نزٕلکی شِکار۔ مگر یِیلہِ گیوو رلاوِتھ آہوژ یِن دِنہٕ، تیٚلہِ چھُنہٕ کُنہِ تہٕ رۄگُک بھَے۔

**گیوو چھُ زہر ژٹان:** گیوو چھُ زہر دۄر کرن وول چیز۔ یہِ چھُ تووٕنک انجکشن ایجاد کرن والی ڈاکٹر ہیفکین وۄنمت۔ تمو چھُ وۄنمت زِ گیوو زالنہٕ سٟتی چھُ رۄگُک زہر ناشس سپدان۔

**گیوو چھُ اُگن زوتہٕ ناوان:** نارس گیوو دِیُن چھِ پڑانی کتھ۔ گیوو چھُ نارس وُتشِ دِوان۔ یِیمہِ سٟتی باقی پدارتھ چھِ ہیوٚدٕ ہر، رۄس دزان۔

**ترٛیِم مُدرک پدارتھ:** گور، شکر، خضر، مُنکہٕ اُگنس ترٛاونہٕ سٟتی چھِ اکھ ہوٕہَس منٛز مُشک پھاٗلان۔ دۄیِم چھُ امہِ سٟتی ہے پھیوٚر تہٕ دۄر دفا گژھان۔ پڑانیو چھُ انۍ بھو کوٚرمُت، تِمے چھُکھ وۄنمت۔

**ژۄرِم رۄگ ناشک پدارتھ:** گِلوے چھِ بھارتس منٛز گُنیٛنٛج کاٗم دِوان۔ تفک زہر چھُ ناشس کران تہٕ شریر چھُ نبرۄگ روزان۔

**اگرتگر رۄگن گالان:** کیٛنٛہہ وٕریہِ گٔڈ ریٚیہ، یِیلہِ سِول اینڈ مِلٹری گزیٹ 'لاہور'س منٛز اُکس بنگالی انگریز وبدوان سٟنٛدی لیکھ چھِ ملیمتی۔ تتھ منٛز اوس لیکھنہٕ آمُت زِ اگرتگرکِ مُشکہٕ سٟتی چھِ ہوٕکی زہرِیلہٕ کیٖمی دۄر سپدان۔ اگر پٔترس پیٛٹھ کیٛنٛہہ ہتھ وٕری یک خط اوٗن پڑانیو سنسکرت کِتابن ہنٛدی زٕیٹھ شریمان پنڈت کرشن اننت شاستری صاٛبن 1929 عیسوی منٛز آسام پیٛٹھ تہٕ ہووٗن بھارتس منٛز۔ کِتابہِ اوسُن نہٕ کُنٛہی تہٕ ہاٗنی واٗتمٕژ۔ کِتابہِ ہنٛدی ورق اٗسی محفوظ تہٕ شبد اٗسی نہٕ کانٛسہِ تہٕ کیٖمی ژٕڑیمتی۔ امیُک مطلب گو اگرتگر چھُ کیٹ ناشک۔ امِے چھِ بھارتہٕ کِس دکھنس منٛز اگربتی زالنُک عام ریواج۔

(ژۄرِم رۄگ ناشک) سوملتا جٔڑی تہٕ گِلوے بیتٕر اوشدھ اگر امیُک ذِکر

أسو ژھانڈُن، تیلہِ گرٛ ہۍ (پارسکر گرٛہ سوٗترُک ۷ کا) وُچھن۔

**ستھالی پاک:** بونہٕ لیکھی متہ ویدی ستہ گرٛ ہن بتہٕ، کھٹۍ ر، کھیر، لڈٕی موہن بوگ پدارتھ بناوٕنی۔

ॐ देवस्त्वा सविता पुनात्वच्छिद्रेण वसो: पवित्रेण सूर्यस्य रश्मिभि:।।
यजु. अ. १। मं. ।। ३१।।

سوٗرے پأدٕ کرن والہِ دَیہِ چھُپے وبتھ کران
پنہٕ نوٕ دِتی متوٕ شرٛوٗژ پدارتھو روز پویتر کرٕناوان

امہِ منترُک مطلب چھُ یہِ زِ ساری چیز یم آسن ہُمنہٕ بزٕونٛتھ گرٛ ہن تم گوڈٕ صاف کرٕنی۔ پتہٕ گرٛ ہِ موہن بھوگ باپتھ ساری چیز یکہٕ وٹہٕ رلاوٕنی۔ مثلن أکس سیرس مِشری ستہ گرٛ ہِ اکھ رتی کستوٗری، اکھ ماشہِ زاپھل، رژھا زاویتری سوٗرے یکہٕ وٹہٕ رلاوِتھ موہن بھوگ بتہٕ باقی موٗ دوٗر بتہٕ، کھیر، کھٹۍ ر مودک بیٚترِ بناوِتھ تھاوٕنی۔
ہوم کرنہٕ باپتھ پاک بناونٛچ ویدی:

ॐ अग्नये त्वा जुष्टं निर्वपामि।

أگنٛج ویرِ چھُس ہُمان لولہٕ سان

یا پیرٛ ھا آہوژ دِنہِ آسن ہر آہوژ خأطرٕ گرٛ ہن ژور ژور موچھِ توٗمُل بیٚترِ نتھ:

ॐ अग्नये त्वा जुष्टं प्रोक्षामि। यजु. १।१३।।

چھُس بہٕ أگنٛج ویرِ لولہٕ ترٛاوان

ٹھیک پأٹھی چھلِتھ گرٛ ہِ أگنس پتھ بتہٕ بوٚگن رُنُن۔ تمہِ پتہٕ تیار گوٚ ہتھ گرٛ ہِ دوٚ یمس صاف بانس منٛز نیٚبر کڈِتھ ہوٚن کونڈس اکہِ طرفہٕ ڈأنجرِتھ تھووٕن۔ گیوٕ و بتہٕ گرٛ ہبس رلاوِتھ تھووٕن۔

بڑہما چھس یزمنس تہٕ یزمن بایہِ باپتھ گڑھن 24 اونگل اکھ اکھ آسن پٹ بناوٕنی۔ گاسچ گڑھہِ کمر پٹ اکھ بناوٕنی، یتھ دوشوٕے نرِ رلاٗوِتھ کھجر چھُ، تمہِ کھجرُک کمرس برابر کمر بند گڑھہِ بناٗوِتھ بڑہمنس کُن دِیُن۔ سُہ پلہٕ ناٗوِتھ یزمن بایہِ کُن تہٕ ڈیس پنہٕ نِس کمرس لاگنہٕ خاطرٕ۔ اگن زالنہٕ باپتھ گڑھہِ پپل، اَمب، تُلہٕ لُکر توتن واتہٕ ناٗوِتھ تھوٕنی۔ سامان برِتھ بانہٕ گڑھن دزٕبہٕ گاسس پیٹھ تھونہٕ ینِ۔ رِتوِج یا پنڈتن باپتھ گڑھن سونہٕ کونڈل تہٕ رٮ۪شمی پلو بناوٕنی۔ یِکر بانہٕ یم ہونہٕ پتِہ مِس ورقس پیٹھ آمتی چھِ، یوٚ دنہٕ تِم دستیاب آسان تیٚلہِ گڑھہِ تِمن بانن ہُند سوٗچتھ نوٚی بانہٕ یکس باپتھ استعمال کرنہٕ ینِ۔

پنڈت تہٕ گورن آسن دِیُن:

**यज़मानोक्ति:** یزمن چھُ ونان

**ओमावसो:सदने सीद** اگنہٕ کونڈس نِشہِ اَگنچ جایہِ بِہو مہراہ۔

یہِ وٕنتھ رتوِج ہندی دسی کرٕم کرناوٕنکہِ غرضہٕ ونہِ یزمن تس بِہنہٕ باپتھ۔

**ऋत्विगुक्ति** پنڈت چھُ ونان۔

**ओं सीदामि** بِہمہٕ مہارا۔

یہِ وٕنتھ بِہہ سُہ آسنس پیٹھ۔

**यज़मानोक्ति** یزمن چھُ بیٚہہِ ونان۔

**आसनेउपविशति आवसो सदने। गोभि ग्र सू प्र १। का ४। सू १५।।**

یتِہن گڑھہِ تبتھ، وار، موسم، سموت، ناو گوتُھر، دیش بیترِ وَنُن۔ یہِ چھُ سنکلپُک لُکھشی مانہٕ یِوان۔

**अहमद्योक्तकर्मकरणाय भवन्तं वृणे।**

بہٕ چھُس یہِ سنکلپ یا کرٕم پوٗر کرنہٕ باپتھ ازتوہہِ سپُو کاران۔

**ऋत्विगुक्ति** پنڈت چھُ ونان۔

**वृतोस्मि** بہٕ مہارا چھُس مٹہٕ ہوان۔

## رِتوِج ہنْدی لکھین:

وبد وان، دھرمی، جیتینْدر، کرٛم کرنس منٛز ماہر، لۄبہٕ رۄس، پرووپکاری، دُروبوہار رۄس، سوشیل، وید منٛتکۍ گاٹلۍ وِدِوت یہِ ژوشوے ورن ہکن گرِتھ۔ یمن گُنٛن آسہِ سُہ گو پنٛڈت، یم زِ آسن تم گیہِ ژٔندرِ تارُکھ تہٕ گورُ۔ جی۔ یم ترٛےٚ آسن تم گیہِ رِتوِک، پنٛڈت جی تہٕ یزمن۔ پتہٕ یم ژور آسان تم گیہِ ژٔندرِ تارُکھ، پنٛڈت جی تہٕ یجر وید گیأنی یزمن۔ یمو منٛز یُس تہِ کانْہہ آسہِ کونٛڈس ژوشوِ ے اندو ین آسنس پٹھ بیہناونہٕ مثلن:

दक्षिणतो ब्रह्मसनमास्तीर्येति: पार गृ स १। का २।।

یزمن سُنٛد آسن گرٛھہِ پچھّم منٛز پۄرگن بُتھ گرِتھ آسُن۔ یجُر وید زأنی کارس دکھنِن گُن، ژٔندرِ تارکس چھم گُن، پنٛڈت جی یَس ووتر گُن آسن ترٛاوُن۔ یم رِتوِج گرٛھن یزتہٕ تہٕ مانہٕ آسنس پٹھ بیہناوِنی تہٕ تم تہِ گرٛھن خوش پأٹھی آسنس پٹھ بہنی۔ کتھو رۄس یم ہَون کرنہِ بیہن، تم تھوِن پنٛن پاں بانہٕ برٛونٛٹھ کنہِ تہٕ یمو منٛترو ہٮ۪ن ترٛے آژمن۔

आचमन:- ॐ अम्रतोपस्तुरणमसि स्वाहा।

یہِ پۄنی چھُ زیون ہُنٛد آشرے

ॐ अमृतपिधानमसि स्वाहा।।

ژٕ چھُکھ امربتھ رۄپ پۄچھر دِنہٕ وول

ॐ सत्य यश: श्रीर्मयि श्री: श्रयतां स्वाहा ।। (मानव गृ सू प्रथमपुरुष ९ वां खण्ड)

امہِ ستۍ بنہٕ بہٕ پزیۄر شۄبہِ مان یشی تہٕ دھنہٕ وان
اوم چھِے دَیہ سُنٛد ناو، یُس میٚہ روزِ رچھان

अंगस्पर्श या अंगन अथु लागुन।। ॐ वाङ्मऽआस्येऽस्तु।।

امہِ منٛترِ ستۍ بُتھس سپرش کرُن۔

ॐ नसोर्मे प्राणोऽस्तु।।

امہِ منتر ستٕی دۄشوٕنی نکہٕ وارٕبن اتھٕ لاگُن
میٛانبن نکہٕ وارٕبن روٗزِن پرٛان اپان وایو برابر

ॐ अर्क्ष्णर्मिचक्षुरस्तु।।

امہِ منترر ستٕی دۄشوٕنی أچھن
میٛانبن أچھن روٗزِن گاش برابر

ॐ कर्णयोर्मे श्रोत्रमस्तु।।

امہِ منتر دۄشوٕنی کنَن اتھٕ لاگُن
میٛانبن کنَن پوٗشِن بوزنٕک بل برابر

ॐ ब्राह्योर्मे बलमस्तु।।

امہِ منتر چھُ دۄشوٕنی زٕبن سُپرش کرُن
میٛانبن دۄشوٕنی زٕبن پوٗشِن بوزٕ بل تہٕ شکھتی

ॐ ऊर्वोर्मेऽओजोऽस्तु।।

امہِ منتر ستٕی دۄشوٕنی زنٛگن اتھٕ لاگِتھ
میٛانبن دۄشوٕنی زنٛگن پوٗشِن فُرتی

دۄشوٕنی نکہٕ وارٕبن تہٕ أچھن گژھِ اکہِ اکہِ پھِرِ صرِف سُپرش کرُن تہٕ منترٕ تہِ اکہِ لٹہِ پرٕنی، مگر کنَن، نستہِ، زنٛگن گژھِ دویہِ پھِرِ منتر پرٕتھ دویہِ پھِرِ سُپرش تہِ کرُن، تِکیٛازِ یم چھِ زٕ زٕ۔ یکجاہ گژھِ کمرِ پیٹھٕ ہیٛورٕ گن تہٕ سارِنی انٛگن پانٛچ لوٕ دِنی۔ پرٛانوٕ آچاریو چھُ ییتھٕ پاٹھی کرنہٕ باپتھ وۄنمُت۔ تمہِ پتہٕ چھُ انگ سُپرش ییٚمہِ منتر ستٕی کرُن:

ॐ वाङ्म आसन्नसो: प्राणश्चक्षुरक्ष्णों: श्रोत्रं कर्णयो:। अपलिता: केशा अशोणा दन्ता बहु बावोबर्लम्, ।।१।। ऊर्वोरोजो जंघयोर्जव: पादयो: प्रतिष्ठा। अरिष्टानि मे सर्वात्मानि भृष्ट:। अर्थव. कां.१९ अ. ७। सू. ६०। तनूस्तन्वा मे भवेदन्त: सर्वमायुरशीय।। अथर्वका. १९। अ. ७ सू. ६१।। (अनुवादक)

ॐ अरिष्टानि मेऽगानि तनूस्तन्वा मे सहसन्तु।।

امہِ منترٕ ستۍ گژھ ہِ دٕ چھنہِ اتھ ساٲرِے شرٛپرس پانٛچ لوٕ دِنہٕ۔
میٲنس شرٛپرس تہٕ میانِہن شرٛپر انگن رؤزِن پانہٕ وٕنۍ تال میل۔

ॐ भूर्भुव: स्व:

یِم چھِ ترٛیشوٕے ناو دٕیہ ہٕندی۔
یہِ منترٕ پرِتھ گژھ ہِ برٛہمن کھیترٕ، ویلِش ہٕندِ گرِ نارٲنُن یا گژھ ہِ گیوٗک ژونگ زاٲلِتھ
تتھ منز کوفؤر تزٲوِتھ کُنہِ بانس منز ترٛشہِ لاگتھ یا برٛہماجی تہٕ یزمن رٹن دوشوٕے
اتھو یا چُمٹہٕ ستۍ بانہٕ تہٕ اگن زاٲلِتھ پرن یہِ منترٕ:

ॐ भूर्भुव: स्वद्यौरिव भूम्ना पृथिवीव व्वरिम्णा।
तस्यास्ते पृथिवि देवयजनि पृष्ठेऽग्निमन्नादमन्नाद्यायादधे।। य. अ. ३ म. ५ ।।

پرٛتھوی آکاش سورگہٕ لؤکس تہٕ تارمنڈلس ستۍتھ وبدواٚنو آکاش وِراجمان
تتھ پنہٕ بجرٕ آتش فشان بالن منز پرٛتھوی سارِنٛے آدار آسان
بسم کرن وول اگنہٕ راز، ہٕنک تہٕ توملہٕ سان
اگنس ہُمنہٕ باپتھ یہٕ یزمن چھُس اگن زالان
یہِ منترٕ پرِتھ گژھ ہِ لوٕکچہِ لوٕکچہِ ترٛشہِ ہُربوٕ تہٕ کوفؤر ستۍ اگن زالُن۔

ॐ उद्बुध्यस्वाग्ने प्रति जागृहि त्वभिष्टापूर्त्ते संसृजेथामयं च।
अस्मिन्त्सधस्थे अध्युत्तरस्मिन् विश्वे देवा यजमानश्च सीदत।।
य. अ. १५। मं.. ५४।।

وبتھ چھُس کران اگنہٕ دیو گرٛہتم اِظہار
انجام انو یگی، درٛمکی کار پزاوو شیہجار
یتھ اٲگنچہِ جایہِ یزمن بیٛہہِ ساری وبدوان
امہِ کھوتہٕ تہٕ رژن جاین دٕیایہِ رؤزِن وراجمان

گوڈنچہ آہوژ:

ॐ अयन्त इध्म आत्मा जातवेदस्तेनेध्यस्व वर्द्धस्व चेद्ध वर्धय चास्मान् प्रजया पशुभिर्ब्रह्मवर्चसेनात्रा द्येन समेधय स्वाहा।। इदमग्नये जातवेदसे-इदन्न मम।।१।।

(یٚیمہِ ستی چھِ گوڈنچ آہوژ دِنی)

یم ژُشہِ أگنہٕ راز چھِ چونے آدار
یٚیمہِ کاٹھ جل وونی گژھِ پرٛوکھٹ اِظہار
دِم پوٚتھر، زُرُ پوٚتھر، گاوٕ گُپن، اَن، یَش بڈاو مان
چھُمنہٕ پاَنس بایتھ، چھِ پدارتھ چاَنی چھُس چانہِ ویرِ ہُمان

اَمہِ ستی دوٚیم آہوژ دِنی:

ॐ समिधाग्निं दुवस्यत घृतैर्वोघयतातिथिम्।
आस्मिन् हव्या जुहोतन स्वाहा।। इदमग्नये-इदन्न मम।। १ ।।

توٚہی ہی وبدوأنی أگنس رۄزِو ژُشہِ ہُر دِوان
پرٛژھِ رۄپ بناَوِہوٚن گیٚو تہٕ پدارتھو پرٛاکاشوان

یمو دۄشوٕے منترو ہٕمو دوٚیمہِ پھِرِ:

ॐ सुसमिद्धाय शोचिषे धृतं तीव्रं जुहोतन।
अग्नये जातवेदसे स्वाहा।। इदमग्नये जातवेदसे इदन्न मम।।२।।

رِتی پاَٹھی زألِتھ أگن سارِنے پدارتھن منٛز وبراجمان
پرٛزلوِنس شود أگنَس منٛشو رۄزِو شود گیٚو ہُمان

یٚیمہِ ستی ترٛیٚیم:

ॐ तन्तवा समिदिरंगिरो घृतेन वर्द्धयामसि। बृहच्छोचायविष्ठिय, स्वाहा।।
इदमग्नयेऽगिंरसे-इदन्न मम।।३।।

سروِ ویٚا پک ست وہ پدیٚشک أگنہٕ ناو رۄپ یُس زگہِ منٛز پرٛزلان
سُہ خوش کرنہٕ بایتھ رۄزِو لۄکو ہُر دِتھ گیٚو ہُمان
پٔنٕنہِ تیزٕ بلہٕ آپرِتھ تس منَس منٛز للہٕ وان
پٔنٕنہِ لولہٕ باوٕ بگھتی سٕنٛز رۄزِو لۄکو تس پوٗزان

یمو منترو سمِدا دان کرِتھ یُس بناوِتھ موہن بوگ سونہٕ روپہ، ترٛام یا بیٚیہ کُنہِ بانس منٛز پھرِتھ اکہِ انٛدٕ تھوٚومُت آسہٕ تہٕ ژورمُت صاف کرِی مِتۍ تھوٚمِتۍ آسان، تمہِ منٛز گرٛتھہِ موہن بوگ منٛز کم از کم ۶ ماشہِ یا زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اکھ چھٹانگ ووٚمن ہرِ ستۍ ٹُکُن تہٕ تمچہِ آہوژ دِنہِ۔ یہے چھُ آہوژ دِنہٕ خاطرٕ رُت پیمانہٕ۔ تمی ووٚمن ہرِ ستۍ ستھ شےٚ ماشہِ گیٚو وِہن، گرٛتھن یم پاٛنژ آہوژ دِنہِ:

گیٚوٕ آہوژ پاٛنژھ:

ॐ अयन्त इध्म आत्मा जातवेदस्तेनेध्यस्व वर्धस्व चेद्ध वर्धय चास्मान् प्रजया पशुभिर्ब्रह्मवर्चसेनात्रा द्येन समेधय स्वाहा।। इदमग्नये जातवेदसे-इदन्न मम।।१।।

یم ژٕشہِ اگنہٕ راز چھِ چوٗنے آدار
یٚیمہِ کاٹھ جل ووٚنی گرٛتھ پزٕ کھوٹ اِظہار
یم پوٚتھر، زُری پوٚتھر، گیٚو، گیٚن اَن، یَش بڑاو مان
چھِمنہٕ پانس باپتھ، چھِ پدارتھ چاٲنی چھُس چانہٕ ویرِ ہُمان

امہِ پتہٕ کونڈکہِ پوٗرٕ طرفہٕ اتھس منٛز پانٛ اتھ ہیتھ ژوشٕے طرفو گرٛتھن پانٛ لوٕ دِنہِ تہٕ پرُن:

ॐ अदितेऽनुमन्यस्व।

امہِ منتر گرٛتھہِ دٔکھنہٕ پیٹھ پوٗرُکن لوٕ دِنہِ:

کاٛنسہِ زُربرنہٕ واتہٕ ناوٕنچ دِم بود ہی بھگوان

ॐ अनुमतेऽनुमन्यस्व।

سرٕو ویا پک گیانی بھگوان بخشم رٕژ وانی تہٕ بوزوٲنی

ॐ देव सवितः प्रसुव यज्ञपतिं भगाय। दिव्यो गन्धर्वः केतपूः केतं नः पुनातु वाचस्पतिर्वाचं नः स्वदतु।।

यजु. अ. ३। मं. १ ।। (पूवोक्त आपस्तम्ब)

سوٗرے ووٚپداون ولہِ پزٕلونہِ چھُکھ ترٛن لوٗکن منٛز وبراجمان
یہِ یگی مِیون بناوُن سوپھل چھُکھ زگت بناوان

دِم سوبود یَس وِگیان رۄٗپ شود کرناوان
دِم سرسوٗتی موکھس یُتھ پر وِدپکار روزٕ کران

امہِ پتہٕ گرٛہہِ سامانٛی ہوم آہوژ گربھادان بیٚترِ سنسکارن منٛز تہٕ ضرۄٗری کرٕن۔ اتھ منٛز گوڈٕ تہٕ اندس پٔتھ یوٚس آہوژ دِنہٕ چھِ یوان، تتھ منٛز چھ کونڈس ووتر طرفہٕ اکھ آہوٗتِ تہٕ کونڈس دٔکھنہِ جھس منٛز دۆیمہِ آہوژ دِنٕی آسان۔ تتھ چھُ ناو آدھاراواج آہوتی تہٕ کونڈس منٛزس یم دِنہٕ چھِ یوان تِمن چھِ آجھاگ آہوتِ ونان۔ ہوم وِزِ گرٛہہِ وۆمن ہرِ منٛز مہِ انگوجہِ تہٕ نوٚٹھہٕ ستی رٹُن۔

آدھاراواج آہوٗتی:

(१) ॐ अग्नये स्वाहा ।। इदमग्नयेइदन्न मम।। य. अ. २२।मं. २७।।

یٚیمہِ أگنہٕ ییٚہِ پرٛکاشمان دَیہ ہندِ ناوٕ چھُس ہُمان
یٚیمہِ منتر ستی چھِ کونڈس ووترٕ کنٕی أگنس منٛز ترٛاوُن

(२) ॐ सोमाय स्वाहा। इदं सोमाय-इदन्न मम।। य. २२-२८।।

دے ہنٛز خوشی تہٕ سومرس رۄٗپ امرتچ ویرِ چھُس ہُمان
یم آہوژ گرٛہس أگنہٕ کونڈس منٛز دکھنہِ کنٕی دُہونس یا پرٛزلونس أگنس ترٛاوِنی۔

آجھاگ آہوٗتی:

(१) ॐ प्रजापतये स्वाहा।। इदं प्रजापतये इदन्न मम। य. अ. १८।मं. २८।।

پرٛزایہِ ہندِ پالنہار ہندِ ناوٕ چھُس ہُمان

(२) ॐ इन्द्राय स्वाहा। इदमिन्द्राय-इदन्न मम्।। य. अ. २२।मं. २७।।

ایشوریہ باپتھ چھُس ہُمان

اَمہِ منتر ستی گرٛہہِ أگنس منٛز ژٕ آہوژ دِنہٕ۔ تمہِ پتہٕ ژور آہوژ یا آدھارج بھاگ آہوتی دِتھ پۆرن آہوتہٕ بۆڈنٛھ ژور (آدھاراواج بھاگ آہوٗتی) دِنہٕ۔ ییٚہِ صاف گرِہتس وۆمن ہرِ ستی پرٛزلونس أگنس ژور ویاہرتی آہوژ دِنٕی۔

१. ॐ भूरग्नये स्वाहा।। इदमग्नये इदन्न मम्।।

أگنہٕ دیو ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

२. ॐ भुवर्वायवे स्वाहा।। इदं वायवे-इदन्न मम्।।

وایو دیوٕ سنٛز ویرِ چھُس ہُمان

३. ॐ स्वरादित्याय स्वाहा।। इदमादित्याय-इदन्न मम्।।

پرٛاتن پرٛکاشوان دَیہ سنٛز ویرِ چھُس ہُمان

४. ॐ भूर्भुवः स्वरग्निवाय्य्वादित्येभ्यः स्वाहा।।
इदमग्निवाय्य्वादित्येभ्यः, इदं न मम्।। पार. का. १। कं. ५! सू. ३ ४।।

ترٛیلوٗکی ہِنٛدِس پرٛکاشوان دَیس چھُس اتھٕ تُلِتھ منگان

گونٕہ وان بناونٕہ باپتھ چھُس تسنٛزِ ناوِ ہے ہُمان

یم گیٚوٕچ ژور آہوژ دِتھ سوشٹی کرٛتھ آہوژ گیٚوٕ یا بتہٕ ستی دِنۍ۔

**سوشٹی کرٛتھ آہوژ:**

ॐ यदस्य कर्मणोऽत्यरीरिचं यद्वा न्यूनमिहाकरम्।
अग्निष्टत्स्विष्टकृद्विद्यात्सर्वं स्विष्टं सुहुतंकरोतु मे।
अग्नये स्विष्टकृतेसुहुतहुते सर्वप्रायाश्चित्ताहुतीनां कामानां समर्द्धयित्रे,
सर्वात्रः कामान्तसमर्द्धय स्वाहा।। इदमग्नये स्विष्टकृते इदन्न मम्।।

शत. का. १४। अ. ८। प्र. ७। क. ५।।

اگیان، اہنکار، کم زیادٕ کینٛہہ میٚہ چھُم کر دَیہ سیوٕ کار

وِدِ پوٗرو کھ یہٕ کرٛم میوٗن سیٚوٗد سوپھل کر اگنہٕ دیوٕ رتھِ کھار

پاپھ شاپھ نوارنہٕ باپتھ وِبدوانَن ہنٛز آہوژ یُس اگن نبٛگلان

روٗزِن مےٚ یُس اگنہٕ دیوٕ سہایتس، یسنٛزِ ناوِ ہے چھُس ہُمان

یٚیمِہ ستۍ اکھ منتر پرٛتھ آہوژ دِتھ گژھِ پرٛاجاپتی آہوتی یوسہٕ بوٗنہٕ کنہٕ پیٚچھِمہٕ چھِ منہٕ کنۍ پرٛتھ دِنۍ:

**پرٛاجاپتی آہوتی:**

ॐ प्रजापतये स्वाहा।। इदं प्रजापतये-इदन्न मम्।।

پرٛزایہ ہِنٛدِ پالنہار سنٛزِ ناوِ چھُس ہُمان

تمہٕ پتہٕ گژھِ ژھوپہ کرٛتھ ژوٗرِ پھرِ اگنس گیٚو ہُمن۔ مگر بوٗنمِہ ژور منترو روٗپ

آہُوتی چھِ سماورتن تہٕ ییٛہہ کھانٛدر سنسکارس منٛز ضٔروٗری تہٕ اہم۔
گوڈنچ آجہ آہوتی:

१. ॐ भूर्भुव: स्व:। अग्निआयूंषि पवस आसुवोर्जमिषंचन:।
आरे बाधस्त्व दुच्छुनां स्वाहा।। इदमग्नये पवमानाय इदन्नमम्।।१।।

چھُکھ زیوٗن رچھن أگن دیو بل اَن روز اَسہِ دِوان
راکھِس، نیدرٕش، آدرش زیو، کیٛمہ اسہِ دوٗر روز مؤران

२. ॐ भूर्भुव: स्व:। अग्निआयूंषि: पवमान: पांचजन्य: पुरोहित:।
तमीमहे महागयं स्वाहा।। इदमग्नये पवमानाय इदन्नमम् ।।२।।

چھُ أگن سرٕو وِیاپک ییٛہہ سارِنے شود کران
ژورن ورنَن، پانٛژن قسمن منشن کار أنٛزراوان
برٛہمن پانٛس برٛونٛٹھ کنہِ أگن ایشٹ سیٛدی باپتھ تھوان
پۆز یِکی أگنس أسی برٛہمنو دٕسی دھن منگان

३. ॐ भूर्भुव: स्व:। अग्ने पवस्व स्वपा अस्मे वर्च: सुवीर्यम्।
दधद्रयिं मयि पोषं स्वाहा।। इदमग्नये पवमानाय-इदन्न मम्।।३।।
ऋ. मं. ९ सू. ६६। मं. १९।२०।२१।।

شیرِتھ کأم کرن والہِ أگنہٕ، بل، تیز روز دِوان
کرُم ہُر بر دھنس، گاو، گریو تہٕ گُنو سان

४. ॐ भूर्भुव: स्व:। प्रजापते न त्वदेतान्यन्यो विश्वा जातानि परिता बभूव। यत्कामास्ते जुहुमस्तन्नो अस्तु वयं स्याम पतयो रयीणां स्वाहा। इदं प्रजापतये-इदन्न मम।।४।। ऋ. मं. १०। सू. १२१। मं. १०।।

ییٛمہِ پدارِتھ کامنایہِ روزو دامان دَیہ رٹان
سیٛد سوزِے سپدن، یِتھ أسی بنو دھنہٕ وان

یِم ژور آہوژ گیوٚچ دِتھ چھِ اشٹاجیاہُوتی ییمو منتر وٕستی سارِنے منگل کارن منٛز اُٹھ اُٹھ آہوژ دِنہِ۔ مگر کتھ سنسکارس منٛز کمہٕ آہوژ چھِ دِنی، سُہ آسہِ تتھ سنسکارس منٛز پۆرٕ پأٹھی لیکھتھ۔

اشٹاجیاہوُتی:

१. ॐ त्वन्नो अग्ने वरुणस्य विद्वान् देवस्य हेडोऽवयासिसीष्ठा:।
यजिष्ठो वह्नितम: शोशुचानो विशवा द्वेषांसि प्रमुमुग्ध्यस्मत् स्वाहा।
इदमग्नीवरुणाभ्याम्-इदन्नमम्।।१।।

زانَن وول سانٛبن سارِنٕے کارن چھُ پانہٕ أگنہٕ دیٖو پڑ کاشوان
انادھر یِنہٕ گرِو دِویہ گونہٕ وانٛس أگنہٕ روز اَسہِ رچھان

२. ॐ त्वन्नो अग्नेऽवमो भवोती नेदिष्टो अस्या उषसोव्युष्टौ।
अवयक्ष्व नो वरुणं रराणो व्रीहि मृडीकं सुहवो न एधि स्वाहा।।
इदमग्नीवरुणाभ्याम्-इदन्न मम् ।।२।। ऋं. मं.४। सू. १। मं.४।५।।

ہے پڑزلوٕنی أگنہٕ راژٕ رأچھ اَسہِ کران
پڑ بھاتچین آہوژن أس دأرِتھ روز پاپھو موکہٕ لاوان
سبٹھاہ پھل دِنہٕ ولہِ سوکھٕ دایک یِم آہوٗژ روز سیوٕ کاران
سون لولہٕ ہوٚت تہٕ سوٗندر آلو روز بوزان

३. ॐ इमं मे वरुण श्रुधी हवमद्या च मृडय।
त्वामवस्युराचके स्वाहा।। इदं वरुणाय-इदन्न मम।। ३।।

ऋ. मं. १। सू. २५। मं. १९।।

توتایہِ سارِیےَ وُرن دیٖو از روز کنَو بوزان
از دوٚہَس مژ بنو سوکھی، چھُسے نِمِتھ ہُمان

४. ॐ तत्त्वा यामि ब्रह्मणा वन्दमानस्तदाशास्ते यजमानो हविर्भि:।
अहेडमानो वरुणेह बोध्युरुशंस मा न आयु:। प्रमोषी: स्वाहा।। इदं
वरुणाय-इदन्न मम।। ४।। ऋ. मं. १। सू. २४। मं. १।।

ویدمنترٕ وستی توتایہِ کنٛز جگد پٔشور چھُس زیٹھِ آیہِ باپتھ ہُمان
یتھ یگہٕ کرٛمس یژھاین کنہٕ ڈول نہٕ دِتھ روز کتھ وارٕ بوزان
ییمہِ زنمےَ کرناو منٛیہ سَچ زان یتھ رُتی کرٛم کران
اڈٕ زٔڈ وول مہٕ کر اسہِ مژ کانٛسہِ روزٕو شیٖچ وأنٛس بوٗگان

५. ॐ ये ते शतं वरुण ये सहस्त्रं यज्ञिया: पाशा वितता महान्त:। तेभिर्नोअद्य सवितोत विष्णुर्विश्वे मुंचन्तु मरुत: स्वक्र्का: स्वाहा।। इदं वरुणाय सवित्रे विष्णवे विश्वेभ्यो मरुभ्दय: स्वक्केम्य:–इदन्न मम्! ५।।

یٚیمہِ زِنٛدٕگی رٕوٗپ یگیس منٛز ہتہٕ بُدی ساسہٕ بُدی ووتل بجہِ پاش وولان

زگت دلتہٕ، پۆزنیہ دیو تہٕ وبدوان، روٗزِن أگنہٕ دیو بنٛدھنو موکہٕ لاوان

६. ॐ अयाश्चाग्नेऽस्यनभिशस्तिपाश्च सत्यमित्वमयासि। अया नो यज्ञं वहास्ययानोधेहि भेषजं स्वाहा।। इदमग्नये अयसे-इदन्न मम।।६।।

ہی أگنہٕ راژٕ چھُکھ أندری نیٚبری ہۆوے پژٕلان

پڑایاشچت کٔنز چھُکھ ہٕردوٗشن رچھان، پاپھو موکہٕ لاوان

چھُکھ کلیان کأری سانٛہن یگہ پدارتھن ہواٗ ذٔسی ہٕری یہٕ لۆکس ولتہٕ ناوان

کاس سأری پاپھ، دوکھ، دأدی، کام، کرٛوٗدھ، زال روز ژٹان

७. ॐ उदुत्तमं वरुण पाशमस्मदवाधमं वि मध्यमं श्रथाय। अथावयमादित्य व्रते तवानागसोऽदितये स्याम स्वाहा।। इदं वरुणाया ऽदित्यायाऽदितये च-इदन्न मम्।। ७।। ऋ. मं. १।सू.२४।मं. १५।।

لۆکی بٔڈی، ؤستھ، مٔنزِم درجکی پاپھ پاش زٹھ میانہِ بھگوان

دژٕمِچ وتہِ پٔتھ پکِتھ، یُتھ پاپو روٗس پژاوو ذٔسی موٗکھدام

८. ॐ भवतन्न: समनसौ सचेतसावरेपसौ।
मा यज्ञंहिंसिष्टंमा यज्ञपतिं जावेदसौ शिवौ भवतमद्यन: स्वाहा।।

इदं जातवेदोभ्यां-इदन्न मम्।।८।। यजु. अ. ५।मं. ३।।

پاپہٕ روٗس ہوِی وہٕارو ہۆی مَن یودِ سان

یۆد ذٔزنہٕ مرد أسہٕ منٛز یٚیتِھن یکوٹہٕ سمہان

مٔشرن نہَ یگیس نۓ یگہٕ پاکس زربر ولتہٕ ناوہَن

أزِکہِ دوہ، یتھی مرد زنہٕ، اَسہِ شأنتی بأگرہن

نۆٹ: سارِنٕے سنسکارن منٛز مودرِ آوازِ ستی گرٛنتھِ منتر یژٕ منٕے پرٕن۔ یۆ دیٔمن آسہِ نہٕ پۆرمُت تہٕ پتہٕ گرٛنتھِ کانٛہہ کارندن منٛز منتر پرنہٕ باپتھ تیار کرٕن۔ یۆ دٕسہ تہِ ہیکہِ نہٕ پرِتھ تیلہِ گرٛنتھِ بنٛیس وٕنن گوٗروٗ جیٚیس تہٕ وبدوانن منٛز منتر پرنک ہنٛز کانٛسہِ

أکِس اتھِ کرِناوُن۔ مگر کرم گرٛھِ تمٕی ہے موٗڑ یٕزمنس کرنہٕ خاطرِ وُنن۔ یوٚد کانٛہہ اڑٕ پھوٚٹ پرُن ییٛرٛھِ لتس چھِ ونان کالا اکھشر بھینس برابر، سُہ گو شُدر۔ یوٚد شُدر تہٕ منتر ہیٚکہِ نہٕ پرِتھ، تیٚلہِ گرٛھِ گوٚرۍ جی یا بیٛا کھ وِد وان منتر پرُن تہٕ یٕزمن گرٛھِ اتھو کرم اند واتہٕ ناوُن۔ منتر گرٛھِ نہٕ جلدی نہٕ وارٕ وارٕ پرُن، مگر درمیان لیہِ منٛز میچھ تانہِ منٛز پرُن۔ یتھ یہِ توٚ تام واتہِ یوٚتانی أسۍ واتہٕ ناوُن چھِ یرٛھان تہٕ سانہِ کامہِ واتن اند سیٚد سپدِتھ۔

**پوٗرن آہوٗتی:**

ॐ सवे वै पूर्ण स्वाहा।।

سوٗرے روٗزِن وارٕ کار سیٚدٕ سپدان
وارٕ کارٕ سوٗرے پرٕ پوٗر ییِن أنجام

یٚیمہِ منترٕ سۍتۍ گرٛھن ترٛے آہوتی دِنہٕ۔ تیٚمس دکھنا دِنۍ آسہِ، تٔمس گرٛھِ دکھنا دِنۍ۔ موہن بھوگک یا ہومُک بتہٕ یُس ہُریوٗمُت نٔوید آسہِ یا یتھ أسۍ ہوٕدشیشہٕ چھِ ونان سُہ گرٛھِ گوڈٕ ساأرِنے زَنَن، مردن یم یٕزمن آسن زیوٕ پیٹھ ترٛاوُن تہٕ پتہٕ گرٛھِ پأنس تہِ یٕڈ برِتھ بتہٕ کھیوٚن۔ بتہٕ کھینہٕ برٛونٛہہ گرٛھِ وامدیوگان یتھ منگل کاریہ چھِ ونان پرُن۔

**منگل کاریہ (وامدیوگان)** : گرٛ بھادان سنٛسکار برٛونٛٹھ تہٕ پتہٕ گرٛھِ یونم سامویدُک وامدیوگان ضوٚروٗری گیوٗن۔ منتر چھُ:

मंगलकार्य (वामदेव्यगान)

ॐ भूर्भुवः स्वः। कया नश्चित्र आभुवदूती सदावृधः सखा। कया शचिष्ठया वृता।।१।। ओं भूर्भवः स्वः। कस्त्वा सत्योमदानां मँहिष्ठो मत्सदन्धसः। दृढा चिदारुजे वसु।।२।। ओं भूर्भुवः स्वः। अभीषुण सखीनामविता जरितहणाम्। शतम्भवास्यूतये।।३।। महावामदेव्यम्-काऽ५या। नश्चा ३ इत्रा ३ आभुवात्। ऊ १ ती सदावृध सखा। ओ३ हःहाइ। कया २३ शचाइ। ष्ठयोहो ३। हुम्मा २। वा२ र्तो३ऽ५ होइ।। (९) काऽ५स्त्वा सत्यो ३मादानाम्। मा।

हिष्ठोमात्सादन्ध:।। सा। औ३होहाइ। दृढा२३ चिदा। रुजौहो३। हुम्मा२। वाऽ३सो३ऽ५हायि।। (२)।। आऽ५ भी। षुण ३: सा३खीनाम्। आ। विता जरावितृ। णाम्। ओ२३ हो हायि। शता२३म्भवा। हिपौहो३। हुम्मा २। ताऽ२यो३ऽहायि।।३।। साम. उत्तरार्चिके। अध्याये १। खं ४। मं ३३।४।५।।

ہمیشہِ بوٗدِ منز رٔٹتھ تھون یِگر پٔزنیِہ میتھر روٗپ
کمہِ رکھیایہِ تہٕ کمہِ ورتاوٕ وُچھو تٔنٛد اُسی سۆروٗپ
پٔنٕز راچھ پاٗنٛز پانس کرٕنی، شود بوٗدِ ورتاوٕ سان
دَیہ وتہِ پکِتھ بزٕہم لبان چھُ دَے ووپدیش دِوان
ہرشکاٗری کوٗس سنا پداتھ یوٗس شیتھرن کمر چھِ پھٕٹران
پٔچھر دِنہٕ وول اَن چھُ چھلہٕ شوتھر بلس کران

یہِ ساموید (وامدیو گان) گیوٚتھ زنہِ، مرد، کارندٕ، دزمہ وان، لۆکہ ٹاٹھی، پرووپہ کاٗری، رِتی پورش، وبدوان، تیاگی، پکھ رٹن روٗس (طرفداٗری روٗس) ویدھا یارٕژ وتھ ہاون واٗلی، کلیان کاٗری یم تہٕ آسن، تِمن گژھہِ نمسکار کرِتھ، آسن دِتھ اَن، زل، پلو، دھن بیتر، دان تہٕ مقدوٗر موٗجوٗد دکھشنا روٗپ آدھر تہٕ مان دِیُن۔ تمہِ پتہٕ یم تماشگیر تہٕ آسن، تِمن تہٕ گژھہِ تیتھے پاٹھی مان ستکار کرِتھ روخصت دِیُن۔ یا یُس سنسکار کرٕ یاتہِ وُچھنٕ ییٚژھہِ، تم روزن بیوٚن بیوٚن ژھوپہ تہٕ دوپہ کرِتھ، نہ کرن کتھ نہ کرن کُنہِ تہِ قسمُک شور۔ ساری روزن خوش خوشحال دھیانُس منز تہٕ دَیِس گژھن شرن۔ کرٛم کرن واٗلی تہٕ کرٛم کرناون واٗلی روزن شانتی، دھیرج ییٖہِ وبژار وتھ پانہٕ راوِتھ وارٕ وارٕ سورٕے انجام انان۔ یہِ ساماٗنٛی وِدھی چھِ سارِنٕے سنسکارن منز کرٕنی سون فرض۔



(سامانیہِ ویدھی واٗژ لد)



# گرٕ بھادان سنسکار

یِیمہِ مِنٛز شریٖرُک گوڑ ماجہِ ہِنٛدِ گربہٕ پیٹھ سوٗر موٗتھ سپدنس تانی چھِ ویدو انٕوسار کُل 16 سنسکار آسان کرٕنی، یِیمہِ سٟتۍ بچہِ چھُ پوٗرٕ تہٕ پوٚختہٕ بنان۔ یِمو سنسکارو منٛز چھُ گوڈنیُک گرٕ بھادان سنسکار۔ یہِ سنسکار ورتٲوناوو اٚسی یتھٕ پاٹھی:

گربھادان کرنہٕ خاطرٕ گرٛشہِ کوٗر کم از کم 16 وٕرِش تہٕ لڑکہٕ 25 وُہر آسُن۔ اتھ وٲنسہِ منٛز چھُ دوشوٕنی ہُنٛد شریٖر پوٚختہٕ تہٕ تیارامہِ خاطرٕ آسان۔

چنانچہ زنٛی تہٕ مرد چھِ پانہٕ وٕنی میتھر تہٕ آسان تمہِ کِنۍ چھِ گربہٕ تھونہٕ باپتھ اکھ اٚکی سٕنٛز مرضی زانٕنہٕ یِوان۔ یوٚد زنہٕ ہٕنٛز یا مردٕ سٕنٛز مرضی چھنہٕ آسان، تیٚلہِ چھِ ونان تتھ بلاتکار یا اکھ اٚکس سٟتۍ بے انصافی ورتاوٕنی۔ یِیمہِ کِنۍ زٕنم ہیوٚتمُت شُر چھنہٕ وٕتمٕ تہٕ شوٗبہِ دار ثابت سپدان۔ امہِ کِنۍ چھُ اسہِ یہِ ننان زِ پٔزانوٕ آریوٚ اٚسی دونٕوٕنی ہٕنٛز مرضی تہٕ خوشی زانٕنٛج نیتی بناوِتھ گربھادان سنسکارٕچ وتھ گاشہٕ رٲوٕمٕژ۔

مِسز ڈیھی چھِ "پرفیکٹ مین ہوڈ" کِتابہِ منٛز یتھٕ کِنۍ لیٚوکھمُت: "ہے مردو بے شک چھُ تُہُنٛد اردٕشریٖر تُہنٛدِس وشس منٛز، یوٚسہٕ زَن تُہنٛدِس بلس تہٕ دائیوس چھِ وبنتھ کران، زِ پننہٕ نٕبن ضروٗرتن پوٗرٕ کرنہٕ وِزِ ہٕو اِنسان نہٕ کہِ پٔشی، یِیمہِ کِنۍ اَسہِ دوشوٕنی بنہِ پوٚشہٕ وٕن کلیان۔"

ڈاکٹر ٹرال چھِ پننہٕ کِتابہِ ہٕنٛز 202 صفس منٛز لیکھان: "زِ یوٚ داکھ اٚکی سٕنٛز مرضی ویرُد سماگم کرنہٕ ییہٕ، سو چھِ بے اِنصافی۔ یِیمہِ کِنۍ یم ہٲنی چھِ منٛشس نظرِ گوٚھان۔

ا۔ اٚکس یا دوشوٕنی باٗژن گپت یٕندرِن دوٗد یوٚسہٕ بیمارِ ہٕنٛد روٗپ چھُ داران۔

۲۔ بے شرم تہٕ بدزات سنتان زٕمس یِوان یا چھُ سُہ گرٕبھس منٛز مران یا زیٛوِتھ مران۔

۳۔ اکھ اَکِس ہنٛز نفرت چھِ گژھان۔

منو جی چھِ ونان زِ یوٚدوٕ زٔنی یا مرد ہنٛدِ زوٚر زبر سنتان پیٚیہ تھونہٕ، سُہ شُر چھُ شُری بانسِ منٛز مران یا چھُ ستی چھِین سپدان۔ لِہاظا گژھِ دوشوٕنی ہنٛزِ مرضی گژھ بہ تھونہٕ یِن۔

सन्तुष्टा भार्यया भर्ता भार्य्या तथैव च।
यस्मिन्नेव कुले नित्यं कल्याणं तत्र वै ध्रुवम्।।
यदि हि स्त्री न रोचेत मुमांसं न प्रमोदयेत्।
अप्रमोदात्पुन: पुंस:प्रजनं न प्रवर्त्तते।। मनु अ.३। श्लोक ६०,६१।।

یتھ کولس منٛز زٔنی تہٕ زون خوش چھِ روزان تتھ کولس چھُ امومن کلیان سپدان۔ یوٚدوٕ زٔنی آسہِ نہٕ گرٕ واَہک تہٕ لاگہِ کارتس پورشس اندروٕنی سکوٗن نہ آسنہٕ کِنی چھِ اکثر کام یٔندرے شونٛگتھ روزان۔ سنتان پادٕ سپدنٕچ کوٗشِش چھس نہٕ سوپھل سپدان، یوٚدوٕ گر بہ ٹھہرِیس تہِ سُہ چھُ نیبر نیرتھ دوشٹ سیٚد سپدان۔

यत्र नार्यस्तु पूज्यन्ते रमन्ते तत्र देवता:।
यत्रैतास्तु न पूज्यन्ते सर्वास्तत्राऽफला: क्रिया:।।
शोचन्ति जामयो यत्र विनश्यत्याशु तत्कुलम्।
न शोचन्ति तु यत्रैता वर्धते तद्धि सर्वदा।। मनुस्मृति अ.३ श्लोक ५६,५७।।

یتھ کولس منٛز یٔزت تہٕ مانہٕ رٕپھ ترین پٕزان چھِ تتھ کولس منٛز دِویہ گون، دِویہ بۄگ تہٕ ووتم سنتان آسان۔ یتھ کولس منٛز اَمِس آدھار ستکار روٗس ژھرٕ تہٕ ژھرٕٹھ منٛز دوہ چھِ کڈٕناوان، تتھ کولس منٛز چھِ سارِیے کرٕلیِہ نیٚشپھل سپدان۔

پرٕانِہ سمیکہِ آریہِ اَسِ یہ زانان زِ ژٔندر چھُ رس پادٕ کران، امیُک اثر چھُ زلس پٹھ پیوان۔ یہِ اثر چھُنہٕ سمندر پٲنِس یوٚت ہُر بر کران، بٔلکہِ جُدٕبن ہُند رَس تہِ چھُ ہُر راوان۔ یہِ اثر چھُ زٕہو ہنٛدِس شرٕرس منٛز پٲنِس تہٕ خوٗنس تہٕ باقی داتن پٹھ تہِ پیوان۔ پٗنم تہٕ ماوسہِ چھُ پٲنِس تہٕ خوٗنس منٛز کمی یِوان یا چھس ہُر بر

سپدان۔ گٹہٕ پچھ تہٕ زوٗنہٕ پچھ اُٹھم تہٕ چھُ شریر کس زلس تہٕ خوٗنس منز کمی یوان۔ یا تجربہ گرِتھ چھُ یہِ ماننہٕ یوان زِ پنٛژم، ماوسہِ سان تمہِ بڑونٛھہ یم ژ ژودٕش یوان، دوشوٕے اُٹھمو سان چھِ خوٗنس منز سبٹھاہ کمزوٗری یوان۔ یمن شنوٕنی دوہَن چھِ پربھ دوہ تہِ ونان۔ یۄ دیمن دوہَن منز بچہِ ہنہٕ تہٕ پیہٕ تس شُرِ سُند خوٗن چھُ سبٹھاہ گنڈ آسان۔ تس شُرِس چھِ پھٔلی تہٕ پھپھر وانٛسہِ نال ولان۔ امی گژھِ نہٕ یمن پربھِ دوہَن گربھ کینٛہہ تہِ دارن کرُن۔ یمن دوہَس چھِ خوٗنَس منز وِشمتا روزان۔ امہِ کِنی چھِ دوشوٕے باژ پانس منز سبٹھاہ کمزوٗری محسوٗس کران۔ یہے کمزوٗری دوٗر کرنہٕ باپتھ اُسی آریہِ لوٗکھ یمن پربہٕ دوہَن پیٹھ پنُن کارٕ بار بند کران تہٕ یم دوہ اُسی فاقہٕ کشی کرِتھ گزاران۔

امی کِنی چھُ منو جیین گربھ تھونہٕ باپتھ راژ پُہر سبٹھاہ ووتم تہٕ شرشٹھ موئمت۔ دوہَس منز گربھ ۰ارن کرنہٕ ستی چھِ وُسہٕ وأسی پھٹان تہٕ بود چھِ منٛد سپدان۔ شاستر کار چھِ ونان، زِرتہِ وِزِ سماگم پتہٕ ہناٹھرِتھ گژھِ شران کرُن۔ یۄد یہِ نہٕ کرنہٕ تہٕ شریر سپدِ ٹھنڈ تہٕ اکڑِ، یمہِ کِنی لوتہِ لوتہِ سبٹھاہ روٗگ ولن اتھ شریرس تہٕ زِندٕ روزُن گژھِ مُشکِل۔ یم زَن دوہَس منز گنہِ تہِ وِزِ چھِ سماگم کران، تم چھِ آلژھ تہٕ منٛد بودِ ہندی شِکار سپدان۔ امہِ علاوٕ چھُ تمن کلہٕ دود تہٕ رٕڈان تہٕ وارٕ وارٕ چھِ تہنٛد شریر نربل سپدان۔

ییلہِ زنہٕ ستی اتھ چھُ ژھٹے متبن دوہَن یہِ کِریا پیہٕ کرنہٕ، تیلہِ چھُ دوشوٕنی مرد تہٕ زنہِ خطرناک روٗگن ہُند بُتھ وُچھُن پیوان۔ دود بند سپدِنہٕ پتہٕ ژوٗرمہِ دوہ پیٹھہِ چھُ گربھادانگ سمے ماننہٕ یوان۔ ژوٗرمہِ یا پانٛژمہِ دوہ چھلِتھ چھکِتھ پنہٕ نِس مہارازس نِش گژھُن تہٕ پتہٕ گربھ تھوٗن چھِ سیٚد تہٕ رُت وید مانان۔ لیڈی ڈاکٹر میری بالفر چھِ لیکھان: "یمن اتھ ژھٹیمتبن دوہَن گژھِ گرمی تہٕ سردی ہُند بچاو کرُن تہٕ پنُن پان اوم ٹوک ہیوٗ رچھُن۔ یۄ دکانٛہہ گوٗب کأم پیہٕ

أمِس زنہٕ ہِندۍ ڈٲسۍ یمن دوہَن منٛز کرنہٕ، زنہٕ ہنٛز خوٚنہٕ ٹھلِو ہیکہِ چارٕ ستی پھٕٹِتھ۔"
امی چھِ ریشی ونان زِ اتھ ژھیٚمرٕ کوٗرِ یا زنہٕ پزٕ بیٚون کمرس منٛز بُہن۔ یِتھِن تس
آرامس منٛز بڑونٛتھ گُن سوٗرے واتہِ تہٕ تکلیف روٗس نِباوِ یم دوہ خوشی سان۔
سوے لیڈی ڈاکٹر چھِ ونان: "یمن دوہَن پزٕ نہٕ سرد پانہٕ ستی شران کرُن نہٕ
گرٛھن سرد پانہٕ کھور تہِ چھٕلُنی۔ گُن یُن گرٛھُن تہٕ سکوٗل گرٛھ یمن دوہَن
ترٛاوُن۔ یمن دوہَن چھُ کوٗرِ ہُند شریر ٹھنڈ آسان تہٕ شریر چھِ ڈیکھ تہٕ سُست
باسان۔ ٹھنڈ ترٛیشہِ بدلہٕ گرٛھِ وُشنی ترٛیش استعمال کرٕنی، تِکیازِ سرد پوٚنی تہٕ شرٛنہٕ
ستی چھُ شرۍ بانس پھوکھ کھسان تہٕ سوٗرے شریر چھُس ہٕنتھ گوٗب باسان۔ یِیمہِ
کِنۍ سو دوکھی تہٕ روٗگی چھِ سپدان۔"

منو جی چھِ ونان: "گربھ دارن کرٕنُک چھِ کُل شُراہ راٗژ۔ یتھ منٛز ژور
راٗژ نِشیِتھ مانہٕ یِوان تہٕ کہم تہٕ ترٛوأہم راتھ چھِ تیاٗگنۍ پانے آسان۔ یم ژٕ دوہ
باقٕے روزان تم چھِ گربھ دارن کرنہٕ باپتھ ووتم مانہٕ یِوان۔"

رِتہِ ساتہٕ رِتہِ نِکھیتر یِیمہِ دوہ ترٛیہٕ تہٕ برتھاہَس شُرتھونٛچ مرضی آسہِ تمہِ
دوہ دوہلہِ گرٛھِ یتھ پاٗٹھی ہنٛز کرُن:

۱۔ دَیِس پزٛارتھناتہٕ پوٗزا (ایشور سوستی)۔

۲۔ سوستی واچن تہٕ شانتی پاٹھ کرُن۔

۳۔ ساماٗنی پزٛکرن ہوم۔

۴۔ أگنس ژٕ ہ (20) منترو کِنۍ گیٚو آہوٗژ دِنۍ۔

۵۔ گیٚوُک ہوم کران کران چھُ برتھا أگن، ہوا، ژٔندرس تہٕ سِریَس یتھ
پاٗٹھی وننتھ کران:

**ॐ अग्ने प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि याऽस्या: पापी लक्ष्मीस्तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदमग्नये-इदं न मम।।१।।**

دِویہِ گون پدارتھن منز دۄشس أگنہٕ چھِ لۄکھ کران چۄر
وبنتھ بوز میٲنہِ ترٕییہِ ہٕنٛدِ شریرٕچ وٲز کر دۄر
ایشوریہِ یژھن چھُس پھولہٕ ناو دِلُک ٹۄر
دَیہِ پژھِ اٰلران کران گۄر گۄر

ॐ वायो प्रायश्चित्ते त्वं देवार्नां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि याऽस्या: पापी लक्ष्मी स्तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदं वायवे इदन्न मम।।२।।

ہی وایو دیو دِویہِ گون پدارتھن منز دۄشس چھُکھ نوٚاران
میٲنہِ ترٕییہِ ہٕنٛدِ شریرٕچ وٲز کر دۄر چھُس وبنتھ کران
ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلُک ٹۄر
دَیہِ پژھِ آٰلران کران گۄر گۄر

ॐ चन्द्र प्रायश्चित्ते त्वं देवार्नां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या: पापी लक्ष्मीस्तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदं चन्द्राय इदन्न मम।।३।।

دِویہِ گون پدارتھن منز دۄش نیوارک پرٛزن کرن ولہِ ژٕندر بھگولنہٕ
میٲنہِ ترٕییہِ ہٕنٛدِ شریرٕچ وٲز کر دۄر چھُس وبنتھ کران
ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلُک ٹۄر
دَیہِ پژھِ آٰلران کران گۄر گۄر

ॐ सूर्य प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या: पापी लक्ष्मीस्तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदं सूर्याय इदन्न मम।।४।।

سارِنے دیون منز دۄش نوٚارک چھُکھ پرٛزلوٚن بریہِ بھگوان
دۄر کر وٲز میٲنہِ زنہِ ہٕنٛدی چھُس وبنتھ کران
ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلُک ٹۄر
دَیہِ پژھِ آٰلران کران گۄر گۄر

أگنس مل شود کرِنچ، ہَوا ہَس پاپھ کرن وأ لِس دِلس شود کرِنچ، ژٕندرس تموٗگون یا پتِنہٕ نِش بچاوِنچ ہِریہِ رٕوٗگ، مرضہٕ دوٗر کرِنچ ونتھ چھُ وریتھ شلوٗکس منز کران:

ॐ अग्नि वायुचन्द्र सूर्या: प्रायश्चित्ते यूयं देवानां प्रायश्चित्तय: स्थ ब्राह्माणो वो नाथकाम उपधावामि यास्या: पापी लक्ष्मीस्तनूस्तामस्या अपहत स्वाहा। इदमग्निवायुचन्द्रसूर्येभ्य: इदन्न मम।५।।

أگن، ہَوا، ژٕندر، ہِریہِ توٗہی دیوٗن منز چھِو دوٗشس نواران
میانہِ ترِیہِ ہِندی شریرچ ویاز گرِو دوٗر چھُسو ونتھ کران
ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلگ ٹوٗر
دَیہِ پڑھِ آلران کران گوٗرِ گوٗر

ॐ अग्ने प्रायश्चिते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या: पतिघ्नी तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदमग्नयेइदन्न मम।।६।।

دِویہِ گون پدارتھن منز دوٗشس أگنہٕ چھُکھ کران چوٗر
ونتھ بوز میانہِ ترِیہِ ہِندِ شریرچ ویاز کر دوٗر
ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلگ ٹوٗر
دَیہِ پڑھِ آلران کران گوٗرِ گوٗر

ॐ वायो प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या: पतिध्नी तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदम्वाये इदन्न मम।।७।।

ہی وایو دیو دِویہِ گون پدارتھن منز دوٗشس چھُکھ نواران
میانہِ ترِیہِ ہِندِ شریرچ ویاز کر دوٗر چھُس ونتھ کران
ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلگ ٹوٗر
دَیہِ پڑھِ آلران کران گوٗرِ گوٗر

ॐ चन्द्र प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या: पतिध्नी तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदम्चन्द्राय इदन्न मम।।८।।

دِیہِ گون پدارتھن منٛز دۄش نیوارک پرٛسن کرن ولہِ ژندر بھگونہٕ

میٚانہِ ترٕیہِ ہندِ شریرچ وٮ۪از کر دۄر چھُس وٕنتھ کران

ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلک ٹۄر

دَیہِ پژھِ آلران کران گۄرٕ گۄر

ॐ सूर्य प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या: पतिध्नी तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदम्सूर्य्याय इदन्न मम।।९।।

سارِنے دیٚون منٛز دۄش نیوارک چھُکھ پزلۄن سِری یہِ بھگوان

دۄر کر وٮ۪از میٚانہِ زنہِ ہندی چھُس وٕنتھ کران

ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلک ٹۄر

دَیہِ پژھِ آلران کران گۄرٕ گۄر

یہِ چھُ وریٖمہِ منتر کِنی باوتھ کران۔ ہی أگنہٕ، وایو، سِریہِ ژندر، رۄگ زنہِ ہندی گرِو دۄر تاکہِ اُسٕند یہِ برتھایم نہٕ ولنہٕ تہٕ رۄگوتی چونٛگُٹھ گرٕھتھ یتھ نہٕ یہِ زٕنی ویدواہ سپد۔

ॐ अग्निवायुचन्द्र सूर्या: प्रायश्चित्तयो यूयं देवानां प्रायश्चित्तय: स्थ ब्राह्मणों वो नाथकाम उपधावामि यास्या: पतिघ्नी तनूस्तामस्या अपहत स्वाहा। इदमग्निवायुचन्द्र सूर्येभ्य:- इदन्न मम।।१०।।

أگن، ہوا، ژندر، سِریہِ توٚہی دیٚون منٛز چھِو دۄشس نِواران

میٚانہِ ترٕیہِ ہندی شریرچ وٮ۪از گرِیو دۄر چھُسو وٕنتھ کران

ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلک ٹۄر

دَیہِ پژھِ آلران کران گۄرٕ گۄر

ॐ अग्ने प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या अपुत्र्यास्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदं वायवे - इदन्न मम।।११।।

دِوِیہِ گون پدارتھن دۄشس أگنہٕ چھُکھ کران چۄر

وانتھ بوز میانہِ ترِیہِ ہندٕ شریرچ ویاز کر دۄر
ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہِ ناو دِلُک ٹۄر
دَیہِ پژھِ آلران کران گۄرٕ گۄر

ॐ वायो प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या अपुत्र्यास्तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदमग्नये इदन्न मम।।१२।।

ہے وایو دیو دِویہِ گون پدارتھن منز دۄشس چھُکھ نواران
میانہِ ترِیہِ ہندی شریرچ ویاز کر دۄر چھُس ونتھ کران
ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہِ ناو دِلُک ٹۄر
دَیہِ پژھِ آلران کران گۄرٕ گۄر

ॐ चन्द्र प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या अपुत्र्यास्तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदम् चन्द्राय इदन्न मम।।१३।।

دِویہِ گون پدارتھن منز دۄش نیوارک پزن کرن ولہِ ژٕند بھگولہِ
میانہِ ترِیہِ ہندی شریرچ ویاز کر دۄر چھُس ونتھ کران
ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہِ ناو دِلُک ٹۄر
دَیہِ پژھِ آلران کران گۄرٕ گۄر

ॐ सूर्यप्रायश्चित्ते देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या अपुत्र्यास्तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदं सूर्याय - इदन्न मम।।१४।।

سارِنے دیون منز دۄش نیوارک چھُکھ پزٕ زلۄن سِریہِ بھگوان
دۄر کر ویاز میانہِ زنہِ ہندی چھُس ونتھ کران
ایشوریہِ یژھان چھُس پھولہِ ناو دِلُک ٹۄر
دَیہِ پژھِ آلران کران گۄرٕ گۄر

دۄش ناشک اَگنہِ، ہَوا، ژٕندر، سِریہِ دیوِیس اَمِس زنہِ ہُند شُری بانک

کأنِہ دۄش یا اِسنٛدِس شریٖرس منٛز کأنِہ دژ ویہِ تیٚتھ آسہِ یُس سنتان بنٕنہٕ خأطرٕ چھُنہٕ
جان آسان، تمہٕ وۄاز گرِیٚوٚس دۄرتہٕ ہأنٛتھ روزنہٕ نِش بچاوِیٚوٚن۔

ॐ अग्नि वायु चन्द्र सूर्या: प्रायश्चित्तयो यूयं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या अपुत्र्यास्तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदमनि वायुचन्द्रसूर्येभ्य:- इदन्न मम।।१५।।

أگن، ہَوا، ژٔندر، سِرِیہِ توٚہؠ دیٖون منٛز چھِوٕ دۄشس نِوٲران
میٲنہِ ترٕیہِ ہٕنٛدی شریٖرچ وٲاز گٔرِو دۄر چھُسو وٕنتھ کران
اِیشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلُک ٹۄر
دٔیہِ پژھِ آلران کران گۄرٕ گۄر

ॐ अग्ने प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या अपसव्या तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदमग्नये इदन्न मम।।१६।।

دِویہِ گون پدارتھن منٛز دۄشس أگنہٕ چھُکھ کران چور
وٕنتھ بوز میٲنہِ ترٕیہِ ہٕنٛدِ شریٖرچ وٲاز کر دۄر
اِیشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلُک ٹۄر
دَیہِ پژھِ آلران کران گۄرٕ گۄر

ॐ वायो प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या अपसव्या तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदंवायवे इदन्न मम।।१७।।

ہؠ وایو دیٖو دِویہِ گون پدارتھن دۄشس چھُکھ نیوٲران
میٲنہِ ترٕیہِ ہٕنٛدِ شریٖرچ وٲاز کر دۄر چھُس وٕنتھ کران
اِیشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلُک ٹۄر
دَیہِ پژھِ آلران کران گۄرٕ گۄر

ॐ चन्द्र प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या अपसव्या तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदं चन्द्राय इदन्न मम ।।१८।।

دِیہِ گون پدارتھن منز دوٚش نیوارک پرٚسن کرن ولہِ ژٔندر بھگوانہٕ
میانہِ ترٕیہِ ہٕندِ شریرچ ویاز کر دوٗر چھُسو وبنتھ کران
اہشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلُک ٹوٗر
دَیہِ پژھِ آٗلران کران گوٗرٕ گوٗر

ॐ सूर्य प्रायश्चित्ते त्वं देवानां प्रायश्चित्तिरसि ब्राह्मणस्त्वा नाथकाम उपधावामि यास्या अपसव्या तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदंसूर्याय इदन्न मम।।१९।।

سارِنے دیٚون منز دوٚش نیوارک چھُکھ پرٕزلوٗن ہِری یہِ بھگوان
دوٗر کر ویاز میانہِ زنہِ ہٕندی چھُس وبنتھ کران
اہشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلُک ٹوٗر
دَیہِ پژھِ آٗلران کران گوٗرٕ گوٗر

أگنہٕ، ہِری یہِ، ژٔندرٕ، ہَواہَس چھُ منتر ٕکنہٕ وبنتھ کران زِ تِہُنٛدِ انوٚگرٛیہہ کُریوٚم یُتھ میأنٛ زٔنی پکہِ میانہِ رایہِ ترٛایہِ، تِہٕندی نُمایندٕ پرٛان، اپان، سمان، ویان، ژور پرٛان یِم یوٚ دسم روزن نہٕ، شریر چھُ روٗگہٕ گرٛست تہٕ ڈیوٗل روزان۔ تس شُر تھونہٕ برٛونٛھ کُرِو أمِس ترٕیہِ ہٕندی سأری روٗگ تہٕ وٕبگن دوٗر۔

ॐ अग्निवायु चन्द्र सूर्या: प्रायश्चित्तयो त्वं देवानां प्रायश्चित्तय: स्थ ब्राह्मणो वो नाथकाम उपधावामि यास्या अपसव्या तनूस्तामस्या अपजहि स्वाहा। इदमग्निवायु चन्द्र सूर्येभ्य:- इदन्न मम।।२०।।

أگن، ہَوا، ژٔندر، ہِریہِ توٚہی دیٚون منز چھِو دوٚشس نواران
میانہِ ترٕیہِ ہٕندی شریرچ ویاز کرو دوٗر چھُسو وبنتھ کران
اہشوریہِ یژھان چھُس پھولہٕ ناو دِلُک ٹوٗر
دَیہِ پژھِ آٗلران کران گوٗرٕ گوٗر

اَمہِ پتہٕ یُس گبوٗ ہُر نوٚمُت آسہِ سُہ گژھِ پھِرِتھ تھوٗن تہٕ بیٚیس لویہِ یا چانٛدِ بانس منز بتہٕ، گیٖو، شکر، دود رلاوِتھ تھوٗن۔ یِیلہِ بتہٕ تہٕ گیٖو پکوٗٹہٕ آسہِ رلیوٚمُت تہٕ پتہٕ

گژھِ منترو سِتؠ یتھ پاٹھؠ اگنس ہُمُن:

ॐ अग्नये पवमानाय स्वाहा। इदमग्नये पवमानाय -इदन्न मम।।१।।

ویشوانر رِپھ أگن شریٖر نِشہِ روٗگن ہران

ژوٗکہِ سان أسؠ کرو ہمیشہِ وِہوار چون

ॐ अग्नयेपावकाय स्वाहा। इदमग्नये पावकाय- इदन्न मम।।२।।

زووالا روٗپ دوٗشِت ہَوا صاف کران

باوٕ ژوٗکہِ أسؠ کرو وِہوار چون

ॐ अग्नये शुचये स्वाहा। इदमग्नये शुचये-इदन्न मम ।।३।।

بِجلی رِپھ أگن شرٗوٗژ ناوان یتہٕ ووپہٕ کاری

گرِ گرِ کرو رُت وِہوار چون

ॐ अदित्यै स्वाहा। इदमदित्यै-इदन्न मम।।४।।

ہی ہری یہ دیو پرٛکاش چون زگتس گاشہِ ران

چانہٕ پرٛکاشک رُت وِہوار روزو أسؠ کران

ॐ प्रजापतये स्वाहा। इदं प्रजापतये-इदन्न मम।।५।।

پرٛزایہِ رچھن والہِ ہشرٕ ناوی روزو شوبھ کرم کران

تمہِ کِنؠ پانٕ پانس روزو پرٛزے أسؠ پلہٕ زان

ॐ यदस्य कर्मणोऽत्यरीरिचं यद्वा न्यूनमिहाकरम्। अग्निष्टत्स्विष्टकृत अद्विद्यात्सर्व स्विष्टं सुहुतं करोतु मे। अग्नये स्विष्टकृते सुहुतहुते सर्वप्रायश्चित्ताहुतीनां कामानां समर्धयित्रे सर्वान्नः कामान्त्समर्धय स्वाहा। इदमग्नये स्विष्टकृते-इदन्न मम।।६।।

یتہِ کم زیادٕ کینژھہ میٚہ ہُم کر دَیہِ سیوٗ کار

میانہِ آہوژ سیٚد کر لاگ پزی، میٚون ہمدرد غمخوار

یم شےٚ منترٕ پرٕتھ بچ آہوژ دِتھ چھِ بیٚیہٕ أٹھو منترو مچانٕچ آہوژ دِنہٕ آسان۔ توٗمُل، مودر بر تہٕ گیٚوٕ سِتؠ یُس بتہٕ رنہٕ یِیہٕ، تتھ چھِ ونان مچامہٕ۔ یہِ چھُ کم مودٕر بر تہٕ گیٚوٕ سِتؠ پولاوٕ ہیُو بنان۔ لمہِ سےٚ چھِ أٹھو منترو أگنس آہوژ دِنؠ۔ مچامہٕ (آج تہٕ

پاک) آہوژ اُٹھو منترو کٔنی۔

آمہٕ تہٕ پاک (موہن بھوگ) آہُوتی دٔسی:

१. ॐ विष्णुर्योनिं कल्पयतु त्वष्टा रूपाणि पिंशतु।
आसिञ्चतु प्रजापतिर्धाता गर्भं दधातु ते स्वाहा।।१।।

شُر بانس پۆچھر ژٕنے ترٕیہٕ میاژ لگنے
ٹۆٹھِنس ژٕنے ساکھیات پانہٕ وِشنو بھگوان
شُرِ آکارن تھُرِنے لولہٕ سان
دِیِہ نےٚ تَس زیُوتھ ہے بھگوان

२. ॐ गर्भं धेहि सिनीवालि गर्भं धेहि सरस्वति।
गर्भं ते अश्विनौ देवावा धत्तां पुष्कुरस्त्रजौ स्वाहा।।२।।

زۆنہٕ ہنز ژٕنے شکھتی سرسوتی رۆپ چھون
کر گربھ دھارن پرٛسن کر من میٚون
دِوِیہٕ سوندر تیزٕچ زِتٕنؠ بانس بُزِنے
ہے دَے بیاِلس ووٚنؠ پۆچھر دِیِہ نٕے

३. ॐ हिरण्ययी अरणी गं निर्मन्थतो अश्विना।
तं ते गर्भं हवामहे दशमे मासि सूतवे स्वाहा।

ऋ०मं०१०।सू० १९४।मं०१-३।।

سونہٕ موکھٕ شود پرٛاون یگُی گربھس پرٛان ایان ہَوا شوزٕران
دٔہمِہ رِبتہٕ زٔمس بِین تِتھُے گربھ چھون اُسی دَیِس منگان

४. ॐ रेतो मूत्रं विजहाति योनिं प्रविशदिन्द्रियम्। गर्भो जरायुणावृतऽ उल्बं जहाति जन्मना। ऋृतेन सत्यमिन्द्रियं विपानँ शुक्रमन्धस इन्द्रस्येन्द्रियमिदं पयोऽमृतं मधु स्वाहा।।४।। यजु. अ. १९।मं.७६।।

سمبوگ تہٕ زل دوار چھُ گُنے آسان
چھُ مرد بیُول بیۆن، زل بیۆن ترٛاوان
یۆد دوشٕونؠ نیرنک گُن دوار آسان

بیٚوٗن یِہُنز چھِ روزن جاے آسان
موٗٹہٕ مُسلہٕ بیٚنہٕ ہل ستۍ گربھ وٕلتھ آسان
ہلہٕ رٕوس گربھ چھُ گوڑٕ ماجہٕ تھنہٕ پیوان
شیٚترٕ ہَن نبجن ہُنمند رتھ ڈیٚنٹھِو دود رٕپھ نیران
یُس دود موٗدُر امرتھ رٕوپ شُرِس چھُ سگہٕ وان
دود دِنک حق ماجہِ دَے کرٕ پایہٕ پرٛاوان
توتاہٕ کنٛز دَیَس تمۍ سُہٕ موٗنگمُت آسان

५. ॐ यत्ते सुसीमे हृदयं दिवि चन्द्रमसि श्रितम्। वेदाहं तन्माँ तद्विद्यात्। (पार. का. १।क.११। सू. ९) पश्येम शरदः शतं जीवेम शरदः शतँ शृणुयाम शरदः शतं प्रब्रवाम शरदः शतमदीनाः स्याम शरदः शतं भूयश्च शरदः शतात्। स्वाहा।२। यजुर्वेद अ. ३६। मं.२४।।

شوٗبہٕ وُن مَس چون ہرٛدے ژٕندرم شود شیتل
گرٕژھ بہٕ زانُن دِنہٕ رٕوس کانٛہہ شرتل
پوٗرٕ پأٹھۍ اکھ أکی سُنٛد من گرٕژھِ پرٛنُے
بھرٕوسہٕ ہتۍ وُہری تہٕ اکھ أکِس گرٕژھِ کرٕنُے
ہتس وٕرٕیَس وُچھو، ژوو، بوزَو تہٕ گُفتار کرو
ہتۍ وُہری پتہٕ تہٕ رُت ویٛوہار أسۍ کرو

६. ॐ यथेयं पृथिवी मही भूतानां गर्भमादधे।
एवा ते ध्रियताँ गर्भो अनुसूतुं सवितवे स्वाहा।।६।।

अ.का.६। सू. १७। मं. १।।

یتھٕ پأٹھۍ مہابوٗتن زمین چھِ لولہٕ للوان
دَے بوٗزِن یتھ گربھ چون وٕرِن شانٛتی سان

७. ॐ यथेयं पृथिवी मही दाधारेमान् वनस्पतीन्।
एवा ते ध्रियतां गर्भो अनुसूतुं सवितवे स्वाहा।।७।।

अथ. कां.६। सू१७। मं. २।।

یِتھ لولہِ منز درتی جٔڈین چھِ داران

یِتھ دَے بۄزِن گربھ ڈٔرِن چون شانہٕ سان

८. ॐ यथेयं पृथिवी मही दाधार पर्वतान् गिरीन्।
एवा ध्रियतां गर्भो अनुसूतुं सवितवे स्वाहा।९।।

अथ कां.६।सू.१७।म.३।।

یِتھ پرٛتھوی کوہن تہٕ بالن چھِ دھاران

دَے بۄزِن یِتھ گربھ چون ڈٔرِن شانہٕ سان

९. ॐ यथेयं पृथिवी मही दाधार विष्ठंतं जगत्।
एवा ध्रियतां गर्भो अनुसूतुं सवितवे स्वाहा।।९।।

अथ. कां.६।सू. १७।मं.४।।

یِتھ ماجِر درتی سورُے زگت چھِ دھاران

دَے کرٛپایہ یِتھ گربھ چون روٗزِن شانتی سان

یمو نوو منترو آجہ تہٕ مچامہٕ أگنس ہُمت چھِ کیٛوٚل ژور گوچھِ آہوٗژ دِنہٕ۔
آہوٗژ دِنٕی یمو منترو ستی:

ॐ भूरग्नये स्वाहा। इदमग्नये इदन्न मम।।१।।

گیان سوٚ روٗپ ایشور ہنٛزِ ویرِ شوبھ کرم چھِس کران

ॐ भुवर्वायवे स्वाहा। इदं वायवे इदन्न मम।।२।।

بل روٗپ ایشور ہنٛزِ ویرِ یم رٔتی کرم کران

ॐ स्वरादित्याय स्वाहा। इदमादित्याय इदन्न मम।।३।।

ہِریہِ پرٛکاش روٗپ دیہِ نآوی کروشوبھ کرم

ॐ अग्निवाय्वादित्येभ्य: प्राणापानव्यानेभ्य: स्वाहा।
इदमग्निवायवादित्येभ्य: प्राणापानव्यानेभ्य:- इदन्न मम।।४।।

پرٛان روٗپ گیان، اپانہٕ روٗپ بل، ویانہٕ روٗپ تیز نآوی کروشوبھ کرم

امہِ پتہٕ چھِ دویو منترو گیٛوچ آہوٗژ دِنہٕ۔ منتر چھُ:

ॐ अयास्यग्नेर्वषटकृतं यत्कर्मणोऽत्यरीरिचं देवा गातुविद: स्वाहा।।
इदं देवेभ्यो गातुविद्भ्य:- इदन्न मम।।४।।

یُس وُنیُکتام اوُسُس بہٕ أگنَس منترو ہُمان
یُس کیٚرتو کرم کھوتہٕ زیٛادٕ روٗدُس کران
سوٗرُے پزٕ وتہٕ گرٛشھِ لگُنٛے
یگہٕ وبدوانن پزٕ تہٕ کانٛچھُنٛے

ॐ प्रजापतये स्वाहा। इदं प्रजापतये - इदन्न मम।।२।।

ژُ زگت پالن ہار ہٕندی ناوِ گرٛشھِ شوبھ کرم کرُن
پننہٕ باپتھ گرٛشھِ ہٕنہٕ گُنہٕ کُے پھل دَیَس منگُن

تمہِ پتہٕ گرٛشھِ بیٛہِ اکھ منتر پرٕتھ گیٛو اکہِ لٹہِ ہُمن منتر چھُ:

ॐ यदस्य कर्मणोऽत्यरीरिचं यद्वा न्यूनमिहाकरम्। अग्निष्टत्स्विष्टकृत द्विद्यात् सर्व स्विष्टं सुहुतं करोतु मे। अग्नये स्विष्टकृते सुहुतहुते सर्वप्रायश्चित्ताहुतीनां कामानां समर्धयित्रे सर्वान्नः कामान्तसमर्धय स्वाहा। इदमग्नये स्विष्टकृते-इदन्न मम।।६।।

پتہٕ کیٛنٛہہ کم زیٛادٕ کیٛنٛہہ مےٚ ہُم کر سیوکار
دَیہِ میٛانہِ آہوٗژ کر سیٚد لاگ ژٕ ہمدرد غمخوار

امہِ منتر ہتی گرٛشھِ سِوشٹکرٛت آہوتہٕ گیٛوچ دِنہٕ یِن۔ تمہِ پتہٕ یُس بژٛنہہ تہٕ ہُریوٗمُت گیٛو اوس لوٗیہِ یا روپہِ بانس منٛز پھرِتھ تھوٚومُت، سُہ گرٛشھِ یتھ ہُریمتس گیٛوس ہتی یکوٹہٕ رلاوُن۔ امہِ گیٛوچ ماٗلس کرِ نوش کھورٕ نبٹھ پپٹھ کلس تانی۔ تمہِ پتہٕ شرٛان کرِتھ، پان وہرِتھ لاگہِ نوٚی پلو تہٕ بیٛہہ أگنہٕ کونٛڈس نِش۔ کونٛڈس پرٛتیکھبن دِتھ کرِ ہریہِ درٛشُن تہٕ پرِیم شےٚ منتر:

ॐ आदित्यं गर्भ पयसा समङ्ग्धि सहस्रस्य प्रतिमाँ विश्वरूपम्।
परिवृङ्ग्धि हरसा माभिमँ स्थाः शतायुषं कृणुहि चीयमानः।।१।।

य. अ. १३। मं४१।।

زٕنٛگی آدھار زٕبون منٛز دَے روٗپ چھُکھ بسان
ساسہٕ بُدی رسہٕ روٗپ امرِتھ دَے پانے گرٛہن کران
دودٕ، میٛوٕ، رسہٕ، شُر دَیہِ نِبروٗگ بناوِتن

دِتھ زیٔوٗٹھ آے ہتہٕ وُبر سے واتہٕ ناوٕ تن

ॐ सूर्यो नो दिवस्पातु वातो अन्तरिक्षात्। अग्निर्नः पार्थिवेभ्यः।।२।।

دِویہٕ لۄکٕکی وگنو تہٕ دوندو سان
دَے کرٕ پایہٕ رٕچھِن اَسہٕ ہیریہٕ بھگوان
دِویہٕ لۄک، پرٕتھوی لۄک، سیمنز لۄکہٕ سان
کرٕ پایہٕ چانہٕ رٕچھِن دِگنو اسہٕ پوٗن بھگوان
پرٕتھوی ہندی پٔکھی شتھر تہٕ شیطان
تمو نِش رٕچھِن کرٕ پایہٕ چانہٕ أگنہٕ رازٕ دان

ॐ जोषा सवितर्यस्य ते हरः शतं सवाँ अर्हति। पाहि नो दिद्युतः पतन्त्याः।।३।।

پأدٕ کرن والہٕ دَے اسہٕ کُن وُچھ لولہٕ سان
أگن تیز کھوتہٕ دَے ژٕ چھُکھ تیزٕوان
یۄد شیٚتھر وِدیُت تہٕ وِدیُت شسترو سان
اسہٕ پیٹھ کرن پرہار چھِی منگان سایہٕ بان

ॐ चक्षुर्नो देवः सविता चक्षुर्न उत पर्वतः। चक्षुर्धाता दधातु नः।।४।।

پأدٕ کرن وول دَے رۄزِن اَسہٕ گاشہٕ ران
پوٗرن پرماتما پدارتھن رۄزِن ہمیشہٕ پھولہٕ ران
أچھ گاشس پۄچھر دِیِن یُس زگت دھاران
أسی یِیمہٕ ستی وِوہار کرو ہمیشہٕ شۄبہٕ سان

ॐ चक्षुर्नो धेहि चक्षुषे चक्षुर्विख्यै तनूभ्यः। सं चेदं वि च पश्येम।।५।।

میانین نیٚتربن بخش پانہٕ پرٕزلوٗن تیز بھگوان
یِیمہٕ ستی سنسأری وِوہارک بہٕ پرٕاوٕ گیان

ॐ सुसंदृशं त्वा वयं प्रति पश्येम सूर्य। वि पश्येम नृचक्षसः।।६।।

ऋ. मं.१०।अ.१२। सूक्त १५९। मं. १३।।

وتہٕ ہاوِکہٕ زگت اپشور چھی ژےٚ ونتھ کران
وُچھتھ زیون، گیانہٕ کنہٕ ژےٚ وُچھن یژھان
گژھی زیون ہندی گون اوگون نیٚتھر پرٕ زناونی
ویٚشی وُچھتھ، اچھ گاشہِ چانہِ گژھی چمکنی

یمن منترن پرٕی پرٕی چھُ تریہِ پنہٕ نِس برتھاہَس نِش ییٚن تہٕ منتر پرُن:

ॐ (अमुक गोत्रा, शुभदा, अमुकनाम्नी अहं भो भवन्तमभिवादयामि)

یٚمہِ گٹھرِچ یٚمہِ ناوِچ چھسے کرنہِ آمژ کلیان
کر قبوٗل میوٗن نمسکار چھس پدٕبن تل ژےٚ نمان

تمہِ پتہٕ چھِ نوش ہہرس، ہشہِ وارِوِکین زِٹھبن پرن پیوان۔ پتہٕ سارِنے پرٕشھن تہٕ پنہٕ نبن کھیاوان تہٕ چاوان۔ تسُند برتھاتہٕ چھُ مرد پرٕشھبن تہٕ گرِکین زِٹھبن کھیاوان تہٕ چاوان۔ تمہِ پتہٕ چھِ دونوے پرٕشھی روخصتھ کران۔ روخصتھ دِتھ چھےٚ نوش پنہٕ نِس سوامیس نِش تہٕندِ گٹھس منز شونگنہٕ گژھان۔ گربھ تھونہٕ باپتھ دوشوے شونگتھ گربھک کن دوشوے دِوان۔ برٕ وٕٹھے ساگری ہیتھ ٹھنڈٕ دود گلاس پرٕ نوشہِ چون، ییتھ ساگری منز تمی کونگ، کستوٗری، زاہ پھل، زاویتری، سبز اٰلہٕ سوٗرے رلاوِتھ دود آسہِ گرٕکہٕ نوومُت۔

پوٗراکہٕ رېتہٕ پتہٕ ییلہِ تریہِ اتھ ژھیٹہٕ نہٕ تمن چھِ خبر لگان زِ تمی چھُ گربھ دھارن کوٗرمُت۔ خوشِ سپدتھ تمن زوٗنہٕ پچھس منز ریتہِ ساتہٕ ریتہٕ دوہ 40 ہو دوہو پتہٕ گربھ دانک ییٚکی کرِنک ستٕ گرِتھ یمو منترو گیوٗچ آہوژ دِنہٕ آسان:

१. ॐ यथा वात: पुष्करिणीं समिङ्गयति सर्वत:।
एषा: ते गर्भं एजतु निरैतु दशमास्य: स्वाहा।।१।।

ऋ. मं.४। सू.७९ मं. ७।।

ییتھ ہوا کولہِ تہٕ جویہِ ہُند پوٗنی سیٚوٗد پکہٕ ناوان
تیتھے ژٕہمہِ ریتہٕ دٕےٚ شُرِس کرٕ پایہِ روٗزِن زٕمس انان

२. ॐ यथा वातो यथा वनं यथा समुद्र एजति।
एवा त्वं दशमास्य सहावेहि जरायुणा स्वाहा।।२।।

ऋ. मं.५। सू. ७८ मं.८।

یتھ ہوا سوتا سیٚد چھُ پأنٛ پانے پکان
نانا پڑکأری ونہٕ کٕمن پدارتھن پیٹھ زہٕو زِنٛدٕ روزان
چھُ سمندر دأرٕ ستیٚ بڑوٚنہہ گژھن دوان لاران
تِتھٕ دَے بۄزِن نبر نیٖرِن گربھ ہلہٕ سان

३. ॐ दश मासाञ्छशशयान: कुमारो अधि मातरि।
निरैतु जीवो अक्षतो जीवो जीवन्त्या अधि स्वाहा।।३।।

ऋ. मं.५। सू.७८। मं.९।।

ذٕہِمس رتبس تأنٛ شُری بانس منٛز آسہِ یَس شوٚنٛگُن
ماجہِ دوکھٕ روٗس یُژھنٛ دَے، سُہ زٕنمس اَنُن

४. ॐ एजतु दशमास्यो गर्भो जरायुणा सह।
यथा यं वायुरेजति यथा समुद्र एजति।
एवायं दशमास्यो अस्त्रजरायुणा सह स्वाहा।।१।।

यजु. अ. ९ १मं. २९।।

ہلِس وٕلِتھ گربھ شُری بانس منٛز دوہ پتہٕ دوہ بڈان
یتھٕ ہَوا تہٕ سمندر زل پأنٛ پانے بڑوٚنہہ گژھن پکان
تِتھٕ ذٕہَن رتبن تأنٛ گربھس منٛز روٗزِن ہلہٕ سان
ہل ہیتھ ذٕہمہِ ربتہٕ زٕنمس أنہِ نَس کرٛ پایہٕ بھگوان

५. ॐ यस्यै ते यज्ञियो गर्भो यस्यै योनि हिंरण्ययी।
अंगान्यहुता यस्य तम्मात्रा समजीगमँ स्वाहा।।२।।

यजु. अ.९ ।म. २८।।

یگُگ دیُت نوش چھُ چوٗنُے گربھدان
روٗگہٕ روٗس شود چوٗنُے چھُس شُری بان
سبٹھاہ شوٗبہِ دار چھِ سأری شُری ہٕنٛدی تان

یۄسمہٕ درٕمو کرٛیایہِ بہٕ أگنس آہوژ دِوان
سۄتی دَیَس بہٕ چھُس اتھٕ وٕہرِتھ منگان
گربھ تہٕ ماجہِ ہُند مۄیُل دَے رۄزِن پھوبہٕ ران

६. ॐ पुमाँसौ मित्रावरुणौ पुमांसावश्विनावुभौ।
पुमानग्निश्च वायुश्च पुमान् गर्भस्तवोदरे स्वाहा।।१।।

सा. वे. मंत्र ब्रा. प्र.१। खं.४। मं.९।।

بِرِیہِ، ژٕندرم پرٛان اپان شکھتی بخشنے
ہَوا أگنٕج شکھتی ساہیک ژٕے رۄزِنٕے
چانہِ یِڈٕ منٛز شُر ہرشٹ پوشٹ أسِنٕے
چھُس دَیَس ہُمان یِگی کرٛیایہِ پھل دِیہٕ نٕے

७. ॐ पुमानग्निः पुमानिन्द्रः पुमान्देवा बृहस्पतिः।
पुमाँश्सं पुत्रं विन्दस्व तं पुमाननु जायताँ स्वाहा।।२।।

सा. वे . मंत्र ब्रा.प्र १। खं.४। मं. ९।।

پۄژنے دِویہِ گوٗنو برتھا رۄپ چون بھگوان
آسن باسن وول، ڈیگِ جل شکھتی وان، ایشوریہٕ تہٕ بلہٕ وان
زیوِنٕے دَے کرٛپایہِ ژٕے پۄتھر تیزٕوان پرٛزلوٗن ویٛروان
تمہِ پتہٕ تہٕ زیوِنٕے بیاکھ دوٚیم بوٚکہٕ وٹ ہیٚوٚ سنتان

یِم آہوژٕ دِتھ گرٛشہِ پۄرن آہوتہِ دِتھ أگنس روٗخصتھ دِیُن۔ نوشہِ پزِ موٗدرِ تہٕ شُہُل بۄزن کرُن، یۄسمہِ سۄتی سنتان زیادٕ بوزٕوان، گونہٕ وان، شوبھ کرمی، وِیوہٲری، سوبھاوُک زنمس یِیہٕ۔ امہِ پتہٕ چھُ برتھا پننہِ برٛژِ ترٛیہِ دِل مُشرِتھ آہی کران۔ سُہ چھُ آش تھوان زِ پننہِ نِس آگس نِش ژھنہٕ گرٛہستھ یۄسمہِ سنسٲری ہٹہٕ کٹہٕ شُر مُشرِ أچھ، یُس شکتی وان تہٕ ویٛروان آسہِ۔

(گربھادان سنسکار ووت اند)



# پُنٛسون سنسکار

یہ سنسکار چھُ برٛژ زنہٕ دویمہٕ یا ترٛیمس رتس اندر اندر رکرنہٕ یوان۔ گربھ روزِ صحی سلامت، تمہٕ خاطرٕ چھِ گوڈٕ ایشور سوٗتوتی، سوستی واچن تہٕ بیٚیہ شانتی پاٹھ کرٕتھ اگنس خاطرٕ سامان، لکٕر، کھیر یا مچامہٕ بناوِتھ ریژ کنٕ ٹھیک پاٹھی سامان پژکرن منٛز 'اپنت اِدھم' تہٕ 'اوم ادھتے' بیٚترٕ کرم کرٕتھ آدھاراج بھاگاہوٗتی ژور، ویا ہرتی آہوتی ژور دِتھ پتہٕ اوم پرجاپتے سواہا، اوم یدسے کرٛمنو۔ یم ز منتر پرٕتھ گرٛشہ گیو اگنس ہُمن:

ॐ आ ते गर्भो योनिमेतु पुमान्बाण इवेषुधिम्। आ वीरो जायताँ पुत्रस्ते दशमास्य: स्वाहा।। अथर्व. का.३। सू.२३। मं. ३।। आश्व.२। गृ. अ. १। खं.१३। सू. ६।।

ہی ڈکہٕ بجہ دِتھ تیرس ترکاش چھے وپراوان
تتھ رٔژتن پنٛز جاے گربھ چون ویروان
کوشل پاٹھی ڈٕہمہٕ رتہٕ بیٚیہ زنم چوٚن سنتان
یُس اسہٕ ویر، پراکرٛمی، تیزوان تہٕ بلہٕ وان

ॐ अग्निरेतु प्रथमो देवतानां सोऽस्यैप्रजां मुञ्चतु मृत्युपाशात्। तदयं राजा वरुणोऽनुमन्यतां यथेयं स्त्री पौत्रमघं न रोदात् स्वाहा।। सामवेद मं० ब्रा०प्र०१। खं०१। मं- ९।।

سارِوے دِویہٕ گونی پدارتھن منٛز گوڈنی پوٗزاے
شُرِس زبنہٕ مرنہٕ بندھنو ڈے پانہٕ موکہٕ لاوے
شرشٹھ راز تمہٕ دیشُک تہٕ یہ پزر زانے
کرِ چارٕ تیتھ پنہٕ زانہہ پوتھر ماجہٕ وِدناوے

یمن دون منترن ہنٛز گیوچ آہوژ دِتھ چھُ برتھا ایکانٛتس منٛز پنٛنہٕ ترٛیہ ہٕندِس ہردیس پتھ اتھ تھاوِتھ یہ منتر پران:

ॐ यत्ते सुसीमे हृदये हितमन्त: प्रजापतौ। मन्येहं मां तद्विद्वांसं माहं पौत्रमघन्नियाम्।। आश्व०तृ०१।अ०।ख०१३।सू०७।।

سوٗنْدرمس چون ہرٛدیَس منٛز ژےٚ دَے بسان
چومُت مےٚ دَے زاۓنۍ مَس چھُس بہٕ مانان
تسُنٛد دوکھ گوٚژھُس بۓ ڈیٛشُن آسہِ یُس میٛون سنتان
چھُس یِہےٚ آہی بہٕ تِس دَیَس نِش دیٛایہِ یژھان

سامویدیادَے ہنٛز پرٛشنسا گیوٚتھ، یم پرٛژھی سمِتھ آسن، تمن گرٛژھِ داسہٕ باوِ کھیٛاوِتھ چاوِتھ روٗھستھ دِیُن۔ یِیمہِ کِنۍ تم آشیر واد دِتھ گرٛھن گرِگن روانہٕ۔ تمہِ پتہٕ گرٛژھِ وٹہٕ کلچ کانٛج تہٕ گلوے مہِین پشتھ برٛژِ ۓچھِنہِ نکوارِ تمیُک مُشک ہوٗناوُن تہٕ منتر پرُن:

ॐ हिरण्यगर्भ: समवर्तताग्रे भूतस्य जात: पतिरेक आसीत्। सदाधार पृथिवीं द्यामुतेमां कस्मै देवाय हविषाविधेम।।१।। य. अ. १३ मं. ४।।

زگتُک سوامی دِویہِ ژیتن اَنٛش روٗپ روزان
پراتن ہریہِ ۂنٛدرمس زنم ییمی دِیتُمت آسان
یُس زگت ہریہِ ۂنٛدرم ہتھ داران
ابھیٛاسہٕ لولہٕ روزو سُے دَے پوٗزان

ॐ अद्भ्य: संभृत: पृथिव्यै रसाच्च विश्वकर्मण: समवर्त्तताग्रे। तस्य त्वष्टा विदधद्रूपमेति तन्मर्त्यस्य देवत्वमाजानमग्रे।। य०अ० ३१। म१७।।

پراتن پاۜدِ کرن وول وِشوٕ کرٛم روٗپ سُے چھُ آسان
یُس ستھوٗل زلس ہریہِ، ۂنٛدرمس پرٛتھوی منٛز وِبراجمان
سوٗکھشم دِویہِ گونی زگت ژر اژر ہتھ پھولران
دِویہِ گون گربھ زیوس تہِ سُے دَے بخشان

یم زٕ منتر پرِٛتھ تھوِ برتھاپنہٕ ترٛیہِ ہنٛزِ یڈٕ پیٹھ اتھ تہٕ پرِیہِ منتر:

ॐ सुपर्णोसि गरुरुत्मांस्त्रिवृत्ते शिरो गायत्रं चक्षुर्वृहद्रथन्तरे पक्षौ स्तोमऽ आत्मा छन्दाँ स्यंगानि यजूँषि नामा साम ते तनूर्वामदेव्यं यज्ञायज्ञियं पुच्छं

धिष्ण्या: शफा:। सुपर्णोसि गरुत्मान्दिवं गच्छ स्व: पत:।।

यजु. अ. १२। मं. ४।।

سوٗندر انگو وُڈٕوُن جاناوار دَے بناوٕنے
اَچھِ کوٗٹھِ نرِ زنگہِ زٕمس انہِ نے
ژُ ہٕسم گیانہٕ بنڈار دِماغ دَے تھٕرنے
گیان، کرٕم، دَے سُمرن زیوٕ پیٹھ روٗزٕنے
سامویدٕ رژایَن ہُنٛد وبدوان بناوٕنے
آزادی جاناوار ہٕندی پاٹھی پوٗشہِ نے
گیانہٕ کٔنی گرٕبہ زٕہو قدمن لوٗکہ مٹھی دِیہِ نے
پتہٕ سورگ پرٛاوِتھ آنند تہٕ سوکھ یوٗگُن ییٚڑھنے

## بُرٛژِہٕنٛدِ باپتھ ہیداتھ:

تمہِ پتہٕ پزٕ بُرٛژِ زنہِ شود کھیٚن تہٕ نٔیٚندرٕ نیمہٕ مُطابق کرٕنی۔ گِلوے برٛہمی، شوٗنٹھ دودس منٛز گرٕکہٕ ناوِتھ شوٗنگنہٕ وِزِ گرٕڈھِتس چون دِیُن۔ زیادٕ شوٗنگُن، زیادٕ کتھٕ، ژوٗک، ٹوٗٹھ تہٕ ہلیلہٕ گرٕڈھن نہٕ کھیٚنٕز۔ کرٛوٗدھ، حسد، کدوٗرتھ، لوٗبھ، دوٗش منٛز گیرٕ گرٕڈھنہٕ روٗزس پنٕنس دِل ہر ہمیشہِ خوش تھوُن۔ رُت وِہار زنہِ ہُنٛد چھُ بچہٕ ہٕنٛدی خاطرٕ ٹھیک تہٕ سارتھک۔

## چرٕکھ ریٚشی تہٕ پُنسون:

چرکھ سہیتا، شرٕیر ستھان ادھیاے اُٹھمہِ کِس کُنترٕ ہمس سوٗترٕ پیٹھے چھُ پُنسونٛچ وکھنے کرنہٕ آمٕژ۔ سوٗترٕ اکترہ لیکھس منٛز چھُ لیکھِتھ زِ گوٗروانس منٛز یُس بڈٕ گُل آسہِ تمِچ پوٗرٕ تہٕ ودٕر طرفہٕ کُن یِم لٔنجہٕ آسن، تمو منٛز گرٕڈھن زٕ کانٛجہِ ژٹنہِ تہٕ بیٚیہٕ صاف زٕ توٗملہٕ پھٔلی، ماہ پھٔلی بیٚیہٕ زٕ سفید تِلگوگل پھٔلی زاہتی دودس منٛز مِلاوِتھ بُرٛژِ زٕہنہِ تہٕ تیٚسنٛدِس مہرازس رٕتس ساتس پیٹھ چینہٕ باپتھ دِنٕی۔ باقین منٛز سوٗترن منٛز چھِکھ واریاہ یوٗگ دِتی متی مگر 35 تہٕ 36 ہُک سار چھُ تیتھٕ پاٹھی: رٕتہِ ساتہٕ لکھمنا گُلیک

مۆل دودس منز گہتھ نچو ہشدی باپتھ ژٕنی گرٛشہِ دٕچھنہِ نکہٕ وآرِ تہٕ کوٗرِ ہنٛدِ باپتھ کھووٕرِ نکہٕ وأرِ یا ناستہِ ہنٛدی پأٹھی دٕچھنہِ یا کھووٕرِ نکہٕ وأرِ کنہٕ قطرٕ قطرٕ أندر نیٖن۔

**کیاہ تہٕ کتھٕ گوژھٕ کھیوٚن:**

(سوٗتر 70 ): گوڈٕ نکہِ رہتہٕ گرٛشہِ آوشدھ روٗس سوکھٕ وُشن دود چوٗن، صُبہن تہٕ شامن گرٛشہِ بوٗزن کرُن۔

(سوٗتر 71 ): دویمہِ رہتہٕ گرٛشہِ برٛژِ زنہِ اوشدھ ہیتھ گرٛکہٕ نأومُت دود دیُن۔ سبز ألہٕ تہٕ خضر گیہِ اوشدھ۔ ترٛیمہِ رہتہٕ گرٛشہِ ماچھ تہٕ گیوٕ دار دود چوٚن دیُن۔ ماچھ کھوتہٕ گرٛشہِ کم گیوٕ دودس ترٛاوُن۔ سمبھاگس منز دوشوے ترٛاوِتھ چھُ سُہ زٲہر بنان۔ ژوٗرمہٕ رہتہٕ منز اکھ تولہٕ تازٕ تھنٛی ترٛاوِتھ دود چینہٕ باپتھ تَس دیُن۔ پانٛژمہٕ رہتہٕ گرٛشہِ گیوٕ رلاوِتھ تہٕ شیٚیمہِ ستمہِ رہتہٕ گرٛشہن گیوٕ، خضر تہٕ ألہٕ ترٛاوِتھ دودتس چینہٕ باپتھ دیُن۔

(سوٗتر 72 ): ستمہِ رتبس منز چھُ گرٛبھکہِ چارِ ستیٚ واد، پت تہٕ کف پأدٕ سپدٕنہٕ کنہٕ زنہٕ کشُن سارٕہے پوان۔ تمہِ وِزِ گرٛشہِ وٹہٕ کلیٚچ کوتھ، خضر تہٕ ألہٕ ترٛاوِتھ تھنٛی تس واتناوُن۔ ژندُن تہٕ پمپوشس رس کڈِتھ تَس یٹُ تہٕ ببہٕ ٹھنڈٕ ٹن منتھُن۔ یات لِگوگل تیلس منز سِرسِچ گنٛڈی دھاوکی پوش تہٕ شنگر گرٛکہٕ نأوِتھ ٹینڈ بن تہٕ یڈٕ متھُنی۔ یمن دوہن گرٛشہِ پونی تہٕ نوٗن بِلکُل کم کھیٚن۔

(سوٗتر 73 ): أٹھمہٕ رہتہٕ گرٛشہِ دودس منز وزٕناوِتھ یواگوٗ تہٕ گیوٕ یکہٕ وٹہٕ رلاوِتھ وقتہٕ وقتہٕ چینہٕ باپتھ تس دیُن۔

(سوٗتر 74 ): نٔومہِ رہتہٕ گرٛشہِ کشمِش، شنگر، خضرٕ تیلس منز کأرِتھ پھمبہٕ ودُن تتھ منز وزٕناوِتھ یونی منز شونٛگنہٕ وِزِ تھاوُن، تمہِ ستیٚ چھِ گرٛبھ نبر نیرنٕچ وتھ نرم سپدان۔

(پُنسون سنسکار ووت اند)



# سیمنتونین سنسکار

سُشرُت شریر ستھان 26 منز چھُ لیکھنہٕ آمُت:

ॐ पंच सन्धय: शिरसि विभक्ता: सीमन्ता:।
तत्राघातेनोन्मादभयचेष्टानाशैर्मरणम्।।

منشہِ سُند کلہٕ چھُ پانژن جوڑن منز باگرِتھ آسان۔ یمن گنڈن یا جوڑن چھِ سیمنت ونان۔ یمن جوڑن اُنت یا پرکاش کرُن گو سیمنتونین یا یہِ ہکو وَنِتھ زِ دماغ یا دماغی شکھتی بڑاوٕنی چھِ امہِ سنسکارُک مطلب۔ یۆ دوٚے یمن چوٹ لگہِ، کرٕودھ، بھے تہٕ یژھا شکھتی ناشس سپدِتھ چھُ منُش مران۔

یہِ سنسکار گژھِ ژوٗرمس رتس منز یا آشروالین مُنہِ ہندِ وننہٕ مُطابق ستمِس یا اٹھمِس رتس منز کرنہٕ یِن۔ ژوٗرمس رتس منز چھُ دماغی طاقتھ تہٕ پانژمِس رتس منز گربھس منز شرِس منٛج شکھتی بڑٕنی ہوان۔ شیمس رتس منز چھس بود ہوان جاے کرٕنی۔ ستمس رتس منز چھس ساری انگ بنان تہٕ اُٹھمِس رتس منز تہِ یۆد یہِ سنسکار یِیہِ کرنہٕ، من تہٕ بودِ ذٕی چھِ اُمس منٛج شکھتی یا منوبل بڑان۔ سیمنتونین سنسکار چھِ تتھ ونان ییمہِ ستۍ پوٚزلیچ تہٕ ہُمنہٕ کِنۍ درِ برٕژِ زنہِ گربھ۔ منہٕ کِنۍ روزِ شانت نِرٕوگ گربھس سپدِ سارِنے شکھتین دوہ پتہٕ دوہ برر تہٕ پُرر۔

یہِ سنسکار چھُ مانسک شکھتی بڑاونہٕ خاطرٕ کرنہٕ یِوان۔ ژوٗرمہِ پیٹھہٕ نٔومس رتس تانٛی چھِ وارٕ وارٕ شرِس دماغی قوت بڑان۔ ییلہِ پوٚزلیہِ یا آہوژرٕ پھ پلالہٕ یِیہِ شُرِس کرنہٕ، تیلہِ کیٛاہ چھُس تس شُرِس مولوٗن، سُہ بنہِ گربھس منزٕے تھر بوزٕوان۔ یانہِ یہِ سنسکار کرنہٕ ستۍ چھِ بودتھر سپدان۔

ژوٗرمس رتس منز چھِ برٕژِ زنہِ دوہردی ونان۔ تکیازِ امے رتہٕ پیٹھہٕ

چھِ شُرِس دِماغی قوت بڑٕنی ہوٕان۔ چوٗنکہِ ہردے چھُ منٛز روزن جاے، ییٚلہِ دِل گو اِظہار منٛز شکھتی بڑٕنس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ شک۔ تمِے چھُ آشروالین مُنہِ ژوٗرِمس رتبس منٛز یہِ سنسکار کرنس پیٹھ زور دِوان۔ ییٚمہِ کِنۍ شُرِس دِماغی شکھتی ہُند ہُربر کرناوُنک سگ واتہٕ ناونہٕ یِیہِ۔

ژوٗمتس بیاکِس ییٚلہِ رٕوٗد پیٚیہِ، سُہ بیٚوٗل چھُ بہٕ رایہِ کھٔسِتھ یِوان۔ تتھے پاٹھۍ منوبل بڑاونہٕ باپتھ گرٛہہِ ژوٗنہٕ پچھس منٛز، رٕتہِ ساتہٕ، رٕتہِ نکھترٕ، رٕژِ وارِ یہِ سنسکار کرنہٕ یُن۔ ژوٗنہٕ پچھس منٛز یہِ سنسکار کرنہٕ سِتۍ دوہلہِ ہُند پرٛکاش مانسِک شکھتی پیٹھ پیٚن رُت اثر ترٛاوان۔ من تہٕ بود چھِ خاص کر پرٛکاشکۍ تیز سِتۍ بنان، تمِے چھُ شُرِس پرٛکاشک ضروٗرت پیوان۔ گوڈٕنتھ گرٛہہِ ہوَن کونٛڈس نِش یہِ منتر پرُن:

ॐ देव सवित: प्रसृव यज्ञं प्रसुव यज्ञपतिं भगाय। दिव्यो गन्धर्व: केतपू: केतं न: पुनातु वाचस्पतिर्वाचं न: स्वदतु।। यजु अ ३। मं १।।

یُگن ہُند سوامی تہٕ نانا پرٛکارۍ یگیٚو سان
ایشور یہ باپتھ گرِو پاٗدٕ، پاٗدٕ کرن والہ دَے پرٛکاشوان
پھُٹھ وگیانس کڈن والہِ ہی دَیہِ چھُکھ پرِتھوی داران
شیٖرِنی کلام زیٚوِ ہُند، شود بود روز بخشان

یہِ منتر پران گرٛہہِ کونٛڈس أندۍ أندۍ پانٛچ لوٕ دِنہِ۔ تمہِ پتہٕ آگاراواج بھاگ آہوٗتی ژور، ویاہرتی آہوژ ژور گُل أٹھ آہوژ گیٚوٕچ أگنس دِنۍ۔ تیل توٗمُل تہٕ موٗنگ سمباگس منٛز میٖنہٕ وِزِ گرٛہہِ یہِ منتر پرُن:

ॐ प्रजापतये त्वा जुष्टं निर्वपामि।।

توٗمُل، تیل، موٗنگ چھُس بہٕ لولہٕ ژاران
أگنہٕ رازٕ چھُس بہٕ چانہِ ویرِ ہُمان

ॐ प्रजापतये त्वा जुष्टं प्रोक्षामि।।

چھُس زگت پٲدٕ کرن والہِ ہٕنٛزٕ ویرِ ہُمان

امہِ پتہٕ ترٛشوِٕ ے ان چھٔلِتھ گرٛ ٹھِ اتھ کھێژٕر گێو ترٛ اَوِتھ بناوٕنۍ تہٕ اَٹھو آہوژو گرٛ ٹھِ منتر پرٕن:

ॐ धाता ददातु दाशुषे प्राचीम जीवातुम उक्षिताम्। वयं देवस्य धीमहि सुमतिं वाजिनीवति स्वाहा इदं धात्रे इदन्न मम।।१।।

अथर्व. का.७। सू.१७। मं.२।।

ہی گوبہِ کھور ترٛیہِ میاںٛزٕ، چھکھ سبٹھاہ ژٕ بلہِ وان
ستکرٛم رس برِتھ زِنٛدٕگی ہٕنٛزٕ اوٕشدھ بخشِنے گرٛبھس بھگوان
ژٕ بہٕ تہٕ سارۍ چھِ تسٕ دَیَس توتا کران
تسنٛزٕ مہما تہٕ گیانہٕ شکھتی ہٕنٛزٕ اَسۍ سُمرن کران

ॐ धाता प्रजानाम उतराय ईशे धात्रेदं विश्वं भुवनं जजान। धाता कृष्टीर अनिमिषा अभिचष्टे धात्रऽइद्धव्यं घृतवज्जुहोत स्वाहा। इदं धात्रे, इदन्न मम।।२।।

زیوٗن تہٕ دنٛگ سوامی پٲدٕ کرن وول بھگوان
یُس بہِ سورٕے زگت پانس منٛزٕ داران
باپار روٗس سُے دَے، زیوٗن اتھ پیٹھٕ تھوان
گیوو کھێژٕر پزٕ سارِنے ہمٛزٕ تس دَیَس لولہٕ سان

ॐ राकामहं सुहवो सुष्टुती हुवे श्रृणोतु नः सुभगा बोधतुत्मना। सीव्यत्वपः सूच्या अच्छिद्यमानया ददातु वीरं शतदायमुक्थ्यं स्वाहा।। इदं राकायै, इदन्न मम।।३।। ऋ. मं.२। सू. ३२। मं. ४।।

پوٗنم زوٗن بُجتھ ترٛیہِ چھُس یزتہٕ آلو دِوان
بجرٕ چ پزٛشنا گرِتھ بہٕ رتبن کرٛمن کُن چھُسن لاگان
تسنٛدۍ کُن سالہٕ روٗپ شبدھ چھِم بوزناوٕنۍ
پزٕ ڈیکہٕ بجہِ آتما ہٕنٛزٕ لولہٕ آلو بوزٕنۍ
غاںٛچ روٗس شُری زیوٗرٕنٛکۍ شوبھ کار اند واتناوٕنۍ
پزٛشنسایہِ یگۍ ویر پوٗتھر چھِ تس وارٕ کار نیوٗراوٕنۍ

ॐ यास्ते राके सुमतयः सुपेशसो याभिर्ददासि दाशुषे वसूनि। ताभिर्नो अद्य सुमना उपागहि सहस्रपोषं सुभगे रराणा स्वाहा।। इदं राकायै, इदन्न मम।।४।। ऋ. मं.२। सू. ३२। मं. ५।।

گوٚنی تہٕ شوٗبہٕ دار ژٕنی چھِی سبٕٹھاہ رٕتی وبٕژار
خوش دِلہِ شود وبٕژارو مُژر میٛانہِ دِلُک ژٕ دوار
رٕتی وبٕژار، شود من چون موزوٗرِ میٛانہِ سبٕگار
ہُربر دِنس سپدِ لچھٕ گون، تیٚلہِ یود لاگکھ غمخوار

ییٚلہِ برتھا ہٕندی ڈٕسی کرنہٕ آیہِ تأریف ژٕنی بوزِ، سو گرٕژھِ خوش تہٕ تمیٛک اثر پیٚیہِ گرٕبھس، شُر زیوٚ بوزٕ وان تہٕ لاگہِ کار۔

ॐ नेजमेष परापत सुपुत्रः पुनरापत। अस्यैमे पुत्रकामायै गर्भमाधेहि यः पुमान्स्वाहा।।५।।

یژھایہِ میٛانہِ تھٕوٗنس بُرژ برتھا میٛون وپر بلہٕ وان
نیٚنٛدایہِ روٗس شوبھ کارن أنِن انٛجام مےٚ سان
ییٚتہِ یور گرٕژھِ نہٕ تأنی میلُن مےٚ ہٕتی واسنایہِ سان
شُری سُنٛد مول بٕنِتھ گرٕژھِ مےٚ میلُن وارٕ کارٕ شوٗبہِ سان

ॐ यथेयं प्रथिवी मह्युत्ताना गर्भमादधे। एवं त्वं गर्भमाधेहि दशमें मासि सूतवे स्वाहा।।६।।

یتھٕ پرٕتھوی کوہ، بال پدارتھن پانس منٛز داران
ڈٕکہٕ بٕجی ڈٕہِمس رٕتبس تأنی روز یتھٕ گرٕبھ داران

ॐ विष्णोः श्रेष्ठेन रूपेणास्यां नार्यां गवीन्याम्। पुमांसं पुत्रानाधेहि दशमे मासि सूतवे स्वाहा।।७।।

ڈٕکہٕ بٕڈی میٛأنی ترٕے چھِ گرٕہستھ دھرم پالان
گاوٗن پوٗشن سیوٕلیہِ کِنی تھٕنز مالہِ کِنی بنان
پنٕنہِ تیزُک انش روٗپ دٔے وپر پوٚتھرو بانہٕ بٕرنے
ڈٕہِمس رٕتبس منٛز شُری زیوٚ رِتھ تمن سٕہ دیایہِ پھولہٕ رأوی تن

یمو ستو منتر وٕستی کھیرٕ ر ہمنہٕ پتہٕ گژھِ یہِ منتر پرنہٕ یُن:

ॐ प्रजापते न त्वदेतान्यन्यो विश्वा जातानि परिता बभूव। यत्कामास्ते जुहुमस्तन्नो अस्तु वयं स्याम पतयो रयीणां स्वाहा। इदं प्रजापतये-इदन्न मम।।४।।

زٕ گتِکی سوامی ژٕ ے ہیٚو چھُنہٕ کانٛہہ دوٚیِم یار
اَسی تیٚہِ کامنا کرو، سیٚد کر لاگ غمخوار

اکھ بیٚیہِ منتر پٔرِتھ گژھِ کھیرٕ ر ہمنٛز تہٕ پتہٕ گژھِ سیوٚد بیٚچ آہوژ دِتھ پرُن:

ॐ प्रजापतये स्वाहा। इदं प्रजापतये- इदन्न मम।।

زٕ گتِکی آدھار ہنٛزٕ ویر چھُس ہُمان

تمہِ پتہٕ

ॐ यदस्य कर्मणोऽत्यरीरिचं यद्वा न्यूनमिहाकरम्।
अग्निष्टत्स्विष्टकृद्विद्यात्सर्वं स्विष्टं सुहुतंकरोतु मे।
अग्नये स्विष्टकृतेसुहुतहुते सर्वप्रायाश्चित्ताहुतीनां कामानां समर्द्धयित्रे,
सर्वात्र: कामान्तसमर्द्धय स्वाहा।। इदमग्नये स्विष्टकृते इदन्न मम्।।

शत. का. १४। अ. ८। प्र. ७। क. ५।।

اگیان، اہنکار کم زیادٕ کیٚنٛہہ مےٚ چھُم، کر دَیہِ سیوٚ کار
ویدِ پرُوک یہِ کرم میٚون سیوٚد سوپھل کر اَگنہٕ دیوٚ رٹھِ کھار
پاپھ شاپھ نوارنہٕ باپتھ ودٕوانٔن ہنٛز آہوژ یُس اَگن ننٛگلان
رٔژٕن میٚیہ سےٚ اَگنہٕ دیوٚ ساہتس یسٕنٛز ناوٕ بہٕ چھُس یہِ ہُمان

امہِ منترٕ ستی کھیرٕ رِ ہنٛزٕ آہوژ دِنہٕ پتہٕ یہِ منتر پرُن:

ॐ त्वन्नो अग्ने वरुणस्य विद्वान् देवस्य हेडोऽवयासिसीष्ठा:। यजिष्ठो वह्नितम: शोशुचानो विशवा द्वेषांसि प्रमुमुग्ध्यस्मत् स्वाहा। इदमग्नीवरुणाभ्याम्-इदन्नमम्।।१।।

پرٛکاش رٔوپ اَگنہٕ راز چھُکھ کارن سانٛین زانان
کر کرٛپا یُتھ دیہِ آگِنیایہِ پیٚٹھ روزَو پکان
یِگی کرن والین منٛز چھُکھ شریشٹھ رٕتی پدارتھ بوٚگان
حسدٕکہِ کارن یم سانٔی پاپھ گال، چھُکھ تیٚزوان

امہِ منترٕ ستی گرٛھن اُٹھ گیوٚچھہ آہوڑٕ اُگنس دِنہٕ تٕۍ تہٕ 'اوم بھوٗر گنے' ستی گرٛھن ژور وٚیا ہرتی آہوڑٕ دِنی تہٕ تمہِ پتہٕ ییٚہن دوشوے ایکانٛتس منز شوٗبہ دار آسنس پٔیٹھ۔ ور ییٚہہِ ودھوٗہٕس پتہٕ کنہِ تہٕ پرِ یہِ منتر:

ॐ सुमित्रिया न आप ओषधय: सन्तु। दुर्मित्रियास्तास्मै सन्तु योऽस्मान्द्वेष्टि यं च वयं द्विष्म:।।१।। यजु. अ. ६। मं. २२।।

زِل اوشدھ میٚتھر رٕپھ سوکھ یِگی ویشوٗاٗسین دِوان
یِگین دوٗش ژھانڈن وول حسدِ کہِ نار کھنہٕ کھنہٕ دزان
سُہ دوشٹ پوٗرش اسہِ ستی تہٕ نار ورتاوان
سون آہہِ بد چھُ شوٗتھر روٗپ تمن پرگاٗلی کران

ॐ मूर्द्धानं दिवो अरतिं पृथिव्या वैश्वानरमृत आजातमग्निम्। कविं सम्राजमतिथिं जनानामासन्ना पात्रं जनयन्त देवा:।। २।। य. अ.७। मं. २४।।

دِویہِ لوٗکٕچ شوٗبھ سِریٚس ہِوی وبدوان آسان
پرٕتھوی ہیوٗر ییم کار تم سِریہِ اُنزران
گیانہٕ روٗپ تیزٕ بلہٕ زیٖون گاشرِتھ ویشوانر پد پرٛاوان
گیان باٗ گرِتھ، پرٕتھی پوٗزا لوٗکن نِش پرٛاوِتھ، اُگن پرٕکھٹاوان

ॐ अयमूर्ज्जावतो वृक्ष ऊर्ज्जीव फलिनी भव। पर्णं वनस्पते नुत्वा नुत्वा सूयताम रयि:।।३।।

یتھٕ گوٗلرٕ کُلکِس موٗس منز اُندری زِنٛدٕ کیٚوٚم روزان
تتھٕ ڈیکہٕ بٕجی سوٗندر پوٗتھر روٗپ موٗ بوٗرت چون شُری بانہٕ
جِدٕ روٗپ، پوٗتھر شیٚہجار، زٔنی گرِکھن دِوان
ایٖشوریہِ دھنس ہُربر روزِ اسِے باوٕ کران

ॐ येनादिते: सीमानं नयति प्रजापतिर्महते सौभगाय तेनाहमस्यै सीमानं नयामि प्रजामस्यै जरदष्टिं कृणोमि।।४।।

سوبھاگی زگت پرٕکاشہِ باپتھ پاٗدٕ کرن وول بھگوان
پرٕتھوی تہٕ واٗنی چھُ مُری یاٗز منز رٹان

مُریادا بُرٛز ترٛیہٕ ہٕنٛز بہٕ پانہٕ برتھا بناوان
میٛارز منٛز شُر تھٕوِتھ اِشنٛدِ بجٕرُک سادن بناوان

ॐ राकामहम सुहवाम सुष्टुती हुवेश्रृणोतु न: सुभगा बोधतुत्मना।
सीव्यत्वप: सूच्यच्छिद्यमानया ददातु वीरम शतदायम उक्थ्यम्।।५।। ऋ. मं.
२।सू. ३२।मं. ४।।

پٕنٛم زوٗن زَن بجِتھ ترٛیہٕ مانہٕ چھُس بُلاوان
بجرٕچ تارٟیف کٔرِتھ رٕتین کرٛمن کُن چھُسن لاگان
تِسٕنٛدی کن سالہٕ روٗپ شبد چھُم بوزٕناوٕنی
آتما کٕنٛز پٕز ڈٕکہٕ بجہٕ لولہٕ آلو پرٛزناوٕنی
دٕوٗشو روٗس شُر زیٖورٕنٛکی شوبھ کار اَنٛزراوٕنی
پرٛشنسایہٕ یِگی ویٖر پوٗتھر تَس چھِ زیٖوراوٕنی

ॐ यास्ते राके सुमतय: सुपेशसो याभिर्ददासि दाशुषे वसूनिताभिर्नो अद्य
सुमनां उपागहि सहस्त्रपोषम सुभगेरराणा।।६।। ऋ. मं.२।सू. ३२।मं.५।।

گوٗنی، شوٗبہٕ دار زٕنی چھِی سبٹھاہ ژٕے رٕتی وہٕرٛار
خوش دِل شود وہٕرٛارو مُہٕرٛر میٛانہٕ دِلُک ژٕ دوار
رٕتی وہٕرٛار شود من چون موٗزوٗرِ میٛانہٕ سبگار
ہُربر دھَنس سپدِ لچھِ گون تیٛلہٕ یوٗد لاگکھ غمخوار

منتر پرُن:

ॐ किं पश्यसि प्रजां पशून्त्सौभाग्यं मह्यं दीर्घायुष्टं पत्यु:।।७।। सा. मं. ब्रा.
प्र.१।खं. ५।मं. १-५।।

کھیٛورتھالس کُن اِشارٕ دِتھ چھُ برتھا ترٛیہٕ پرٛژھان:
ہی نوش پرٛزایہٕ پٔشی تہٕ سوبھاگیہٕ میٛون چھکھا لتہٕ وُچھان
زٕٹھی وُمبر، میٛوٗٹھ بتہٕ مےٚ کیٛتھ چھکھا تھالہٕ منٛزی ڈیٛشان
کھیٛورتھالس وُچھان:

کھۄ رِتھالس منز سبٹھاہ گیو وترٛ اۆتھ چھِ تھالہٕ منٛزٕ زٕنی پنٛن بُتھ وُچھان۔ یێلہِ برتھا چھُ پرژھان 'کیاہ وُچھتھ؟ میانہِ خاطرٕ چھکھا زاٹھی وُمبر تہٕ بێیہٕ رُت قسمت ڈێنٛشان۔'

تمہِ پتہٕ یہٕ منتر پرٕتھ برتھا ترٕیہٕ پنٛنہٕ لوب گن نِوان۔ وارٕ وارٕ مُشکہٕ تیٖل مأرلش کلس تیٖنٛدِس کران۔ ارجُن لنٛجہِ یا دربہٕ گاسہٕ تُجہٕ ستی سُم کڈان تہٕ لُٹھرِ پاران یا چھُس سونٛدر جوٗڑ گرِتھ ہوٗن کونٛڈس برٛونٛٹھ گن انان۔ دپان امہِ وارٕ وارٕ تیٖلہٕ مأرلش ستی چھُ شُررٕ منٛز شکھتی پزٛ اۆتھ سو بودھ پزٛاوان۔ امہِ وقتہٕ گژھِ باجہٕ سازٕ تہٕ سیتارٕ وأیتھ دَے سُنٛد گون گان کرُن۔ سُمرنہِ منز گژھِ کأنٛسہٕ رٕتس تہٕ ویرٕ رازٕ ہِنٛدِ گون گیوٗنی۔ امہِ ستی چھُ شُررِس تس گونہٕ وان رازٕ ہِنٛز ژھاے پیوان ییٚمہِ کنی بچہ چھُ گونہٕ وان بنان۔ تمہِ پتہٕ گژھِ یہٕ منتر پرٕنہٕ یُن:

ॐ सोमऽएव नो राजेमा मानुषी प्रजा:। अविमुक्तचक्र आसीरंस्तीरे तुभ्यम् असौ।। पार. गृ. सू. कं. १६। सू. ८।।

سامویِد زانہٕ وُن شوٗد شانٛت اوس رازٕ کیاہ جان
تمے تیٖنٛز پزٛزا اأسی ست سنٛگ تہٕ سام گوان
کولہِ بٹھی پکِتھ چھُم مے یاد پیوان
ساد سنت اأسی بٹھس پیٹھ دَے سُمرن کران

برٛژِ زنہٕ چھُ رُت اثر امیُک تیٖلہِ پیوان، یێلہِ زَن کُنہٕ تمہِ کولہِ ہُنٛد ناو ہیتھ گیوٚو یوسہٕ أمی اۆچھو وُچھمٕژ آسہٕ۔ سو چھِ جل سادن سنٛتن یاد گرِتھ، تمہِ کولہِ ہنٛد شیٖتل پوٗنی تہٕ شانٛت سوبھاو یاد پاوان تہٕ تمہِ کولہِ ہنٛز لہرٕ گنٛزرانہٕ۔ امہِ ستی تہٕ چھُ شُررِس پیٹھ رُت اثر پیوان تہٕ شیٖتل تہٕ شانٛت سوبھاوک شُرٕ چھُس زٕنمس یِوان۔ گوڈٕ نیتھ گیوٚو تھ گژھن سام ویدکہ بێیہٕ منتر پرٕنی تہٕ تمہِ پتہٕ یوسہٕ کھیٖشور بچے مژٕ آسہٕ، تھ منز بێیہٕ گیوٚو رلاوُن، یُتھ تتھ گیوٚس منز وُچھِ برٛژٕ زٕنی پنٛنی شکل۔ برتھا پرٛژھس 'کیاہ وُچھتھ اتھ منز؟' سو چھُس واپس ونان زِ مے وُچھ اتھ منز پنٛنی پزٛزا یا کھیتی۔

امہِ پتہٕ چھِ ہُرِ پمژ کھژرِ منز گوڈٕ نوشہِ پزسادرٕ پھ کھیاوٕ ناوان۔ تمہِ پتہٕ چھِ نوش پننہِ کو لچن ژنئن، بڑٕ زنانن، اسہٕ ونہٕ بُتھِ یزت تہٕ مان کُرتھ کھیژرٕ رپھ نویدٕ ہتی پنٕن سوکھ کانچھان۔ پتہٕ چھِ سارِنے گرکین تہٕ آمتین پڑھین تہِ کھژرٕ کھینیٕ دِوان۔ تم زنہِ چھِ سارِیے سامویدٕ گیوٗتھ بُرژِ زنہِ تہٕ گزبھس منترٕ کنی آشیرٕ واد دِوان:

ॐ वीरसूस्त्वं भव जीवसूस्त्वं भव जीवपत्नी त्वं भव।। १।।

आश्व. अ. १। कं १४। सूत्र १।।

چھکھ ویر تہٕ پآدٕ کرن واجینٕز زنٕدٕ سنتان
نیر ڈیکہٕ بُڈٕی تہٕ بکھتہٕ بُڈٕی پنہٕ نس برتھاہس روز پوشان



(سیمنتونین سنسکار ووت اند)



# ذات کرٛم سنسکار

آشوالاین گوبھلی تہٕ شونک گرٛہ سوٗترن منٛز چھُ لیکھتھ زِ ییلہِ گوبہِ کھورٕ ترٕیہِ (پرٛسو پیڈٛا) پرٛسنگ دود چھُ ووتھان۔ یمو منترو چھِ تس پانٛچ لوٕ دِنہٕ یِوان۔ ییٚمہٕ سِتۍ تس بچہِ تھنہٕ پنٛبس منٛز چھِ سہولیت واتان۔

**گرٛبھ پیڈٛا وِزِ منتر زپھ تہٕ مارجن:**

ॐ एजतु दशमास्यो गर्भो जरायुणा सह। यथायं वायुरेजति यथा समुद्र ऽ एजति। एवायं दशमास्यो अस्त्रज्जरायुणा सह।। य. अ.८।मं. २८।

یِتھ ہَوا پٕننہِ گرٛش منٛز پانے پکان
سمٛندر زل تہِ پانے پکان شانٛتی سان
تِتھٕ دادِ روٗس گرٛبھک شُر روٗزِن برٛونٛٹھ گُن پکان
ییٚمہِ سنٛسآری زٕمس یِیہِ نہٕ ڈٕہمہِ رہتہٕ حلہٕ سان

ॐ अवैतु पृश्नि शेवलम शुने जराय्वत्तवे। नैव मांसेन पीवरी न कस्मिश्चन आयतम अव जरायु पद्यताम्।। पार. गृ. सू. का.१।क.१६।सू.२।।

گرٛبھس پیٹھ وٕلتھ مُسلہٕ سبٹھاہو رِپو آسان
یُس پشُل تہٕ موٚٹ چھِ ہوٗنس ترٛاوان
دَے کرٛ پایہِ حلہٕ سان شُر برٕرٛ زٕنی ژٔے زیوِنٕے
رٛژھ أندری روٗزِتھ داڈُک سادن مے زانٛہہ بٕنہِ نے

منتر پرٕتھ گرٛھن لوٕ برٕرٛ زنہِ دِنہِ۔ پیڈٛا روٗس بچہِ چھُ تھنہٕ پیوان۔ چھٕلِتھ چھوٗکِتھ گرٛتھِ بچہِ مائِلی ہنٛزِ کھونہِ منٛز ترٛاوُن۔ یُس نان ژٕٹھ چھُ شُرِس توٗنس اکھ سوٗت ترٛاوِتھ نانہِ گنٛڈ کران۔ تمہِ پتہٕ کمرس منٛز اکہِ طرفہٕ ہَون کونٛڈس برٛونٛٹھ کنہِ شُری سُند مول یِوان تہٕ برٛہمن ہنٛز جاے شیٖرِتھ ونان:

ॐ आ वसो: सदने सीद।।

یہِ آسن گرِو گژہن۔ تمہِ پتہٕ بڑہمُن یژمنس واپس ونان:

مٚیہ کۆر آسن گژہن۔

ॐ सीदामि।

تِتھے پأٹھی ؤنتھ چھُ بڑہمُن آسنس پپٹھ بِہتھ پتہٕ 'اینت اِدھم' بیٚترِ ترٛیو منترو أگنس ژنٛدُن رژھا رژھا ترٛ اُدِتھ ترٛشوزوتہٕ ناوان۔ منتر چھُ یہِ:

ॐ अयन्त इध्म आत्मा जातवेदस्तेनेध्यस्व वर्धस्व चेद्ध वर्धय चास्मान् प्रजया पशुभिर्ब्रह्मवर्चसेनात्रा द्येन समेधय स्वाहा।। इदमग्नये जातवेदसे-इदन्न मम।।१।।

أگنہٕ راژ ترُشہِ چھِ چونُے آدھار
تھٕدِتھ بڑِتھ روز جل گژھ اِظہار
پۆتھر پُشی یشہِ ستی بڑاو سونُے مان
چھِی تمے باپتھ کونگ چانہِ ویرِ ہُمان

یہِ منتر چھِ ترٛیہِ لٹہِ پران تہٕ کونگ رژھا رژھا چھِ أگنس ہُمان۔ تمہِ پتہٕ چھِ آگھاراواج بھاگ آہُوتی ژورتہٕ وہرٛتی ژور دوشِوے میلِتھ کُل اُٹھ آہُوتی دِنہِ مژلن:
کونڈس ووترِ۔کنِز گبو ہُمن:

ॐ अग्नये स्वाहा। أگنِٕ ویرِ چھس ہُمان
ॐ सोमाय स्वाहा। سومرس باپتھ چھس ہُمان، کونڈس ڈچھنِز۔کنِز گیو ہُمن
ॐ प्रजापतये स्वाहा। پرٛجا پالن والہِ ہٕنزِ ناوِ چھس ہُمان
ॐ इन्द्राय स्वाहा। ایشوریہِ خأطرِ چھس ہُمان
ॐ भूरग्नये स्वाहा। أگنہٕ راژ ہٕنزِ ویرِ چھس ہُمان
ॐ भुवर्वायवे स्वाहा। وایو دیو ہٕنزِ ناوِ چھس ہُمان
ॐ स्वरादित्याय स्वाहा। سِریہِ رۄپ پرٛکاشوان دٚے ہٕنزِ ناوِ چھس ہُمان
ॐ भूर्भुवः स्वरग्निवाय्य्वादित्येभ्य स्वाहा।

چھس زگت تھُرن وألی ہٕنز سُمرن کران

گوڈٕ وأنی ایشورس منگان، تَوے چھُس ہُمان

ॐ या तिरश्ची निपद्यते अहं विधरणी इति। तां त्वा घृतस्य धारया यजे सँ राधनीमहम्। सगँ राधिन्यै देव्यै देष्ट्र्यै स्वाहा। इदं संराधिन्यै। इदन्न मम।। सा. वे. मंत्रब्राह्मण प्र.२। खं.५। मं. ६।

منَس مُطأبِق چھکھ گرِوأنِک ترِے میانہِ لنہٕ مانہٕ
گیوٚچ دار أگنس ہِمتھ چھُسے ستکار کران
چھکھ کارن سیّد کرِوٕنی تہٕ أنزراون وأجینز بہٕ مانان
رُت پھل دِنہٕ واجینز ترِیہ رِیھ دیوی باپتھ ہُمان

ॐ विपश्चित पुच्छम भरत तत दाता पुनराहरत्। परेहि त्वं विपश्चित्पुमानयं जनिष्यतेऽसौ नाम स्वाहा। इदं धात्रे, इदन्न मम।। सा. वे. मंत्रब्राह्मण प्र.१। खं.५। मं. ७।।

وید وان چھِ سنتانس تھدِ پأیک مانان
پرمیشور تہٕ چھُس یِہے گژھ بخشان
کوڈٕ سأری وید وان مے بزونٹھ کُن چھِ یوانن خوشی سان
دیو ویر برتھا مے زیوراوِ مانہٕ بوڑ بیاکھ سنتان

یِمو دوٚیَو منترو گیوٚچ آجھوٚتی دِتھ گرٕژھِ وامدیوگان تہٕ ایشورو وپاسنا کرِنی۔

ॐ कुमारं जातं पुराऽन्यैरालम्भात् सर्पिर्मधुनी हिरण्यनिकाषं हिरण्येन प्राशयेत्।। आश्व. गृह्य. सू. अ. १। क. १५। सू. १।।

سونہٕ شلاکہِ ستی گھیتھ گیوٚو مانچھ رلاوُن
بہٕ ہنزِ کھوتہٕ منز شُر سُے کھیاوُن

**مدھو پراشن گوٚژھ ستو منترو ستی ستہِ پھرِ کرُن:**

مانچھ ترِے پھیرِ تہٕ گیوٚو اکھ پھیوٚ رسونہٕ چیزِ ستی گھیتھ شُری ہنزِ زیوٚ پیٹھ اوم لیکھُن تہٕ ڈچھنِس کنَس تل چھُس ویدو ستی شبدھ وَنُن۔ امیُک مطلب گو زِ چون گُپتھ ناو چھُ وید۔ یہٕ شبد بوزناوِتھ یِم ستھ منتر پران پران گرٕژھِ رژھا رژھا شُری ہنزِس موکھس منز ترٛاوُن۔ مانچھ تہٕ گیوٚو گرٕژھِ نہٕ زانہہ سمباگس منز رلاونہٕ

ٮ۪ن ۔ یہِ چھُ امرتھ بدلہٕ تیلہِ زہر بنان ۔ منتر چھُ:

(ग्वड्डन्युक मन्त्र) ॐ प्रते ददामि मधुनो घृतस्य वेद सवित्रा प्रसूतं मघोनाम्। आयुष्मान् गुप्तो देवताभिः शतं जीव शरदो लोके अस्मिन्।।१।। आश्व. अ. १। कं.१५। सू.१।।

پھیۆر پھیۆر آس ٹاٹھِ ترٛاوان ژٕ لولہٕ سان
پاد کرن وول دے یہِ مانٛچھ گیو بناوان
چھےٚ رأچھ وید وانٛن ہنٛز اۄرزُو تہٕ یَش دِیہِ نٕ
در سنسأری ستھی سال وأنٛس دے ژٕے بخشنٕ

(दोयिम मंत्र) ॐ मेघां ते मित्रावरुणौ मेधाम अग्नि दधातु ते। मेधां ते अश्विनौ देवावाधत्तां पुष्करसृजौ।।२।। सामवेद मं. ब्रा.प्र.१। खं.५। मं.९।।

یہِ دوہ راتھ پرکھ، بوزکھ سُمرنہٕ منٛز روٗزِنے
پۄزنیہِ دے ژٕے دھارن ییٚگی بود بل بخشنٕ
آکاشکی راز ہِریہِ، ژٕندرم دیو بود دِیہِ نٕ
سمیٚگ، ہِریہِ ژٕندرُک زأنی کار ژٕے دے بناونٕ

(त्रेयिम मंत्र) ॐ भूस्त्वयि दधामि।।३।।

پرٛان دِنہٕ وألِس ایشور ہنٛز چھُس سُمرن کران

(च़ूरिम मंत्र) ॐ भुवस्त्वयि दधामि।।४।।

دوکھ ہرٛتا ایشور ہنٛز چھُس سُمرن کران

(पाँछ़िम मंत्र) ॐ स्वस्त्वयि दधामि।।५।।

نانا پرٛکأری چیشٹایَن ہُنٛد سوامی ہنٛز چھُس سُمرن کران

(शेयिम मंत्र) ॐ भूर्भुवः स्वस्सर्वं त्वयि दधामि।।६।।

پرٛان رکھیک دوکھ ناشک گرٛ ہُنٛد آدھاریُس چھُس تیٚہنٛز سُمرن کران

(सतिम मंत्र) ॐ सदसस्पतिम अद्भुतं प्रियम इन्द्रस्य काम्यम्। सनिं मेघाम अयासिषम स्वाहा।।७।। यजु. अ. ३२। मं. १३।। ओम् इदमाज्यमिदमन्नमिदमायुरिदममृतम्।।

گیانہٕ دلتہٕ ادبھوت تہٕ آنٛند سۆروٗپ ییٚہنٛز کامنا زیو کران

سُے ٹوٗٹھ دَے دِویک بل دِتھ روزٕم شود بود بخشان

یم ستھ منتر پرٕتھ ستہِ لٹہِ مانچھ أسس شرٕس ترٛاوِتھ گرٛٹھ توٚل تہٕ وُشکہٕ پأنس منز گِہہ دِتھ چھأنتھ اکھ پھیوٚر بالکس موکھس منز کِسہِ تہٕ نیوٚٹھہٕ ستی یہِ منتر پران پران ترٛاوُن۔ منتر چھُ:

ॐ इदमाज्यमिदमन्नमिदमायुरिदममृतम्।। सा. मंत्र ब्रा. अ.१। खं ५। मंत्र ८।

پوٚچھر دِنہٕ وول اَن کھینہٕ یِکی آسان

یُس امرِتھ روٗپ آیَس ہُربر کران

امہِ پتہٕ چھُ کنَس تل بب پٔٹُن أمس أہی روٗپ ناومنترِ پران:

آشیرواد چہ نومنتر:

ॐ मेधान्ते देव: सविता मेधां देवी सरस्वती। मेधान्ते अश्विनौ देवाव आधत्तां पुष्कर सृजौ।।१।। आश्व. गृ. सू. अ.१। क.१५।सूत्र २।।

سوٗرے زگت دھارن کرن وول سہاتیس ژےٚ روٗزِنے

سرسوٚتی موکھس رٕژ وأنی، سوبود سُے بخشِنے

ہِریہِ تہٕ ژٕندرم بوزٕ بل دِنے

ہِریہِ ژٕندرم زأنی مَس پانہٕ چاٚوِ ینے

ॐ अग्निरायुष्मान् स ओषधीभिर आयुष्मांस्तेन त्वायुषायुष्मन्तं करोमि।।२।।

جٔڈی لکر أگنس زألِتھ جوٚتی ہُربر کران

زیوٚٹھ آے ژےٚ کیتھ أگنِچ جوٚتی منگان

ॐ सोमआयुष्मान्त स ओषधीभिरायुष्मांस्तेन....।।३।।

رَس زوٗنہٕ ہُند زیون تہٕ جٔڈیَن پھولہٕ راوان

پھولِتھ دِیہِ زیوٚٹھ آے زوٗنہٕ ماجہِ منگان

ॐ ब्रह्मआयुष्मत् तद्ब्राह्मणैरायुष्मत्तेन.....।।४।।

زِندگی ہُند ہیٚتو، وید گیانہٕ کِنی آے زیٹھان

چھُس ژےٚ کیُتھ زیُوٗٹھ آے میُوٗٹھ بتہٕ ویدن منگان

ॐ देवा आयुष्मन्तस्तेऽमृतेन आयुष्मन्तस्तेन....।।५।।

وِدوٗگ، سداچار یگیہ روٗپ امرِتھ آیَس ہُربر کران
وید وانَن تہٕ چھُس زیُوٗٹھ آے ژےٚ کیُتھ منگان

ॐ ऋषय आयुष्मन्तस्तेव्रतैर आयुष्मन्तस्तेन......।।६।।

کٔٹھِن فاقو سویمہٕ ستہٕ ریٚشی وآنسہٕ ہُربر کران
چھُس زیُوٗٹھ آے ژےٚ کیُت ریٚشن بہٕ منگان

ॐ पितर आयुष्मन्तस्ते स्वधाभिरायुष्मन्तस्तेन....।।७।।

بَب ماَج تہٕ زاٹھِر سیواے پھلہٕ روٗپ اَہی کران
خوش روٗزِتھ آیَس ہُربر ژےٚ اَشیر واد روٗپ روٗزنٕے دِوان

ॐ यज्ञ आयुष्मान् स दक्षिणाभिरायुष्माँस्तेन०....।।८।।

یگیہ کٔرِتھ برٛہمنس دان دکھشنایہِ کٔرِ وآنس زیٹھان
اَشیر وادٕ رٕچھ یگیہ تہٕ برٛہمن روٗزِنٕے وآنس ہُرراوان

ॐ समुद्र आयुष्मान् स सृवन्तीभिरायुष्मांस्तेन त्वायुषा ऽऽ आयुष्मन्तं करोमिं।।९।। पार. गृ. सू. का.१।क.१६।सू. ५।।

ندن ہٕندِ کھوتہٕ پوشہٕ ۄُن روزٕۄُن سمندر آسان
چھُس سمندرس ژےٚ کیُت بوٚڈ آے منگان

یم نٔو منتر شُرِس ڈٕچھنہِ کنہٕ بوزٕناوِتھ گٔرہِ تہٕندِس کھوورِس کنَس تل تہٕ یم منتر پرٕنی
تمہِ پتہٕ شُرِس پھیکِس پٹھ اتھٕ تھٔوِتھ یم ترٕے منتر اَشیر واد روٗپ پرٕنی:

ॐ इन्द्र श्रेष्ठानि द्रविणानि धेहि चित्ति दक्षस्य सुभगत्वम अस्मे। पोषं रयीणाम अरिष्टिं तनूनां स्वाद्मानं वाचः सुदिन त्वम अह्नाम् ।।१।।

ऋ. मं.२।सू. २१।मं. ६।।

پوشہٕ ۄُن تہٕ ستٕک دن یٔندرو سوٗزِتن
کرٕم کرنٕچ سامرتھ رُت بوگ سوٗزِتن
یَش ییٚہ رُت نصیب لأنس لیکھِتن

میٹھی وأنی شود وبژار شُرین بخشتن
خوش پاڑھی دوہ دوہ اند واتہٕ ناوتن
یگیو شوبھ کارو وبوہار رُت کرٕناوی تن

ॐ अस्मे प्र यन्धि मधवन्नृजीणिन्निन्द्र रायो विश्ववारस्य भूरे:। अस्मे शतं शरदो जीवसे धा अस्मे वीरान शशवत इन्द्र शिप्रिन्।।२।।

ऋ. मं.३। सू. ३६। मं. १०।।

گوٚژھ سبٹھاہ تیٚوت دھنہٕ یُتھ لؤکھ کرن سیکار
ہتس ؤری یَس شانہٕ مانہٕ زِنٛدٕ روزنُک دِسا آدِکار
ہی گیٚان تہٕ سوکھ بنٛڈار رؤپ اندرٕ بھگوان
سبٹھاہ زیٚادٕ ویر پوٚتھر لانہٕ سانہٕ روز لیکھان

ॐ अश्मा भव परशुर्भव हिरण्यमस्रुतं भव। वेदो वै पुत्रनामासि स जीव शरद: शतम्।।३।। पार. गृ. सू. का. १६। सू १८।।

کنہٕ کھوتہٕ سخت تھر یرادٕ چانٛی شُری آسہِ نٕے
دوشٹ شترن بوزٕ چانہِ ؤزرٕ رؤپ پیٹھٕ پیٚیہٕ نٕے
موکھٕ پڑون، پاس سون تیز تہٕ مان دَے بخشنٕے
چھُکھ شُر مےٚ ہیٚو ستھی سال وُمبر دَے دِیہِ نٕے

یم ترٛے منتر پرنہٕ پتہٕ چھِ یہ منتر پرُن:

ॐ त्र्यायुषं जमदग्ने: कश्यपस्य त्र्यायुषम्। यद्देवेषु त्र्यायुषं तन्नो अस्तु त्रयायुषंम्।।१।। पार. गृ. सू. का.१।क.१६।सू.७।। यजु. अ.३ मं. ६२।।

چھُ نیٚشدبن ہَونہٕ ترٛیٚ ہتھ وُہُر منُش واتان
آتمہٕ گیٚانی یوٗگہٕ بلہٕ ترٛےٚ ہتھ ؤرِیہٕ کڑان
چھِ وبدوان میحنتی تہِ ہتھ ؤرِیہٕ وأنٛس واتان
لوکہٕ چار بجر جوانی ہیتھ ہتس ؤرِیَس پوشہِ ناونٕے بھگوان

یٚیمہِ منتر ہُند چھُ ترٛیِیہِ لٹہِ زیٚھ گرِتھ توٚ تانٛی بالُک ہیتھ گرٛھُن یییتن بالکن زنم آسہِ ہیوٚ تمُت:

लोसु कुठिस मंज़ गॅछ़िथ लोसि ॲन्द्य ॲन्द्य चून रुखु दिन्य।

ॐ वेद ते भूमि हृदयं दिवि चन्द्रमसि श्रितम्। वेदाहं तन्मां तत विद्यात पश्येम शरद: शतं जीवेम शरद: शतम् शृणुयाम शरद: शतम्।।१।।

पार. गृ१.सू. का. १।क. १६।सू १७।।

شُر زیتھ ترٔیہِ دِلس زوٗنہِ شیٛہجار باسان
چھُس وأتتھ تہندِس منَس سوتہِ مےٚ زانان
ایشور دیایہِ ہتَس وٗرِیَس دوشوِے زُوو روزو وُچھان
اکھ أکر ہندی دأدی کانگربن روزو مرحم کران

ॐ यत्ते सुसीमे हृदयं हितमन्त: प्रजापतौ। वेदाहं मन्ये तद्ब्रह्म माहं पौत्रमघं निगाम्।।२।। सा. मं. ब्रा. प्र.१।खं. ५।मन्त्र १०।।

یُتھ شوٗبہِ وُن سوندر مَس چون شود تتھٕے مَن چون
وودار منہٕ رُت وہٕار چون، ایشور سُند منَن چون
پۆتھر دوکھ گۆژھُس نہٕ زانہہ یموٕے أچھو وُچھن
پۆتھرس زیوٗنھ آے دَے پانے گۆژھ دیایہِ بخشُن

ॐ यत्पृथिव्या अनामृतं दिवि चन्द्रमसि श्रितम्। वेदामृतस्येह नाम माहं पौत्रम अघं रिषम्।।३।। सा. मंत्रब्रा. प्र. १।खं.५।मंत्र११।।

ماجہِ دھرتی ہندی پأٹھی دِلہٕ چھکھ سوزٕے ژالان
زوٗنہِ ہیٚو شیٛہجار روٗپ شیٖتل سوبھاو چون آسان
چھُس ییٚرِلوٗک تار دِنہٕ واجینٛہ ژےٚ مانان
پڑاوِ ہتھ وٗرِیہِ وأنس شُر چھُس آشاوان

ॐ इन्द्राग्नी शर्म यच्छतं प्रजापती। यथा ऽ यन्न प्रमीयते पुत्रो जनित्र्या अधि।।४।। सा. मंत्र ब्रा. प्र. १।खं.५।मंत्र १२।।

چھُس زیٛو دویوَ أگنو بکٕز زِنٛدٕ روزان
أگن دیٛو زیٛوتھ دِوان دوٗیم چھُ پالان
چھِ بالکسِ تہٕ ماجہِ پیٛٹھ دوشوے میٛہربان
ہتَس وٗرِیَس روزِ شُر زِنٛدٕ چھُس آشاوان

ॐ यददश्चन्द्रमसि कृष्णं पृथिव्या हृदयं श्रितम्। तदहं विद्वांस्तत् पश्यन् माहं पौत्रमघं रुदम्।।५।। सा. मंत्रब्रा. प्र. १। खं. ५। मंत्र१३।।

امرٕتھ رٕوٗپ ژٲوِتھ پرٕتھوی زٕوٗنہٕ ماجِہ سوزان
اوشدن تہٕ جڈین زوٗن پننہٕ رسہٕ پھولہٕ ران
ششترٕ شریرٕکٮ۪ن داتن تہٕ شیتل اثر ژاوان
رَس رٕوٗپ امرٕتہٕ شُرِس زٕوٗنہٕ روزِ پھولہٕ ران

یم منتر پران پران گرٕھن مُشکہٕ دار پانٛچ لوٗلوسہٕ ہٕندِس تریرس دِنہٕ۔

ॐ बालकस दोयिव मंत्रव सुत्य आशिर्वाद दियुन।
को ऽ सि कतमो ऽ स्येषोस्यमृतो ऽ सि। आहस्पत्यं मासं प्रविशासौ।।१।।
सा. मंत्रब्रा. प्र. १। खं. ५। मं. १४।।

ژٕ کُس کتہٕ آکھ چھکھ امر کِنہٕ نشور
چھُکھ ژٕ آتما رٕوٗپ تہٕ آسوٗن ژٕ امر
چھُکھ انٛش دَے سُنٛد سُے دَے ژٔے رٔچھِنے
دَے کرٕ پانہٕ برٕیہٕ ماس چھاوٗن ژٔے ٹاٹھِ ییٚرٕھنے

ॐ स त्वान्हे परिददात्वहस्त्वा रात्रयै परिददातु रात्रि स्त्वाहोरात्राभ्यों परिददात्वहोरात्रे त्वार्द्धमासेभ्य: परिदत्तामर्द्ध मासास्त्वा मासेभ्य: परिददतु मासास्त्वर्तुभ्य: परिददत्वृतवस्त्वा संवत्सराय परिददतु संवत्सर स्त्वायुषे जरायै परिददात्वसौ।।२।। सा. मंत्रब्रा. प्र.१। खं. ५। १५।।

دوہک گیان برٕیہٕ راژ ہُنٛد گیان دوہ دِیہٕ نے
راژ گیانہٕ دوہ تہٕ راژ ہُنٛد گیان سارِنے
دوہ راتھ پچھن ہُنٛد پچھ رہتک گیان دِیہٕ نے
رہتھ سوٗنت تہٕ باقی موسم ہُنٛد گیان دِیہٕ نے
موسم ؤرین ہُنٛد گیان دِتھ سوٗن گیانہٕ وان بناوی نے
ؤریہٕ زیوٗٹھ آے دِتھ وتھ بجرٕچ گاشہٕ راوی نے

**कलस मुशुक ह्यनुच च़ोर मंत्र:-**

**ॐ अंगादंगात्संस्त्रवसि हृदयादधि जायसे। प्राणन्ते प्राणेन सन्दधामि जीव मे यावदायुषम्।।१।** सा. मंत्रब्रा. प्र.१। खं.।मं.१६।।

چھکھ میانو انگو تہٕ ربد مژ شرِ زامُت

اَمی پرٛانو میانو پرٛانٕن چانٕن پۆچھر چھُ دِیتُمت

ہتھ ؤرِیہِ ترٛے ہتھ ؤریہٕ آے یِیمہِ سنسارٕ اَسہِ بۆزمُت

ترٛے ہتھ ؤریہٕ تہٕ روز زِنٛدٕ چھکھ دَیَن کرٛ پایہِ سۆزمُت

**ॐ अंगादंगात्सम्भवसि हृदयादधिजायसे। वेदो वै पुत्र नामासि स जीव शरद्ध: शतम्।।२।।** सा. मंत्र ब्रा. प्र.१। खं ५। मं. १७।।

چھکھ انگ میأنٛز ژٕے ربدٕ چھکھ ژٕے مٛیون

پرٛانو ستی سگ پرٛانٕن چانٕن روز بہٕ دِوٕ وون

ویدن ہُنٛد وبدوان بَن دیدو بَکٕز ژٕ یَیش پرٛاو

ہتھ ؤرِیہِ پتہٕ تہٕ زِنٛدٕ روز تھٕز گتھ پرٛاو

**ॐ अश्मा भव परशुर्भव हिरण्यमस्तृतं भव। आत्मासि पुत्र मा मृथा: स जीव शरद: शतम्।।३।।** सा. मंत्रब्रा. प्र. १। खं.५। मं.१८।।

کنہِ کھوتہٕ سخت تھر یَرادٕ چاأنٛز شُرِ اَسی نٕے

موکھٕ پرٛون پاسہٕ سون تیزٕ مان دَے بخشِنٕے

آتمہٕ گیانی بٕنتھ واأنسہِ دَے ہُرٕ راوی نٕے

أڈژٕڑی ودل مہٕ زاأنہہ دَے گُرِ نٕے

**ॐ पशूनां त्वा हिंकरेण अभिजि घ्राम्य असौ।।४।।** सा. मंत्रब्रा. प्र.१। खं.५। मं.१९।।

پشن ہنٛدِ ہٕنٛم رۆپ اپرٕ اچھرو کلس مُشِک ہوان

یِیمہِ ستی ژٕ میأنٛز مانے گنِے چھُس آش تھوان

یم منترٕ پرٕتھ گرٛھِ شُرِس کلس مُشُک ہوَن۔ یتھٕ پأٹھی یِیلہِ دۆرِ تہٕ کاأنہہ شُر یِیہِ یا گرٛھِ، تمہِ وقتہٕ تہٕ گرٛھِ یِیہِ کرٛیا کرِنٕی۔ تاکہِ شُرِس بَنِس روزِ پانہٕ وِنی ماجہِ پرٛیم۔

اکھا کہِ ہنٛدِ باپتھ روزن تڈ پان۔

जनि हुंद बजर ग्यवुन (नारी-स्तुति)

ॐ इडासि मैत्रावरुणी वीरे वीरमजीजनथाः। सा त्वं वीरवती भव या अस्मान् वीरवतो ऽ करत्।।१।। पार. गृ. सू. का. १। क.१६। सूत्र १९।।

ییتھ دیٛون، گورن، وویدِ دیشکن ہُنٛد زھوٚٹ اَن چھے ٹوٚٹھ
میٛتھرن شرشٹھ پورشن ییتھ یہِ ویر ترِے سبٹھاہ ٹاٹھی
زیٛوٚرُتھ ژٔے ویر بنوٚتھس ویر پوٚتھر مول
زیٛوٚنے بیٛیہِ ویر پوٚتھر بوٚزِنے زگت پالن وول

اپشورس وبتھ گرِتھ، لوسہِ خوش گرِتھ گرِھن لوسہِ ہنٛدی ببہِ ٹیوٗنڈی صاف، خوشبو پانہِ چھلنِز تہٕ دود دِنس یم زٕ منتر پرِنی:

द्वद दिनुक्य यिम ज़ु मंत्र:-

ॐ इमं स्तनमूर्जस्वन्तं धयापां प्रपीनमग्ने सरिरस्य मध्ये। उत्सं जुषस्व मधुमन्तम अर्वन्त समुद्रियं सद्नम आविशस्व।।१।। यजु. अ.१७। मं. ८७। पार. गृ. सू. का. १। कं.१६। सू. २०।।

ٹاٹھِ شُرِ میانہِ والہِ اَگنہٕ رازس ہیُو بَنِن والہِ تیزوان
تزیلوٗکی منز ییتھ رس، بلہٕ بوٚرُتھ چھیتھ مومہٕ دام
ماچھ ہیُو موٚدُر یہِ مومہٕ گوٚل وُنی کین بأسِنے
سمُدرا، پرتھوی، آکاشی گیان دَے مومہٕ گلہِ بخشِنے

ॐ यस्ते स्तनः शशयो यो मयोभुर्यो रत्नधा वसुविद्यः सुदत्रः। येन विश्वा पुष्यसि वार्याणि सरस्वति तमिह धातवे कः।।२।।

ऋ. मं.१। सू. १६४। मं.४९।। पार. गृ. सू. का.१। क. १६। सू.२१।।

سرسوٚتی روٗپ ژٕنی مومہٕ چون سوکھ دِنہٕ وول
شُری ہنٛدبن انگن پوٚچھر سُہ چھے دِنہٕ وول
دودِ روٗپ رتن شُر وُنی دھارن کرن وول
دود روٗپ دھن چھُ تس دناٗڈی بناون وول

شۆبہٕ وُن دان سادن مومہٕ دام ژٕے بناوان
پرٕ ووپہ کاری دوٕ ٹیوٹھ چون بنأوِ شُرِس بلہٕ وان
دوٕیو منترو گژھِ گوڈٕ ژٕ چھنہِ ٹیوٹھِ پتہٕ کھوورِ ٹیوٹھِ شُر مومس دام دِنٕاوُن۔

कलश (नोट लोसु कुटिस मंज़ बॅरिथ थवुन) :-
ॐ आपो देवेषु जागृथ यथा देवेषु जागृथ। एवमस्यार्म सूतिकायां सपुत्रिका यां जागृथ।।१।। पार. गृ. सू. का.१।क.१६।सू.२२।।

یتھ وید وانن ہندِ حکمہٕ زلہٕ دیہٕ چھِ سادھک روٗپ ییتھین تھوان
یتھ دیو چھِ سو بھاوے کار ساری زگہٕ ہندِ انجام انان
بچس زچس زلہٕ سادھک روٗپ پہرٕ داری روز کران
کیٚمین کرٕلن گنڈٕ ہوا ہٕس کھے کٕرِتھ بنیٚتھ کلیان

امہِ منترٕ ستی پانٕ نوٹ لوسہٕ کلہٕ طرفہٕ شانٛدس ستی تھٕوِتھ گژھِ ژٕ ہن دوہن تَتی نَس تھاوُن۔ تتھ لوسہٕ کُٹھِس منز گژھِ صبحن شامن ییم ژٕ منترٕ پرٕتھ تِلہٕ گوگل مِلہٕ نأوِتھ پتہٕ ژٕ ہن دوہن تأنٛی آہوژٕ دِنٕی۔ بچہٕ تہٕ زچہِ چھُ روزُن نِرٕ ذوگ۔
اکھ سادھک رِیھ سیوٗک گژھِ لوسہٕ تہٕ بچس نِش تھوُن، یُس ژٕ ہن دوہن کلس نِش پانٕ نوٗٹ ڈھکنہٕ روٗس تھٕوِتھ کرِ سیوا لوسہٕ تہٕ شُرِس ہنٛز۔ دپان یہٕ پوٗنٕی چھُ دؤشِت ہَوا تہٕ کیٚمی کرٕلن دوٗر کرنس منز سہایک سپدان۔

ज़ मंत्र यिमव सुत्य दहन दोहन हुमनु यियि:-
ॐ शण्डामर्का उपवीरः शौंडिकेय ऽ उलूखलः। मलिम्लुचो द्रोणसश्च्यवनो नश्यतादितः स्वाहा।। इदं शण्डादिभ्यः, इदन्न मम।।१।।
पा. गृ. सू. का. १।क. १६।सू. २३।।

ییم دوشٹ روٗگ، مرض سوکھس ویٚکن ترٛاوان
پأرٕیِن ہندِ سمبنٛدھ یُس روٗگ پأدٕ سپدان
مکر برس اتھ لاگنہٕ چھِ آم یُڈ منز پھبان

نستہِ بے شکلی رۄگہِ رۄپ کیٚوٚم شریرس پۆژ پار کران
رۄگو کیٚموٚ مرضو بنیٚہِ ویگنو سان
رچھِن سائِنس ٹائِٹھس نو نہالس رچھوُن بھگوان

ॐ आलिखन्न अनिमिषः किंवदन्त उपश्रुतिः हर्यक्षः कुम्भीशत्रुः पात्रपाणिर्नृ मणिर्हन्त्रीमुखः सर्षपारुणश्च्यवनो नश्यतात इतः स्वाहा।। इदमालिखन्न निमिषाय किंवदद्भ्यः उपश्रुतये हर्यक्षाय कुम्भीशत्रवे पात्र पाणये नृमणये हन्त्रीमुखाय सर्षपारुणाय च्यवनाय, इदन्नमम।।२।।

पार गृ. सू. का.१।क. १६।सू.२३।।

پۆتھ اندِ بنیٚس زربر دِوان بنیٚہِ دمہِ کاوان
پپٹھولی ہاونہِ باپتھ اپوٚز وۄہار چھُ کران
نیٚوِ رۄد نیٚوِ ستیٚ ناس تڑاس بولان
اکثر بڑوٹھِ کنہِ بِوتھ بنیٚس نِشہِ غائبھ کران
لیٚدری چیٚشمو کرۄدھی دۄیمِن اکثر دِہکاوان
ہر وِزِ بچھان منشن بنیٚہِ پِشن ماران
تِلہِ گوگل پھولِس ہیٚوٚ تیز تہِ پِشُل آسان
ووزلی یا لیٚدری ژمہِ چمہِ خمہِ روزان
گِرگِٹ ہیٚوٚ ژِہ ژِہ چھُ رنگ بدلاوان
یتھِس ہِوی سُنْد سنگ سبٹھاہ گاتک آسان
رئِچھِن نو نِہالس یمو ویٚازو کشٹو نِشہِ بھگوان
گرِ گرِ رئِچھِنَس اتھِ روٹ کرِنَس رۄزِنس میٚہربان

ذہن دوہَن تائِ یمن منترِن ہُنْد ہوم کرنہٕ پتہٕ گرٛھن رِتی دھارمِک وِبدوان، وید گیٚانی سأری آسن گرٛہن کرناوِنی تہٕ لوسہٕ کٹھس منٛز شُری سُنْد بب روزِ اشیر واد رۄپ پاٹھ آنْد سان شُر بوزِ ناوان۔

**दहिमि दोहुक त्रे आशिर्वाद रुफ मंत्र:-**

ॐ मा नो ह्मसिषुर्त्रृषयो दैव्या ये तनूपा ये नस्तन्व स्तनूजा:।
अमर्त्या मर्त्या अभि न: सचध्वम आयुर्धत्त प्रतरं जीवसेन:।।

अथर्व. कां. ६। अनु. ४१। मं. ३।।

دیٚو ریٚشی رکھیک ساٲنؠ شریر ویدھا زانہٕ وٕنؠ
سمبندھ پیٚھنِ پٔٹھو یم گرٛھ نہٕ ترٛاوٕنؠ
یم سانہِ شریر مٔنز پھٹہِ ہتی ساٲنؠ ٹاٹھی پۆتھر
پیٚنہٕ ژلن، ترٛاون بیٚون تِہنٛد دوٗربر پھولادس اتھٕر
دیٚوو وِدوانو تُہنٛز کرو أسی آنہٕ ماٲنؠ
اسہِ ہتی لول باگراوِو گٔرِو مہرباٲنی
وارٕ وتہِ سارہِ سوکھٕ پۆتھر تھوہوٚکھ ساٲنؠ گٔرِو ووپکار
زیٚوٗٹھ آے میٚوٗٹھ بتگ گٔرِو تِمن رُت ووپہٕ چار

ॐ इमं जीवेभ्य: परिधिं दधामि मैषां नु गादपरो अर्थमेतम्।
शतं जीवन्त: शरद: पुरूचीस्तिरो मृत्युं दधतां पर्वतेन।।२।।

अथर्व. कां. १२। अ. २। मं. २३।।

سرٛشٹی ہنٛدی نیم پالنگ ووپہٕ دیٚش زیٚون دٕے لوٗنچہٕ گنٛڈان
نیم پالنہٕ زیٚوٗٹھ آے، نہٕ پالنہٕ کٔنؠ واٲنس ژھوٹان
گیانی زیٚو ہیتھ وٕرنؠ زِنٛدٕ روٗزِن چھُ ایٖشور یژھان
یگی پھلہٕ روٗپ اڈٕ ژٔڈ ودل چھنہٕ تِمن زانہہ سپدان

ॐ विवस्वान्नो अभयं कृणोतु य: सुत्रामा जीरदानु: सुपानु:।
इहेमे वीरा बहवो भवन्तु गोमत अश्ववन्मय्यस्तु पुष्टम्।।३।।

अथर्व. कां. १८। अनु. ३। मं. ६१।।

أگیان گٹہٕ کاسہٕ ڈُن ایٖشور بخشن اَبھے دان
یُس رکھیک پٔژلنہٕ رٕیھ اسہِ کران کلیان

یٖیمہٕ زنمہٕ سائٕنس ربدس منٛز سُے بسان
وپر پۆتھر روٗزِن سبٹھاہ یٖتہٕ یور تہٕ زیٖوٕران
شُری ہٕنٛدِس بَبس تہٕ روٗزِن دَے پۆچھر دِوان
یٕزمن پۆچھر، ہُربر منگان گاوٗ، گُپنو، گُربو سان



(ذات کرٛم سنسکار ووت اند)



# نام کرن سنسکار یا ناوتھونک دوہ

یہِ نام کرن سنسکار چھُ کُہمہِ دوہ ضُجن یا اکہِ ہتھِ اکہِ دوہ یا دۆیمہِ وُریہِ یٚیمہِ دوہ سُہ زامُت آسہِ کرنہٕ یِوان۔ تمہِ دوہ چھُ خوشی خوشی میٚترن، ہمکاریَن، اُشناون سال کرنہٕ یِوان۔ ساری ہَون کونڈس نِش سُمتھ ایشور ووپاسنا، سوستی واچن تہٕ شانتی کرن تہٕ سامنٛ پزکرن پۆر ویدی گرِتھ کرِنی۔ آدھاراواج بھاگ آہوٗتی ژورتہٕ ویٚاہرتی آہوژ ژورتہٕ 'تنواگنے' تہٕ باقی اُٹھ منتروسوزے مِلاوِتھ گل ژراہ آہوژ گیوٗچ اُگنس دِنہٕ۔ تمہِ پتہٕ چھُ شُرِس شرٛان کرِتھ ترٛے شود پلولا گتھ دچھنہِ طرفہِ کونڈس برٛونٹھ کُن یِوان۔ بالکس کلہٕ ووترس کُن تھوٚتھ بس کُن پلہٕ ناون تہٕ زٔنی چھِ بیٚیہِ تتھے پاٹھی برتھاہَس پتٛ کنٛ ہتھ، ووتر کنٛ پۆر کُن بتھ کرِتھ بیٚہان۔ تمہِ پتہٕ چھُ شُری سُند مول واپس ووتر کُن کلہٕ تہٕ دٔکھنس کُن کھور کرِتھ بچس پننہِ ترٛیہِ کھونہِ منز ترٛاوان۔ پانہٕ برٛہمنس ستی لرِ لور یزمن گیوٗک ووٚمن ہور برِتھ یہِ منترپرِی پرِی اُگنس ہُمان۔ منتر چھُ:

ॐ प्रजापतये स्वाहा।।

پرٛزاپتس سوامی ہندی ناوی چھس ہُمان

تمہِ پتہٕ چھُ یٚیمہِ دوہ زاو، سوتیتھ، تس دیوٗ ہنز، تمہِ نکھیترچ تہٕ نکھیتر دیوٗ ہنز آہوژ دِنہٕ یِوان۔ مثلن کانہہ چھُ اوک دوہ تہٕ اشونی نکھیترس منز زامُت تہٕ آہوژ چھِ ہتھ پاٹھی دِنہٕ یِوان:

| | |
|---|---|
| ॐ प्रति प्रदे स्वाहा। | اوک دوہچہِ ویرِ چھس ہُمان |
| ॐ ब्रहमणे स्वाहा। | ووتہٕ یتی کرن والی ہنز ویرِ چھس ہُمان |
| ॐ अश्विन्यै स्वाहा। | اشونی نکھیترچ ویرِ چھس ہُمان |

ॐ अश्विभ्याम स्वाहा। دِیُون کیُت نیرِن یہِ سات پھرُس چھُس تِمے ہُمان تمہِ پتہٕ چھُ سُوشٹکرٕت منترٕ ستیٚ اکھ آہوژ تہٕ ژور ویاہرتی آہوژ دوشوِ ے مِلاوِتھ پانٛژ ااہوژ دِنٛی۔ تمہِ پتہٕ ووتھِ شُرِس کھونہِ منز ہیتھ ماجہِ تہٕ بیٚہہِ شوبھ آسنس پیٹھ ہیٚر گُن تہٕ مول کرِ شُری ہنٛدِ ذٕچھنہِ نکہٕ واریک شاہک سُپرش یا محسوٗس تہٕ کرِ کتھ شُرٕ ہس ستیٚ منترو کنٛی۔ منتر چھُ:

ॐ कोऽसि कतमो ऽ सि कस्यासि कोनामासि। यस्य ते नामामन्महि यन्त्वा सोमेनातीतृपाम। भूर्भुव: स्व: सुप्रजा: प्रजाभि: स्याम सुवीरो वीरै: सुपोष: पोषै:।। यजु. ७। मं. २९।।

کُس، کیاہ، کُہنٛد چھُکھ، زُمس کمہِ ناوِ آمُت
چھےٚ ژٕنٛز پہچان پرٕکاش امر بتھ روٗپ دَیَن سوٗ زمُت
اَز چانہِ پہچانہِ أسی نوٚو ناو چھی دِوان
یٚمہِ ناوِ ییٚتہِ یور روزوے أسی آلو دِوان
شأنٛتی، دایک پدارتھو چھُ چون ناو ترٛپت کرنہٕ آمُت
دَے یرٕھایہِ کرمو ترٛپت روز کران، چھُکھ تسی مونٛگمُت
سُے دَے سوٗندر پوٚتھرن ہُنٛد بب مےٚ وارِ کارِ بناوی تن
وِیرن منز وِیرِ سنتانن ہُنٛد بب چون گُزرنہٕ ییہِ تن
سوٗندر پالن، پوشن وول بب چون سیٚد سپدِ تن
رأچھ راوٕٹھ کرن وول بب ہمیشہِ چون تھکہٕ وُن روٗزِتن

یتھ منز چھُ بب شُرِس تِسنٛدِس وجوٗدس مُتلِق پرٕژھان۔ ستی چھُس یتھ دوٚیمس شلوٗکس منز بیٚیہِ کینٛہہ پرٕژھتھ جواب تہٕ پانے دِوان۔

ॐ को ऽ सि कतमो ऽ स्येषो ऽ स्यमृतो ऽ सि।
आहस्पत्यं मासं प्रविशासौ।। मं. ब्रा. १। ५।। २४।।

ژٕ کُس کتہِ آکھ، چھُکھ امر کِنہٕ نشور
ژٕ چھُکھ آتما روٗپ، تِمے ژٕ آسوٗن امر

چھُکھ اَنش دَے سُند، سُے دَے رُچھنے
زمس یتھ بریہ ماس چھاوُن ژٔنے یُژھنے

پتہٕ گژھ پنِنہ مرضی ہُند ناو بچس کنس تل وَنُن تہٕ کورِ ہُند یا نچوٗ سُند ناو ہیتھ یہے منتر بێیہ پرُن:

ॐ स त्वा ऽ न्हे परिददात्वहस्त्वा रात्र्यै परिददातु रात्रिस्त्वाहोरात्राभ्यां। परिददात्वहोरात्रौ त्वार्द्धमासेभ्य: परिदत्तामर्द्धमासास्त्वा मासेभ्य: परिददतु मासास्त्वर्त्तुभ्य: परिरत्वृतवस्त्वा संवत्सराय परिददतु संवत्सरस्त्वायुषे जरायै परिददातु असौ।। मं. ब्रा. १।५।१५।।

پلہٕ ناوٕی نے بریہ ژٔنے دوہَس کُن دوہ راژ ہُند منظر ہاوِنے
راتھ بێیہ دوہَس کُن دِتھ، راتھ دوہ رُلتھ پچھن پلہٕ ناوٕی نے
دوہ راتھ پچھن ہُند، پچھ ریتک گیان دِیہ نے
پچھ رتن کُن پلہٕ ناوِتھ ریتھ سونتہٕ کالہٕ ژٔنے ہاوِنے
موسم ؤرِین ہُند گیان دِتھ ژٔنے گیانہٕ وان بناوٕی نے
ؤرِی زیٔوٗٹھ آے ژٔنے دِتھ بجرچ وتھ گاشہٕ راوٕی نے

یتھ پاٹھی منتر پران شُرس ناو کرِتھ، سارٕی پزٕہ ریتوج، اَشناو کھیاونہٕ تہٕ چاونہٕ یِوان۔ بٔس ماجہ یتی چھِ اُہی سارٕی پٕرھی کران۔ برٛہمن تہٕ چھُ خوش پاٹھی گھنتھ چینتھ دکھِنا تہٕ باقی پدارتھ ہتھ شُرس اُہی کران تہٕ اَشیر واد دِوان۔ نیران نیران چھِ ییمہٕ منتر رٕوپ اَشیر واد سارٕی دِوان۔ منتر چھُ:

'हे बालक ! त्वमायुष्मान् वर्च्चस्वी तेजस्वी श्रीमान् भूया:।'

دھرم کرٛم یکی وید وان بن، ٹاٹھِ زیٔوٗٹھ آے دَے دِیہ نے
پرٛ ووپہ کار جذبہ تہٕ بڈٕ یشہٕ پورشارتھ تیز دَے ژٔنے چمکاوٕی نے
(نام کرن سنسکار ووت اَند)

☆☆☆

# نِشکرٛمن سنسکار

رِتہِ ساتہٕ رِتہٕ دوہ ژوٗرِمس رتس منز چھ سہ دوہ مُقرر کرنہٕ یِوان، ییمہِ دوہ شُر کنہِ ہَوادار شود تہٕ صاف جایہِ ساٗلس نِنہٕ چھُ یِوان۔ امہِ دوہ چھُ سِریہِ کھٕسِتھ شُرِس شرٛان کٔرِتھ سوٗندر تہٕ صاف پلوٗ لاگِتھ أگنس بڑونہہ کنہِ ہیوٗر کٔن ڈیکہٕ تہٕ سیٖنہٕ تھٔوِتھ ببہٕ ہنٛزِ کھونہٕ منز ترٛاونہٕ یِوان تہٕ شُری ہنٛز ماجِ برتھاہَس أندی أندی پرٛکرم دِتھ پچھِم کُن بُتھ کٔرِتھ کھووِرِ طرفہٕ تھوٗ دٔتھِتھ بیہان۔ شُری سُند بب أگنس بڑونہہ کنہِ ترٛیہِ منترٕ کنٛز خوش کران۔ منتر چھُ:

ॐ यत्ते सुसीमे हृदयँ हितमन्त: प्रजापतौ।
वेदाहं मन्ये तद् ब्रह्म माहं पौत्रमघं निगाम्।।१।।

ویشواس بوٗزِت مَن چون شوٗبہٕ وٕنی مَس تلٕی چانی
حسد فِکر غمہٕ روٗس وودار چھی باو چانی
چھکھ پوٗتھر ہنٛز ماج، وہرٛار تھٔدی سبٹھاہ چانی
دَے کرٛ پایہِ دِیہِ نَس زیوٗٹھ آے چھس وٕنتھ میانی

ॐ यत्पृथिव्या अनामृतं दिवि चन्द्रमसि श्रितम्।
वेदामृतस्याह नाममाहं पौत्रमघं रिषम्।।२।। मं. ब्रा. १।५।११।।

پرٛتھوی ہیٖو درٛڑھ ہرٛدے چون زوٗنہٕ پدارتھن وُچھان
چھٔے سوٗندر آنٛند دِنہٕ وول پرٕ پوٗرن گون وہرٛاران
بے شک درٛڑھ سوٗندر آنٛندی پوٗتھر چون آسہِ بلہٕ وان
بوٗڈ آے تھدن پاے تس چھس دَیس منگان

ॐ इन्द्राग्नि शर्मयच्छत प्रजाये मे प्रजापती।
यथायन्न प्रमीयते पुत्रो जनित्र्या अधि।।३।।

ہی دیوی دَیہٕ ویشواسہٕ چھے ژےٚ پرٕوومُت آتمہٕ گیان
باوٕ أگنس ہُمنہٕ ستیٚ سپدیہٕ پاچھن کرٛیا شریر بلہٕ وان
پوٚتھرس چأنس دوشوٕے أگن کرن دَے کرٛپایہٕ کلیان
دَے دِیہٕ نَس زیوٗٹھ آے چھُس بارمبار تسیٚ منگان

یمو ترٛیو منترو دَیہٕ پوٗز کٔرِتھ گرٛہہِ سوستی واچن، شأنتی پاٹھ تہٕ سامأنی پرٛکرنٛچ ساریے ویدی کٔرِتھ پوٚتھرس کُن وُچھِتھ یمو ترٛیو منترو ستیٚ تَس کلس اتھ لاگُن تہٕ منتر پرُن:

ॐ अंगातंगात्सम्भवसि हृदयादधिजायसे।।
आत्मा वै पुत्रनामासि स जीव शरद: शतम्।।१।।

شریرکی انگو منٛز دزامُت ویرٕی تہٕ ربد سان
چانہِ زٕہنکی ہیتو ٹاٹھِ میانہِ تم چھِ آسان
مےٚ بڑوٗنٹھ مرنک سبب دَے مہٕ زانٛہہ کٔرِنے
چھُکھ ژٕ آتما میٚون ہتَس وٕرِیَس زِنٛدٕ تھوٗنے

ॐ प्रजापतेष्ट्वा हिंकारेणावजिघ्रामि सहस्त्रायुषाऽसौ जीव शरद: शतम्।२।। पार. गृ. सू. का. १। क. १८। सू.३।।

چھُکھ دَین دِیتُمت لولہٕ شبدو کلس چھُسے مُشک ہوان
ہتیٚ وُہری پتہٕ تہِ دَے زِنٛدٕ ژےٚ روٗزِنے تھوان

ॐ गवां त्वा हिंकारेण आवजिघ्रामि।
सहस्त्रायुषा ऽ सौ जीव शरद: शतम्।।३।।

گاوٕن ہُنٛد ہیٚو لول بأ گٔرِتھ نَس چھُس مُشکہٕ وان
روز ہتیٚ وُہری پتہٕ تہِ میٹھی زِنٛدٕگی زُوان

شُری ہندِس دٕچھنِس کنَس منٛز چھُ اَمہِ پتہٕ یہِ منتر پرُن:

ॐ अस्मे प्रयन्धि मघवन् नृजीषिन्निन्द्र रायो विश्ववारस्य भूरे: अस्मे शतं शरदो जीवसे धा अस्मे वीरान शशवत इन्द्र शिप्रिन्।।१।।

زگت روٗپ دٕہنکی علمدار سوز اَسہِ مُہرٕ دھیار
سوز اسہِ دھن تیٚوت آسہِ یُس سارِنے سیوٕکار

گیان بۆرُت سوکھ دایک ہی سانہِ ٹاٹھ بھگوانہٕ
وِیر پورُش تہٕ ہیتھ ؤرِیہ وأنِس روز بخشان

ॐ इन्द्र श्रेष्ठानि द्रविणानि धेहि चित्तिं दक्षस्य सुभागत्वमस्मे।
पोषं रयीणामरिष्टिं तनूनां स्वाद्मानं वाचः सुदिनत्वम अन्हाम्।।२।।

ऋ. मं. २।सू. २१।मं. ६।।

شرشٹھ دھن رؤپ کرٕم یٔندر دیو اَسہِ کرٕناوِتو
سو بھاگی، ییش، دھنس پۆچھر، توہی پانہٕ دِیتو
انگہٕ رؤپ سنتانن بخشا میٹھی موور وأنی
شوٗنٛز گرٛھی شوبھ کارو ستی دوہ سأنی

یہِ منتر کنس تل پرنہٕ پتہٕ گرٛھہِ شُر ماجہِ ہنٛزِ کھونہِ منٛز ووترس کُن کلہٕ دِکھنس کُن کھور گرِتھ تٔرٛاوُن وارٕ وارٕ تھوبس مأج کلس پیٹھ اتھٕ تہٕ تمہِ پتہٕ تھۆد ؤتھتھ کرناوِو تس ہر یہ درشن منتر پران پران:

ॐ तच्चक्षुर्देवहितं पुरस्ताच्छुक्रमुच्चरत्। पश्येमशरदः शतं जीवेम शरदः शतं श्रृणुयाम शरदः शतं प्रब्रवाम शरदः शतमदीनाः स्याम शरदः शतं भूयश्च शरदः शतात्।।१।। य.।अ. ३६।मं.२४।।

وبدوانن ہنٛدِ ہیتکأری دِیہ سرِ یہ رؤپ ژٕ گاشہِ راوان
پرأنی سارِنے ہُند گیاتا شود نیٛترو رؤپ انوبھاوان
گیانہٕ ستی سہ رِپھ چون ہتس ؤرِیس روزو وُچھان
أسی ہتس ؤرِیس روزو اکھ أکی سُند بوزان تہٕ پرٕناوان

یہِ منتر پرِتھ شود ہواہس منٛز چکرا دِتھ ہوَن کرنٛچ جایہِ گرٛھن بَب تہٕ مأج شُرِس کھونہِ منٛز ہیتھ تہٕ پرن سأری پرٛھوسان یہِ منتر:

'त्वं जीव शरदः शतं वर्धमानः'

ہر رنگہٕ روز تھدِتھ بڈِتھ رُتے روزتم وُچھان
ستھی سال آے لگنے راجہِ بۆزی نے بھگوان

یہ منتر پرِتھ اُشیر واد دِتھ کرِ شری سُند بب ماج پرِژھن آدر ستکار تہٕ کھیاوِتھ چاوِتھ دِنکھ روخصتھ۔ تمہِ پتہٕ ییہ شُری سنز ماج ڈچھنہِ طرفہٕ پیٹھ ورس کھوورِ طرفہٕ تہٕ اتھس منز پوٗنی رٔٹتھ روزِ ژٔندرمس بُتھ کنہِ کھڑا تہٕ پتہٕ پرِ یہ منتر:

ॐ यददश्चन्द्रमसि कृष्णां पृथिव्या हृदयं श्रितम्।
तदहंविद्वान स्तत्पश्यनमाहं पौत्रमघं रुदम्।।१।। मं. ब्रा. १।५।१३।।

کرٕہنی داگ روٗپ زمین چھِ زوٗنہِ ہرٕ دیس منز بسان
پیٚیم نہٕ زانٕہہ وُدن پوٚتھر دادِ چھُس تَس منگان

ییمہِ منترٕ کنی چھُ ورونان زِ تَس چھِ یہ پوٚرٕ پتاہ زِ زوٗنہِ تہِ چھُ چھُ گرٕوہن لگان، مگر توتہِ چھُ ماجہِ زوٗنہِ تہٕ پرٕتھوی پٔنِنس سنتانس باپتھ راچھ کرنہٕ باپتھ ونتھ کران۔

یہ منتھر پران ترٕاوِ زمینہٕ پیٹھ سُہ اتھک پوٗنی۔ تمہِ پتہٕ ییہِ برتھاہَس پتہِ کنہِ ترٕ یہ ڈچھنی کنی بڑوٗنہہ کُن تہٕ ییہ شُرِس پننہِ کھونہِ منز واپس۔ شُری سُند کلہٕ کرِ ووترٕ کُن تہٕ کھورتھٔو بس ڈکھبن کُن۔ شُری سُند بب رٹہِ اتھس منز پوٗنی (اوم یددشچ) امہِ منترِ ستی کرِ سُہ تہِ پرمیشور سنز توتا تہٕ دِیہ ماجہ درھتی کُن لو۔ تمہِ پتہٕ ییِن دوشوے خوٗشی گرِ تہٕ رچھن دوٕدِ تہٕ دانہٕ پننہٕ نِس ٹاٹھس نونہالس۔



(زٔشکرٕمن سنسکار ووت اَند)



# اپٕر اشن سنسکار

شیٚمہِ رہتہٕ یٚیمہِ دوہ زامُت چھُ تمہِ دوہ چھُ منترو ستی، گیٖو بتہٕ زامُت دود ترٛشوٕے یکوٹہٕ رلاٚوِتھ یہِ سنسکار کرنہٕ یِوان۔ تومُل چھلان چھلان چھِ منتر پرنہٕ یِوان:

ॐ प्राणाय त्वा जुष्टं प्रोक्षामि। ओं अपानाय त्वा.। ओं चक्षुषे त्वा.। ओं श्रोत्राय त्वा.। ओं अग्नये स्विष्टकृते त्वा.।

پرٛانن ہنٛدِ پوٚچھرِ باپتھ چھُس تومُل ژاران
اپاۂنکی ہبتہٕ باپتھ چھُس لولہٕ ستین چھلان
اچھن کَنَن ہنٛدِ ہبتہٕ چھُس تومُل بہٕ ژاران
رِتہِ رسہِ کرٛتا اَگنہٕ باپتھ چھُس لولہٕ چھلان

یِمن پاٚنٛژن ہُنٛد ابھپرٛاے چھُ تومُل صاف چھلِتھ وارِ وارِ رنہٕ نَس ہَون کونٛڈس برٛونٛٹھ کنہِ نیٖوٕن تہٕ منتر پران پران ہُمَن۔ منتر چھُ:

ॐ प्राणाय त्वा जुष्टं निर्वपामि। ॐ अपानाय त्वा। ॐ चक्षुषे त्वा.। ॐ श्रोत्राय त्वा.। ॐ अग्नयेस्विष्टकृते त्वा.।।५।।

پرٛان ہنٛدِ ہبتہٕ چھُس لولہٕ شیرِتھ تھوان
اپاۂنکی ہبتہٕ چھُس بہٕ لولہٕ شیرِتھ تھوان
اچھن ہنٛدِ ہبتہٕ چھُس بہٕ شیرِتھ تھوان
اگنیاۂنکی ہبتہٕ سادک روٗپ چھُس ڈاٚنجرِتھ تھوان

یِمو پاٚنٛژو منترو گوٚڈھن بب، ماجی، ساٚری برٛہمن تہٕ وبدوان اَگنس ہوم کرِنی۔ تمہِ پتہٕ آگھاراواج بھاگ آہوٗتی ژور، ویاہرتی آہوژ ژور مِلاٚوِتھ گیٖوچ آہوژ دِنی تہٕ پتہٕ رُنہِ ہِتہٕ پنٛچ آہوژ یِمو منترو گوڈھن دِنی۔

ॐ देवीं वाचम अजनयन्त देवास्तां विश्वरूपा: पशवो वदन्ति। सा नो

मन्द्रेषम ऊर्ज्ज दुहाना धैर्नु वाग अस्मानुप सुष्टुतैतु स्वाहा। इदं वाचे इदन्न मम।

سنسکرٛت بٔلی وبدوانو بناوٕمٕژ چھِ آسان
نانا پرٛکارٕ اگیانٕ ییہٕ بٔلی پانہٕ وٕنی کران
خوش یِونی یہِ یٕلی بٔلی روٗزِن گاوِ روٗپ رَس بل دِوان
دَے بوٗزِن ییہٕ میٹھی بٔلی روٗزِن اسہِ تہِ بھاگہِ میلان

ॐ वाजो नो अद्य प्रसुवाति दानं वाजों देवां ऋतुभि: कल्पयाति बाजो हि मा सर्ववीरं जजान विश्वा आशा वाजपतिर्जयेयं स्वाहा।। इदं वाजाय-इदन्नमम।।२।।

دان کرنٕچ پرٛرینا چھِ اَنہٕ ستی اَسہِ میلان
اَن کھبنہٕ ستی وٕنش، وِپر پوٗتھرن زنم دِوان
بڑٕبن دوہَن پیٹھ اَن سوٗنبرِتھ وبدوان پوٗرٕ وٕرِیَس سوکھی روزان
پرٛتھ انٕدٕ یُتھ بہٕ زینہٕ ایشور گوٗژھُم دِیُن ابھے دان
جبہٕ دار بٕنتھ یُتھ نہٕ پرٛاوٕ بہٕ دوکھ یرٛشھم بھگوان
گوٗژھ مےٚ اَن ہیٚوتاہ یُتھ بنہٕ سوکھی سمبٔھاہ دنہٕ وان

یِمو منتروٕ زٕ آہوژ دِنہٕ پتہٕ گوٗژھ تھی بتس مزٕ بیٚیہٕ ہَن گیٚو ورلاوُن تہٕ منتر پران پران یم آہوژ دِنٕ:

ॐ प्राणेन अन्नम अशीय स्वाहा। इदं प्राणाय-इदन्न मम।।१।।

بوچھِ ہٕتس اَن کھبنہٕ ستی گرٛھسم پرٛانن سنٛدار

ॐ अपानेन गन्धानशीय स्वाहा। इदमपानाय-इदन्न मम।।२।।

اَنس ستی کھمبہٕ مصالہٕ دار سیٚین یُس کرِہم دوٗراپان وایو وبکار

ॐ चक्षुषा रूपाण्यशीय स्वाहा। इदं चक्षुषे-इदन्न मम।।३।।

شریر پوٚچھرٕ ستی وُچھِ اُچھونانارٕ پھوکٕنٕ سنسأرٕ ویوہار

ॐ श्रोत्रेण यशो ऽ शीय स्वाहा। इदं श्रोत्राय-इदन्न मम।।४।।

کن میأنٕ بوزن یشک سماچار

یمو منترو ژورو آہوژ دِتھ اکھ سُوشٹکرت آہوژ دِنہٕ پتہٕ چھِ وِیاہرتی آہوژ ژور، اُٹھ آج آہوتی کُل باہ آہوژ دِنہٕ آسان۔ تمہِ پتہٕ بچے مِتِس بتس منز مانٛچھ تہٕ گیو رلأوِتھ، بیٚیہِ تہِ یوٚد کھیر بنوومُت آسہِ، شُرِس گرٛشھِ تمہِ منز رژھا منتر پران پران أسس تراوُن۔ منتر چھُ:

ॐ अन्नपते ऽ न्नस्य नो देह्यनमीवस्य शुष्मिण:।
प्रप्रदातारं ऽ तारिष ऊर्जें नो धेहि द्विपदे चतुष्पदे।।१।।

اَن دات سوز وِیاز رٔوس اَن یُس بناوِ بلہٕ وان
بنٕچ تَس سوکھ یُس نیٚشکام سیوایہِ کرِ اَن دان
گاو گُپنن مزوٗرن، کیٗتھ تہِ وفوٗر اَن روز سوزان
یہنٛدِ دھرمہٕ پراوو أسی تہِ سوکھ چھِس دَیَس منگان

یہِ منتر پران پران گرٛشھِ کھیرُک چمچہٕ چمچہٕ شُرِس پیٚوٚنٛتا موکھس تراوُن۔ یوٚتاہ شُر مانہِ، تیتی چمچہٕ دِتھ گرٛشھبس چوٗنٛٹھ چھلُن۔ مہادیو گان گرِتھ چھُ بب موج سأری پٔژھی لٔژھی ہتھ دَیَس ہتھٕ پاٗٹھی وَنِتھ کران۔ منتر چھُ:

ॐ त्वम अन्नपतिर अन्नादो वर्धमानो भूया:।।

چھُکھ اَنک سوامی اَن کھینہٕ وول ژٕ آسان
دَے کرٕ پایہِ رٔوزِن شریر اَن ہتی پۄٚٹھان

یمو شبدو چھِ شُرِس أشیر واد دِوان۔ تمہِ پتہٕ چھِ سنسکارس منز آمتی پٔژھی کھیاونہٕ چاونہٕ یِوان۔ زٔنی چھِ زنانٕن، مرد چھُ مردن یٔزت کران۔ تمہِ پتہٕ چھِ سارِنٕے آمتین لوٗکن روخصتھ دِوان۔



(یتھٕ پاٗٹھی ووت یہِ اَنٕہ پراشن سنسکار اَند)



# چوڑا کرم سنسکار یا زرٕ کاسے

چوڑا کرم سنسکار چھُ اُٹھم سنسکار۔ یتھ زرٕ کاسے یا مُنڈن چھِ ونان۔ آشوالین گرٕہسترک متھ چھُ زِ یہِ زرٕ کاسے سنسکار گژھِ زبنہٕ دوہ پتھ پوٗرٕ اکہِ وٕہرِ یا ترٕیمہِ وٕرِیس منز تمی دوہ زوٗنہٕ پچھس منز رٕتہِ ساتہٕ وترایَن کالس منز کرنہٕ یِن۔

ووٗنی چھُ سوال ووتھان زِ گوڈٕنکہِ یا ترٕیمہِ وٕرِیہ کیازِ گژھِ یہِ سنسکار کرنہٕ یِن۔ منوسمرتہِ تہٕ باقے سوٗتر کارن ہُند چھُ متھ زِ شُربن چھِ دند دوٕیہِ وقتہٕ یِوان۔ اکھ چھِ شیٖہ رٕبتہٕ پتہٕ نوٗرٕ دندشُرِس پھٹنیٖ ہوان تہٕ دوٗیمہِ وقتہٕ چھُ یِیلہِ اندرم دند چھِ تَس بوٗد سپدان۔ پتم تہٕ سارِوے پوٗتُس یِیلہِ تَس وُہمہِ یا پنژہمہِ رٕبتہٕ پتہٕ بیٖیہِ دند پتم نیرٕنی ہوان تہٕ ترٕوہمہِ یا شیٖترٕہمس رٕبتس تانی چھس نیران روزان۔ اکثر چھُ اتھ سمیس منز یا بچہِ مُسِل گژھان یا چھِس سارِے پانس یا کلس پھسِل، پھیپھر تہٕ خوشر نال ولان۔ دپان اُکِس شرٕپرس منز چھُ کلہِ ہرِیہِ رٕپھ آسان یا شرٕپرٕ رٕپھ بینایہِ ہُند چھُ کلہِ کمانڈر مانہٕ یِوان۔ امی خاطرٕ چھِ ونان زِ زیوٗٹھ آیہِ صحت مند روزنہٕ باپتھ یوٗتاہ کلس پیٖیہِ راُچھ کرنہٕ تیٖوٗتاہ روزِ جان۔ شُرِس یوٗ داتھ کاکس منز زر پیٖیہِ کاسنہٕ تہٕ پتہٕ دوہے تھنہِ ہنز مائلس پیٖیہِ کرنہٕ تہٕ سارِی روٗگ سپدنس ناشس۔

گوڈٕنتھ کلُش اُگنہٕ کوٗنڈس اُندی اُندی وٕہرتھ گژھِ اُکِس باٹہٕ منز تومُل، دوٗیمس منز وُشکہِ ترٕییمہِ منز ماہ، ژوٗرمس منز تیل بٕرتھ، ژوشوے باٹہٕ وٕدترِس کُن شیٖرٕتھ تھونہِ۔ پتہٕ آدھاراواج بھاگ آہوٗتی ژور، ویٖاہرتی آہوٗژ ژور تہٕ تنوٗ اُگنے پٕرتھ اُٹھ آج آہوٗژ دِتھ، بیٖیہِ "اوم بھوٗ بھوٗ سواہ اُگنہٕ آیوشہٕ" منز ژور

بیٚیہ سُوشٹکرت أگنہِ اکھ آہوژ سان پأنژھ گیٚو آہوژ دِنہِ آسان۔ یم کرٛیایہِ کرِتھ چھُ یزمن پرماتماسُند دھیان دٕرِتھ، نأودِس کُن گوڈٕ وُچھتھ منتر پران۔ منتر چھُ:

ॐ आयमगन्त्सविता क्षुरेणोष्णेन वाय उदकेनेहि।।२।। अथर्व.का ६।सू ६८।मं १।।

نأوِد بایو، کأژ ہتھ زرٕ شرٕس کانٛہ آکھو
مأہر زرٕ کاسنس منز چھُنہٕ ژرے ہیٚو کانٛہہ بیٚاکھو
وُشنٛہ پانہِ ستیٚ نرم کر شری سُند مَس
وارٕ وارٕ تُلہِ تُلہِ زرٕ کاسنس تُل دس

یہ منتر پرٕتھ بیٚہِ شری سُند بب شرٕس پتیٚ کنٛہ تہٕ رژھا ترُن تہٕ رژھا وُشن پونٛی مِلأوِتھ کُنس بانس منز پھرِتھ انان۔ تھنٛی، زامُت دود تہٕ ملأے رژھا رژھاتہِ اتھس تل تھٲوِتھ یہ منتر پرٕن:

ॐ अदिति: श्मश्रु वपत्वाप उन्दन्तु वर्चसा। चिकित्सतु प्रजापतिर्दीर्घायुत्वाय चाक्षासे।।१।। अथर्व.का ६। सू ६८। मं २।। आश्व गृ सू अ १। क १७। सू ७।।

پھٕٹنہٕ رٔوس کأژِ ستیٚ زر کاسنہٕ بنہٕ زے
زیوٗن ہُند رچھن وول کربس رٔوگن سارِنے کھے
گوڈٕ ادٕ رٔوس کھیٚشہِ کھیٚشیٚ مَس، نرماوس وارٕ وارے
ویٚازو رٔوس بخشس زیٚوٗٹھ آے سگہِ وبس دَے گیانے

ॐ सवित्रा प्रसूता दैव्या आप उन्दन्तु। ते तनूं दीर्घायुत्वाय वर्चसे।।२।।
पार गृ सू का २। क १। सू ९।।

سریہ رٔوپ ایشور شود زَل اسہٕ کیتھ سوزان
زیٚوٗٹھ وأنس تیز باپتھ کلس دِگنہِ پونٛی ترٛاوان

یم ژٕ منتر پرٕتھ چھُ شرٕس کلس ترٛیٚیہ لٹہِ اتھ ڈالن، مَس کنگوِ ستیٚ سیٚوٗ دتھوٗن، تاکہِ اورٕ یور یتہٕ دٕمَس ڈلہِ، مَس بیٚیہ نہٕ ٹھیک پأٹھی تیٚلہِ کاسنہٕ۔

ॐ ओषधे त्रायस्वैनं मैनं हिंसी:।। यजु अ ६। मं १५।।

رٔوگ نیوارک دربہ تُلہِ روز بالکس رچھان

کلُک مَس شُرِس دگہِ رۆس روز پھرناوان

یہِ منتر پرٕتھ گژھِ دربہ تلُی اَنتھ اتھ ہتہِ مَس اوک اندرٕ ٹِتھ تھوٗن تہٕ منتر پرٕن:

ॐ विष्णोर्द ष्ट्रोऽसि।। साम मं व्रा प्र १। ख ६ मं ४।।

مَس کاسنک یہِ کاژِ روٗپ شستر چھُ اسہِ دیَن دیتُمت

یہِ منتر پرِتھ کاژِ گَن وُچھِتھ چھِ بیا کھ منتر پرٕن:

ॐ शिवो नामासि स्वधितिस्ते पिता नमस्ते मा मा हिँसी:। यजु अ ३। मं ६३।

(पूर्वार्द्ध) तथा पार गृ सू का २। क १। सू ११।।

شسترس بنیمہٕ سونٛدر لوٗبہِ وِنی گژھِ چھِ ژٕے آدھر کران

دَے کرِ پایہِ رچھ زخمو نِش دگہِ نِش روز بچاوان

یہِ منتر پرٕتھ گژھِ کاژ اتھس منز تلنٕ تہٕ یہِ منتر پرٕن:

ॐ स्वधिते मैनं हिँसी: ।। यजु. अ.६। मं.१५।। तथा साम. ब्रा. प्र १। स्व.६। सू. ६।।

سخت شسترس بنیمہٕ گژھ روزِ سون بوزان

شُرِس روزِ پیدٔایہِ نِش دَے کرِ پایہِ رچھان

ॐ निवर्त्तयाम्यायुषे ऽ न्नाद्याय प्रजननाय रायस्पोषाय सुप्रजास्त्वाय सुवीर्याय।। यजु अ ३। मं ३३।। (अत्तराद्धे) तथा पार गृ सू का ३। सू ११।।

زِندگی زُوٗنہٕ باپتھ اَن ٹھیک پاٗٹھی کھینہٕ باپتھ

شُر پاٗدِ کرنہٕ باپتھ، ہُر بر دھنَس کرنہٕ باپتھ

سو پاٗٹھر بننہٕ باپتھ، رِتہِ بلہٕ وِیرِ باپتھ

چھُسے نو نِہالہِ لولہِ مایہِ توٗے یہٕ زر کاسان

یم زٕ منتر پرٕتھ گژھِ کاژ مستس نِش تہٕ تہٕ منتر پرٕن:

ॐ येनावपत् सविता क्षुरेण सोमस्य राज्ञो वरुणस्य विद्वान्। तेन ब्रह्माणों वपतेदमस्य गोमान अश्ववानयमस्तु प्रजावान्।। अथर्व का ६। सू ६८। मं ३। पार गृ सू का २। कं १।। सू ११।।

یَیمہِ کاژِ یہِ دانا ناٗوِد یتھ زرِ لوٗکن کاسان

دوٗیمِین شرسٹھ مشہوٗر منشن تہٕ شانت گونی رازِ وسان

تتھ تیمِس شُرِس کاسہٕ یہٕ زر وارٕ وارٕ ہوشہٕ سان
یُتھ بنہٕ شُر خود کفیل، گاو گرِی تہٕ پوٚتھرو سان

یہٕ منتر پرٕتھ دربہ سان گرٕ ھہٕ سٕہ مس لنگ ژٹُن۔ ژوٹمُت لنگ تہٕ درٕبہٕ گرٕ ھہٕ گنہٕ کلہٕ پترٕ ستی بانس منز اند گُن تھوُن۔ یوٚدکانٛہہ مَس ٹُل ہُپاری یپاری آسہٕ پیومُت، سُہ پزٕ شُری ہندِس بِس تہٕ ماجہ گیہہٕ ستی تُلُن تہٕ بانس منز سأمتھ یکوٹہٕ تھوُن تہٕ تمہٕ پتہٕ یہٕ منتر پرُن:

ॐ येन धाता बृहस्पते अग्नेरिन्द्रिस्य चायतुषे ऽ वपत्। तेन ते आयुषे वपामि सुश्लोक्याय स्वस्तये।। आश्व गृ अं १। कं १७। मं १२।।

یُگہٕ مایاہٕ کنِ دأرِتھ سورے زگت بھگوان
اگن ہوا ینٛدر تہٕ باقی پدارتھو سان
تمے بلہٕ زیوٚتھ آے یَش کلیان چھُس بہٕ کانچھان
چھُس یم زر چانہٕ رٕژِ رٕژِ ہیأمتھ یکجاہ تھوان

تمہٕ پتہٕ گرٕھہٕ دوٚیمہٕ لٹہٕ دوٚیمہٕ اندٕ مس لنگ ژٹِتھ تتھی بانس منز سوٚمبرِتھ تھوُن تہٕ منتر پرُن۔ منتر چھُہ:

ॐ येन भूयश्च रात्र्यं ज्योक् च पश्यति सूर्यम्।
तेन ते आयुषे वपामि सूश्लोक्याय स्वस्तये।। आश्व गृ अ १। क १७। मं १२।।

ییمہٕ دیہٕ بلہٕ زیو، راژ ہندِ پدارتھ وچھتھ بیٚیہٕ ہریہٕ ڈینٛشان
مَس کأستھ تمی بلہٕ بنہٕ یہٕ خود کفیل گاو گرِی پوٚتھرو سان

ییمہٕ منتر ستی تریمہٕ پھرِ زر کأستھ گرٕھہٕ تتھی بانس منز سوٚمبرِتھ تھوُن۔ تمہٕ پتہٕ گرٕھن بیٚیہٕ ہیرٕم ترٛے منتر پرٕنی۔ اوم یکنوپویت، اوم ین دھاتا، اوم ین بھوٚیشے تہٕ پتہٕ یہٕ منتر پرُن:

ॐ येन पूषा वृहस्पतेर्वायोरिन्द्रस्य चावपत तेन ते वपामि ब्रह्मणा जीवातवे जीवनाय दीर्घायुष्ट्वाय।। सा. मं ब्रा १ खं ६। मं ७।।

پزٕلوٚنی ہریہٕ روٗپ دِیہٕ بلہٕ چھُسے بہٕ زر کاسان

دَیہِ گیان، زِنٛدگی زُوٗنہٕ زیٛٹھِ آیہِ باپتھ چھُسے زر کاسان
یمو ژورو منترو ژوٗرِ پھِرِ، گوڈٕ ڈیچھنہِ طرفہٕ، پتہٕ کھورِ تہٕ پتہٕ پتٔی کنٛز مَس کاسُن
آسان تہٕ پانٛژم پھِرِ زر کاسنہِ وِزِ گژھِ یہِ منتر پرُن:

ॐ येन भूरिश्चरादिवें ज्योक् च पश्चाद्धि सूर्यम्। तेन ते वपामि ब्राह्मणा जीवातवे जीवनाय सुश्लोक्याय स्वस्तये।।१।। पार गृ सू का २। क १। सू १६।।

یٔیمہِ دَے گژھ ہَوا، دِویہِ لۄکھ سر یہِ لۄکس پزٕ لے پتہٕ تہٕ پکان
تہٕ دِویہِ بلہٕ زر کاسِتھ زیٛوٗٹھ آے، یَش چھُسے یہِ کانٛچھان
شُری سُنٛد بب مانٛجہِ تہٕ باقے پُژھی روزن یہِ منتر پران تہٕ ناوِد روزِ پانٛژوٕ ے طرفو زرٕ
ہَنا ہَنا کاسان۔ تمہِ پتہٕ چھِ منتر پرُن:

ॐ त्र्यायुषं जमदग्ने: कश्यपस्य त्र्यायुषं। यद्देवेषु त्र्यायुष्म् तन्नो अस्तु त्र्यायुष्म्।।१।। यजु अं ३। म ६२।। पार गृ का २। कं १। सू १५।।

نیٛشبدبن ہَوَن کرن وول ترٕ قسم وانٛس چھاوان
لوکہ چار، جوانی، بُجرس آنند تہٕ شانٛتی یوٗگان
آتمہِ گیانی پوٗزِ یگِ وبدوان پزٕھے وانٛس چھاوان
بخشِن ترٕقسم وانٛس اسہِ تہٕ دے میٛہربان

یہِ منتر پرِٕتھ کلکی پتمہِ چھِچ زرٕ بیٛیہِ اکہِ لٹہِ کاسِتھ یِہے اکھ منتر بیٛیہِ پران پران کھورِ
اتھِ شُری ہِندِس کلس کھر کھر کرِتھ منتر پوٗرٕ پرِٕتھ کاژ ناوِدس اتھس منٛز بیٛیہِ دِنی تہٕ یہِ
منتر پرُن:

ॐ यत् क्षुरेणमर्चयता सुपेशसा वप्ता वपसि केशान्। शुन्धि शिरोमा ऽ स्यायु: प्रमोषी:।। अथर्व का ८। अनु १। सू ४। म. १७।।

سوندر تیز کاژ ناوِدو ہیٛتو ریزٕنگ ژے بنان
یٔیمہِ ستی سارِنے باوٕ چھُکھ ژٕ مَس کژیان
زرٕ کاس یٔیمس شُرِس روزِ یتھ شودی پزاوان
پتہٕ روٗگو ژھیوٗٹس وانٛس کژپا کر میانہِ بھگوان

اَمہِ منتر پتہٕ چھُ نأوِدس کنہِ پپٹھِ کأژ تیز کرنہٕ باپتھ وُنن تہٕ شُری سُند مول پلہٕ نأوِ وُشن پونی نأوِدس کُن تہٕ وارِ وارِ مَس اُدراونچ ہیدات دِتھ دپہس:

نأوِد بابا پنہٕ کأژِ ستی لگبس

وارِ وارِ راجس زر کاسی زبس

یتے وُنتھ بیہِ ہون کونڈ کس دوتر طرفس اتھ تھف کرِتھ نأوِدس تہٕ شُرس پۄر کُن بتھ کرِ نأوِتھ بیہنأوبس نأوِدبس بڑونٹھ کنہِ۔ یۄتاہ مَس تھوٗن آسبس، تیۄتاہ مَس کڑپہٕ ناوِ شُرِس۔ مگر جان گژھیے یو دوے امہِ دوہ اَمی ساتہٕ سورے مَس یہےٚ کڑپہٕ ناونہٕ۔ ییمہِ کنہِ شُرِس رۄگو تہٕ ویازونِش دۄر تھونچ سأنی کوشِش سوپھل سپدِ ہے۔

توَمل یُس بڑونٹھے اکہِ انڈِ تُلتھ اَسہِ تھوومُت اوس، سُہ دھنہٕ تہٕ پلو ہتھ گژھِ نأوِدس خوش کرنہٕ باپتھ باوِ سان دِیُن۔ ییمہِ ستی تس نیر شُر سُندِ باپتھ دِلہٕ اُہی تہٕ اَشیر واد۔ تُلہِ تُلہِ پتھر پیومُت مَس گژھِ گِہہِ لیٚبہِ ستی تُلُن۔ دزبہٕ، گِہہ تہٕ شمی یا امہٕ پترِ وسانہٕ گژھِ دۄر کولہٕ بٹھِس یا دۄر جنگلس منز میژِ تل کھوڈس منز تراونہٕ باپتھ نأوِدس وُنن۔ نأوِدس گژھِ پٔنن کأنہہ نفرتہِ امہِ کامہِ خأطرِ ستی دِیُن، یتھ سُہ دۄر رہبکہٕ یہِ تراأوِتھ تہٕ تمہِ پتہٕ گژھِ پٔنن گرِ۔ امہِ پتہٕ گژھِ شُرِس کلس تھٔنی یا زامُت دودِچ ملأے بب ہندی ذٔسی لاگنہٕ ینی۔ تمہِ پتہٕ شراں شُرس گرِتھ، نۄی شوبہٕ وِنی پلو شُرس لأگتھ بیہنأوبس شوبھ آسنس پیٹھ پأنس نِش پۄر کُن بتھ گرِتھ۔ شُر سُنز مأج زٕنبن تہٕ مول مردن کرِ سارِنے آدر، کھیاونکھ تہٕ چاونکھ مایہِ تہٕ لولہِ سان۔ یکجاہ سٔمتھ پرن تم ساری اَشیر واد رۄپہٕ یہٕ منتر:

ॐ त्वं जीव शरद: शतं वर्धमान: ।।

زِندِ روز ہتہٕ وُہر وات ٹاٹھِ دَے یِیژِ ھنے

دَے گیانہٕ بلہٕ اِیشور یہِ دھنس گرکھ لگہِ پے

یِم منتر پرٕتھ اٚشیر واد دِتھ گژھن ساری پٔنن پٔنن گرٕ، شُری سُند مول ماج پانہٕ خوش رُوٗزِتھ تھون پنہٕ نِس شُرِس تہِ خوش۔



**ژھوگ تھوٗن چھا ضروٗری رٕکنہٕ نہٕ:**

ژھوگ چھنہٕ صرِف ساجِک یا کُنہٕ زاٚژ یا دھرِچ نِشانی یاٚژ، بلکہ زیٚچھ واٚنسہِ ہُند تہِ اکھ تھوٚد ساد ھن۔ یتھ نیٚبرِم سردی ییٚر چھنہٕ اندر ریٚنہٕ دِوان، یتھ شینہٕ تھونگی یوٚد تھوہوکھ تھ پتھ جل جل چھنہٕ وگہٕ لان۔ مطلب چھُ نیٚبرِم سردی چھنہٕ اندر ییرِ منٛزٕ ے جل جل اندر اثر کران۔ یتھےٚ حال چھُ ژھاگک تہِ۔ ژھوگ نہٕ چھُ اٚندرِم گرمی نبر کڈان نہٕ چھُ سردی ہُند کانہہ اثر کلس ہوان۔ یوٚد نارٕ منٛزٕ پیٚیہ نیٚرن، ژھوگ گژھِ جل جل ژھیٚتہٕ۔ یہ چھُ ییٚر پلوٕکی پاٚٹھی جلد ژھیتہٕ سپدان۔ رُوٗد پیٚنہٕ وقتہٕ اثرِ نہٕ رُوٗد یورٕ تہِ کلہٕ کِس مسلس تانی سوٗرے رتہِ ژھوگے یوٚد سُہ پوٚرٕ مُژٕرِنہٕ پیٚیہِ۔ دپان بجلی تارٕ تی یوٚد یہ لگہِ اتھ پیٚیہ نہٕ کرنٹ لگنہٕ ہتی تہِ کانہہ ییرٕکی پاٚٹھی اثر۔ امریٖکی اٚکی ڈاکٹرن تہِ یوٗگین شری انڈرو جیپ شینو ڈیوِڈ چھُ لیکھان: کلکُ مَس، گوٚنٛژھ، داٚڑھون واٚلِس پورشس چھِ یہ بل تہِ ویرِچ راٚچھ اپشورن تھوٚمژٕ۔ یوٚد منُش ہیکہِ نہٕ کلس پوٚرٕ مَس تھٲوِتھ، تس پزٕ دکھنی برٛہمن، چینی تہِ جاپانی ہیند بن ہِندی پاٚٹھی اکھ سوندر ژھوگ تھوٗن۔ سیمزٕس ییتھن مستک جہارٕ چھُ باسان، تتیٚن یوٚد چوٹ لگہِ، منُش مرِ تی نَس۔ لہٰذا اتھ جایہ ژھوگ تھٲوِتھ چھُ یہ چوٹ نِتھ تہِ بچاوان۔ اتھ جِس چھِ برٛہم رندر ونان۔

Book of Knowledge کِس گوڈٕنِکِس جِس تہٕ دوٚیمِس جِسہٕ کِس 15 تہٕ 16 صفس پیٚٹھ یُس لیکھ لیکھنہٕ آمُت، تمہِ ہتی چھُ یہ سبد سپدان زِ ایشیا پیٚٹھ آلاسکا وتہٕ یِم لُوکھ دکھن ووتر امریکاہس منٛز روٗزِنی آیہ تہنٛز زنانہٕ آسہ زیوٚٹھ مَس تھوان۔ مرد اٚسی ٹِنہِ کلہٕ گرتھ اکھ لُٹھر تھوان یتھ Scalp Lock اٚسی ونان۔

امیُگ مطلب گو زِ مرد أسی سورُے مَس کاسان تہٕ شِکھا یا ژھوگ أسی کلس پٹھ تھوان۔ امہٕ سِتی چھُ پتہِ نتان زِ ژھأگی وأِلی آریہٕ أسی وۄتریہِ تہٕ دکھنی امریکاہَس منز گوڈٕ نبتھ بَسیمتی۔ نیویارکس منز 1916 عیسوی منز ماسِک پترِیکایہِ The Science پرنہٕ سِتی چھُ یہِ نتان زِ کولمبسس برٛونٹھ أسی امریکاکی لۆکھ تہذیب یافتہٕ سبٹھاہ۔ تِم تہٕ أسی موردس زالان، دۆیِم چھُ پتہِ پۆز تِم أسی ژھاگی وأِلی ویدک آریہٕ، یتھ نہٕ کانٛہہ شک نہٕ کانٛہہ شُباہ چھُ۔ یہِ چھُ بقولہِ سوامی دیانند سرسوتی۔



(چۄژا کرم سنسکار ووت اَند)



# کرن ویدیا کن ژوٕمبٕنز سنسکار

کرن وید سنسکار چھُ تژیٚمس وٕرِیَس منز کرنہٕ یِوان۔ اتھ سنسکارس چھِ اُسی کن ژوٕمبُن ونان۔ آسوالٕین گرٕ ہسوٗتر، آپستمبیٚے گرٕ ہسوٗتر، مانو گرٕ ہسوٗتر تہٕ گوبھِل گرٕ ہسوٗترس منز چھُنہٕ کُنہِ تہِ کن ژوٕمبنُک سنسکار لیکھنہٕ آمُت۔ مگر کاتیایَن گرٕ ہسوٗترس منز چھُ کُنہِ لیکھس دوٕیمس ورِقس پیٹھ ژون سٔترن منز مُنڈن پتہٕ کن ژوٕمبنُک وننہٕ آمُت یُوٗتا بوٗنہٕ کنہِ وبژھناوِتھ چھُ۔

دیان پژانوٕ آریو ویدو اوس روٗگن ہندی موٗل گالنہٕ باپتھ شُرِس لوکہٕ چارِہے یہِ سنسکار کرہٕنک ہنٛز کوٚرمُت۔ سونہٕ زیوٗربن کن سجاوُنی اوس نہٕ تِہند مقصد کینٛہہ تہِ، روٗگن نوارنہٕ باپتھ یہِ سنسکار کرنہٕ خاطرٕ اوس تِمو اسہِ یہِ وونمُت۔ وونی چھُ پرٛشن ووتھان زِ کم روٗگ شومہٕ راونہٕ خاطرٕ اوسکھ یہِ سنسکار کرنہٕ باپتھ وونمُت۔ امیُک جواب چھُ سوشرت چکتسا ستھان ادھیاے شُراہ ہَس منز اَسہِ سوٗرے مولوٗم سپدان۔ یہِ پاٹھ چھُ ونان زِ ستتوٕ قسمو چھُ انڈ وزدھی روٗگ آسان۔ تِمو منز چھِ شےٚ کیٛول انڈوزدھی ہندی روٗگ۔ ستمِس قسمس منز چھُ انڈ وزدھی ستی ستی انتر وزدھی ہُند روٗگ تہٕ نال ولان۔ انتر وزدھی روٗگہٕ ستی چھُ اُندرمن وزم کھسان تہٕ ہرنیا دود چھُ منٛشس ظاہر سپدان۔ انڈ وزدھی گو کھیاین وزم، یتھ ہیڈروسِل چھِ ونان۔ انتر وزدھی گو اندرٕمس وزم یُس ہرنیا روٗگہٕ رِپھ چھُ دھارن کران۔ کنٛس پیٹھٕ کنہٕ کِس ئرس تژٕس دِنہٕ ستی چھُ انڈوزدھی روٗگ دوٗر سپدان۔ یوٚ دٕچھنہِ طرفہٕ وزم کھسہٕ کھوورِ گژھِ ژوٕمبُن، یوٚ دکھوورِ طرفہٕ آسہِ وزم، دٕچھنہِ کن پٔٹ ہنٛزنس گوژھِ ژوٕمبٕنز یِیمہِ ستی روٗگس چھُ یکدم نوران سپدان۔ یوٚ د لوکہٕ چارِہے منز کن ژومبنہٕ یِین، یِمن روٗگن ہُند نوارن ہیکہِ سپدتھ۔ Prostrate

تہٕ چھُنہٕ کن ژومبنہٕ ستۍ زانٛہہ بۄ دسپدان۔ پارسکر پرِشِشٹھ کاتیاین گرٛہسوٗتر، کرن ویدسوٗترس مُطابِق ترٛیِمس یا پانٛژِمس ؤرِیَس منٛز گژھِ کن ژومبُنہٕ یِنہٕ۔

کانٛہہ اکھ تہٕ شوبھ نَکھیتر آسہِ، صُبہے صُبہے گرٛھن کن ژومبُنہٕ یِنہٕ۔ شُر گژھِ مِٹھاےٚ کھیاوِتھ پۄر کُن بُتھ کٔرِتھ بیہناوُن۔ دٔچھنِس کنَس تل گرٛھبس 'بھدر کرنوبہٕ' مطلب ویشن پِنہٕ تنبلکھ۔ منترٕ پرٕنی تہٕ کھوورِس کنَس تل 'وکھشین تی' یانہٕ یٔنٛدرے تھَو وشس منٛز بوزناوِتھ کنن ترٛس دِتھ کن ژومبنگ سنسکار اَند واتہٕ ناوُن۔ امہِ پتہٕ گرٛھن یتھا شکھتی برٛہمن بوزن کرٕناوٕنی۔ دان دِکھنا دِتھ تم خوش گٔرِتھ بجھن کیرتن کرُن۔

کاتیاین سوٗترس علاوٕ چھُ امہِ سنسکارٕچ ذِکر سُشرت سوٗتر ستھان کِس شُرہامہِ ادھیاے منٛز گوڑنٔبتھ یتھہٕ پاٹھۍ درٛج۔

رٕگو نِش رچھنہٕ باپتھ، سونہٕ زیوٗرو کن سجاونہٕ باپتھ، شیٚیِمس یا سٔتِمس رٕتبس منٛز زوٗنہٕ پچھس منٛز، ژٕ وارٕ، رِتہٕ ساتہٕ ماجہِ ہنٛزِ کھونہِ منٛز شُر تھٔوِتھ سارے سامانٛ ویدھی کٔرِتھ بجھنو تہٕ لیلایو کِنۍ پۄز دَے ہنٛز کٔرِتھ، مِٹھاےٚ تہٕ تماشو شُر تنٛبلاوِتھ ویدھ برٛونٛٹھ کُن أنٛتھ گژھِ کن ژومبنگ ہنٛز کرُن۔ ویدھ ہیٚیہِ شُرِس کن ڈٔر، یِتیٚبن تس ہرتیچ زٕ ژ باسہِ، تتھنے دِیَس کنَس ترٛومبھ۔ لٔڑس گژھِ گوڈٕ دچھُن تہٕ کورِ گوڈٕ کھوور کن ژومبُنہٕ یُن۔ تمہِ پتہٕ گژھکھ کأُشُر تیل مٔتِتھ پھمبھ وٕتُن کنہٕ کِس ژٕدِس پیٹھ تھَوُن، یٚیِمہِ ستۍ شُر کرِنہٕ دگ محسوٗس۔ یٚیِمہِ ساتہٕ ویدھ کنَس ترٛس ہیٚیہِ دِیُن، تمہِ ساتہٕ گژھِ یہِ منتر پرُن:

ॐ भद्रं कर्णेभि: श्रृणुयाम देवा भद्रं पश्येमाक्षभिर्यजत्रा:।
स्थिरैरङगैस्तुष्टुवाँ सस्तनूभिर्व्यशेमहि देवहितं यदायु:।।

سنگ کرنہٕ یِکۍ وبدوانو رُت بوزٕ ہو، رُتۍ وُچھہو أچھو
توتا تُہنٛز چھُس ترٛیہِ ہتھ کران زیوٗ رِپھ انگو
وبدوان یٚیِمہِ وأنٛسہِ کِنۍ پرٛاوان چھِ کلیان

روٗزِن تیمِس شرِس دَے سُے واُنٛس بخشان

یہِ منتر پرٛتھ گرٛ ھِ ترٛس گوڑٕ ڈٕچھنِس یِتہٕ کھوٗرِس کنِس سُے ویدھ دِیُن۔ یُس زَن
چرکھ ریٖشی ہِندِ دٕسی ویدھک منتر لیٚکھمٕتی زانن وول آسہِ۔ یُس صحٕی جایہِ کن
ژومبتھ ہکہِ۔ امہِ پتہٕ گرٛ ھِ بِیہِ اکھ منتر پرٛتھ کھوٗرکن ژومبہ ناوُن۔ منتر چھُ:

ॐ वक्ष्यन्तीवेदा गनीगन्ति कर्णं प्रियम सखायं परिषस्वजाना।
योषेव शिङ्क्ते विततााधिधन्वन् ज्या इयम समने पारयन्ती।।

یتھ یۄدس منٛز وِجے دِنہٕ واجین دھنُش ڈوٗر ویرن کیاتام ونان
دھنُر دا ریٖس کنہٕ تُلی نیٖرتھ یتھ دھنشک نالہِ متہٕ دِویہِ آواز بوٗزِ ناوان
یتھ وِرٕ پوٗرِش کوچ تہٕ دھنُشس ہکہٕ ہوٚت لول بران
یتھ پرٛیِس ڈوٗرِ لول برٕن یوسہٕ زینہٕ ناوان روٗگو رچھان

اَمہِ منترُک مطلب چھُ زِ یہِ ہرٛشنہٕ ترٛس تہٕ چھُ ڈوٗرِ ہِندی پاٹھی کنہٕ شیٚچھ ونٛتھ
دِلس منٛز ہمیشہِ یہِ بیٚہناوان زِ زِندگی منٛز کامیابی ہِندِس منٛزلس واتنہٕ خاطرٕ چھُ تس
پنٕن من قابوٗ کرٕنک تہٕ ئِندریہِ شومہٕ راوٕنچ ہمیشہِ کوٗشِش کرٕنی۔ یِیمہِ کنِہ سُہ ہر
مرحلس پیٹھ زینہٕ تہٕ روٗگوٗنِش تہٕ روزِ مچھِ۔

یہِ منتر پرٛتھ کن ژومبتھ ترٛاوٕہے ویدھ کٔنٛن منٛز شلا کہِ تاکہِ ڈٕ کی یِنہٕ بنٛد
گرٛھنَس۔ تمہِ پتہٕ گرٛ ھِ کٔنٛن تیٖل پھمبہٕ ستی متھُن یا کانٛہہ تیٚتھ دوا متھُن یِیمہِ ستی
نہٕ تس کٔنٛن پس گرٛھِ۔



نَس ژوٚمبٕنۍ

یتھ بھارت ورشس منٛز چھُ ژوٚپاری نَس زنانہٕ ژومبان، مگر کُنہِ تہٕ
سوٗترس چھنہٕ نَس ژومبنُک ذِکر۔ یۄدٕ یہِ کانٛہہ سنسکار آسہِ ہے تیٚلہِ آسہِ ہَن
دوٗشوٚے نستہِ پیٚتی ژومبٕنۍ۔ اکھ بیوت ژمبُن چھےٚ شِگھ بوان مانہٕ۔ مگر چوٗنکہِ چھنہٕ
کُنہِ تہٕ سوٗترس منٛز امیُک درٕج، تمیٚ چھُ یہِ باسان زِ نَس ژوٚمبٕنۍ پرٛتھا چھِ پھیشنہٕ

خاطرٕ ازتام اَسی چلاوان۔ جان گرٕ ھےٚ یوٚ د یہِ پڑتھا کرٕہو بند۔ یوٚ د یہِ کانٛہہ سنسکار آسہِ ہے تیٚلہِ آسہِ ہے دوشوٕنی ( کورٕبن تہٕ گوٚبرٕبن ) یہِ نَس ژومبنٕ ضروٗری۔



## کن کرتہٕ یتھن گوٗھن ژومبنٕ:

اَکی یوٗنانی حکیمن چھُ وونمُت یوٚد کن ہن اَکس وٕرِیَس اندر اندر ژومبنہٕ۔ انڈ کوٚپ روٗگ، نامردی، بانٛج پن بیٚیہِ شُرٕبن کانہِ پوٚتلکی روٗگ تانٛی چھِ ہکبن دوٗر سپدِتھ۔ کنٛہ ہیٚرمہِ تُرٕکہِ اڈِجہِ پیٹھ گرٕ ھِ کنَس تُرٕس دِنہٕ یُن۔ پتہٕ ییٚرِ دأو یا کینٛہہ وَس لأ گتھ وُمبرِ تتھےٚ پأٹھی تھوُن۔ بوٗنم کن ژومبن گیہِ سوٗنہٕ زیوٚ ربو کن سجاوٕنی۔ ہیٚرمِس ژومبنس چھُ مطلب ہِرِیَس گُن یہِ کن ہاوِتھ، یتھن ہرِ یہِ زٕ ژ باسہِ کھووٕرِ اتھٕ کن دأرٕہتھ گرٕھِ تتی نَس تُرٕس دِیُن۔ تھ چھِ ونان دیوٚکرٕت چھِدر۔



(کن ژومبنگ سنسکار ووت اَند)



# اُپنٔین سنسکار یا یگیوپویت سنسکار

یگ گو ہَون، اُپویت گو یگیس نِش گژھُن۔ امہِ دوہ چھِ گوڈٕ نِک پھِرِ بچس أگنج زان دِنہٕ یِوان تہٕ یہے چھُ سُہ ساتھ آسان یێلہِ سُہ ہومُک حقدار چھُ بنان۔ یگیوپویت سنسکار چھُ کأشرس بٹہٕ ہنٛزِ زِندٕگی ہُنٛد اکھ أہم ہێرِ پوٗد یتھ کھٔسِتھ سُہ پننٛز زِندٕگی چھُ سواران۔ ''منوسُمرتی انوسار یُس شُر جلد ویدھا بل تہٕ وۄہارِچ یژھا چھُ پژکھٹاوان، تَس منٛز ژینوسِتی پرٛنچ زیر یالے تہِ، تس بزہمن شُرِس پزِ پانژِ ؤہرِس، کھتٕری شُرِس، سُہ ؤہریس تہٕ ویش شُرِس أٹھ ؤہرِس یگیوپویت کرُن۔ یُس تمہِ ساتہٕ سبٹھاہ فأیِد منٛد تہٕ کارآمد چھُ روزان۔

**بڑہمچأری ہنٛدی پلو کمہِ رنٛگہٕ گوژھن آسنی:**

گوڈنیتھ یێلہِ تجربہٕ خأطرٕ گُجران والا گۄروکُل یلہٕ اوس تێلہِ اوس تمن سفید رنٛگکی پلو لاگنُک حُکُم، مگر پتہٕ یێلہِ سأرِوے دوٗپ زِ سفید پلو چھُ جلد ماکہٕ سپدان، تموکۄر پلون لێدُر رنٛگ دِنُک تمن تجویز۔ پتہٕ ہێتی سارِوٕے لێدرٕ رنٛگکی پلو لاگنی۔ مگر یتیٚن ونوأسی مختصر یہِ پرانن گرنتھن منٛز چھُ رنٛگس مُتلق لیکھِتھ، یُس گرٛہ سوٗتر سوامی دیانند ریشی چھُ یتھ پأٹھی وبژھنأومُت۔ منتر چھُ:

यदि वासांसि वसीरन्रक्तानि वसीरन्, काषायं ब्राह्मणो मांजिष्टं क्षत्रियो हारिद्रं वैश्य:।। प्रथम अध्याय कंडिका १६। सूत्र ६। आश्वलायनीय गृह्यसूत्र।।

یۄد پلو لاگنی چھِ تم گژھن سفید رنٛگہٕ روٗس آسنی۔ بڑہمن شُرِس گژھِ گیرٕو رنٛگ، کھترے شُرِس گژھن مجیٹھ رنٛگ تہٕ لێدرٕ پلو گژھن ویش شُرٕبن لاگنہٕ باپتھ دِنی۔ لاہورٕکی پدارتھ وگیان شاستری مہاتما پنڈت گورٕو دت جی، ایم۔اے این چھُ انوبھوکۄرمُت زِ گیرٕو رنٛگ چھُ شریرٕکس مُسلس شانت تھوان۔ خوٗن صاف تھونہٕ خأطرٕ چھُ آیورویدٕ مطأبق گیرو مێنٛز دێَن سبٹھاہ ادبُت گون

تھؤوِتھ ۔ مجیٹ نہٕ چھُ کیٛوٚل اوشدٕ ھے یوٚت ہُکی کہِ چھُ کپۆر رنگنس منٛز سبٹھاہ استعمال کرنہٕ یِوان ۔ مجیٹ رنگہٕ پلوٚ ستۍ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ مُسلک روٗگ نال وولان ۔ پنجابس منٛز چھِ مجیٹ رنگہٕ رٔنگِتھ کپرس سالوٗ ونان تہٕ خانٛدرس ، رتین کارن منٛز چھُ پوٚیتر زٲنِتھ لاگنہٕ یِوان ۔ مُسلمان تہٕ مراٹھا راجس منٛز اوس دفترن منٛز تکیہٕ ، کاغذ تھوٚنٛکو بیگ اَمی رنگہٕ رنگناونک رِواج ۔ نقشن منٛز اَس اکثر اَمی رنگہٕ کیو نِشانو مُختلف راجن ہنٛز نِشاندہی کرنہٕ یِوان ۔ برٹش اِنڈیا تہِ اوس اَمی ووزلہٕ رنگہٕ پرٛزناونہٕ یِوان ۔

لیٛدرس رنگس تہِ چھِ ادبُت گون ۔ مگر اگر چوٹ لگہِ تتھ جایہِ لیٛدر ترٛاونہٕ چھُ خوٗن جلد بنٛد سپدان ۔ بیٚیہٕ چھِ امہِ ستۍ رٔنگیمتۍ کپرس ریٚیہ بزٕوٚنٛتھ کینٛہہ تہِ پکان ۔ مُسلس مل دوٗر کرنچ شکتی تہِ چھِ لیٛدرٕ منٛز آسان ۔ اَمی کِنۍ چھِ اُبٹن لگاونہٕ وِزِ وِشکہِ اَتھٕ ستۍ لیٛدری تہٕ رلاونہٕ یِوان ۔ اَز چھِ کیمیکل لیٛدر رنگس منٛز کپُر رنگناوان ، ییٚمہِ ستۍ مُسلس چھِ واریاہ روٗگ نال وولان ۔ لیٛدرِ ستۍ کپُر رنگناونہٕ وِزِ یوٚ دپھٹکر پوٗنۍ ترٛاونہٕ ییہِ ، سُہ رنگ بنہِ پوٚپ تہٕ سوٗنٛدر ۔

گوڈنِتھ اوس یہِ سنسکار گوٗرٕ کولس منٛز کرنہٕ یِوان ۔ یم شُری کوٗر یا نیچۍ اَسی تہٕ برٛہمچاری ورٛتس منٛز وید پرن تہٕ پرٛناوان ۔ تمن اَسی برٛہمچاری ونان ۔ شاستر ویدھا تہٕ شاستر وید پوٗرٕ پاٹھۍ پرٛٲوِتھ 25 ہَن وٕرِیَن گوٗرٕ کولس منٛز روٗزِتھ اوس یہِ شُر سمپوٗرن منٛش بنِتھ گرٕ پٔتۍ واپس یِوان ۔ گرٕبھس منٛز روزنہٕ پتہٕ اوت تانۍ اَسی تمِس دٕہہ سنسکار ، تمہِ پتہٕ یگیوپویت بغاَر شےٚ سنسکار مرنٛکس دمس تانۍ کرنہٕ یِوان ۔ وید تہِ چھِ ونان انجینری ، ڈاکٹری یا گِنہٕ تہٕ سائنسک گیان چھُ سمیہٕ سمیہٕ بدلان تہٕ منٛشس بدلنس پتھ مجبوٗر تہٕ چھُ سےٚ کران ۔ وونۍ چھِ اَسی یہِ یگیوپویت سنسکار گوٗرٕ کول بدلہٕ گرٕ ہے منٛز کران ۔ پٔتۍ پرٛٲنۍ سنسکرٛتی زِندٕ تھونہٕ باپتھ ساری سنسکار نوِ سرٕ اَکے دوہ گرٕ ہے منٛز یگیوپویت رٕ پھ کران ۔ یہِ سنسکار اوس وپتھ کالہِ

کوربن تہ کرنہِ یِوان۔ شاستر چھِ ونان زِ یُوتاہ یگیوپویتُک حقدار اکھ لڑکہ چھُ تیُوتہ چھِ اکھ کوٗرتہِ۔ پرٛانہِ سمیہ اَسی کوربن تہِ یگیوپویت سنسکار کرنہٕ وِزِ لنگوٹہٕ تہٕ اُڈی پن لاگان، تتھ اَڈی پنس اَسی میکھلا ونان۔ میکھلا: مے گو میاٗنی، کھلا گو اَندرِم شتھر گرٛھن فنا۔ اَڈی پن لاگنہٕ وِزِ اوس دَیِس منگنہٕ یِوان ہی دَیہ میاٗنی اَندرِم شیتھر گالُکھ تہٕ مےٚ بناو بوزِ وان۔ ونہٕ چھُ یِوان کمرِ بون کُن تاگن اوس نہٕ کانہہ دود نہٕ دگ باسان۔ یُس وُنی کمن کِس وقتس منز چھُ عام۔

ہیڈروسِل تہٕ ہرنیا بیماریو نِش اوس مُنِش مُچھِ ہمیشہٕ خاطرِ روزان۔ مگر سے بدلیُو یگیوپویت سنسکار رُدلڑکن تامے محدُود۔ یوٚ دوٚے یہ سنسکار چھُ سبٹھاہ پھلہٕ دایک، اسہِ پزِ سارِنے کوربن ہِندِ باپتھ تہِ یہ اکھ ضرورؠ سنسکار مانِنچ کوٗشِش کرِنی۔

**کنیا پنڈتانہِ بناوٕنی:**

شتھ پتھ کِس اَخری حِصس منز گربھدان کِس سنسکارس منز چھُ یہ لیکھتھ:

**ये इच्छेत दुहिता मे पंडिता जायेत।।**

امہِ منترُک مطلب چھُ یہ پزٛاَنی ریشی ییٚتہِ لڑکن پُنڈت بناونُک ییٚن اَسی کران تیٚن اَسی تمہِ کوربن تہِ پنڈتانہِ بناوان۔ یہ کتھ چھِ ویواد رۄس۔ شرٛی یِتھ پنڈت مہاراٗنی شنکر جی پنڈِتاہن چھُ پننہٕ اَکِس جان کِتابہٕ 'کنوپنین پدِتی' منز پوٚرِ پاٹھی امیُک یقرار کوٗرمُت تہٕ آگراہکِ روزن واٗلی شرٛیتھ پنڈتن چھُ اَکِس ووتم آرٹکلس منز اتھ پیٹھ سبٹھاہ رٕتی پاٹھی آنکار گُرتھ کورِہُند یونہٕ تزاوُن ووتم مونمت۔

سنسکرت ناول 'کادمبری' یوسہ مہاکو وانہٕ بھٹن لیچھ ہۄ چھِ، اوس مشہوٗر راز ہرش وردھن ہِندِ دربارُک اکھ پزٛلوٗن تارُکھ۔ ہرش وردھن اوس سُتمہِ عیسوی بزوٗنٛتھ راج کران تہِ امہِ ہنز رازداٗنی اَسی 'کاٗنی کُبج'۔ اتھ دورانس منز آو چینُک اکھ یاتری ہیوٗن سانگ بھارت۔ ہرش وردھنٕن راجتھ چھُ وِنسیوٹ اَے ہتھ

صاَبن انگریزیس منز وِیژھنووُمت۔ ڈاکٹر پیٹرسن صاَبن چھُ کادمبری ناوِلہِ ہُند انگریزی پاٹھی ترجمس منز گوڈنیتھ ذِکر کوٚرمُت۔ یوسہِ 'گورنمٹ سینٹرل بُک ڈِپو بمبئی' منز چھاپ چھِ کرنہِ آمژ۔ 'کادمبری' ناولہِ ہُند ہیرو چھُ چندرا پیڈ۔ یہ ہیرو یِیلہِ اکہِ دوہ زینن زینن کاٗلاس پژورتس کُن واتن وول اوس، سُہ ووت شِکارس پتہٕ پتہٕ پکِتھ 'اچھوذ' ناوِ کِس سرس نزدیک۔ یٮ۪تہِ تمۍ شِوجی ہِندِس مندرس منز اکھ گندرب کنیاوُچھ شُوس پۆزان۔ اَمِس کورِ اوس ناو مہاشویتا۔ مہاشویتا ہُند ورنن کران چھُ وان بھٹ لیکھان:

ब्रह्मसूत्रेण पवित्रीकृतकायाम्।

بزہم سوٗتر (یونہِ) سٟتؠ اوس مہاشویتا ہُند شریر پویتر تہٕ شروٗژ باسان۔ کادمبری ہِنز کتھ یوٚدوہرِ کھٔتۍ ہِتس کھرِ ٹوٗری اُسی، مگر اَسہِ چھُ امہِ سٟتؠ پتا لگان زِ تم شتابدی منز وان بھٹ تہِ اوس بزہمچاٗری تپسوی زنبن یونہِ ناٗلی ترٛاوُن ووتھم سمجان۔ یُس تمہِ سمیک اَہم سنسکار اوس۔

گایتری ہُند تھٔز رتہٕ بجر چھُ سارِوے وید و ویژہنتھ ووٗنمت۔ اتھروید س منز چھُ پانہٕ وید بھگوانن ووٗنمت۔

स्तुता मया वरदा वेदमाता प्रचोदयन्ता पावमानी द्विजानाम।
आयु प्राण प्रजा पशु कीर्ति द्रविणम ब्रहमवर्चसम: ।।

میانہِ ذِکر ونہٕ ہِژ وید ماتا گایتری چھِ ست زن زیون پویتر بناوِتھ، زٕٹھی وُمبر، پژان پوشی، یَش دھن بیٚیہ بزہمہٕ تیز بخشان۔ سرِیشٹی یٟمہِ وِزِ بزہما جین کاٗر پاٗدِ تنہٕ پیٹھ ہیوٚت ریشو، مُنیو، سادھو تہٕ سنتو گایتری ہُند زپھ کرُن۔ امہِ منتھرِ ہِنز تشبیہ دھونہِ روٗزآکاشس منز چھتِرِ روٗپ موجوٗد، لہٰذا یُس تہِ سادھک بھاوِ سٟتؠ گایتری ہِنز توتا کرِ یہ چھتری چھِ تس سادھکس وِگنن تہٕ دھوندن ٹھٔرِ روزان تہٕ سایہ بان رِپھتس روٗدس تہٕ تاپس منز گرگرِ رچھان۔

منوسمرِتی منز چھُ لیکھتھ:

जन्मना जायेत: शुद्रा संस्कारात द्विज उच्चते।

سنسکار کرنہٕ ستیٖ چھِ پنٛنِس پانَس أسی بڑہمن ہبکان وٕنتھ۔ دیان بڑہمن گو سُہ یُس دوٚیمہِ لٹہِ چھُ یٖیمہٕ سنٛسآری زنم ہیوان۔ اکھ ییٚلہِ سُہ پنٛنہِ ماجہِ چھُ تھنہٕ پیوان دوٚیم ییٚلہِ سُہ یکیوپویت سنسکار کرنس چھُ واتان۔ تَس چھُ شودی کرنہٕ باپتھ وید منتر پرنہٕ یِوان۔ یتھ زَن أسی یکیوپویت چھِ ونان۔ یہِ یکیوپویت سنسکار چھُ أمِس بچَس وید گیٖان پڑاونہٕ یگیٖ بناوان۔ وید گیٖانے پڑاونہٕ چھُ أکِس بڑہمنہٕ ہنٛز کآم۔ امے چھِ اتھ سنسکارس دوٚیم زنم ونان۔ یہِ دوٚیم زنم چھُ أکِس بڑہمن ہنٛدِ باپتھ سبٹھاہ ضرۄری، تِکیٛازِ یہِ چھُ شریر رۄپ میٚژِ ہنٛس آتما زانٛنچ تہٕ پرٛزناونٛچ وتہِ کُن لاگان۔ یُس وید گیٖانُک صحیٖ مقصد تہٕ مطلب چھُ آسان۔ یہِ گیٖان چھُ زیوس أندرِم سلطنژ ہُنٛد بَرمُژرِتھ بڑہم انوبھونٛچ وتھ گاشہِ راوان۔ کالہٕ پٹھ یگاہ تانی چھِ بڑہماجی أمِس بالکس وید وبژھنتھ فکرِ تاران، زِ سأنِس شریرس منٛز رۄزِتھ آتما چھُ پرآتما سُنٛد امانتھ۔ أمِس پرآتما سُنٛد ژِہ ژِہ دھیان دٕرِتھ کرو أسی یٖیمہِ سنٛسآری رٔژ کامہِ تہٕ واتو صحیٖ منٛزلس۔ امہِ باپتھ چھُ یونہٕ بالہٕ کس نالیٚ ترٛاونہٕ یِوان تہٕ ستیٖ چھُس پۄزِ ایہِ رۄپ گایتری منتھر دِنہٕ یِوان۔ یہِ منتھر پرٛزِ ژِہ ژِہ کرمو کٔنہ أمِس بالکس دوہراوٕنی یوس یتھِ پآٹھی چھِ:

ॐ भूर्भुव: स्व: तत्सवितुवरेण्यं
भर्गो देवस्य धीमहि, घियो यो न: प्रचोदयाय्।

ناو دَیہِ چون زگت اوم ستہِن سوران
چھُکھ پآدٕ زگتس کرن وول ژٕ آسان
تس زگت ایشورس چھُس پان پۄشہِ ران
دوکھ دۄر گرِتھ یُس سوکھی بناوان
تس جۄتی سۄرۄپس چھُس لونٛچہٕ تل یِوان
یُتھ دھیانس منٛز لے روزٕ سپدان

دیون ہنٛدِ دیوٚ تہٕ ونتھ چھیٚے کران
رٕژِ نیک وتہِ بود مےٚ روز پکہٕ ناوان

بزہاچی چھُ آشاوان زِ یمٕ لختہٕ جگرتھون یاد تہٕ انَن کرٕ یایہٕ منٛز یہ گایتری منتھر۔

گایتری منترک بجر چھُ زِ یہ پرٛاوِتھ چھُنہٕ بالک بنیہٕ کانٛسہٕ تہٕ دَے وتھ ژھانڈٕنک منٛزِم یور مانان۔ سُہ چھُ پانٛنی پانے دَے ہنٛز وِوپاسنا پننہٕ مرضی کران۔ چنانچہ ایشور چھُ سرٕو ویٛاپک۔ سُہ چھُ اُمِس منترٕ دٕسی تمہٕ ہنٛزِ قابلیژ انوسارتس گیٛان تہٕ سوبودِ ہنٛدِ پرٛکاشہِ گاشہِ راوان۔ ہُٹس نالہٕ ترٛاوِتھ چھُ تس کھبنہٕ کھبنہٕ یاد پاوان، زِ ژٕ بن پنڈت (وِدوان) رٕتھو گونو، رٕتہِ آژار وِچار تہٕ منوبلہٕ ستی بن یوٚگی، یمہٕ ستی چون منس منٛز باسہٕ وُن بھگوان گرٛھِ پرٛسن تہٕ ژٕ ہیککھ پنُن آتما روٗپ دَے پرٛزناوِتھ تہٕ زانٛنتھ، یا پننہِ یوٚگہٕ بلہٕ کنی سادن پرٛاوِتھ بنکھ کرمو ریوٚش۔

یکیو پویتس چھِ برٛہم سوٗتر تہِ ونان۔ سنسکرت خزانن منٛز چھُ برٛہمک مطلب وید۔ امہِ کنی چھِ برٛہم سوٗترک مانہِ وید زانٛنک سوٗتر مانان۔ گرٛنتھن منٛز چھِ اتھ ویدیایہِ ہُنٛد نِشانہٕ تہِ ونان۔ وید یا ویدھا چھِ ترٛےٚ قسم آسان۔ کرٛم، وِوپاسنا تہٕ گیٛان زانٛن۔ یمن ترٛین کانڈن ہُنٛد گیٛان پرٛاونہٕ باپتھ چھُ برٛہمچارٕی آشرم دھارن کرنہٕ یِوان تہٕ برٛہم سوٗتر یا یونہِ نالہٕ ترٛاونہٕ یِوان۔ امِے چھِ برٛہم سوٗتر ترٛےٚ لرٕ آسان۔ اکھ اکھ لر چھِ اکہِ اکہِ کانڈٕچ نِشانٛی آسان۔ یوسہٕ ژٕہی ژٕہی اَسہِ اچھ مہما چھِ یاد پاوان۔ برٛہموٗترکین ترٛین لرن گٔن کرنہٕ باپتھ چھِ اکھ گنڈ منٛزس ترٛاوان۔ یتھ برٛہمہٕ گنڈٕ تہٕ چھِ ونان۔ یمیُک باو چھُ زِ کرم، دَے پوٗزتہٕ دَے گیٛان روزن ترٛشوٚے لرٕ رٕچھ زِہوس یاد، یمہٕ ستی تہنٛز زِندگی ہنٛز ناو پکہٕ سیدٕ سیوٚدٕ۔ یوٚد یمو ترٛیو منٛز کانٛہہ لرٕ ژھٕنتھ پیہٕ، یونہٕ لاگُن چھُ تیلہِ نِشپت۔ یہ یونہٕ گوڈٕ گنہِ کلس الوند ترٛاوُن تاکہِ کانٛہہ تہٕ جانور لنہِ پنُن ٹوٗٹھ اول بناونس منٛز

درکار۔

یتھ پاٹھی عملہٕ منز یہ منتر اَنتھ پھیرِ نہٕ کرٕ موکانہہ زٕ پوٚت۔ کرم روزِ خوش پاٹھی کران، چاہے وتہٕ کاژاہ تہِ کرٕ یچھ آسن۔ زیٚنن، ہارُن، نفاہ، نوقصان، سوکھ دوکھ مانہٕ برابر زانتھ، سارِنے پاپن لتھ مارِتھ، روزِ ہمیشہِ زِندٕگی ہُند جنگ کامیابی سان لڑان تہٕ زینان۔

یِمہِ دوہ اُپنین سنسکار کرُن آسہِ، صُبہنس چھِ شُرِس شرٛان کرٕناوان تہٕ نٔوی پلو لاگتھ موٗ ذُر بتہٕ یا مچامہٕ ہیُٚو کھیاوِتھ، آچاریہ، مول مأج تس ہوَن کونڈس نِش نتھ پوٚرگن بُتھ گرِتھ سوندر آسنس پٹھ بیہناوان۔ تمہِ پتہٕ برٛہمن تہٕ وبدوان پنہٕ نِس پنہٕ نِس آسنس پٹھ بیہان تہٕ آژمن گرِتھ چھِ شُرِس یہ منتر پرٕناوان:

ॐ ब्रह्मचर्यमागाम, ब्रह्मचार्यसानि।। पार. गृ. सू. का.२।क.२।सू.६।।

ویدگیان نیٚیم ہرٕ دیٚس منز روٗزم بسان
برٛہمچأری ورٚتس منز روزٕ ویدگیان پرٛاوان

یہ منتر پرٕناوِتھ چھُ آچاریہ تہِ یہ منتر پران:

ॐ येनेन्द्राय बृहस्पतिर्वास: पर्यदधादमृतम्। तेन त्वा परिदधाम्यायुषे दीर्घायुत्वाय बलाय वर्चसे।।१।। पार. गृ. सू. का.२।क.२।सू.७।।

یِمہِ ویدھی پٔتن گور بٔرٛہتِس پلو لاگان
چھُ نہٕ یُس دودمُت ژھیُٚونمت رٕنیُومُت آسان
پتہِ چھٕس تمے ویدھی سوندر پلو ژٕے لاگان
یتھ پرٛاوکھ زیُٚوٹھ آے اشوریہ بل پُندرے تیزٕ سان

ॐ यज्ञोपवीतं परमं पवित्रं प्रजापतेर्यत्सहजं पुरस्तात्। आयुष्यमग्र्यं प्रतिमुञ्च शुभ्रं यज्ञोपवीतं बलमस्तु तेज:।। यज्ञोपवीतमसि यज्ञस्य त्वा यज्ञोपवीतेनोपनह्यामि।। १।। पार. गृ. सू. का. २।क.२।सू. ११।।

وید کرٕمن حقدار بنہٕ باپتھ چھِ یونہٕ نالِ ترٛاوان
یُس پھکیُٚر پٹھ نالِ ترٛاوِتھ گیان پرٛاونک حبس دِوان

پرٕم پویتر، پراتھ آیک ہتکارۍ یہِ یونہِ ناُلی بہٕ تراوان
بخشن مےٚ دَے کرٕ پایہِ تیزٕ تہٕ بل شود کرن وول گیان
برٕہم سوٗتر گو یونہِ، چھُس یِگی کرٕمو باپتھ ناُلی تراوان
چھُس پنہٕ نِس پانس تہٕ اُتھی یوٗنس ستی بہٕ گنڈان

یم منتر پرِتھ تراوِ گوٗروٗجی پھکیٚ پیٹھی دچھُن اتھ نبر منزٕ کڈِتھ توٗنس تانی اُمس شُرِس ہٕٹس یہِ یونہِ۔ تمہِ پتہٕ پانس دچھِنہِ بیٛہناُوِتھ دَے پوٗزتہٕ توتا کرِتھ اُگنَ ہر دِتھ، کرِ آج آہوتٕ دِنٕچ سنٛز۔ آدھاراواج بھاگ آہوٗتی ژور، وِیا ہرتی آہوتٕ ژور، تنو اُگنے ستی اُٹھ آہوتٕ کُل شُراہ آہوتٕ گیوٕچ دِیہِ اُگنس۔ تمہِ پتہٕ چھِ بالہِ گس دویو اتھو (اوم بھوٗر بھواہ سواہ اُگن آیورشہِ) منتروٕ ژور آہوتٕ اُگنس دِتھ یم منتر پرنہِ:

ॐ अग्ने व्रतपते व्रतं चरिष्यामि तत्ते प्रब्रवीमि तच्छकेयम्। तेन ऋध्यासम् इदम अहम अनृतात् सत्यम उपैमि स्वाहा।। इदमग्नये इदन्न मम।।१।। मं. ब्रा १।६।९।।

اُگنہِ روٗپ وژتن ہِنٛدِ ایشور چھُسے ژےٚ پوٗزان
برٕہمچاُری وژتک بہٕ سنکلپ کرٕ، وَنتھ چھُسے کران
وژت پانٕچ سامرتھ دِیہِ کرٕ پایہِ روزٕم تھوان
تمہِ پھلہِ سوکھ ساٗنٛتھ روزے بہٕ پرٕاوان
اپزِ کار تراُوِتھ روزٕ بہٕ پوٗز وِیوہار کران
لولہِ باوِ دِیہِ سُمرن ستی برٕہم روزن ڈیٛشان

ॐ वायो व्रतपते स्वाहा।। इदं वायवे-इदन्न मम।।२।।मं. ब्रा १।६।१०।।

گیان سوٗروٗپ ہَوادیو برٕہمچاُری وژت بہٕ روزٕ دران
کرٕ پایہِ چانہِ وژت بہٕ ہیکہٕ پاُلِتھ چھُسے وَنتھ کران
روزٕ سوکھ بِنیہِ یَش بہٕ تمہِ پھلہِ پرٕاوان
ژھلو روٗس ہیکن پرٕزناُوِتھ ہرٕ دیٚس منٛز یُس بسان

ॐ सूर्य व्रतपते. स्वाहा।। इदं सूर्याय - इदन्न मम।।३।। मं. ब्रा.१।६।११।।

پرٛکاشہِ روٗپ ہریہ بھگوان، برٛہمچاری وزت یہ روزٕ دران
وزت ہیکہِ پالتھ کرٛ پایہِ چانہِ داسہِ باوٕ چھُس ونان
سوکھ بێیہِ یَش روزٕ تمہِ پھلہٕ یہ پرٛاوان
ژھلو روٗس ہیکن پرٛزٕناوِتھ یُس ہرٛ دیٖس منٛز بسان

ॐ चन्द्र व्रतपते. स्वाहा इदं चन्द्राय - इदन्न मम।।४।। मं. ब्र.१।६।१२।।

شێہجار روٗپ زوٗنہٕ مائجی برٛہمچاری وزت یہ روزٕ ہا دران
وزت ہیکہِ یہ پالتھ کرٛ پایہِ چانہِ چھُس ونتھ کران
سوکھ بێیہِ یَش روزٕ تمہِ پھلہٕ یہ پرٛاوان
ژھلو روٗس پرٛزٕناوِتھ ہیکن یُس ہرٛ دیٖس منٛز بسان

ॐ व्रतानां व्रतपते. स्वाहा।। इदमिन्द्राय व्रतपतये - इदन्न माम।।५।। मं. वा १।६।१३।।

وزتن ہِندِ سردارٕ برٛہمچاری وزت یہ روزٕ ہا دران
کرٛ پایہِ چانہِ اند ولتہِ وزت چھُسے ونتھ کران
سوکھ بێیہِ یَش روزٕ تمہِ پھلہٕ یہ پرٛاوان
ژھلو روٗس ہیکن پرٛزٕناوِتھ یُس ہرٛ دیٖس منٛز بسان

یِمو پانٛژو منترو آج آہوژ دِتھ چھِ وِیاہرٛتی آہوژ ژور، سوِشٹکرٛت آہوژ اکھ تہٕ پرجاپتی اکھ آہوژ سارِیے مِلاوِتھ کُل شێ۔ گیوٕ آہوژ اَگنس دِنہٕ۔ کُل پنداہ آہوژ شُری ہِندی اتھو دِتھ بێیہِ گۄرُٕ جی یِگی کونٛڈس وۄتر طرفہٕ پور کُن بُتھ کرِتھ تہٕ بالک بێیہِ گۄرُٕ جیَس برٛونٛٹھ کنہِ پچھِم کُن بُتھ کرِتھ۔ تمہِ پتہٕ بالکس کُن نظر مِلاوِتھ پرٛ

گۄرُٕ جی یہِ منتر:

ॐ आगन्त्रा समगन्महि प्रसुमर्त्य युयोतन। अरिष्टा: सञ्चरेमहि स्वस्ति चरतादयम्।।१।। मं. ब्रा १।६।१४।।

برٛہمچاری وزت اَگنہِ دیو یہ بالک درُن پرٛھان
اَمِس ہتی اَسی ساری سہمتھ چھِ آسان

وٚکھن اِنٛدی اَسی پانس پٔٹھ ہوان
کلیان پزاوِ کرٕ پایہٕ چانہٕ روزُس میٚہربان

تمہِ پتہٕ پرِ بالُک یہِ منتر:

ॐ ब्रह्मचार्यमागाम उपमानयस्व। मंत्र ब्रा १।६।१६।।

برٕہمچٲری وزٕت گوٚرِ دِیو کوٚر مےٚ ووٗنی سیویکار
نم پانس کُن ویدھی کٔر بٔنتھ غمخوار

'को नामासि।'

آچارین پرٕ ژھ بالکس، ژےٚ کیٛاہ چھےٚ ناو؟

'एतन्नामस्मि। मं ब्रा । ६। १।

بالکن وونُس: مےٚ چھُ رام ناو۔
تمہِ پتہٕ چھُ برٕہمُن ترٕیو پانٛچ مہما گوان۔

आपो हिष्ठा पयो भुवस्तान ऊर्जे दधातन। महेरणाय चक्षसे।।१।।

ऋ. म. १०। सू. ९। मं. १।

چھٕکھ زلہٕ دیو ژٕ اَن ووٚپہٕ دأتھ سوکھی بناوان
چھُ اَن کوٚتھن ہوش أچھن گاش بخشان

यो व: शिवतमो रसस्तस्य भजयतेह न:। उशतीरिब मातर:।।२।।

ऋ. अ. १०। सू. ९।मं. २।।

رسہٕ چانہٕ زلہٕ دیو کلیان چھُ سپدان
امہِ رسہٕ ستی روز اسہِ سگہٕ وان
یتھٕ ٹأٹھِس شُرِس مومہٕ روٗپ رَس مأجہٕ چاوان
تتھٕ ییمہِ زنمہٕ تراوتھ پٔنٕنی اَسہِ روز بخشان

तस्मा अरंगमाम वो यस्य क्षयाय जिन्वथ। आपो जनयथा च न:।।३।।

यजु. अ. ११। मं. ५०-५२।।

ییمہِ اَن باپتھ اوشدھ ژےٚ زلہٕ سگہٕ وان
تمےٚ اَن باپتھ پوٚزٕ پأٹھی چھِی گرٕہن کران

رَس رۆپ امرتھ روز زلہِ اَسہِ چاوان
پۆتھر تہٕ زُربن ہُنٛد سوکھ روزو چھاوان

یم منتر پرٛتھ چھُ بالُک دۄچھن منٛز اتھ پانہٕ ستی بران تہٕ ستی چھُ گور پنُن منٛز اتھ برتھ یہِ منتر پران:

ॐ सत्सवितुर्वृणीमहे वयं देवस्य भोजनम्। श्रेष्ठं सर्वधातमम्। तुरं भगस्य धीमहि।।१।। ऋ. मं. ५।। अ. ६। सू. ८२। मं. १।।

پاݨ کرن وول دٔے اَن رۆپ بۆگ اَسہِ کٕیت ودپہِ داوان
نیمہٕ کنٛز مشہوٗر پرٛشنساہِ یکۍ بۆگ أسۍ بۆگنٛز پرٛھان
شتٛرن ناش کرن وٲلۍ بۆگ پدارتھن سٕے سوزان
بۆگو رتۍ بۆگ چھِی أسۍ دَیس منگان

یہِ منتر پرٛتھ ترٛاوِ گور پننہِ اتھُک پوٗنۍ بکھتۍ ہنٛدِس اتھس منٛز تہٕ نیوٗٹھ سان تھپھ کرتھ انٛبس دٕگیس برٛونٹھ کُن تہٕ پرِ یہِ منتر:

ॐ देवस्य त्वा सवितुः प्रसवेऽश्विनोर्बाहुभ्यां पूष्णो हस्ताभ्यां हस्तं गृहणाम्यसौ।।१।। आश्व. गृ. सू. अ.१। कं.२०। सू.४ य.अ.५। मं. २६।।

یٖمہِ ناوکۍ شرِ ایشورنہٕ باپتھ چھُہے تھف اتھس کران
سر یہِ ژٔندرمس ہیوٚ بل پورشارتھ باپتھ چھُستھ برٛونٹھ کُن انان
پرٛانن ہنٛدِ بلہٕ باپتھ پرٛان وایو گرٛہن کرناوان
اپان وایو تیاگہٕ باپتھ چھُہے تھف اتھس کران

یہِ منتر پرٛتھ ترٛاوِ بالُک اتھُک پوٗنۍ بانس منٛز۔ تتھے پاٹھۍ برِ گور گوڈٕ پنُن منٛز اتھ پانہٕ ستۍ تہٕ ترٛاوِ بالکہٕ ہنٛدِس منٛز اتھس منٛز تہٕ نیوٗٹھ سان رٹبس اتھ تہٕ پرِ یہِ منتر:

ॐ सविता ते हस्तमग्रभीत्, असौ।।१।। मानवगृ. सू. पुरूष १। ख. २२। सू. ५।।

اتھس چاٛنس (بالک) تھپھ کُر پانہٕ بھگوانن
اونہٕ نکھ سایس تل پانے تمۍ میٚہربانن

امہِ منتر ستۍ بالُک پننہِ اتھُک پوٗنۍ پننہِ بانس منٛز ترٛاوان۔ تمہِ پتہٕ ترٛاوِ ترٛیمہِ پھِر

گور پٕنٕنہِ اتھک پوٚنی بالکس منٛز اتھس منٛز تہٕ انبس نیوٚٹھ سان اتھس تھپھ کٔرِتھ تہٕ پرِ یہِ منتر:

ॐ अग्निराचार्यस्तव, असौ।। सा. म. प्र. १। खं. ३। मं. १५।।

أگن رٕوپ ایشور روزِ ووتھِ بیٹھ چأنی سیٚزران
أگن دیوس برٛونٛٹھہِ کنہِ توٚے تھپھ کٔرِتھ چھُستھ انان

بالُک ترٛاوِ برٛونٛٹھِم پاٹھی اتھک پوٚنی بانٛس منٛز تہٕ نیٚبر نیٚرِتھ بیٚہہ سِرِیَس برٛونٛٹھہِ کنہِ تھوٚد تھٔوِتھ تہٕ آچاریہِ پرِ یہِ منتر:

ॐ देव सवितरेष ते ब्रह्मचारी त्वं गोपाय समावृतत्।।१।। मानव गृह सू २२। सू ५।।

چھُکھ دَیہِ سارِنٕے ہُنٛد سرِور برٛہمچأرِبس رکھیا کر
یُتھ یِیہِ وارِ مےٚ ستٕ دِتِس تیُٚتھ ور

تیٚمہِ اکہِ منترِ پتہٕ بیٚیہِ یہِ منتر:

लचक्षुदेर्ववहितम्

سِرِیہِ دِینٕے گیان نیٚتھر

امہِ پتہٕ روزِ بالُک منہٕ کٔنی سِرِیہِ بھگوانس توتانہٕ پرٛزایہِ کٔنی أشیر واد منگان۔ یہِ منتر پٔرِتھ یِیہِ برٛہمن ہَون کوٚنڈس نِش بالُک ہیتھ تہٕ کوٚنڈس ووتر طرفہِ بیٚہتھ پرِ آچاریہِ یہِ منتر:

سوٚندر پلو لاگِتھ ہشٹ پُشٹ شرٛیر سان
میکھل یونہِ ترٛأوِتھ برٛہمچاریہِ یٚیلہِ بُتھِ پیوان
امہِ بلہِ برٛہمچأری ہکہِ لِزٕ کٔرِتھ کلیان
سبٹھاہ شرٛیسٹھ لوٚکن منٛز سُہ مانٕنہٕ یوان

ॐ सूर्यस्यावृतमन्वावर्त्तस्व असो।।१।। सा. मं. ब्रा. प्र. २ ख. ६। मं. १९।।

ہتو شرٛ گور چون سِرِیہِ رٕوپ تیٚزوان
دِس أندی أندی ژٕ پرٛیکھبن سپدِ ے کلیان

یہِ منتر پرٕتھ دِیہِ بالُک گورس أندی أندی پرٛتیکھبن تہٕ گورتھوبس پٔنٕن دچھُن اتھ دچھِنس پھکِس پٹھ۔ تمہِ پتہٕ تھٔوِ اتھ پٔنٕن کپرٕ ستۍ ؤلتھ تہٕ پرِ یہِ منتر:

ॐ प्राणानाँ ग्रन्थिरसि मा विस्त्रसोऽन्तक इदं ते परिददामि अमुम्।।१।।

म. ब्रा १।६।२०।।

پرٛان ییٚہِ باقی ہَواہن ہُند گنڈ چھِ ناف آسان
ہی دَیہِ ییٚنہٕ ناف پٔنٕنہِ جایہِ ڈٔلبس روزِم میٚہربان
چھُسے یہِ بالُک بہٕ ژٕے پُشِہ راوان
کرٛپایہِ روز اِشٕدِس شریرس رکھیا کران

یہِ منتر پرٕتھ کرِ بالکس گورسُپرش تہٕ پرِ یہِ منتر:

ॐ अहुर इदं ते परिददामि, अमुम्।।२।। मं. ब्रा. १।६। २१।।

والیو دیٚوِ چھُسے ییٚمہِ ناوُک بالُک ژٕے پُشِہ راوان
کرٛپایہِ روز أمِس پانٕہ ژٕ رأچھی کران

ییٚمہِ منتھرِ چھُس ووڈرس پٹھ اتھ تھوُن:

ॐ कृशन इदं ते परिददामि, अमुम्।।३।। मं. ब्रा. १।२। २२।।

چھُسے ییٚمہِ ناوُک بالُک أگنہٕ راز ژٕے پُشِہ راوان
کرٛپایہِ روز أمِسے پانے ژٕ رأچھ کران

ॐ प्रजापतये त्वा परिददामि, असौ।।४।। ब्रा.१।६। २३।।

ہتو راٖم ناوِکہِ شُرِ اِشور ہسٕژ یژھایے
چھُستھ تسی دَیِس حوالہِ کران تسٕژ کرٛپایے

یہِ منتر پرٕتھ اتھ دچھِنس پھکِس پٹھ تھٔوِتھ پرِ یہِ منتر:

ॐ देवाय त्वा सवित्रे परिददामि, असौ।।५।। मं. ब्रा १।६।२४।।

سارِنے پاٗدٕ کرن والہِ دِویہِ گونو بھگوان
چھُسے بالُک پٔژران رأچھ روزُس کران

یہِ منتر پرٕتھ بالکہٕ ہندِس دٔچھِنس پھکِس پٹھ دچھُن اتھ تھٔوِتھ تھوِ برٛہمن تسٕندِس

دِلس پٔٹھ اتھ تہٕ پرِ یہِ منتر:

ॐ तं धीरास: कवय उन्नयन्ति स्वाध्यो ३ मनसा देवयन्त: ।।६।। ऋ. मं. ३। अ. १। सू.८। मं ४।।

دیو باو تھون وأنی وبدوانو تہٕ تھبر بوزٕ وانو
برٛہمچأری توہہِ پُشرِتھ چھُس بجایہِ تِہنٛز منگانو

اَمہِ منتر پتہٕ آچاریہِ برٛونٛٹھ کنہِ بہتھ تھوِ بالکس پھیکِس پٔٹھ پٔتھ دچھُن اتھ پتہٕ تھوبس ہرٛ دیلس پٔٹھ اتھ تہٕ پرِ منتر:

ॐ मम व्रते ते हृदयं दधामि मम चित्तमनुचितं तेऽस्तु। मम वाचमेकमना जुषस्व बृहस्पतिष्ट्वा नियुनक्तु मह्यम्।।१। पार. गृ. सू. का.२। कं.२। सू. १६।।

بالک سُند ہرٛدے ژٕبتھ تھبر کرٕنک گور قسم دژے کران
ایکاگر منہٕ گوٗرٕ وأنی بوٗزِتھ امیُک ارتھ سُہ روزِ شرٛ پران
برٛہسپتھ دیو ہنٛز کرٛپایہِ روٗزِن سایہٕ میأنس تل پھبان
بوزِ میٚونُے سوٗرے وٕنُن، وادٕ روٗزنس سُے دَے ہوان
گور بوٗلِ واکھ زأنِتھ چھُس بٕرگن منٛز برُن یژھان
دَے یژھایہِ سپوٗک بٔنِتھ چھُے بکھتی قسم دژے کران
یتھ پأٹھی گور تہٕ بکھتی دوشوٕے پرٛن کٔرِتھ چھُس گور پرٛژھان:

| | |
|---|---|
| ژٕے کیاہ چھُ ناو؟ | को नामासि |
| مےٚ چھُ 'رام' یہِ ناو۔ | असावहम्भो: |
| آچاریہ: ژٕ کٔمی سُند برٛہمچأری چھکھ۔ | कस्य ब्रामचार्यसि: |
| چون برٛہمچأری۔ چھکھ گورٕ مےٚ رأچھ مےٚ وَن کرن وول۔ | भवत |

इन्द्रस्य ब्रह्मचार्यस्य अग्निर आचार्यस्तवाहम आचार्यस्तवासौ।

چھکھ ژٕ دَے سُند برٛہمچأری، گور چون پوٗزنیہِ بھگوان
ووتھ بیٹھ شود کرن وول سُے گور میٚہ تہٕ ژٕے مان

یہِ منتر پٔرِتھ پرِ برٛہمُن یہِ منتر:

ॐ कस्यब्रह्मचार्यसि प्राणस्य ब्रह्मचार्यसि कस्त्वा कमुपनयते काय त्वा परिददामि।।१।। मानव गृ. सू. पु. १। खं. २२।। सू.५।।

بٔنیوکھ ہتو بالکو کوٚ ژٕے برٛہمچاری
پرٛان ویدھایہِ باپتھ بٔنیوکھ ژٕ برٛہمچاری
وٕنتم چھے گُس ژٕے سوکھ دِنہٕ وول
کرٛمو انوسار ایشور ژٕے پھل دِنہٕ وول
دَے ہِنٛدِ باپتھ دٕیے حُکمس روز مانان
دَے یرٛھایہِ چھُستھ تٔسی پدٕبن تل ترٛاوان

ॐ प्रजापतये त्वा परिददामि। देवाय त्वा सवित्रे परिददामि। अद्भ्यस्त्वौषधीभ्य: परिददामि। द्यावापृथिवीभ्याँ त्वा परिददामि। विश्वेभ्यस्त्वा देवेभ्य: परिददामि। सर्वेभ्यस्त्वा भूतेभ्य: परिददाम्यरिष्ट्यै।।२।। पर. गृ. सू. का. २। क.२।।

دَے أگنیا پالنہٕ باپتھ حوالہٕ بہٕ چھُستھ کران
پأدٕ کرن وول دَے زانُن باپتھ حوالہٕ چھُستھ کران
زل اوشدھ گیٛانہٕ باپتھ چھُستھ بہٕ تٔسی پُشران
آکأشی پرٛتھوی گیٛانہٕ باپتھ چھُستھ بہٕ تٔسی پُشران
أگن تہٕ باقی دیٛون زاننہٕ باپتھ چھُستھ پُشران
سارِنے پرٛانین ہِنٛدِ شأنٛتیہ، ہیتہٕ باپتھ چھُستھ پُشران

یمو منترو چھُ بالک ہیچھناونہٕ یِوان زِ پرٛانٕ تہٕ گیٛانہٕ باپتھ چھُ بلہٕ وان بنُن۔ سُہ سپدِ مُمکِن تیلہِ ییلہِ سُہ دَیَس عأدٕبن روزِ۔ تٔسی کرِ پنُن پان حوالہٕ۔ پتہٕ چھُ مہاوام دیٛوگان گیٛوٚن، بجن تہٕ کیرتن گرِتھ، پرٛھبن آدرستکار گرِتھ تم کھیاوِنی چاوِنی۔ زنان دِیہِ زنانن تہٕ مردن دِیہِ مردن روٗھتھ۔ سأری أکی ہے جایہِ سمِتھ کرن نیرنہٕ برٛونٛٹھ بالکس أہی تہٕ أشیر وادٕ پرٛھ پرٛنس یہٕ منتر:

ॐ त्वं जीव शरद: शतं वर्द्धमान:, आयुष्मान् तेजस्वी वर्चस्वी भूया:।।

بۆڈ آے، گیان، دھرم، پر ووپہ کاُرک پڑاو وردھان
ہتس وُرِیَس ژِ روز زِنٛدِ بُنتھ شریمان

یتھ پاٹھی نیرن سارٕی پٔنن پٔنن گرٕ اُشیر واد دِتھ بالکس۔

یکیو پویت کار ییٚلہِ بڑوٚنٹھ اند اوس واتان، تمہِ پتہٕ اُسی پلو بدلِتھ تمی ساتہٕ بالکس آچاریَس حوالہٕ کرِتھ گورٕ کول سوزان۔ گورٕ کولس منز اوس گورتس اَمہِ منترُک کرمو ابھیاس کرٕناوان، ییمہِ ستی یوٚنیگ مطلب اوس بڑٕہچارٕی پوٗرٕ پاٹھی زانٔنتھ، بٕجتھ ورتاوس منز اَنتھ ہبکان۔ مگر سمےَ بدلیو، اُسی چھِ ووٚنی یکیو پویت کار اُنزرِتھ، مہارازس پلو بدِلِتھ تہٕ وٕٹِکس کھارِتھ گُنہِ منٛدرس منز نوان، ییٚتہِ پوٗزا ارچنا کرِتھ چھُ مہارازٕ باقین لۆکن ہیتھ گرٕ واپس یِوان۔ توٚتانی چھُ نہٕ کانٛہہ تہٕ گریٚک نفر یا نبرم نفر بتہٕ کھیتھ ہبکان، یوٚتانی مہاراج یِیہِ نہٕ گرٕ پٔنُن واپس۔ تمہِ پتہٕ چھُ مہارازٕ سارِنی فاقہٕ والین، ہیتھ یتھ منز بب، ماجہِ، ماس، پھوپھ، پبتر، پیچنہٕ سمتھ اُگنہٕ کونٛڈس اُندی اُندی بِہتھ نوید کران۔



(اُپنین یا یونہٕ تڑاونک یا یکیو پویت)



# ویدھا آرمبھ سنسکار

گایتری منتر پٹھ ژور وید پرنکی تہٕ زانکبن نیمن پنہٕ نِس منَس منز دھارن کرنس چھِ ویدھا آرمبھ سنسکار ونان۔ یُس دوہ یونہٕ تراونک چھُ تمِے دوہ چھُ یہ سنسکار تہِ کرنہٕ یِوان۔ یوٗ دگنہِ کارنہٕ تمہِ دوہ ییہِ نہٕ کرنہٕ دوٚیمہِ دوہ یا تتھی وٚریَس منز گژھِ کانُہہ رُت دوہ، رُت ساتھ، رُت نکھیتر وُچھتھ یہ سنسکار کرنہٕ یُن۔ اَسی چھِ اتھ دوہس سکوٗل تراونک یا انگریزی پاٹھی چھِس Entrance in School ونان۔

یُس ویدھا آرمبھک دوہ مُقرر کرنہٕ ییہ، تمہِ دوہ صُبحن چھُ بالُک شران کرناوُن تہٕ نوٚی وٚستر لاگتھ اگنہٕ کونڈس نِش پوٗرگن بتھ گرِتھ رِتس آسنَس پٹھ بیہناوُن۔ بَب ماجِ تہٕ بیہہِ پوٗرگن بتھ گرِتھ بالکس نِش۔ تمہِ پتہٕ ساماگری پزکرن ویدھی ہنز ویاہرتی آہوژ ژور، سوشٹکرت آہوژ اکھ، پرجاپتی آہوژ اکھ، گل شٹیو منترو اگنس ہُمنہٕ یِوان۔ یہ آج آہوژ چھِ گیوستی بالکہٕ ہِندِ اتھہٕ اگنس دِنہٕ یِوان۔ تمہِ پتہٕ پرِ یہ منتر:

**ॐ अग्ने सुश्रव: सुश्रवसं मा कुरु। यथा त्वमग्ने सुश्रव: सुश्रवा असि। एवं माँ सुश्रव: सौश्रवसं कुरु। यथा त्वमग्ने देवानां यज्ञस्य निधिपा असि। एवमहं मनुष्याणां वेदस्य निधिपो भूयासम्।।१।।** पार० ग्र० सू० का०२।।क०४।सू०२।।

ہے اگنہٕ راز چھُکھ یِشی روز مےٚ تہِ یَس بخشان
شوٗبہٕ دُن ژٕ یَش وول، یَش روز مےٚ شوٗبہٕ ران
چھُکھ زَل تہٕ باقی دیون منز ہوَن کرِیایو سان
شِلپ ویدھا تہٕ باقی خزانَن تہٕ راچھ ژٕے کران
تتھِ وید گیان سارِوے گیانہٕ کھو بنڈارو سان

منشن منز گیانک سوامی مےٚ روز گنزران

ییمہِ منتھر کٔنی أگنہٕ کونڈس منز أگنہٕ أکس جایہِ یکوٹہٕ کرِتھ گرٛٹھہِ کونڈس ژوا طرفہٕ پرٛتیکھبن دِیُن تہٕ ووٚنی ییمہِ منتر ستی کونڈس أندی أندی پانٛچ لوٕ دِنہٕ۔ منتر چھہٕ:

ॐ अदितेऽनुमन्यस्व।।

دکھبن پیٹھ پورٚکن لوٕ دِوان دِوان:

ہی اکھنڈ پرمیشور ہنسا یے رؤس رٕتھو گونو بناومےٚ بوزِوان

ॐ अनुमतेऽनुमन्यस्व।।

منتر چھہٕ پچھمٚ پیٹھ ووترس کُن لوٕ دِوان پرُن:

سرٕ ویٚیا پک اگنیاے دِنہٕ والہِ دَیہ سو بود روز مےٚ بخشان

ॐ देव सवित: प्रसव यज्ञं यज्ञपतिं भगाय। दिव्यो गंर्न्धवा केतपू: केतं न: पुनातु वाचस्पतिर्वाचं न: स्वदतु।। यजु अ ३। मं १।।

ہی سوٗرے پاٗدِ کرن والہِ دَیہ چھکھ دِوِیہ پرٛکاشہِ پرٛزلان
ایشور باپتھ رو نانا پرٛکارٕ یگبن، یگٕ رازس، پاٗدِ کران
چھُکھ شود زگت دارن وول دے مےٚ گیانس شودی کران
کر شود بود سأنی میٹھی وأنی روز بخشان

پتہٕ روزِ بالکُ کونڈس دکھنہٕ طرفہٕ ووترکن بُتھ کرِتھ تھوٚدٕ وٕتھتھ تہٕ گیٚوک اکھ ووٚمن ہور اتھس منز تھٲوِتھ پرٕ یہ منتر:

ॐ अग्नये समिधमाहांर्ष बृहते जातवेदसे। यथा त्वमग्ने समिधा समिघ्यसऽएवमहमायुषा मेधया वर्चसा प्रजया पशुभिर्ब्रह्मवर्चसेन समिन्धे जीवपुत्रो ममाचार्यो मेघावी अहम असान्य अनिराकरिष्णु र्यशस्वी तेजस्वी ब्रह्मवर्चस्यन्नादो भूयासँ स्वाहा।।१।। पार० ग० सू० का०२। क०४। सू० ३।।

ہونٛچ لکر أگنہٕ باپتھ چھس بہ سومبرِتھ انان
چھس بہ برٛہمچأرٕ شرشٹھ گیانہٕ دأتس وبتھ کران
ہی أگنہٕ رازٕ ییتھ لکرِ ستین ژٕ چھکھ پرٛزلان
تیتھٕ آے بود تیز پوشو دَے بوٗزِ روزم چمکاوان

میؠانِس گورس زیؠنہٕ آے روزن دٕ ے بخشان
دٕ ے کرٕ پاپہٕ پۆتھر بہٕ ' اٚکی سُند بُنٕ شود بوزوان
بیٚیس ایمانہٕ روٗس پزاوٕ یَش تیز بل بزہم تیز سان
اَن تہٕ باقیٚ بوٗگ دٕ ے یژھاپہٕ کٔز روز بوٗگان

امہِ منتر پتہٕ دوشوٕ ے اتھ أگنس پیٹھ تٔژرِتھ اتھن پیٹھ پانہٕ ستیٚ پھٔش دِتھ پرٕ بالُک یہِ منتر:

ॐ तनूपाअग्नेऽसि तन्वम्मे पाहि।।१।। य०अ० ३। मं० १७।।

ہی پزٕ زلوٕنی أگنہٕ راژٕ روز شریرس میؠانِس رٔچھ کران

ॐ आयुर्दा: अग्नेस्यायुर्मे देहि।।२।। य०अ० ३। मं० १७।।

آے دِنہٕ وول ژٕ چھکھ روزمےٚ آے بٔرراوان

ॐ वर्च्चोदा अग्नेऽसि वर्च्चोमे देहि।।३।। य०अ० ३। मं० १७।।

چھکھ تیز دِنہٕ وول میٚہ تہٕ بناو تیز وان

ॐ अग्ने यन्मे तन्वाऽऊनं तन्म आपृण।।४।। य०अ० ३। मं०१७।।

أگنہٕ راژٕ میانہِ شریرٕچ کمی دوٗر کر روزمےٚ پوٗرٕ چھر دِوان

ॐ मेधां मे सविता आ ददातु।।५।।

سورٕ ے وو پداون والہِ روز مےٚ سوبود دِوان

ॐ मेधां मे देवी सरस्वती आ ददातु।।६।।

سرسوٚتی ماتا موکھس پیٹھ شیرینی کلام روزمےٚ سوزان

ॐ मेधां मे अश्विनौ देवावाधत्तां पुष्कर स्त्रजौ।।७।। पार० ग्र० सू० का०२। क०४। सू०८।।

ہٕزٕ پمپوش مالو بٔجتھ گورن تہٕ وبدوانن چھس سوبود بخشنٕچ بہٕ وٚنتھ کران

یمو ستو منترو گرٕ ہِ ستہِ لٔبہٕ أگنس پیٹھ مٔژ اتھ تٔژراوِتھ پانہٕ ستیٚ سپرش گوڈٕ اتھس پتہٕ بتھس کرناوُن۔ امہِ پتہٕ پرٕ بالُک منتر:

یِیمہِ منترٕ بتھس سپرش کرُن:

ॐ वाक् म आप्यायताम्।।

ہی دَیہ وأنی میأنی ئِنن میٹھی چانے یڑھایے

یِیمہِ منترِ نکہٕ واربن اتھ لاگُن:

ॐ प्राणश्च म आप्यायताम्।।

میأنبن پڑانن لِگن ٹھیک پأٹھی پوٚچھر دَے چانے یڑھایے

یِیمہِ منترِ نیٚترن اتھ ہتی سُپرش کرُن:

ॐ चक्षुश्च म आप्यायताम्।।

ہی ایشور میانبن أچھن دِگاش (ویوہارتہٕ برٛہم گیان) پننہٕ دیایے

دوشوٕنی کنن تھپھ کرُنی:

ॐ श्रोत्रञ्च म आप्यायताम्।।

میأنی کن گژھن ٹھیک پأٹھی رِژ شِچھ بوزنی دَے چانے کرٛپایہٕ

دوشوٕنی زرِبن سُپرش کرُن:

ॐ यशो बलञ्च म आप्यायताम्।।

یَش تہٕ بل رؤزِن مےٚ ہران دَے چانے دیایے

ॐ मयि मेधां मचि प्रजां मय्यग्निस्तेजो दधातु। मयि मेधां मयि प्रजां मयीन्द्र इन्द्रियं दधातु। मयि मेधां मयि प्रजां मयि सूर्यो भ्राजो दधातु। यत्ते अग्ने तेजस्तेनाहं तेजस्वी भूयासम्। यत्ते अग्ने वर्चस्तेनाहं वर्चस्वी भूयासम्। यत्ते अग्ने हरस्तेनाहं हरस्वी भूयासम्।। आश्व० ग्र० सू० अ० २१। क० २१। सू ४।

ہی دَیہ سوٕبود، شُری کُژ تیز مےٚ روز بخشان

ہی اِندر دیو بود گرٕبار یِنٛدرِبن پوٚچھر مےٚ روز دِوان

ہی سریہ دیو روز مےٚ بودشُری کُژ انتاہ کرنن شودی بخشان

ہی أگنہٕ دیو چھُکھ تیز وان، روز سأرِی ہِتھ مےٚ تیز بخشان

ہی أگنہٕ دیو چھُکھ ہسکبن گور، روز سأری ہتھ ہسکتھ مےٚ بخشان

ہی أگنہٕ دیو چھُکھ موہتھ کران دِم شکھتی یہ تہٕ روزٕ تمبلاوان

یِمو منترو کرِ بالُک دیہ سُنٛد دھیٲن کونٛڈ کِس ووتر کُن گژھتھ تھوِ ڈنڈ میڑ منز دوبرِتھ تہٕ گورس نِش بیٚہہ نمہٕ کرٛمنہٕ۔ گورس یَزت دِنہٕ باپتھ کرِ سہٕ یتھ پأٹھی

وٕنتھ:

बालकोक्ति:- अधीहि भू: सावित्रीम् भो अनुब्रूहि।। आश्व. गृ. सू. अ. ३। क. २१। सू. ४।।

گایتری منتر ہنٛز کرناو مےٚ ہی گورٕ زان
بێیہِ نہٕ کێنٛہہ کیوٗل امہِ ہٕکس ووپدیٖشس تھوٚ دھیان

گورس چھُ بالُک ونان ہی گورٕ گوڈٕنی اکھ اومکار تمہِ پتہٕ ترٛشوے مِلہِ ناوِتھ یانہِ بھوٗ امکار، بھووٕ امکار سوہ امکار۔ ییم زَن پانہٕ بھگوانن چھِ شبد وٕنی متۍ، مےٚ دِتہٕ تمێُک پوٗرٕ گیان۔ یہ بوٗزِتھ تُلہِ گور اکھ نوٚو تہٕ شوٗد وستر تھوِ بالکس وٕچھِنِس پھێکِس پێٹھ تہٕ پننہِ وٕچھنہِ اتھہٕ ہتی رٹہِ بالک ہنٛز وٕہوے اوٚنجہٕ تہٕ دِیَس گایتری منترُک وودپدیٖش۔ اوٚنجہِ اَتھس منٛز چیرٕ رٹُن گو زِ گور کرِ گوڈٕ پٔنُن مَن قابوٗ تہٕ پتہٕ رٹہِ گنٛڈٕ بکھتی سُندمَن۔

گوڈٕنچ لٹہِ پرناویس:

ॐ भूर्भुव: स्व:। तत्सवितुर्वरेण्यम्।

اَتی شبد پرناوِتھ کرناوِ بالکس اتھہِ اتھ تالیم تمہٕ پتہٕ:

ॐ भूर्भव: स्व: तत्सवितुर्वरेण्यं भर्गो देवस्य धीमहि।

وارٕ وارم یاد کرناوِتھ پرناوِس ترٛیمہ لٹہِ:

ॐ भूर्भुव: स्व: तत्सवितुर्वरेण्यं भर्गो देवस्य धीमहि धियो यो न: प्रचोदयात्।। १।। य. अ. ३६। मं. ३।।

ناو دَیہ چون زگتھ اوم ہتین سوران
چھُکھ پاٗدٕ زگتس کرن وول ژٕ آسان
تس زگت اپشورس چھُس پان پُترٛان
دوکھ دوٗر کرِتھ یُس سوکھی بناوان
تَس جوٗتی سوٗروٗپس چھُس لوٚنچہِ تل یوان
یتھ دھیانس منٛز لے روزٕ سپدان

دیون ہنٛدِ دیو ونٛتھ یہ چھُسے کران
رٕژِ نیک وتہِ بود مےٚ روز پکہٕ ناوان

وارٕ وارٕ سبٹھایہ لٹہِ پرٕناوِتھ تاربس گوراميُک معنی تہِ فِکرِی۔ تمہِ پتہٕ ونبس یٮ۪مہِ منتر ہٮ۪کنی یِتھٕ پاٗٹھی:

ॐ मम व्रते हृदयं ते दधामि। मम चित्तमनुचित्तं ते अस्तु। मम वाचमेकव्रतो जुषस्व वृहस्पतिष्ट्वा नियुनक्तु मह्यम्।।१।। पार. का. २। कं. २।।

پٔنٛنس دِلس ہٮ۪ۆ چھُس دِل چون بناوان
میأنِس منس مُطأبِق مَن چون روٗزِن پکان
ایکاگر مَن ستی میأنی وأنی بوز لولہٕ سان
مانہِ ژاۘرِتھ روز نقشہٕ قدمن پٮ۪ٹھ پکان
برٛہسپت دیو ہنٛزِ دیایہِ یہ منکٕھ تہِ بنہِ نے
أزیٚ کہِ پٮ۪ٹھ چانہِ وادٕ مُطأبِق سُہ مےٚ ورِنٕے

یٮ۪مہِ منتر ستی کرِ برٛونٛہم پاٗٹھی گور تہٕ بالُک ہیٚہ پرٛن تہٕ بالُک پرٕ یہِ منتر:

أڈی پنٛچ گون ورنن بالُک یِتھٕ پاٗٹھی کران:

ॐ इयं दुरुक्तं परिवाधमाना वर्णं पवित्रे पुनती म आगात्। प्राणापानाभ्यां बलमादधाना स्वसा देवी सुभगा मेखलेयम्।।१।। पार. गृ. सू. का. २। क.२। सू.८
तथा सा. मं. ब्रा. ख.३। मन्त्र १७।।

مُنجک بنٕیومُت أڈی پَن (میکھلا) چھُ کمرِس گنٛڈُن آسان
چھُ یہِ أڈی پن بنٕیومُت گورن میأنی لولہٕ سان
یُتھ بے پھٕرٕ کہِ روزٕ نیٛندٕلیہِ روٗس زِنٛدٕگی زُوان
زٕنی ہٕش سونٛدر، نرم، کومل، آرٕتی باوٕ باگہِ وان
پرٛان ایان وایو سم تھٔوتھ بناوِ مےٚ بلہٕ وان
پرزٕچہ وتہِ پکہٕ ناوِتھ روزٕہم شوبھ تہٕ رٕژر پرٛاوٕ ناوان

یہ منتر پرٕناوِتھ گنٛڈِ گور برٛہمچاُرِی ہنٛدِس کمرس یہ أڈی پن (میکھلا) یوسہٕ تمی گوڈے

بناوِتھ اوس تھووُمت تہٕ پتہٕ پرِ گور یہِ منتر:

ॐ युवा सुवासा: परिवीत आगात् स उ श्रेयान् भवति जायमान:। तं धीरास: कवय उन्नयन्ति स्वाध्यो मनसा देवयन्त:।। पार. गृ. सू. का २। क.२। सू. ९।। ऋ. मं. ३। अ.१। सू.८। मन्त्र ४।।

مُجسم شریر، سوچھ پلو، یونہٕ ییٚہ میکھلایہِ سان
بُتھِ پتھ یتھ برٛہمچاری ہیکہٕ لوٗکن کرِتھ کلیان
بوزِ وان، کاردار، انتریامی تہٕ دیو باوُکر وبدوان
چھِ برٛہمچاریس ستوگون گیان دِتھ شریشٹھ بناوان

میکھلاے ہنٛدی گون:

ا۔ امہِ سٕتی چھِنہٕ کانٛسہِ نینٛدیا کرِنچ خیال ووتلان۔ وایو (gases) چھُ شمن کران ییمہِ سٕتی کامیندرے چھِ وشس منز روزان۔

۲۔ کامدیو چھُ زیوٗس وشس منز روزان ییٚہ چھُس نہٕ مردانگی کانٛہہ تہٕ زکھ واتہٕ ناوان۔

۳۔ از کل چھِ ہترِ ژٕ میکھلا بناوِتھ بالکس دِوان یُس تس چمہِ چھُ سنان تہٕ کشنہٕ نِش بچنہٕ باپتھ چھُ نہٕ ترٛاوِتھ ژھُنان۔ پرٛانہِ وقتہٕ اُسی منٛجہٕ میکھلا بناوِتھ بالکس لاگان۔ یڈٕ نِش گژھِ یہِ میکھلا چورس بناونی تاکہِ یہِ سنہِ نہٕ بالکس۔

میکھلا چھِ ییمو چیزو سٕتی بناونہٕ یِوان:

ا۔ مُنج: داگاش یُس مئوٗٹھ، ٹھنڈٕ ترٛے دوٗشناشک (وار کف، پت) چھُ آسان۔

۲۔ درٛ بھرگش: ییم دونوٕے چھِ ترٛے دوٗش ناشک، ٹھنڈٕ تہٕ ییمن چھِ یگر زیورتہٕ ونان۔

۳۔ شن: امہِ سٕتی چھِ ٹاٹھ بناونہٕ یِوان۔ یہِ چھُ وات کف دوٗر کران۔ اُڈی جن چھِنہٕ جل جل پھٹرِنہٕ دِوان، یہٕ ددب تہٕ لگبس! کُنہٕ تہٕ چیزس بنیمٕ میکھلا چھِ اُڈی جہٕ پھٹرنہٕ نِش بچاوان۔ آلُژھ چھُ دوٗر کران۔ وات کف تہٕ پت

ناشس کران۔

یہِ منتر پُرِتھ چھُ گور پننہِ نِس بکھتس زٕ شود شرٛانہٕ پٕٹھ، زٕ کچھِ، زٕ انگوچھِہ تہٕ اکھ دۄتی یا پآ جامہٕ لاگنہٕ باپتھ دِوان۔ تمہِ پتہٕ گور اکھ ڈنڈٕ اتھس منز رٕٹِتھ برٛہمچارِس برٛونٹھ کنہِ کھڑا سپدان تہٕ برٛہمچاری چھُس گلی گنٛڈِتھ یہِ منتر پران۔

ॐ यो मे दंड परापतत् वैहायसा अधिभूमम्याम्। तमहं पुनराददं आयुषे ब्रह्मणे ब्रह्मवर्चसाय।।१।। पार गृ सू का २। क २ सू १२।।

یُس ڈنڈٕ میٛہ برٛہمچارِس برٛونٹھِ کنہِ چھُ تھونہٕ ازِ یوان
یُس میٛژِ منز تھۄوِتھ آکاشس کُن کھڑا چھُ آسان
کرِس رآچھ شود وید گیانہٕ ویدٕ پرچارٕکی تیزٕ سان
امہِ کِنی چھُسن خاص کر یہِ ڈنڈٕ گرٛہن کران

یہِ منتر پُرِتھ نِیِہ پننہِ نِس گورٕ ہنٛدِ اتھِ منز ڈنڈٕ تہٕ تھوِ بالُک تتھ پانس نِش، تمہِ پتہٕ دِیِہ بالک سُند مول برٛہمچاری آشرمُک وۄپدیش پننہِ نِس پۄتھرس:

ब्रह्मचार्यसि असौ — أزی کہِ پیٛٹھ چھکھ ژٕ برٛہمچاری

अपोऽशन — بۄزن تہٕ سنٛدھیا پۄزا کرنہٕ برٛونٹھ گرٛھِ آژمن ییٛنٛز۔

कर्म कुरू — دۄشٹ کرٛموروٗس کرِ پنُن دھرم۔

दिवा मा स्वाप्सी — دۄہَس گرٛھِ نہٕ شوٗنگُن۔

आचार्या धीनो वेदमद्यीष्व — آچارِس آدیِن روٗزِتھ پرٛاوسا نگو پانگ وید گیان۔

द्वादश वर्षाणि प्रतिवेदं ब्रहमचार्य गृहाण वा ब्रह्मचार्यं चर।।६।।

أکِس أکِس ویدس چھِ 12 ؤری پرنس لگان۔ 48 ہَن ؤریَن یا یۄ تانبتھ زن وید پۄرٕ گرٛھن تۄ تانی روز برٛہمچاری ورٛتس منز۔

आचार्याधीनो भवान्यत्राधर्माचरणात्।।७।।

دھرمس پیٛٹھ پکِتھ روز گورٕ سُند مانان
ادھرمُک وۄپدیش زانٛہہ مہٕ گورٕ سُند مان

क्रोधानृते वर्जय।।८।। کرۄدھ تہٕ اپُز وُنن ترٛاو۔

मैथुन वर्जय ।।९।। زنہِ ہنٛز کل، کتھ، زنہِ ہُنٛد سُپرش، گِنٛدُن تَس
وُچھُن، نالہٕ مۆت، علاحدٕ پاٹھۍ تَس سٟتؠ بِہُن، کتھا باتھا کۆرُن یا زنانن سٟتؠ کرٕنۍ۔
یُس یِمن آٹھن وتن کُن گژھِ نہٕ، تَس چھِ برٛہمچاری ونان۔

उपरि शय्यां वर्जय।।१०।। چارٕ پایہ پٮ۪ٹھ نہٕ شوٗنگتھ، پٕتھرِس پٮ۪ٹھ شوٗنگُن۔

कौशीलव गंधा अञ्जनानि वर्जय।।११।।

گیوٗن، گِنٛدُن، نژُن یِمن نِنٛدِت کرٛمن روز دوٗر۔ سینٹ بٕیہ اچھن گژھِ نہٕ سورمہٕ لاگُن۔

अत्यन्तं स्नानं भोजनं निद्रां जागरणं लोभमोहभयशोकान् वर्जय।।१२।।

زیادٕ شرٛان، زیادٕ بۄزن، زیادٕ نیٚندرِ یا، زیادٕ ہُشیاری، نیٚندرا، لۄبھ، موہ، بٕھے تہٕ شۄک کرُن چھُ مناہ۔

प्रतिदिनं रात्रेः पश्चिमे यामे चोत्थायावश्यकं कृत्वा दन्तधावन स्नान सन्ध्योपासन ईशवार स्तुति प्रार्थना उपासना योग अभ्यासा न्नित्यमाचर।।१३।

راتھ ہنٛدِ ژۄرِم یانہِ پتِم پہر، گژھِ نیٚندرِ ووتھُن۔ زل مل کرِتھ، دنٛدن پھش دِتھ، شرٛان دھیان، دے پۄزتہٕ یۆگ ابھیاسہٕ گژھِ دوہے کرُن۔

क्षुरकृत्यं वर्जय।।१४।। کانٛژِ سٟتؠ گژھِ نہٕ مَس ژٕٹُن۔

मांस रूक्षाहारं मद्यादिपानं च वर्जय।।१५।।

نیٚنہِ، ہوکھ تہٕ رسہٕ رۄس بۄزن گژھِ نہٕ کھیوٚن نہٕ گژھِ شراب چوٚن

गवा अश्व हस्त्युष्ट्रादियानं वर्जय।।१६।।

گاو، گُر، ہُستِس تہٕ اوٗنٹہٕ سواری کرٕنۍ چھے مناہ

अन्तर्ग्रामनिवासोपानच्छत्रधारणं वर्जय।।१७।।

اند گامس منٛز روزُن، کھور بانہٕ تہٕ چھتٔرۍ دھارن کرٕنۍ چھے مناہ

अकामतः स्वयमिन्द्रियस्पर्शेन वीर्यस्खलनं विहाय वीर्यं शरीरे संरक्ष्योर्ध्वरेताः सततं भव।।१८।।

پشاب جایہ گژھ نہٕ پشاب رٚوس زانٕہ تھھ کرٕنۍ۔ ویریس گژھ نہٕ زانٕہ تہٕ نیبر
نیرنہٕ دِین، یِمہٕ ستۍ اِنسان چھُ نربل سپدان۔

तैलाभ्यंगम दनात्यम्लातितिक्तकषाय क्षाररेचन द्रव्याणि मा सेवस्व।।१९।।

تیلہٕ یا کانہہ مالِش گژھ نہٕ زانٕہ کرٕنۍ۔ زیادٕ ژوک، زیادٕ ٹیوٹھ،
مرژِ وانگن، زیادٕ گستھ بۄزِتھ، کھیر، زیادٕ رسدار تہٕ جولابی غذا گژھ نہٕ کھیون۔

नित्यं युक्ताहार विहारवान् विद्योपार्जने च यत्नवान् भव।।२०।।

سومُے کھینہٕ، سومُے آرامہٕ سپدکھ بلہٕ وان، یُتھ گیان ہیکِکھ پرٛاوِتھ

सुशीलो मितभाषी सभ्यो भव।।२१।।

سُشیل، کم کتھ کرن وول تمیز دار بن

## میکھلا دنڈ دھارن:

मेखलादण्डधारण भैक्ष्यचयसमिदाधानोदकस्पर्शनाचार्यप्रियाचरण प्रात: सायमभिवादन विद्यासञ्चयजितेन्द्रियत्वादीन्येतेतेनित्यधर्मा:।।२।।

۱۔ میکھلا کمرس گنٛڈِتھ ڈنڈٕ اتھس کیتھ بیکھیایہ نیرُن۔
۲۔ شُژان سندھیا کرُن، آچاریہ سُند مانُن، اگنس ہمُن۔
۳۔ صُبحن تہٕ شامن گورس نمسکار کرُن۔
۴۔ ایٚندرے زینِتھ گیان رگن برُن۔
۵۔ نشیتھ کرمن کُن چھےٚ تھر ہاوُنۍ۔
۶۔ سو کرمن گژھ نیتھ لول برُن۔

یہ وودپدیش چھُ بب برٚہمچارِیس دِوان۔ یہ بوزنہٕ وِزِ پرٚتس گلہِ گنٛڈِتھ
روزُن تہٕ اناہ کرنن منٛز اتھ وودپدیشس جاے کرٕنۍ۔ تمہِ پتہٕ کرِ بالُک یِگیہ
کونڈس پرٛتیکھشن تہٕ کونڈس مغرب طرفہٕ بیٛتھ ماٲلِس، ماجہٕ، باپس، ماس، ہامنہٕ،
ماسہٕ، ماسوس، پیترس، پچھنہٕ، بینین بیمن، منگہٕ بیکھیا۔ یہ بیکھیا اُسۍ تمہٕ ساتن تمِس
انگ اُشناد گُلہِ میوٛٹھ روٗپ دِوان تاکہ شُر ہیکہٕ پنٕنہِ وپد ویدھا گورٕ کولس منٛز لمہٕ

کہِ مدد ہتی پوٗر کٔرتھ۔ دِل کھولِتھ یہِ نٔم دِن تہٕ تھو برٛہمچاری، گورس برٛونٹھ کنہٕ،
تمہِ پتہٕ تُلہِ کم زیادٕ اَن تمہِ منز گور تہٕ باقی دِیہِ سوزٕے بالکس کھینہٕ خاطرٕ۔ تمہِ پتہٕ
بیہہِ بالُک شوبھ آسنس پیٹھ تہٕ کھینِہ سُہ بتہٕ یُس تیٚنڈ باپتھ اوسُکھ برٛونٹھے
تھوومُت۔ بتہٕ کھینہٕ پتہٕ کرِ گور تہٕ برٛہمچاری شامتام آرام تہٕ گور ہیچھناوِ بالکس
سنٛدھیا کرٕنی۔ امہِ پتہٕ بیہن دوشوٕے پچھم طرفہٕ پور کُن بُتھ کٔرتھ تہٕ دِن اگنس
ۂر۔ آدھارا واج بھاگ آہوٗتی ژور، ویاہرتی ژور، دوشوٕے مِلاوِتھ کُل آٹھ آجہ
آہوٗژ دِتھ ووتھ برٛہمچاری تھوٚد اوم اگنےٚ سُشروا' پٔرتھ ترٛےٚ آہوٗژ دِتھ اگنہٕ کوٗنڈ
بکس اگنس پیٹھ تژراوِ پنٛز اتھہ تہٕ باقی مچامہٕ دِیہِ گورس ہمنہٕ تہٕ کھینہٕ خاطرٕ۔
آچاریہِ رلاوِ اتھ بچاوی متیس مچامس آہوژو مُطابق گیوٗ تہٕ بانس منز پھِرتھ دِیہِ
برٛہمچاریس کُن۔ برٛہمچاری ہمہِ اگنس منترو کٔنز:

ॐ सदसस्पतिमद्‌भुतं प्रियमिन्द्रस्य काम्यम्। सनिं मेधामयासिषगं स्वाहा। इदं सदसस्पतये इदन्न मम।।१।। य० अ० ३२। मं०१३।।

یَس گیانہٕ بنڈار، آنندگن، دَیَس، زیو درشنس کزیشان
چھُس بہٕ شود بود گاٹہٕ جار تَسی دَیَس منگان

तत्सवितुर्वरेण्यं भर्गो देवस्य धीमहि। धियो यो नः प्रचोदयात्।। इदं सवित्रे-इदन्न मम।।२।। य० अ०२२। मं०९।।

تس زگت ایشورس چھُس پان پٔشران
دوکھ دوٗر کٔرتھ یُس سوٗکھی بناوان
تس جیوٗتی سوٗروٗپس چھُس لونٛچہ تل بِوان
یُتھ دھیانس منز لٔے روزٕ سپدان
دیون ہنٛدِ دیو ونتھ چھُسے بہٕ کران
رٔژِ نیک وتہٕ بود مے روز پکہٕ ناوان

ॐ ऋषिभ्य: स्वाहा। इदं ऋषिभ्य:- -इदन्न मम।।३।। आश्व० गृ०अ० १। क०२२। सू० ११-१२-१४।।

ریشن ہندِ ناوٕ چھُس اُگنس ہُمان
روٗزِن مے ریشی خوش بیہہِ میہر بان

یم آہوژ دِتھ گژھِ اکھ آہوتی 'اوم یدسہ کژ منے' پرٕتھ دِنی۔ تمہِ پتہٕ گژھن ژور وٕیاہرٕتی دِنہٕ۔ تمہِ پتہٕ 'اوم تنو اگنے' یموٕ اُٹھو منترو سٍتی 'آج آہوژ' دِتھ بیہہِ برٕہمچاری پنہٕ نس گورس سٍتی پوٗرگُن بُتھ کرِتھ تہٕ دوشوٕے پرن وام دیوگان۔

अमुकगोत्रोत्पन्नोऽहं भो. भवन्तमभिवादये।।

یٍمہِ گتھرُک بہٕ ہی گورٕ چھُس توہہٕ نمسکار کران

आयुष्मान् विद्यावान्भव सौम्य।

ہی شانت سوشیل برٕہمچاری چھُسے دٕیس منگان
زیوٗٹھ آے دِتھ دٕے بناوٕنے ژٕے ویدھاوان

یہ اُشیر واد دِتھ انہِ برٕہمچاری بجوومُت ہوٗنک اَن تہٕ باقی چیز برٕونٹھ کُن گورس تہٕ اَن کرن دوشوٕے یکجاہ۔ تمہِ پتہٕ اسہٕ وٕنہٕ بُتھِ کرِ پرٕژھین آدر ستکار تہٕ کھیاوٕناوکھ سال۔ زنانہٕ واتن زنانن تہٕ مرد کھیاون مردن۔ ہنا ٹھہرِتھ سمن ساری یکجاہ تہٕ بالکس دِن یٍمہِ منترٕ سٍتی اُشیر واد:

हे बालक। त्वमीश्वरकृपया विद्वान् शरीरात्मबलयुक्त: कुशली वीर्यवानरोग: सर्वा विद्या अधीत्याऽस्मान्दिदृक्षु: सन्नागम्या:।।

شریر، من، بلہٕ، دٕے کژ پا پرٕاُوِتھ بن وِدوان
پرٕاکرمی سوکھی روٗگو روٗس روز ساریے ویدھایو سان
روز پوٗجتہٕ برٕہمچاری ورٕتس منز تو تانی گورٕ سیواے
پھیرِتھ گورٕ کولہٕ پتھ میل بیہہِ پننہٕ یژھایے

یہ اُشیر واد دِتھ گژھن ساری پنُن پنُن گرٕ۔ برٕہمچاری شونگہِ پتھرِس پتھ ترٕ بن دوہن۔ امہِ پتہٕ پرٕ صبحن شامن:

ॐ अग्ने सुश्रव: सुश्रवसं मा कुरु। यथा त्वमग्ने सुश्रव: सुश्रवा असि। एवं माँ सुश्रव: सौश्रवसं कुरु। यथा त्वमग्ने देवानां यज्ञस्य निधिपा असि।

एवमहं मनुष्याणां वेदस्य निधिपो भूयासम्।।१।। पार० ग्र० सू० का०२।।क०४।सू०२।।

ہی أگنہٕ راژ چھکھ یِتھی میٛہ تہٕ یِتھ بخشان
شوٗبہٕ وُن ژ یشہِ وول، یشہِ روز مےٚ شوٗبہٕ ران
چھکھ زل تہٕ باقی دیٛون منز ہوٗن کرٛیایو سان
شِلپ ویدھا تہٕ باقی خزانن تہِ راچھ ژے کران
دِم وید گیان سارِوے گیانہٕ بنڈارو سان
منشن منز گیانک سوامی یِمہٕ یُتھ گٔنزران

یٚیمہِ منترٕ کنۍ أگنہٕ کونڈس منز أگن أکس جایہِ یکوٹہٕ کرِتھ گرٛ ھ کونڈس ژواطرفہٕ پرٛتیکھبن دِیُن تہٕ ووٚنۍ یٚیمہِ منترٕ ستۍ کونڈس أندۍ أندۍ پانٛچ لو دِنہٕ۔ یٚیمہِ منترٕ ستۍ کرِ ہوم تہٕ گور کرنٲوِبس بتھِس تہٕ انگن سُپرٛش۔ تژین دوہَن تاںٛ پرٕ:

ॐ सदसस्पतिमद्भुतं प्रियमिन्द्रस्य काम्यम्। सनिं मेधामयासिषगं स्वाहा। इदं सदसस्पतये इदन्न मम।।१।। य० अ० ३२।मं०१३।।

لیس گیانہٕ بنڈار، آنند گن دِیَس، زیٛو درشنس کرٛیشان
چھُس بہٕ شود بود گاٹہٕ جار تِسی دِیَس منگان

یانہِ ہی گورِ دِ میٛہ شود بود۔ امہِ منترٕ ستۍ زالِہ أگن، بتھِس تہٕ باقین شریرکین انگن کرِنٲوِبس گور سُپرش۔ تژین دوہَن تاںٛ روزِ برٛہمچاری کھیرٕ پہٕ یا کھیرٕ چ آہوژ دِوان۔ تژین دوہَن تاںٛ کھیٚیہِ ساد بوٗزن برٛہمچاری۔ ژوک، کُستھ تہٕ بٕرٛتھ، کھیٚن کھیٚون چھُس دوٗش۔ تژٚیہِ دوہہٕ پتہٕ گرٛ ھ گورٕ کول، یٚیتہِ زَن گورس نِش ویدھا پرٛنچ گرِ ہُند اِنتظار کرِ تہٕ گور تہِ آسہِ پننہٕ نِس شیٛشس پزاران أچھرٕ مُژرتھ۔



(ویدھا آرمبھ سنسکار ووت اند)



# سماورتن سنسکار

ییلہِ بالک برٛہمچآری ورٹ، وید گیان، ودتمم شیکھا، پدارتھ وگیانہٕ پٔرٕ پآٹھی پرٛاُوِتھ کھاندر کرنہٕ باپتھ گورٕ کولہٕ پٹھ گرٕ گٔن واپس چھُ پھیران، تمہِ اتہٕ چھُ اکھ سنسکار یِوان کرنہٕ یتھ سماورتن سنسکار ونان چھِ۔

گرٕ واپس یتھ چھِ تتہِ اَشناو، بنٛدٕ تہٕ باندھو، ماجہٕ تہٕ مول، ہمسایہٕ سآری جوشہٕ خروشہٕ آدر ستکار کران۔ بانہٕ چھِ آسان گرٛکان، سآری لۆکھ چھِ خوشی اتھ سماورتن سنسکارس منٛز شمۆلیت کٔرِتھ برٛہمچآرس تہٕ تسنٛدِس گورس پرٛشنسارٕ پھ ونہٕ وٗن بوزٕ ناوان۔ کھور، بُتھ چھلنہٕ تہٕ آژمن ہینہٕ باپتھ چھُ برٛہمچآریس زلہٕ برٕتھ گڈٕ دِنہٕ یِوان۔ تمہِ پتہٕ مدھوپرک بانہٕ مایہٕ سان اَتھس منٛز دِتھ تس مدھوپرک رۆپ امرِتھ کھیاوٕ ناوان۔ ماچھ، زامُت دودتہٕ گیو ورلآوِتھ امرِتس چھِ مدھوپرک ونان۔ یہٕ گرٛہن کٔرِتھ چھُ برٛہمچآری ہون کونٛڈس نِش بیہناونہٕ یِوان۔

شوبھ دوہ شوبھ ساتہٕ چھُ یہٕ دوہ مُقرر کٔرِتھ ہون کونڈ بنآوِتھ، ہون سامگری اکھ دوہ برٛونٛٹھے سومبرٕنہٕ یِوان۔ ستھالی پاک بۆگ یتھ منٛز، بتہٕ، کھیرٕ ر، لڈٕی، کھِر بنآوِتھ گیو تہٕ بانہٕ یکٕ کُٹھس منٛز واتہٕ نآوِتھ ژوپاسے پھرٛش پھرٛوٗش کٔرِتھ ایشور ووپاسنا، سوستی واچن، شآنتی کرن پاٹھ، دَے پۆزِ منٛز مست رۆزِتھ چھُ آچاریہٕ ہندی دٕسی اَگن پرٛکٹ کرناونہٕ یِوان۔ ژوشوے اند و چھُ اَگنہٕ کونٛڈس پاں لوٗ دِنہٕ یِوان۔ آسنَس پٹھ پۆرٕ گٔن بُتھ کٔرِتھ ییتھ آدھاراواج بھاگ آہوٗتی ژور، ویاہرتی آہوٗژ ژور، اشٹ آج آہوٗژ اَٹھ، سوشٹکرٛت اکھ، کُل ارداہ آہوٗژ دِیہٕ آچاریہٕ تمہِ پتہٕ پرٕ برٛہمچآری:

ॐ अग्ने सुश्रव: सुश्रवसं मा कुरु। यथा त्वमग्ने सुश्रव: सुश्रवा असि।
एवं माँ सुश्रव: सौश्रवसं कुरु। यथा त्वमग्ने देवानां यज्ञस्य निधिपा असि।

एवमहं मनुष्याणां वेदस्य निधिपो भूयासम्।।१।। पार० ग्र० सू० का०२।।क०४।सू०२।।

ہی اَگنہٕ راز چھُکھ یِتھ روز مےٚ تہٕ یِش بخشان
شوٗبہٕ وُن ژ یٚیشہِ وول، یِش روز مےٚ شوٗبہٕ ران
چھُکھ زل تہٕ باقی دٕیِن منز ہون کرٛایو سان
شِلپ ویدھا تہٕ باقی خزانن تہٕ راچھی ژ ے کران
تِتھ وید گیانہٕ سارِوے گیانہٕ بنٛڈارو سان
منٛشن منز گیانک سوامی مےٚ روز گنٛزران

یٚیمہِ منترٕکنہِ اَگنہٕ کوٗنڈس منز اَگن اَکس جایہ یکوٹہٕ کرِتھ گوٹھہِ کوٗنڈس ژوپاسے پرٛیکھن دِیُن تہٕ وونی یٚیمہِ منترٕ سٕتی کوٗنڈس اَندی اَندی پانٛچھ لوٚ دِنی۔ منترچھُ: دٔکھن پٔٹھ پوٗرُکن لوٚ دِوان دِوان:

ॐ अदितेऽनुमन्यस्व।।

ہی اکھنٛڈ پرمیشور ہنسا ے روٗس رتھو گونو بناوےٚ بوٗزوان

منترچھُ پچھِم پٔٹھ وترس کُن لوٚ دِوان پرُن:

ॐ अनुमतेऽनुमन्यस्व।।

سرٕوٕ وِیا پک اگنیا دِنہٕ والہِ دٕیہ سوٗبود روز مےٚ بخشان

ॐ देव सवित: प्रसव यज्ञं प्रसुव यज्ञपतिं भगाय। दिव्यो गंर्न्धवा केतूप: केतं न: पुनातु वाचस्पतिर्वाचं न: स्वदतु।। यजु अ ३।मं १।। (पूवोक्त आपस्तम्ब)

ہی سوٗرے پاۜد کرن والہِ دٕیہٕ چھُکھ دِوٕ پرٛکاشہِ پرٛزلان
اِیشوریہ باپتھ روز ناناپرٛکارکی یگیبن یگہِ رازس پاۜد کران
چھُکھ شوٗد زگت دھارن وول دٕ ے، وٚگنس شوٗدی کران
کر شوٗد بوٗد سأنی، وأنی، میٹھی روز بخشان

امہِ منترٕ پتہٕ دوشِوے اتھہِ اَگنس پٔٹھ تھٔرِتھ اتھن پٔٹھ پانہٕ سٕتی پھٔش دِتھ پرٛ بالُک یہٕ منتر:

ॐ तनूपाअग्नेऽसि तन्वम्मे पाहि।।१।। य०अ० ३।मं० १७।।

ہی پزٕ زلوٕنۍ اگنہٕ راژٕ، روز شریرس میأنس رأچھ کران

ॐ आयुर्दा: अग्नेस्यायुर्मे देहि।।२।। य०अ० ३।मं० १७।।

آے دِنہٕ وول ژٕ چھکھ، روزٕ مےٚ آے ہُرٕ راوان

ॐ वर्च्चोदा अग्नेऽसि वर्च्चोमे देहि।।३।। य०अ० ३।मं० १७।।

چھکھ تیز دِنہٕ وول مےٚ تہٕ بناو تیز وان

ॐ अग्ने यन्मे तन्वाऽऊनं तन्म आपृण।।४।। य०अ० ३।मं०१७।।

اگنہٕ راژٕ میأنہٕ شریرٕچ کمی دوٗر کر روزٕ مےٚ پوٗرٕ چھر دِوان

ॐ मेधां मे सविता आ ददातु।।५।।

سوٗرے وو پداوُن والہٕ روزٕ مےٚ سوٚبوٗد دِوان

ॐ मेधां मे देवी सरस्वती आ ददातु।।६।।

سرسوٚتی ماتا موکھس پٹھ شیٖرٕنۍ کلام روزٕ مےٚ سوزان

ॐ मेधां मे अश्विनौ देवावाधत्तां पुष्कर स्रजौ।।७।। पार० ग्र० सू० का०२। क०४।सू०८।।

ہےٚ پمپوش مالو بٔجتھ گورن تہٕ وبد وانن چھُس سوٚبوٗد بخشنچ وبنتھ بہ کران

ستو، منترو دُچھنہٕ اتھک منزٕ اتھہٕ اگنس پٹھ رژھا ترٛٲوِتھ پاں قطرٕ ہندرٲوِتھ دِیہٕ بتھس پھش تمہٕ پتہٕ (اوم واڈم) منترٕ ستی پنٛژٕ شریرٕکی انگن سُپرش کرِتھ، یِم کونگ تہٕ مُشکدار اوشدھ بیٚترِ ترٛٲوِتھ پاں نٹ بژٕ وٕنٛھےٚ تھوٚمتی آسن، تمن نِش ہتھ گرشہٕ منترو ہُمن:

یِیمہٕ منترٕ بتھس سُپرش کرُن:

ॐ वाक् म आप्यायताम्।।

ہی دَیہٕ وأنۍ میأنۍ ہُن میٹھی چانے یژھایے

یِیمہٕ منترٕ نکہٕ وأربن اتھہٕ لاگُن:

ॐ प्राणश्च म आप्यायताम्।।

میأنہن پرٛانن اگن ٹھیک پأٹھی پوٗرٕ چھرٕ دے چانے یژھایے

یِیمہٕ منترٕ نبترن اتھہٕ ستی سُپرش کرُن:

ॐ चक्षुश्च म आप्यायताम्।।

ہی ایشور میانین اچھن دِگاش (ویوہار تہٕ برٛہم گیان) پننے دیایے

دوشوٕنی کنٛن تھپھ کرٕنی:

ॐ श्रोत्रञ्च म आप्यायताम्।।

میانٛن کنن گرٛھن ٹھیک پاٹھۍ رژٕ شیٚچھ بوزٕنی دَے چانے کرٕ پایے

دوشوٕنی نرٛین سپرش کرُن:

ॐ यशो बलञ्च म आप्यायताम्।।

یَش تہٕ بل روٗزِن مے ہُران دَے چانے دیایے

ॐ मयि मेधां मयि प्रजां मय्यग्निस्तेजो दधातु। मयि मेधां मयि प्रजां मयीन्द्र इन्द्रियं दधातु। मयि मेधां मयि प्रजां मयि सूर्यो भ्राजो दधातु। यत्ते अग्ने तेजस्तेनाहं तेजस्वी भूयासम्। यत्ते अग्ने वर्चस्तेनाहं वर्चस्वी भूयासम्। यत्ते अग्ने हरस्तेनाहं हरस्वी भूयासम्। आशव० ग्र० सू० अ० २१। क० २१। सू ४।

ہی دَیہِ سوبود، شُری کُرٕ تہٕ تیز مےٚ روز بخشان

ہی اِندردیو بود، گرٕبار یٔندرِین پوٗچھر مےٚ روز دِوان

ہی سِریہِ دیو روز مےٚ بود شُری کُرٕ اناہ کرِنن شودی بخشان

ہی اگنہِ دیو چھکھ تیزوان، روز ساری ہتھ مےٚ تیز بخشان

ہی اگنہِ چھکھ ہکبن گور، روز ساری ہتھ ہکتھ مےٚ دِوان

ہی اگنہِ دیو چھکھ موٗہت کران دِم شکھتی بہٕ تہٕ روزٕ تمپلاوان

ॐ ये अप्स्वन्तरग्नय: प्रविष्टा गोह्यऽउपगोह्यो मयूषो मनोहास्खलो विरुज: स्तनूदूष उरिन्द्रियहातान् विजहामि यो रोचनस्तमिह गृहणामि।।

साम. मं. ब्रा. प्र.१ खं. ७। मं.१। तथा पार. गृ. सू. का.२ क.६। सू.१०।।

اُٹھو پزٕکاری اگن اندری ژوٗر کھٕٹتھ آسان

یم شریرس زالان تہٕ ویری ناشس کران

منٛج شکھتی کم گرتھ چھ بُسہٕ دِل بناوان

آلُژھک زیور ناکی زربر نانا پزٕکاری واتہٕ ناوان

شرِیرس ژھٹہٕ راوان تہٕ ؤستھ کرم کرٕناوان
أٹھو قسمو یہِ أگن کرٛیایَن آوراوان
اَز ساأری أگن شرٟیر منٛز دفا چھُس کران
یہِ شود کلئیان کرن وول دزٕوُن أگن چھُس سیوٕ کاران

یہِ منتر پُرٕتھ اکہِ نٹہِ منٛز پونٛی رٕتھ:

ॐ तेन मामभिषिञ्चामि श्रियै यशसे ब्रह्मणे ब्रह्मवर्चसाय।। पार. गृ. का. २। कं. ६। सूत्र ११।।

یَش، شرسٹھ، ویٖد پرٛچار، ویدھک کرٛمن ہٕنٛدِ تیزٕ باپتھ
یٚیمہِ زلہٕ شرٛانہٕ ستیٚ شرٟیر کرن شود شوٗبہِ باپتھ

یہِ منتر پُرٕتھ گرٛٹھہِ پاں گڈٕ شرِیرس ترٛاوُن۔ تمہِ پتہٕ بٚیہِ برٛونٛٹھم منتر گرٛٹھہِ بٚیہِ پرٕنی:
ہیٚرِم منتر پُرٕتھ دوٗیمِ نٹہِ منٛزٕ بیٚا کھ پاں گڈٕ أنٛتھ:

ॐ येन श्रियमकृणुतां येनावमृशताँ सुरान्। येनाक्षावभ्यषिञ्चतां यद्वां तदश्विना यश:।। पार. गृ. सू. का. २। क.६। सू. १२। तथा सा. मं. ब्रा. प्र.१। खं.७। मं. ५।।

وبدوانن ژٹہٕ واأٹھ تہٕ داأدِس دَوا کرن واألی ویٖدو
چھُس وبنتھ کران توہہِ دوٚیِ پرٛکاأری ویدیو
اوشدھ رلاأوِتھ یٚیمہِ زلہٕ چھُو وبدوانن، دیٖون شوٗب أنیٚ مرٕ
اوشدھ رلاأوِتھ یٚیمہِ زلہٕ چھُو وبدانٕ دیٖون سوکھ ژیتُمت
اوشدھ رلاأوِتھ یٚیمہِ زلہٕ چھُو نیٚتھرن لول بوٚرمُت
نیٚتھرن ہیٚوٕ شرٟیرکِین زاأوِل أنٛگن پوٚچھر چھُو ژیتُمت
تمہِ پھلہٕ کٔنٛز یُس توہہِ دوشوٕ ے چھُو یَش پرٛوومُت
دَے یٚیژھن میٚیہ تہٕ سُے یَش بخشِن یُس توہہِ پرٛوومُت

یٚیمہِ منتر پتہٕ گرٛٹھہِ سُہ پاں گڈٕ پانس ترٛاوُن، تمہِ پتہٕ گرٛٹھہِ بٚیہِ سُے منتر گرٛٹھن پرٕنی:

ॐ ये अप्स्वन्तरग्नय: प्रविष्टा गोह्यऽउपगोह्यो मयूषो मनोहास्खलो

विरुज: स्तनूदूष उरिन्द्रियहातान् विजहामि यो रोचनस्तमिह गृह्णामि।।
साम. मं. ब्रा. प्र.१ खं. ७। मं.१। तथा पार. गृ. सू. का.२ क.६। सू.१०।।

اَتھو پڑکاری اَگن اَندری ژۄر کھٔتِھ آسان
یِم شریرس زالان تہٕ ویرِ ناشس کران
منٛز شکتی کم گرِتھ چھِ بُزدِل بناوان
آلرشھک زیور نالی زربر نانا پڑکاری واتناوان
شریرس ژھیٹہٕ راوان تہٕ وٕستھ کرم کرناوان
اَتھو قسمو یہٕ اَگن کریاین آوران
اَز ساری اَگن شریرٕ منز دفا چھس کران
یہٕ شود کلیان کرن وول دزوٗن اَگن چھس سویکاران

یہٕ منتر پرٕتھ گرشھِ ترٛیونٹھو منز ترٛے گڈٕ پۄنی اَنِن تہٕ یِم ترٛے منتر گرشھن پرنی:

आपो हिष्ठा पेया भुवस्तान अर्जे दघातन....

چھکھ زلہٕ دیو ژٕ اَن وۄپداوِتھ سوکھی بناوان
چھُ اَن کوٹھبن ہوش اَچھن گاش بخشان

योव: शिवतमो रसस्तस्य भजयते न.........

رسہٕ چانہٕ زلہٕ دیو کلیان چھُ سپدان
امہٕ رسہٕ ہتی روز اسہٕ سگہٕ وان
یتھِ ٹاٹھس شرس موسہٕ روٗپ رس ماجہٕ چاوان
تتھِ یمہٕ زنمہٕ تراوتھ ہیٚنز اسہٕ روز بخشان

इस्मा अरंग मान वो यस्य क्षयाय जिन्वथ..........

یمہٕ اَن باپتھ اوشدھ ژٕ زلہٕ سگہٕ وان
تمہٕ اَن باپتھ پۄرٕ پاٹھی چھی گرہن کران
رس روٗپ امربتھ روز زلہٕ اسہٕ چاوان
پۄترن تہٕ زُرین ہُند سوکھ روزو چھاوان

یم ترٛے منتر پٕرِتھ گژھِ تمو پاں گڈو ہتی شرٛان کرُن۔ تمہِ پتہٕ آ ٹھو گڈو منٛز پوٗنٛ کڈنہٕ روٗس، ترٛے گڈٕ نِتھ یم ترٛشوٕ ے منتر بێیہِ أندری پران پران گژھِ شرٛان کرُن۔ تمہِ پتہٕ یم منتر پرٕنی:

ॐ उदुत्तमं वरुण पाशमस्मदवाधमं वि मध्यमं श्रथाय। अथा वयमादित्य व्रते तवानागसोऽअदितये स्याम।। यजु.अ.१२।मं.१२।। पार. गृ. सू. का.२।क.६।सू. १५।।

لوٗگُٹ، بوٚڈ، زات پات پاش دَیہِ روز ژٹان
أگنیا پالن رٕپھ وزتھ ڈٕرِتھ ہی اوِناٗشی بھگوان
باپوٚ روٗس روزو أسی زِنٛدٕگی زُوان
بکھتی بِنٛز یِتھ روزو سوکھ پڑاوان

یہِ منتر ؤنِتھ ترٛ اوِاتی نَس ڈُنڈٕ تہٕ اُٹی پَن (میکھلا) برٛہمچاری تہٕ روزِ ہرٕ یَس برٛ وٛنِتھ کنہِ تھوٚد وٕتِھتھ:

ॐ उद्यन् भ्राजिभृष्ण उरिन्द्रो मरुद्भिरस्थात् प्रातर्यावभिरस्थाद्दशसनिरसि दशसनिं मा कुर्वाविदन् मा गमय।। १।। पार. का. २।क. ६।।

چھُکھ ادبُت لیلایو دَیہِ سرٕو وِیاپکھ ژٕ آسان
ہرٕ یکی پاٗٹھی پرٛکاش چانہِ ساری پرٛکاش غاٗب سپدان
سارِنٕے وبھوٗتین ہُنٛد خزانہٕ ژٕے چھُکھ
سپوان دَیہِ، توتاپہِ یُگی ژٕے چھُکھ
سُلہِ مُلہِ، ریٚشی، وِدپد دیٚشک چاٗنی پوٗزا کران
تھہِرٕ دھیانہٕ بِنٛز چھِی تم ژٕے پڑاوان
ڈٕہو اندو چھِ چاٗنی دیہِ ساری سپواکار
کر انوٗگرہ بہٕ تہِ یِتھ لرِٕ یم بکار
شوبھ اشوبھ کرٛمن ہُنٛد چھُکھ ژٕ زاٗنی کار
گیانہٕ بِنٛز مےٚ کر کرٛپا ہاو دیدار

ॐ उद्यन् भ्राजिभृशण उरिन्द्रं मरुद्भिरस्थाद्दिवा यावभिरस्थाच्छतसनिरसि

शतसनिंमा कुर्वाविदन् मा गमय।।२।। पार. का २। क. ६।।

ادبُت لیلایو دَے ژٕ چھکھ پرٛکٹھان

ہِرِیکٕی پأٹھی پرٛکاشہِ پٔنہِ پتھکھ گاشہِ ران

صُبہن تہٕ شامن چھِی ژےٚ دیٛو پٔوزان

ہتہٕ بُدکی تہٕ ساسہٕ بُدکی پدارتھو چھِی ژےٚ سیوان

ॐ उद्यन् भ्राजिभृष्ण उरिन्द्रो मरुद्भिरस्थात् सायं यावभिरस्थात् सहस्त्रसनिरसि सहस्त्रसनिं मा कुर्वाविदन् मा गमय।।३।। पार. गृ. सू. का. २। क.६। सूत्र १६।।

امیُک معنے تہٕ چھُ ہیٛرِ ے منترُک:

یمو منترو دیہِ سُنٛد بجر گبوتھ زامُت دود تہٕ تیلُک پرٛاشن گرِتھ چھُ برٛہمچاریَس مَس کاسُن، شیو کرُن تہٕ نم ژٕٹنی پتہٕ:

ॐ अन्नाद्याय व्यूहध्वम सोमो राजाऽयमागमत्। स मे मुखं प्रमाक्ष्यर्यते यशसा च भगेन च।। पार. गृ. का.२। क.६। सूत्र१७।।

چھِ اَن کھنہٕ باپتھ زیٛو، دنٛد صاف کران

توٚے یہِ شود زل چھِی ژےٚ بزٕونٛتھ کنہٕ تھوان

دنٛدو پتہٕ یہِ زَل أچھ شودی کران

کیٖرتی، سوباگی، سونٛدر شکل امی بَنز پرٛاوان

یہِ منتر پٔرِتھ کرِ بالُک دأنتُن تہٕ شرٚیرَس متھِ لیٛدر تہٕ ژنٛدُن۔ یہِ ہو کھنہٕ پتہٕ کرِ شرٛان۔ پان وتھرِتھ لاگہِ دوٗتی یا پأجامہٕ۔ تمہِ پتہٕ متھِ مُشکہٕ دار ژنٛدُن بتھس تہٕ رٹہِ وارِ وارِنستہِ، کنَن، أچھن ہنٛدِ بن زدِ بن تہٕ پرِ منتر:

ॐ प्राणापानौ मे तर्पय चक्षुर्मे तर्पय श्रोत्रं मे तर्पय।। पार. गृ. सू. का.२। क.६। सू.१८।।

مئون پرٛان ایان وایو أچھ گن کر ترٛپتھ بھگوان

یٖمہِ بَنز یٔندرے نَس کن، أچھ پوشٹ نرُک روزان

تمہِ پتہٕ اَتھس منز زل ہیتھ رٹھا روزن کھوٚورے طرف تھوٚ دٔیتھ کرِ دکھنُن کُن

سُہ بُتھ تہٕ پرِ یہِ منتر:

ॐ पितर: शुन्धध्वम्।। यजु. अ.१९। मं.३६।। पार. गृ. सू. का.२। क.६। सू. १९।।

بَبس ماجہِ برابر میانیو پتریو چھِو توٚہۍ سبٹھاہ پوٗزِمان

یِیمہِ زلہٕ روٗزِن مَن تُہنٛد خوش ہیٚچھناوِو وِیوٕہار گیان

یِیمہِ منتر گٕژھِ زَل پتھرِ پیٹھ ترٛاوُن:

ॐ सुचक्षा अहमक्षीभ्यां भूयासम सुवर्चा मुखेन। सुश्रुत् कर्णाभ्यां - भूयासम्।। पार. गृ. सू. का.२। क. ६। सू १९।।

نیٚترن گاش کنَن ہوش دِم موکھس میٹھۍ وأنی

سمبھو چھُ تیٚلہِ آسہِ یوٚد دَے کرِٕزپا چأنی

ॐ परिधास्यै यशोधास्यै दीर्घायुत्वाय जरदष्टिररस्मि। शतं च जीवामि शरद: पुरूची रायस्पोषमभिसंव्ययिष्ये।। पार. गृ. सू. का.२। क. ६। सूत्र २०।।

'پرِدھاسے' امہِ منتر پرنہٕ گژھِ دوٚتی زنگن ہنٛز بدلاوٕنی تہٕ یشودا منتر پرنہٕ ستۍ گژھِ سینگ پلو بدلاوُن:

پُنن پان بیداغ یشسوی تہٕ زیٹھِ آیہِ باپتھ

لاگان چھُس نٔوۍ پلو شریرس پوچھر دِنہٕ باپتھ

بجرٕ پتہٕ تہِ چھُس زِنٛدٕ روزُن یژھان

ولتہٕ ہتہٕ دُہر ییٚژھن مےٚ کرٕزپایہِ بھگوان

یِیمہِ منتر ستۍ سوٗندرتہٕ یگۍ پلو لاگتھ:

ॐ यशसा मा द्यावापृथिवी यशसेन्द्रावृहस्पती। यशो भगश्च माऽविन्दद्यशो मा प्रतिपद्यताम्।। पार. गृ. सू का.२। क.६। सू.२१।।

یَش پرٛاوِتھ آکاشہٕ تہٕ پرٛتھوی سأرِ مہاپورشو مےٚ کرٕناوِو

یَش پرٛاوِتھ دھنی تہٕ وِدوان پورشن ستۍ مےٚ میلہٕ ناوِو

دَیہِ بجرُک وبھوٗتین ہُنٛد شوبھ لابھ دیاوٕناوِو

یَش، مان پرٛاوٕنک اَشیرواد توہہِ مےٚ دِیو

یِیمہِ منتر ناۄکی پلو بدلاوِتھ نوولا گتھ منتر پرٕو:

ॐ या आहरज्जमदग्नि: श्रद्धायै मेधायै कामायेन्द्रियाय। ता अहं प्रतिगृह्णामि यशसा च भगेन च।। पार. गृ. सु. का.२।क.६।सू.२३।।

یم پوش أگنس تہٕ اگنِ جاپہِ شۆبہ ران رکھیا کران
دھرمین آدار بڈاونہٕ دھارن شکھتی باپتھ پوش شیرِ لاگان
کامناے پۆرٕ یِنٛدرے سوکھ پوشہِ ستی تمن یِتھ واتان
یَش تہٕ ایشوریہ ستی چھُس تتھ بہٕ پوشہِ مال سیوٚکاران

امہِ منترٕ ستی مُشکہِ دار پوشن ہنز مال اتھس کیتھ رٹتھ:

ॐ यद्यशोऽप्सरसामिन्द्रश्चकार विपुलं पृथु। तेन संग्रथिता: सुमनस आबध्नामि यशो मयि।। पार. गृ. सू. का. २।क.६।सू.२४।।

یِتھ راز دربارس منز کارندن یَش بخشان
ینام روٗپ دھن پوشہِ مال ہٕتس ناۄکی ترٛاوان
یِتھ برٛہمچاری وزت پۆرٕ گرِتھ یِتھ پوشہِ مال ناۄکی ترٛاوان
تتھ امہِ پوشہِ مال ستی دِرے روٗزِن مے یَش بخشان

یِیمہِ منترٕ ستی چھِ پوشہِ مال ناۄکی ترٛاوِنی کلچ ٹوٗپ، دٔجِ، دستار یا مُکُٹ اتھس منز ہیتھ گژھِ یہِ منتر پران پران دارن کرُن تہٕ تمہِ پتہٕ رٹہِ اَتھس منز النکار تہٕ پرِ:

ॐ युवा सुवासा: परिवीत आगात्स उ श्रेयान्भवति जायमान:।। ऋ. मं.३।
अ.१।सू.८।मं४।

سوٗندر پلو لاگتھ ہرشٹ پوشٹ شریر سان
میکھلا یونہِ لاگتھ یُس بُتھِ چھُس پیوان
تمہِ بلہِ برٛہمچاری لِۂ گرِتھ ہیکہ کلیان
چھُ تمے لۆکن منز شرشٹھ مانہٕ یِوان

ॐ अलंकरणमसि भूयोऽलंकरणं भूयात्।। पार. गृ. सू. का.२।क.६ सू. २६।।

ہی النکار (رٹن) آسۆن سبٹھاہ ژٕ چھکھ شۆبایہِ مان

دِیہ کرٛپایہِ روز مےٚ نِش اول ییران

ییٚمہِ منتر گرٛ ٹھہِ اَچھن سورمہٕ لاگُن:

ॐ वृत्रस्यासि कनीनकश्चक्षुर्दा असि चक्षु र्मे देहि।। पार. गृ. सू. का. २। क.६ सू.२७। यजु. अ.४। मं.३।।

نیٚتھر دِنہٕ والہِ چھُکھ سورمہٕ روٗپ آنند اَچھن بخشان

رٔتہٕ کرٛمو روزکھ مےٚ اَچھن گاش، بل بخشان

ییٚمہِ منتر گرٛ ٹھہِ اَچھن سورمہٕ لاگُن، ییٚمہِ ستی اَچھ چھِ پوٗشان تہٕ سوستھ روزان۔

تمہِ پتہٕ منتر:

ॐ रेचिष्णुरसि।। पा. गृ. सू. का. २। क.६। सू. २८।।

پتہٕ نِس بُتھس پرٛکاش دِنہٕ وول اَنہٕ چھُ آسان

یتھ منٛز وُچھِتھ اَسی بُتھ بے داغ بناوان

ॐ बृहस्पतेश्छदिरसि पाप्मनो मामन्तर्धेहि तेजसो यशसोऽन्तर्धेहि।। पार. गृ. का. २। क. ६। सू. २९।।

یتھ رازن تہٕ کیٚنژن چھُکھ "چھتھر" پرٛدٕ کران

تتھ دھرم ویرُد کلیشو روٗپ پاپو دوٗندو سان

یتھ میٚژ شرٛرس میٲنس روز پرٛدٕ کران

تیز، یشہٕ یِنہٕ روزکھ اتھ مےٚ چھلہٕ ناوان

امہِ منتر گرٛ ٹھہِ چھتر کلس پتھ تھوٚنی:

ॐ प्रतिष्ठे स्थो विश्वतो मा पातम्।। पार. गृ. सू. का. २। क.६। सू. ३०।।

چھُکھ ہی کھوربانہٕ، کھورن گنڈی نِش بچاوان

کھورن شوٗب اَنتھ روز ہر اندٕ رچھان

اَمہِ منترٕ ستی گرٛ ٹھہِ کھورن کھور بانہٕ لاگُن۔

ॐ विश्वाभ्यो मा नाष्ट्राभ्यस्परि पाहि सर्वत:।। पार. गृ. सू. का. २। क. ६ सू. ३१।

دوشٹو تہٕ راکھسو نِش ہر اندٕ ڈنڈٕ روز مےٚ رچھان

یہِ منتر پرٛتھ ژُلہِ برٛہمچارؠ اکھ سوندر ڈنڈ اتھس منز۔ تمہِ پتہٕ ییٚر پنہٕ نِس
ہَبس ماجہِ ہُند گرٕ یینہٕ زَن تم جیشنہٕ آسن مناوان۔ مان تہٕ یزتہٕ سان ییہناوان پنہٕ
نِس پوٗتھرس آسنس پیٹھ۔ تمہِ پتہٕ بیہناون شوبھ تہٕ تھدِس آسنس پیٹھ تس
برٛہمنس، یُس سنسکارس منز دھرم انوٗسار یگی کرنہٕ باپتھ آسہِ آمُت۔ پوشہٕ مال ناٮ۪لی
ترٛاوِتھ کرنس آوبھگت۔ وستر، گاو، توٗمُل، دھن دان دکھنا دِتھ برٛتھ سجایہِ منز
وِہٕھناوِ گور ہندؠ گون۔ برٛہمچارؠ سُند بب تہٕ موج تہٕ وِہٕھناوِ گورٕ سُند گون۔
یُس شیکھیا گورن برٛہمچارِس دِژ تمہِ کٔر روزِ بب ماجہِ ہر ہمیشہٕ گورٕ سُند شُکُر گزار۔
ییمیُک تم دونوے شاستر ویدی انوٗسار پرٛن چھِ کران۔ ویدی کٔر چھُ برٛہمچارؠ تہٕ
آچاریہٕ اکھ اکِس کرٛتارتھ سمجان۔ برٛہمچارؠ چھُ دھرم، کرٛم موٗکھی پرٛاوٕنچ وتہٕ آم
جنٲیہِ تام واتہٕ ناوُنُک پرٛن گورس، ماجہِ ہَبس برٛونٛٹھ کنہٕ کران۔

یہِ سماورتن سنسکار کٔرِتھ چھُ کورٕ، لڑکس پنُن برٛہمچارؠ وزت پھُٹتھ، پنُن
شوٗبہٕ دار ارد شریر ژارنُک پوٗرٕ آدِکار۔ یہِ ساتھی گرٛہِ تھٕتھے پوٗرمُت، لۆکھمُت، وید
زانن وول آسُن، ییمہِ سٕتؠ دون ہاژن ہنٛز سنسارؠ رِپھ ناو ویگنو تہٕ دوندو روٗس
لگہِ بوٗتھ۔ یُس مرد پنٕنہِ زنانہِ تہٕ زٔنؠ پنہٕ نِس مردس دِیہِ مان تہٕ ستکار تھتھ کولس منز
چھِ ساری سوکھ بسان دوکھ چھِ دوٗر دِوٕژلان۔



(سماورتن سنسکار ووت اند)



# وِواہ یا کھانٛدر سنسکار

برٛہمچاری ورٛتس منٛز اکھ کوٗر تہٕ لڑکہٕ یِلہِ ویدھابل پرٛأوِتھ گرٛہستھ آشرم دھارن کرنس پٮ۪ٹھ رضامنٛد سپدن، تِم چھِ کھانٛدر روٗپ گنٛڈٕ سٟتؠ گنٛڈنہٕ یِوان۔ ژوشوٕے لبہٕ آسن اکھ أکِس منٛز سونہٕ ہنٛز، یانہٕ شوبھ گون، کرٛم، یکسان سوبھاو وألؠ آسن دوشوٕے تہٕ تِم اکھ أکِس وُچھِتھ سپدن پرٛسن تہٕ دوشوٕے کرن رٟتؠ کرٛم تہٕ دھرمہٕ سٟتؠ وبوہار کرنک پرٛن، بٮ۪یہٕ سنتان پٲدٕ کرنہٕ باپتھ سپدن آمادٕ تتھ چھِ وِواہ ونان۔

کھانٛدرٕ برٛونٛٹھ چھُ گنٛڈُن یا واکھدان یا قسم دٕرٕے یا پوشہِ گونٛد پلہٕ ناوان۔ یٮ۪لہِ گرٛہستھ آشرٕچ یژھا کوٗر تہٕ لڑکہٕ ہاوان چھِ تٮ۪لہِ گرٛھن دوشوٕے طرفن ہنٛدؠ ماجؠ مول، زِٹھؠ، نزدیک انگ أشناو، پانہٕ وٕنؠ امہٕ رِشتک آنکار کرٕنؠ۔ واکھدان یا کتھ باتھ ہٮ۪کن آچاریہِ ہنٛدِس گرس منٛز یا کورِ یا لڑکہٕ ہنٛدِس گرس منٛز تہٕ کرِتھ۔ اتھ گنٛڈٕنس چھِ ستھ مرحلہٕ آسان۔

**گوڈنٕچ ویدھی : مہرٮ۪نؠ مہرازٕ سُنٛد آنکار:**

گنٛڈٕ نکہِ دوہ گرٛھِ رُت سمے، رُت ساتھ تہٕ رُت نکھیتر آسُن۔ سونہٕ ہنٛدؠ زیور وتہٕ سونٛدر پلو وگرٛھِ مہرٮ۪نؠ مہرازٕس نِش بٮ۪ہناوٕنؠ، یُس گوڈٕے آسہِ أنٛگن أشناون ہنٛزِ سبھایہِ منٛز وِراجمان۔ دونٕوے گرٛھِ یکیوپویت (یونہِ) دھارن کٔرمُت آسُن۔ آچاریہِ ونہٕ دوشوٕنؠ یہِ منتر پرنہٕ باپتھ:

ॐ ऋतमग्रे प्रथमं जज्ञ ऋते सत्यं प्रतिष्ठितम्।
यदियं कुमार्य्यभिजाता तदियमिह प्रतिपद्यताम्।।
यत्सत्यं तद् दृश्यताम्।।१।। आश्व. गृ ।५।५।।

تتھ پزٕکرتھ تہٕ دَیہِ یوٗگہ سنسار پاؤ سپدان
تتھٕ دون باٲژن ہندِ سمبندھ کٔنی سنسار پکان
چھِ اُسی دوشوٕے کھاندر کرٕنک، اکھ اَکِس پزٕاوٕنک پوٗز پزٕن کران
میانہِ زنہٕ ہنزٕ شُری زیوٗراونچ شکھتی دِیہِ پھل چھُس سنکلپ کران

**دویم ویدھی: یگیہِ کرٕیا:**

پزٕمن چھُ مانہٕ سان آچاریَس آسنس پیٹھ بیہناوان تہٕ یگیٖ کرٕیا کرنہٕ باپتھ چھُ یگیٖ کونڈس کُن اِشارٕ ستی ہاوان۔ امہِ پتہٕ چھُ ایشور سوستی، اُپاسنا، سوستی واچن، شاٰنتی پاٹھ تہٕ سامانٔی پزٕکرن کرِتھ اَگن وارٕ پزٕکھٹاوان۔

**ترٕیم ویدھی:**

تمہِ پتہٕ گیٖو ورلاٰوِتھ، مودرِ بتہٕ ستی ژورو منترو آہوژ دِوان پران دوشوٕے

یم منتر:

ॐ अस्थापयन्त युवतिं युवान: शुभे निमिश्लाँ विदथेषु पज्राम् स्वाहा।। इदमग्नये-इदन्न मम।।१।। ऋक ७।१६७।६।
ॐ उप यमेति युवति: सुदक्षं दोषावस्तोहविष्मती घृताची। उप स्वैनमरमतिर्वसूयु: स्वाहा।। इदमग्नये-इदन्न मम।।२।। ऋक ७।१।६।
ॐ रेवती रमध्वमस्मिन्योनावस्मिन् गोष्ठेऽस्मिल्लोकेऽस्मिन् क्षये। इहैव स्त मापगात स्वाहा।। इदमग्नये-इदन्न मम।।३।। यजु ३।२१।।
ॐ यो रेवान् योऽ अमीवहा वसुवित् पुष्टिवर्द्धन:। स न सिषक्तु यस्तुर: स्वाहा:।। इदमग्नये-इदन्न मम।।४।। यजु: ३।२९।।

شوبھ گون کرٕمو جوان کوٗر پوٗرٕ گیانہٕ یگیٖ کرٕمن ہنزٕ روژ تھوان
پوٗرٕ گیانہٕ شوبھ کرٕمو جوان مردس گرٕہست آشرم وِیوہارس منز انان
تتھٕ ہی وِدوانو نانا بوٗگ پدارتھو ژٔندرمس راتھ پزٕاوان
تتھٕ گونی گیانی، بلہٕ وان ژوٗتُر کنیا پزٕاوِ بالک تیزٕوان
یم زنہٕ، ویدھا، دھن، یٔندرے، پشٕی تہٕ بھوٗمہِ چھِ مالامال
تم روٗزِن واُرِی وِس گُپن گانس، سنسارس، گرس پنہٕ نِس منز خوشحال

وید ویدھاین ہُنٛد دھنی ہی لٔکو یُس روٗگ، اگیانہٕ گٹہٕ، کاسن وول
سوٗرے پزٲوِتھ گون، دھرم تمیٖک زانٛتھ شریر آتما بل یُس بڈاون وول
ہِتھس ہِوس گونی، تابہٕ وُنس، لڈکس چھِو اسی ہلم دھاران
ووتہم کرٛمو یتھ بالک روٗزِن سانہِ کورِ پسند کران

**ژوٗرِم ویدھی:**

اکھ اکِس برٛونٛٹھ کنہِ کوٗر تہٕ لڑکہٕ بیٛہناوِتھ پرناوِ آچاریہِ یا بب یا برٛہمن ماہریٖنہِ
یہِ منتر:

ॐ अपश्यं त्वा मनसा चेकितानं तपसो जातं तपसो विभूतम्।
इह प्रजामिह रयिं रराण: प्रजायस्व प्रजया पुत्रकाम।।१।। ऋक् १०।१८३।१।।

وَیَس موگنٛمت، گیانی، تپ پٔتہٕ ورِ منہٕ کنٛی مے چھکھ پزیان
پٔتھرٕ کامنا کرن والہِ سنسارٕ دھنہٕ کنٛی پزاو سوکھ بن پٔتھرٕ وان

ماہرِ نہِ لاگہِ ماہرازس وانٛج تہٕ پرِ منتر:

ॐ यदा बध्नन् दाक्षायणा: हिरण्यं शतनीकाय सुमनस्यमाना:।
तत्ते बध्नामि आयुषे बर्चसे बलाय दीर्घायुत्वाय शतशारदाय।।२।।
अथर्व १।३५।१।।

وِہارس منز میانہِ ورٕ ہتھ دٔہ اِنسان
ہیتکارٕ، جان رٕتہٕ گرٕ گنڈٕ گنڈِتھ روزان
ہتھٕ آے، بتہٕ بلہٕ باپتھ چھِے وانٛج لاگان
ییمہٕ کنٛی ہتس ورٕ یَس اسی پانہٕ وِنی زوو روزو سوکھسان

تمہِ پتہٕ پرِ وریہ منتر:

ॐ अपश्यं त्वा मनसा दीध्यानां स्वायां तनू ऋत्व्ये नाधमानाम्।
उप मामुच्चा युवतिर्बभूया: प्रजायस्व प्रजया पुत्रकामे।।३।।
ऋक १०।१८३।२।

ہی شکلہِ سوندر زٔنی چھُس بہٕ منہٕ کنٛی ژے پرژھان
ژٕ چھکھ کمِسن کھانٛدر کرِ مے اتھٕ روز سنتان زیوران

امہِ پتہٕ تتھے پاٹھی:

ॐ यदा बध्नन् दाक्षायणा: हिरण्यं शतनीकाय सुमनस्यमाना:।
तत्ते बध्नामि आयुषे बर्चसे बलाय दीर्घायुत्वाय शतशारदाय।।२।।

अथर्व १।३५।१।।

وہٕ ہارس منز میانہٕ وٕر تتھ ذٕہ اِنسان
ہیٚتکاری، جان رٕتہٕ گرٕ گنڈِتھ روزان
تتھ آے، بتہٕ بلہٕ باپتھ چھپے وآجٕ لاگان
ییٚمہِ کنٕہ ہتس ؤرٕیس أسی پانہٕ وٕنی زُوو روزو سوکھسان

امہِ منتر ستی لاگہِ لٔڑکس کوٗر وآجٕ - یٔیہِ پرناون ورس ساری آمتی تہٕ برٛہمن یہِ منتر:

ॐ यस्तेऽङ्क्शो वसुदानो बृहन्निन्द्र हिरण्यय:।
तेना जनीयते जायां मह्यं धेहि शचीपते।।४।। अथर्व ६।८२।३।।

تیز وان بلہٕ وان دَیہِ ہنٛدِ سوامی چھُس پۆتھرٕ سوکھ دِنہٕ واجینٛز ترٕے یژھان
ہیٚتکاری، تیز بلہٕ روزُم پۆتھرٕ دِنہٕ واجنِن ترٕے باگہِ سوزان

تمہِ پتہٕ ونہٕ ناوِ برٛہمن کورِ ہنٛدِس بِس یہِ منتر:

ॐ अभ्रातृघ्नीं वरुणापशुघ्नीं बृहस्पते। इन्द्रापतिघ्नीं पुत्रिणीमास्मभ्यं सवितर्वह।।५।। अथर्व १४।१।।६२।।

ہی وٕر چھکھ پۆزنیہِ گیانی وید زانن وول ایشوریہ ویرٕ بلہٕ سان
شم دم یہِ کوٗر دِیو سوکھ، چھِ پآدٕ کرن یِگر سنتان
دژین زآمن، گآون، پشین، برِ لول کرِ سیوا زِٹھن مایہِ سان
مالِنہِ پیٚٹھٕ نن یہِ میآنی ٹآٹھی کوٗر مہرینہٕ رٕپھ لولہٕ سان

## پأنژِم ویدھی:

برٛہمن سمجآوِ دوشوٕنی سنکلپ کرِو تتھ پاٹھی:

ॐ त्वष्टा जायामजनयत् त्वष्टाऽस्यै त्वां पतिम
त्वष्टा सहत्रमायूंषि दीर्घमायु: कृणोतु वाम्।।१।। अथर्व ६।७८।३।

بۆزِو زنٕو مردو نیچوٗس کورِ آکار گرٛبھس منز دَے دِوان

گژھ تھونہٕ باپتھ ژٔنی، مردس کرٕ چھُ سُے دَے بناوان
اکھ اَکس باپتھ چھِنو بناوی متھ دین رچھنو زیٹھ آے دِینو
یٚیمہِ سنساری بٔوگو ساری سوکھ بڈٕ آیہِ کرٔ پاپہٕ دَے ییٚژھنو

شٔیم ویدھی:

گنڈن ویدھی اند واتہٕ ناون ویرِ ہُمن تہٕ ٹیٚوک کرُن ماہریٛنہِ تہٕ ماہرازس۔ تمہِ پتہٕ گژھن آدھاراواج بھاگ آہُوتی ژور، ویٛاہرتی آہُوتی ژور تہٕ تمہِ پتہٕ پۆرن آہُوتی۔

ॐ सर्व वैपूर्ण स्वाहा:-

سوُرے سیٚدن سیٚد تہٕ پۆر دَے یٚژھن
امہِ پتہٕ گژھِ وام دیوگان کرِتھ، یگٕبس روٗھستھ دِیُن۔

سٔتم ویدھی:

ॐ यदा बध्नन् दाक्षायणा: हिरण्यं शतनीकाय सुमनस्यमाना:।
तत्ते बध्नामि आयुषे बर्चसे बलाय दीर्घायुत्वाय शतशारदाय।।२।।

अथर्व १।३५।१।।

وہوارس منز میانہٕ ؤرِ یتھ دٔہ اِنسان
ہتکاری، جان رٕتہٕ گرِ گنڈ گنڈتھ رووزان
یتھ آے، بتہٕ باپتھ چھُسے واجٕ لاگان
یٚیمہٕ کنی ہتس ؤری یٚس اَسی پانہٕ ؤنی زُوسوکھ سان

ہیٚرمے منتر بیٚنہِ پرِتھ ور ووِدو بدلاون پانہٕ ؤنی واجہِ۔ یُس سونہٕ زیور تہٕ پلو آسن وأرِوِکیو ماہریٚنہِ باپتھ انہٕ متی، تم کرن تس ارپن۔ تمے وِزِیٚو دکورِ والیو سونہٕ زیور، پلو، مِٹھاے پھل تہٕ میوٕ آسن مہرازس کتی انہٕ متی، تم دِن ماہرازس لولہٕ تہٕ باوٕ سان۔ ڈیکہٕ بڈی کانٛہہ زنان کرِ نوشہٕ ٹیٚوک تہٕ نوشہِ ہُند بوے کرِ مہرازس ٹیٚوک۔ امہِ پتہٕ چھُ کھانٛدرُک رُت دوہ مُقرر کرنہٕ یوان تہٕ ساری چھِ کھیتھ چیتھ پٔتن گرٕ

گرٛهان۔

یێلہِ کوٗر 16 ؤرِش آسہِ تہٕ لڑکہٕ گرٛهہِ کم از کم 24 وٕہر آسُن تێلہِ چھُ کھاندر کرنٕک سنسکار سێد سپدان۔ کورِ اتھہِ ژھٹنہٕ پتہٕ گرٛهہِ ترٛێیہ دوہ پتہٕ، رُت دوہ، رُت ساتھ، رُت نکھیتر وُچھتھ لگن مُقرر کرنہٕ یِن۔ اتھہِ ژھٹنَس منٛز یوٚ دلگن پیہ کرنہٕ، یہِ چھُ سبٹھاہ نشیت تہٕ پاپھ۔ اَگنہٕ دیوس بڑونٛہہ کُن گرٛهہِتھ، اتھہ ژھچرس منٛز ہوم کرُن چھُ ویدن ویرُد۔

## لگنہٕ چیر سوزٕنی:

لگنہٕ چیر گو لگنٕچ سٹیفکیٹ۔ ویدِک زمانَس منٛز آسہٕ دٕہ پنداہ دوہ بڑونٛٹھ برٛہمنَس نوشہِ ہُنٛد مالیُن 'لگنہٕ چیر' ہێتھ سوزان۔ سُہ برٛہمن اوس کورِ ہنٛدِس بَبس ہاجہِ پرٛژهان زِ تہنٛز کورِ ما چھُ اتھہِ ژھٹیومُت۔ یوٚ دوَے آسہِ ہَس، تێلہِ اوس یہِ لگن، ژور پانٛژه دوہ پتھ نوان ینہٕ۔ از چھُ برٛہمن لگنہٕ چیر ہێتھ لڑکہٕ سُنٛد گرٕ گرٛهان، مگر ترٛێه ہش کتھا چھےٚ نہٕ کُنہِ تہٕ تتہِ چھِہ بدلے کێنٛہہ وُچھان۔

منتر پرِتھ تہٕ مطلب سمجھتھ کورِ ہُنٛد پنہٕ نِس گرس منٛز شرٛان کرُن۔ منتر چھُ:

ॐ काम वेद ते नाममदो नामासि समानयामुं सुरा ते अभवत्। परमत्र जन्माग्ने तपसो निर्मितोऽसि स्वाहा।। सा.मं ब्रा प्र स्वं १।मं १।।

ہی کامدیو سوٗرے زگت چھےٚ ژے زانان
چاٛنٛزِ کٔنٛز کورِ چھُ تیپک سادھن بنان
اَگنہٕ روٗپ کامس یێمہِ پانہٕ چھس شانتاوان
گرٛہستھ آشرم تیکہِ باپتھ دِین بنیومُت چھُ آسان

ॐ इमं त उपस्वं मधुना संसृजामि प्रजापते र्मुखमेतद् द्वितीयम्। तेन पुंसोभिभवासि सर्वान वशान्वशिन्यसि राज्ञी स्वाहा।। सा.मं ब्रा प्र स्वं १।मं २।।

آنٛد داھایک اتھہ یێندرے یہٕ کورِ واتے لولہٕ سان
دوٚیم دوار گرٛہستھی بنٕک یہِ چھےٚ آسان

برتھاہس یوٚت نہٕ سارِنے پورش چھُکھ وَش کران
وشس تھوَن واجینٛز گرِچ ماٗلِکن چھِ ژےٚ ونان

ॐ अग्नि क्रव्यादमवृण्वन् गुहानाः स्त्रीणामुपस्थमृषयः पुराणाः।
तेनाज्यम कृण्वं स्त्रैश्रृंगम् त्वाष्ट्रं त्वयि तद्दधातु स्वाहा।। सा. मं ब्रा प्र स्वं १। मं ३।।

زنہٕ ہنٛز گیتھ یٔنٛدرے ریٚشی پرٛاٰنی نار مانان
پورش یٔنٛدرے وِہرِ روٗپ گیٛو چھُ نارس شانتاوان
یٔنٛدرے وشس منٛز تھٔوِتھ اکھ أکِس لولہٕ سان
دِینو دَے پوٚچھر، بانس بۄرِنو تُہنٛد سنتان

**ورشرٛان تہٕ پنہٕ جایہٕ بھجن کیرتن:**

یتھ پاٗٹھی کورِ کور پننہِ گرِ شرٛان پتہٕ چھِس نۆو پلو لاگنہٕ۔ سون گُہنہٕ تہٕ النکارو پُٹن پان شوٗبہٕ راوُن، یتھے پاٗٹھی چھُ بالکس تہٕ کرُن۔ تمہِ پتہٕ چھُ دوشونی پننہِ پننہِ گرِ پۆرگن بتھ کرِتھ ایشور ستوٚتی، پرٛارتھنا، ووپاسنا، سوٚستی واچن، بھجن کیرتن کرِتھ شانتی پاٹھ رِچھ ہوم کرُن۔ تمہِ پتہٕ أگن زاٗلِتھ کھیٚژر، موڈر بتہٕ کونڈس برٛونٛٹھ کنہِ أنتھ تھاوُن تہٕ شرٛان کرِتھ أچھن پیٹھ پلوترٛاوِتھ أگنہٕ کونڈس برٛونٛہہ کنہِ مہاراز یا مہارینٛز انان۔ أسی کاشرِ بٹہٕ چھِ اتھ دِو گون ونان۔

**برات کورِ ہنٛد گرِ یِنٛز:**

کورِ والیو یُس سےٚ براٗژ باپتھ دِیُتمُت آسہٕ، تمہِ وِزِ واتہِ مہارازٕ ساٗری سالرِ بتتھ۔ کورِ والینے کرِن آدھر ستکار براژ تہٕ ماچھ یا مِٹھاے کھیاٗوِتھ کرِن دوار پۆزا۔ پۆرگن بتھ کرِتھ روزِ مہاراز کھڑا۔ مہارینٛز تہٕ کارنٛد تہٕ روزن کھڑا۔ مہارازس نزدیک ووتر گن بتھ کرِتھ پرِ مہارینٛز تہٕ کارنٛد یہٕ منتر:

ाधु भवानास्तामर्चयिष्यामो भवन्तम्।।

مہاراز لولا تھٔوِ توٚہۍ تشریف خوشی سان
أسی ساٗری کروے پۆز ستکار سمان

یہ منتر وٚنتھ وونکھ مہاراز:

ॐ अचर्य

یہ آس تہٕ کرِ یو ستکار

یوسہ جاے تہٕ آسن آسکھ مہارازس ہنٛدِ باپتھ تھومُت تتھ کُن اِشارٕ کٕرِتھ وونس کٕرِتھ وونس مہاریٛنٛز تہٕ باقے کارنٛد:

ॐ विष्टरो विष्टरो विष्टर: प्रतिगृह्यताम्।।

یہ چھُو آسن تشریف تھٔوِ واتھ پٔتھ

ॐ प्रतिगृहामि।।

چھُس تشریف بواتھ پٔتھ تھوان

یہ وٚنتھ بیٛہہ لگنہٕ منڈپس بڑ وٚنہہ کنہٕ پورکُن بُتھ کٕرِتھ مہاراز لالہ تہٕ پرٕ یہ منتر:

ॐ वर्ष्मोऽस्मि समानानामुद्यतामिव सूर्य:। इमन्तमभितिष्ठामि यो मा कश्चाभिधासति।

پرٛکاش دِنہٕ والین نکھیترن منٛز یتھ شرسٹھ سر یہ آسان
یتھٕ گونی تہٕ گیانین منٛز چھُس بہٕ شرسٹھ آسان
یُس کانٛہہ چھُ بے عزت ییٛتین کرُن مے یژھان
چھُسن بہٕ آسن روٗپ پانس تل سے تھوان

تمہِ پتہٕ اُنن تٕہنٛز کارنٛد چانٛچِی منٛز پوٗنی تہٕ دِن کورِ اتھ۔ کور پرٕ منتر تہٕ چھلہِ پنہٕ نِس سوامیَس کھور۔

ॐ पाद्यं पाद्यं पाद्यं प्रतिगृह्यताम्।।

کھور چھلُن کیٛتھ پوٗنی کٕرِتو سیوٗ کار

یِم شبد وٚنتھ گٕرٛٹھ مہارازس بڑ وٚنٹھ کُن تہٕ مہاراز دِیَس جواب:

ॐ प्रतिगृह्यमि।।

سیوٗ کار چھُس کران

یِم شبدھ وٚنتھ چھلہِ کھور تہٕ پرٕ:

ॐ विराजो दोहोऽसि विराजो दोहमशीय मयि पाद्यायै विराजो दोह:।।

ہی زل دیو رَس رۄپ ساَرے منز ژ شۄبان

دَے ییژھن کھورن پٹھ زل رۄزِن رۄگن نواران

امہِ پتہٕ انن کارنہٕ بیاکھ پاں گڈ تہٕ پلناون مہارِینہٕ کُن۔ مہاریٚنز دِیہِ مہارازس ارگ۔

ॐ अर्घोर्घोऽर्घ: प्रतिगृह्यताम्।।

یہ ارگ رۄٹو تہٕ چھلتو بُتھ

یہِ پرِتھ دِیہِ مہارازس اَتھس منز پاں گڈ۔

ॐ प्रतिगृह्णामि।।

بہ چھس سیو کار کران

یم شبد وَنتھ کنیایہِ ہنٛدِ اتھہِ منز پۄنی رٹتھ چھلہِ مہاراز بُتھ تہٕ پرِ منتر:

ॐ आपस्थ युष्माभि: सर्वान्कामान वाप्नवानि। ओ३म् समुद्रं व: प्रहिणोमि स्वां योनिमभिगच्छत। अरिष्टा अस्माकं वीरा मा परासेचि मत्पय:।।

وہکار تہٕ رۄگ دۄر کر زلہٕ چھستھ پتھر تراوان

ماٹالس وَنتھ روز میۄن ہیئو ووپہ کار بیٚین ویرن کران

یمن منترن وَنتھ یُس آسن پچھم کنٕز اوس بیہنہٕ باپتھ، تتھی پٹھ پور کُن بُتھ کرِتھ بیہہِ مہاراز تہٕ تس یِیہِ کارنہٕ تہٕ ترِیہِ دۄس آژمنہِ خاطرِ پۄنی دِنہٕ تہٕ ستکار کرنہٕ۔

ॐ आचमनीयम आचमनीयम आचमनीयम प्रतिगृह्यताम।।

آژمن رۄپ چبہٕ پۄنی رۄزنے پوچھر دِوان

تمہِ پتہٕ روزِ مہارازس بڑونہہ کنہٕ دِنہٕ باپتھ۔

ॐ प्रतिगृह्णमि।।

چھس سیو کاران

پتہٕ ٹُلہِ گڈ منز مہاراز دۄچھنہٕ اتھہِ پاں قطرِ تہٕ پرِ منتر:

ॐ आ माऽगन् यशसा संसृज वर्चसा। तं मा कुरु प्रियं प्रजानाम अधिपतिं पशूनाम अरिष्टिं तनूनाम्।।

تیز پنہٕ نے زلہ دیو بناو میہ تہٕ تیزوان
دِم یَش بنہٕ پوٗتھرمول زری پوٗتھربو سان

امہِ منتر ستی کرِ پوٗتس پتھ ورتڑے آژمنہٕ تمہِ پتہٕ دِن مہاریٚنۍ اتھِ تڑامُک بانہٕ یتھ منز مہارازس کیُتھ نابد یا ماچھ آسہِ آپرنہٕ باپتھ تڑمکس بانس منز تھوومُت۔

मुधुपर्क सत्कार-

مدھوپرک ستکار: (ماچھ گیوٗ تہٕ زامُت دود یکوٹہٕ رلاونس چھِ ونان مدھوپرک)

ॐ मधुपर्को मधुपर्को मधुपर्क: प्रतिगृह्यताम्।।

مہاریٚنۍ دِیہِ مہارازس کُن تہٕ وونِس یہِ چھُو مدھوپرک کھیٚیِو

ॐ प्रतिग्रहणामि مدھوپرک چھُس رٹان۔ مدھوپرک رٹِتھ پرِ یہِ منتر:

ॐ मित्रस्य त्वा चक्षुषा प्रतीक्षे।।

یارِ سنٛزِ نظرِ چھُس ژےٚ کُن وُچھان

ॐ देवस्य त्वा सवितु: प्रसवे अशिवनो बाहुभ्यां पूष्णो हस्ताभ्यां प्रतिगृह्णामि।।

دَیہِ ایشوریہِ سریہ ژٔندرمکی پرِ وو پکار بل تہٕ پورشارتھ سان
پڑان اپان وایو گرٛہن تیاگہ باپتھ چھُستھ گرٛہن کران

یہِ منتر پرٕتھ مدھوپرک بانہٕ کھوورِس اتھس منز تھوٗتھ پرِ مہاراز:

ॐ भूर्भव: स्व:। मधु वाता ऋतायते मधु क्षरन्ति सिन्धव:। माध्वीर्नस्सन्त्वोषधी:।।१।। यजु अ १३। मं २७।

یٚگیہ یڑھا کرن وٲلس ہنٛدِ باپتھ روٗزِن نرٛگ شود ہَوا پکان
روٗگ ناشک دوا اُسِن مودرِی، شود کولہ روٗزِن زل دِوان

ॐ भूर्भव: स्व: मधु नक्तमुतोषसो मधुमत्पार्थिवं रज:। मधु द्यौरस्तु न: पिता।।२।। यजु अ १३। मं २८।

میٚچھ نیٚندرِ منز راتھ روٗزِن نیٚرِو گون گُزران
پڑ بھاتک پہر پھولہِ وُن تہٕ شُہُل روٗزِن باسان
زہریلہِ کیٚموٗ روٗس روٗزِن زمین ماجہِ روٗپ رچھان

سوکھدا ایکھ رۆزِن پیٹھ آسمان بیہ رۆپ اسہِ سایہ بان

ॐ भूर्भवः स्वः। मधुमात्रो वनस्पतिर्मधुमाँ अस्तु सूर्यः। माध्वीर्गावो भवन्तु नः।।३।। यजु अ १३। मं २९।

یِگی پھلہٕ رۆپ جڈِ شفا، ہِریہ منٛچھر رۆزِن دِوان

ہِریہ زِژٕ وگاوگین رۆزِن رَس رۆپ امرِتھ دِوان

ॐ रम: श्यावास्यायान्नशने यत्त आविद्धं तत्ते निष्कृन्तामि।।

شایامہِ رنگ أگنہٕ دیو آدرٕ چھُس نمن کران

ماچھِ منز نہٕ کھینٕہٕ یِگی توس چھُس ہٹاوان

**مدھوپرک ستی تژ سن سپرش:**

یہ ہیرِم منتر پرٕتھ دٕ چھنہِ اچھ کس تہٕ منٛزِم اونٛگجہِ مدھوپرک بانس منز تژ اونی تہٕ تمہِ مدھوپرک ستی پرٕ:

ॐ वसवस्त्वा गायत्रेण छन्दसा भक्षयन्तु।

گایتری چھندٕ کنٕ ژے کھینے سبٹھاہ وبدوان

ییمہِ ستی أسی پژاوو بل بنوو بھگوان

امہِ منترٕ ستی پورٕ کُن ماچھ لو دِنہٕ:

ॐ रुद्रास्त्वा त्रैष्टुभेन छन्दसा भक्षयन्तु।।

ترٕشٹوبھین چھند پرٕتھ دکھِن کُن چھُس لو دِوان

وسو، رۆدرن تہٕ سارِنے وبدوانن چھُس ماچھ کھیاوان

ॐ आदित्यास्त्वा जागतेन छन्दसा भक्षयन्तु।।

جاگتین چھند پرٕتھ پچھِم کُن لو دِوان

چھُس سارِنے آدِتی وبدوانن ماچھ کھیاوان لولہٕ سان

ॐ विश्वे त्वा देवा आनुष्टुभने छन्दसा भक्षयन्तु।।

انوٗشٹوبھین چھندٕ پرٕتھ چھُس ووتر کُن لو دِوان

سأری سنسارٕ کی وبدوان کھینہٕ باپتھ چھُس باوے دِوان

ॐ भूतेभ्यस्त्वा परिग्रहणमि।।

سارِنے پڑانبن باپتھ چھُس گرٛہن کران

یہ منتر پرٛتھ منٛزم ژِھپہٕ منٛز ماچھ رژھا رژھا ترٛیِہ پھرِ ہیٚوٗر گُن ترٛاوِنی، پتہٕ تھ ماچھس ترٛنے ژِھپہٕ گرٛتھ ترٛہن لویہ بانن منٛز پھرِتھ گوٚڈن ترٛشوٕے بانہٕ پانٛس برٛونٛٹھ کنہٕ پتھرِ پیٹھ تھوٕنی۔

ॐ यन्मधुनां मधव्यं परमम रूपमन्नाद्यम्। तेनाहं मधुनो मधव्येन परमेण रूपेणान्नाद्येन परमो मधव्योऽन्नादोऽसानि।। पार गृ सू का १। क ३।।

پوشہٕ رہکی مودہرٕک پرم سۆروٗپ چھُ ماچھ آسان
یُس انکی پاٹھی کھنہٕ یِگی چھُ مانِنہٕ یِوان
وبدوانو کھنہٕ یِگی موٗدُر ماچھ سوٗندر سۆروٗپ یُس آسان
کھیتھ بنہٕ آدھی، شرسٹھ، موٗدر وانی کرٛپایہ روز پرٛاوان

یہ منتر پرٛتھ تُلہٕ وراکہٕ بانہٕ منٛز رژھا رژھا تہٕ کھیٚیہ۔ تمہٕ پتہٕ یُس الاو آسبس دِیہ سیوکس یا ترٛاوپانٛس منٛز۔

ॐ अमृतापिधानमसि स्वाहा।।

چھُکھ سون آشرے امرِتھ روٗپ آسان

ॐ सत्यं यश: श्रीर्मयि श्री: श्रयतां स्वाहा।।

کھنہٕ چنہٕ ستی بنہٕ پرٛزیور ہیٚیہ کیرتیمان
لکھمی روزِہم سہایک تہٕ بنہٕ بہٕ دھنہٕ وان

یمو دوٚیو منترو ستی ہیٚیہ زٕ آژمنہٕ ورتہٕ ودھو۔ ور تُلہٕ پاں قطرٕ تہٕ کرِ اچھن گن سُپرش، پتہٕ پرِ مہاریٚنی منتر:

(ہیوٗک دیوٗت) داجس منٛز گاو تہٕ باقے چیز دِنی۔

ॐ गौर्गौर्गौ: प्रतिगृह्यताम्।।

یہ گاو ژٕ تو۔

امہٕ شبدٕ ستی پنہٕ مقدوٗر مُطابق گاو تہٕ باقی چیز یم ورس لگہٕ ہار آسن چھِ مہاریٚنی ارپن کران۔

ॐ प्रतिगृह्णामि।।

چھُس سیوٗ کار کران۔

یمو شبدو رٹہِ ور داج دیج تہٕ مدھوپرک ویدھی پوٗر گرِتھ نیہِ مہارٕنٛز تہٕ کارنہٕ ورس لگنہٕ منڈپہ پتھ اندر تہٕ گرس منٛز صاف تہٕ شود آسنس پٹھ بیہناوبس پور گُن بتھ گرِتھ۔ مغرب کُن بُتھ گرِتھ بیہناوِ مہارٕنہِ ورس بڑونٹھہ کنہٕ تہٕ کارنہٕ بیہن ووترس کُن بُتھ گرِتھ۔ ییٚتہِ مدھوپرک کوٚرہوس، تتی نَس دوتیمس گرس منٛز گرٛشھن دوشوٕنی ہنٛدِ بب ماجہِ تہٕ اُشناوسٕمنٛز تہٕ گرٛشھن گوتر اُچارن کرٕناوٕنی دوشوٕنی۔

गोत्रोच्चारण:

دوشوے وَنَن پنٛنٕ ناو تہٕ کول گُتھر۔

ॐ अमुक गोत्र उत्पन्नामिमाममुक नाम्नीमं अलंकृतां कन्यां प्रतिगृह्णातु भवान्।।

ییٚمہِ گُتھرٕچ، ییٚمہِ ناوٕچ تیزٕوان، زیورو ستی پھُٹِتھ آمٕژ یہِ کنٛیا گرٕہوٕن سیوٗ کار۔

ॐ प्रतिगृह्णामि।।

یتھِ پأٹھی بوٗزِتھ، ورن کوٚر پنٛنٕ اتھِ ہیوٚرکُن تہٕ مہارٕنہِ ہُنٛد دٕچھُن اتھِ تتھ پٹھ تھٲوِتھ ووٚنُن:

ॐ जरां गच्छ परिधत्स्व वासो भवा कृष्टीनाम अभिशस्तिपावा। शतं च जीव शरद: सुवर्चा रयिं च पुत्रान नुसंव्ययस्व आयुष्मतीदं परिधत्स्व वास:।। पार गृ सू का १। क ४।

یمو پلو لاگ تھو مَن ساوِدھان
اکھ اٲکس پوشو بُجرس واتو شوٗبہٕ سان
آلُژھ تہٕ کأمی مردن ہنٛدِ کأمکی شاپ روزٕو دامنہٕ رچھان
تیزٕ، پتھر، دھن جما ہتی وٕہری پتہٕ تہٕ روزٕو کران

تمہِ پتہٕ بٕنم منتر پرٕتھ دِیہِ ور ودھوٗہس امہِ کھوتہٕ تہٕ تھٕدی وستر تہٕ ووٚنُس:

ॐ या अकृन्तन्नवयन् या अतन्वत याश्च देवीस्तन्तूनभितो ततन्य। तास्त्वा देवीर्जरसे संव्ययस्वायुष्मतीदं परिधत्स्व वास:। सा मं १ ब्रा १।१।६।

یمو ہتھرِ گریو کوٚتمُت یہِ ہتھر
یمو دِیویو بٔنیومُت یُتھ کپُر
گلٔیوٚ ستہِ یمو پھہلاومُت یہِ ہتھر
دگہٕ پچہٕ تہٕ مٔکہِ وۄنمُت یہِ کپُر یہےٚ لاگہٕ نأوی نٔے
آیہِ بجٕ کوٗرِ لاگ رِتی پلو دَے ییٚزھِنے

## مہارازس پلو لاگنٕی:

ॐ परिधास्यै यशौधास्यै दीर्घायुत्वाय जरदष्टिरस्मि शतं च जीवामि शरद: पुरूची रायस्पोषमभिसंव्ययिष्ये।।

مان بجٕر زیٹھِ آیہِ باپتھ چھُس شرٕیر ولان
سوندر پلوو چھُس شرٕیر رِپھ دھنس ہُربر کران
سبٹھاہ دھنی، پوٚتھرٕ بوٚڈ، بجر پتہٕ تہِ زِنٔدِ روزُن چھُس یڑھان
بجرٕ پتہٕ تہِ ہتھ وٕرِی وأنس دَے کرٕپایہِ روٗزِن مےٚ بخشان

ॐ यशसा मा द्यावा पृथिवी यशसेन्द्र बृहस्पती। यशो भगश्च मा विदधद्यशो मा प्रतिपद्यताम्।।

یشہِ بَکٕز پڑاوِے آکاش زمینہِ ہُند گیان
یشہِ بَکٕز مےٚ میلن دھنی بیٚیہِ وبدوان
یشہِ ستہِ پڑاو بہٕ دَے ایشوریہِ گیان
شرسٹھ زنہٕ پٔیچھِ روٗزبو مےٚ أہی کران

یم زٕ منتر پٔرتھ لاگہِ گوڈٕنچہٕ منتر مہارازٕ دۄتی تہٕ دۄیمہِ منتر لاگہِ گُرتہٕ یا کأنہہ پلو سینہٕ بنٔد تھوٕنہٕ باپتھ۔ مہارٕنز تہِ لاگہِ ورہٕندی دِتی ستہِ پلو تہٕ پتھ لاگہِ یوٕنہِ تہٕ یہِ مہارازس بزٕ وٕنٹھ کنہٕ۔

## کارنٕد کرن ہوم کونڈٕچ تیاری:

أگن کونڈس نِشہِ لگنہٕ باپتھ أنِ سوزٕے سوٚمبرتھ سامانہٕ تہٕ مہارازٕ ہنٔدِ

طرف اکھ شود وستر لاگتھ نفرانہِ شود کلش تہٕ ہوَن کوئنڈس ژوپأرِ پرٛتیکھبن کرِتھ نٔھوِ کلش مغربہِ طرفہٕ پؤر کُن بُتھ کرِتھ۔ یوٚ تانبتھ لگنہٕ پوٚر گژھِ توٚ تانبتھ چھُس تتی نِے پانہٕ تہِ بہُن۔ یتہِ پأٹھی اتھس منٛز ڈنڈ ہیتھ ییہِ مہاراز ہِنٛدِ طرفُک دوٛیم نفر تہٕ بیٚہہِ کوئنڈس ذٕچھنہِ طرفہٕ ووترس کُن بُتھ کرِتھ توٚ تانٛ، یوٚ تانٛ کأم واتہِ اَند۔ لڈکہٕ سُنٛد بوے یا پِتر ماسترُ پوپھتر بوے انہِ توٚمُل یاوِشکہٕ چھلِتھ تہٕ بیٚیس پانس منٛز شمی گُلکی پتھر منٛزس ترٛاوِتھ رلاوِ تلہٕ موٚرِ ستی یا امبہٕ موٚرِ ستی تہٕ منٛز اتھس منٛز رٹہِ ژورِ پھرِ یہِ پتھر سان پوٚن تہٕ تھوِ کُنہِ منٛز یہِ پوٚنی رٹِتھ۔ پانہٕ بیٚہہِ کوئنڈس پچھِم ہِسس منٛز پؤر کُن بُتھ کرِتھ۔ امہِ پتہٕ اَنِن کارندٕ اکھ پأترٕ کنٛز مہارِینٛز مہارازس بیٚہنہٕ خأطرٕ۔ اتھ پیٹھ ترٛاون درھبہٕ گاسہٕ یا سیٚوٚدِ داٮ گاسہٕ، ییٚمہِ ستی یہِ شوٗبہِ دار تہٕ نہٕ سنہٕ وُن آسن بنہِ مہارِینٛز تہٕ مہارازس بیٚہنہٕ خأطرٕ۔ أتھی منٛز اَنِن مہارِینہِ مہارازس برٛونٛٹھ کُن تہٕ دونٛوے پرن یہِ منتر:

ॐ समञ्जन्तु विश्वे देवा: समापो हृदयानि नौ। सं मातरिश्वा सं धाता समुदेष्ट्री दधातु नौ।।१।। ऋ मं १०। मं ४५। मं ४७।। पा १।४।१४।

چھِ کھاندر پانہٕ وِنٛی وبدوانو أسی کران خوشی سان
دون دِلن گو میٚوٗل پانہٕ وِنٛی روزو شأنٛتی سان
پرٛان پیٚتی ٹأٹھی روزو توٚت ٹاچھر بأگران
یتھ زگت داتہٕ بھوٗتن منٛز کُنی باو روزان
تِتھ وأنٛسہِ اکھ أکِس روزو لول بران
یتھ ووِدپٕشک بوزن وألِن مائے چھِ بران
تِتھ وأنٛسہِ روزو دوشوٚے پرٛ لولہٕ سان

تمہِ پتہٕ کرِ ور ذٕچھنہِ اتھ مہارِینہِ ہِنٛدِس ذٕچھنِس اتھس تھچھ:

ॐ यदैषि मनसा दूरं दिशोऽनुपवमानो वा। हिरण्यपर्णो वैकर्ण: स त्वा मन्मनसां करोतु असौ।।२।। पार गृ सू कां। क ४। सू १५।।

تتھ ہَوا پانے پکان، ہریہ ژژو زلس ہران
تتھ ژژ ترٛونبن کھوتمن تہٕ طرفن مہاریٛنہٕ واتان
تتھ مے نش ژٕ آیکھ مایہ تہٕ یژھایے
تتھ دَے پکہٕ ناوِنے منَس ژٕے میانہٕ تژایے
تتھ منہٕ ہتی چھکھ مے نش یوان یژھایے
تتھ دَے پکہٕ ناوِنے منَس میانہٕ منچہٕ تژایے
یم منتر پرٕتھ ور ودھوہَس اتھ رٕٹتھ نبر لگنچ جایہ نش نوان تہٕ پتہٕ:

**ورونہٕ یم ژ منتر:**

ॐ भूर्भव: स्व:। अघोर चक्षुरपतिघ्न्येधि शिवा पशुभ्य: सुमना: सुवर्चा:। वीरसूर्देवृकामा स्योना शन्नो भवद्विपदे शं चतुष्पदे।।३।। ऋ मं १०। सू ८५। मं ४४।।

برتھاہَس واد نہٕ کرن واجبن سُے روٗزِنے میٛبر بان
یُس پالن پتران تہٕ دوکھو نش رچھان
دھرم کرم بلہٕ، رژ نظر رتھو کارو پشن سوکھ دِوان
شود انتاہ کرنو خوش دِل سوندر شوبھ کرم سو بھاو تہٕ ویدھاے سان
ووتھم وِیر پوتھرو زیوِنے دیہ لولہٕ سوکھ واتہٕ نے
دژیس رُت یژھتھ سوکھے سوکھ باگہٕ چانہٕ اَسی نے
مے تہٕ لوٗکن، گاوَن گُپن ہرٕژچ روز سوکھدایک سِند سپدان
یہٕ چون برتھا تہٕ یموے گونو سوکھدایک روزِ سِند سپدان

ॐ भूर्भुव: स्व:। सा न: पूषा शिवतमामैरय सा न ऊरू उशती विहर। यस्यामुशन्त: प्रहराम शेपं यस्यामुकामा बहवो निविष्टयै।।४।। पार १।३।१६।

زگت پالنہار، کنیا روٗپ مہاریٛنہٕ، تھوِ مے ہتی لور
ییمہٕ ہرٕژ سو کانچھہٕ اسہٕ سوکھ رٹہٕ اتھس آنند ڈور
تس سوکھ کانچھنہٕ ہتی اَسی روزو آنند پژاوان

پرسپر باوٕ پھل روٗپ روزو اکھ أکِس میٚہر بان
یَس ژٔنی سبٹھاہ دھرم، پوٚتھر، ارمان وچھس منز پالان
سوے أگنس ہُمنہٕ کنِز شود اناہ کرنو نیٚشکام کرم کران

**ور تہٕ ودھوٗہَس کرن ہَون کونٛڈس أندی أندی پرٛتیکھن:**

یَم ہیٚرِم ژور منتر پرٛتھ کرِ ور ودھو ہَون کونٛڈس پرٛتیکھن تہٕ گوڈٕ نتھ تتہِ پچھِم جِھس منز شوٗبہِ دار آسنس پیٹھ بیٚہہِ ودھو ورس دٕچھِنی کنِز تہٕ ور بیٚہہِ ودھوٗہَس کھووری کنِز پوٗر گُن بُتھ کرِتھ۔

**ودھو کرِ منگل وبنتھ:**

ॐ प्र मे प्रतियान: पन्था: कल्पतां शिवा अरिष्टा पतिलोकं गमेयम्।।

गोभि गृ सू प्र२। का १। सू २० तथा सा वे मं ब्रा १।ख १। मं ८।।

یَس وتھ میأنِس برتھا ہِنٛز، تتھی پیٹھ روزٕ بہٕ تہٕ پکان
وبکنو روٗس سو کھیے بوٗ گتھ سارِنی ہِنٛدِس پالن ہارِس روزٕ پرٛاوان

**پروہت یا برٛہمُن لگنہٕ کونٛڈس نِش انُن:**

یگِی کونٛڈس نِش دٕکھِن جِھس منز پورگُن بُتھ کرِتھ گرٛہِ برٛہمُن بیٚہناوُن۔

ॐ अमृतोपस्तरणमसि स्वाहा।।१।।

پرٛانن ہِنٛدِ آشرے چھِی امرِتھ روٗپ چھوان

ॐ अमृतापिधानमसि स्वाहा।।२।।

ہی امرِتھ رٕپھ زلہٕ چھُکھ پوچھر دِوان

ॐ सत्यं यश: श्रीर्मयि श्री: श्रयताम् स्वाहा।।३।।

پزر، یَش شوٗب تہٕ لکھشمی روزُم بخشان

ور ودھو برٛہمُن تہٕ باقی کارندٕ ہین اکھ اکھ آژمن اکہِ اکہِ منتر ستی۔ تمہِ پتہٕ تھون یہٕ آژمنہِ پاٹھ بانہٕ گُنہِ جایہِ شیرِتھ تہٕ ساری آژمنہِ وألی چھلن اتھ تہٕ بُتھ۔ بُتھ دِتھر أدِتھ گرٛہِ ہَون شوٗرٕ آدھاراواج بھاگ آہوٗتی ژور وہرتی آہوٗژ ژور اشٹا دیا ہرتی أٹھ یم مِلأوِتھ کُل شُراہ آج آہوٗتی دِتھ چھُ لگن شوٗرٕ کرُن۔

ॐ भूर्भुवः स्वर्द्यौरिव भूम्ना पृथिवीव व्वरिम्णा। तस्यास्ते पृथिवि देवयजनि पृष्ठेऽग्निमन्नादमन्नाद्यायादधे।। य. अ. ३ म. ५ ।।

پرتھوی سورگہٕ لوٗکس تہٕ تارا منڈلس ییتھ وبدوانو آکاش وبراجمان
تیتھ پٹنہٕ بجرٕ آتش پھشان بالس منز پرتھوی آدھار آسان
بھسم کرن وول أگنہٕ راز کنک تہٕ توملہٕ سان
أگنس ہمنہٕ بایتھ یہٕ یزمن چھس أگن زالان

ॐ अयन्त इध्म आत्मा जातवेदस्तेनेध्यस्व वर्धस्व चेद्ध वर्धय चास्मान् प्रजया पशुभिर्ब्रह्मवर्चसेनान्नाद्येन समेधय स्वाहा।। इदमग्नये जातवेदसे-इदन्न मम।।१।।

یم ترٛؤشہٕ أگنہٕ راز چھِ چونے آدھار
ییمہٕ کاٹھ جل ووٕنی گژھ پژوکھٹ اظہار
دِم پۆتھر، زُری پۆتھر، گاوٕ گۄن انہٕ یشہٕ برٛاو مان
چھُم نہٕ پانس بایتھ چھِ پدارتھ چانی، چھُس چانہٕ ویر ہُمان

امہٕ پتہٕ کونڈٕ کہِ پۆرطرفہٕ اتھس منز پانٔ اتھ ہیتھ ژوشہٕ طرفو گژھن لوٚ دِنی تہٕ پرُن:

ॐ अदितेऽनुमन्यस्व।

امہٕ منترٕ گژھِ دکھنہٕ پٹھٕ پۆرکن لوٚ دِنہٕ۔
کانٔسہِ زربرنہٕ واتناوٕنچ دِم بودھ ہی بھگوان

ॐ अनुमतेऽनुमन्यस्व।

سرو وِدیا پک گیانی بھگوان بخشُم رژ وانی تہٕ بوزٕ وانی

ॐ देव सवितः प्रसुव यज्ञपतिं भगाय। दिव्यो गन्धर्वः केतपूः केतं नः पुनातु वाचस्पतिर्वाचं नः स्वदतु।। यजु. अ. ३। मं. १ ।। (पूर्वोक्त आपस्तम्ब)

سوٗرے وۄپداون ولہٕ پرزلونہٕ چھکھ ترن لوٗکن منز وبراجمان
تہٕ یگیہٕ میون بناوٕن سوپھل چھکھ زگت بناوان
دِم سو بودھ یُس وِگیان روٗپ شود کرناوان

دِمِ سرسوٚتی موکھس یُتھ پرودیہٕ کار روزٕ کران

یمو ژورو منترو کوٗنڈس ژوشوٕ ے طرفو ذٕچھِنہِ اتھٕ ہٕتی شود زٕلیٚج لَوٕ دِنہِ۔ امہِ پتہٕ چھُ گوڈنیُک ہوم شوٚرۄٗ کرُن۔ امہِ وِزِ کرِ ودھو ذٕچھِنہِ اتھٕ ہٕتی مہاراز ہٕندِس ذٕچھِنِس پھیکِس سُپرش۔

## پردھان ہوٗمچ پاُنژھ آہوژٕ:

## گوڈنیچ آجا آہوتی:

१. ॐ भूर्भुवः स्वः। अग्निआयूंषि पवस आसुवोर्जमिषंचनः।
आरे बाधस्त्व दुच्छुनां स्वाहा।। इदमग्नये पवमानाय इदन्नमम्।।१।।

چھُکھ زیٚون رچھان أگنہٕ دیوٕ بل اَن روز اَسہِ دِوان
راکھِس، نبدرش، ادھرش، زیٚو، کیٚمہ اَسہِ دوٗر روز مؤران

२. ॐ भूर्भुवः स्वः। अग्निआयूंषिः पवमानः पांचजन्यः पुरोहितः।
तमीमहे महागयं स्वाहा।। इदमग्नये पवमानाय इदन्नमम् ।।२।।

چھُ أگن سروٚیا پک بیٚیہٕ سارِنے شود کران
ژورن ورنَن، پاُنژن قسمن منشن کار أنزران
برٛہمن پانس برٛوٚنہہ کنہِ أگن اِشٹ سیدھی بایت تھوان
پوٗزِ یوگی أگنس أسی برٛہمنو دٕسی دھن منگان

३. ॐ भूर्भुवः स्वः। अग्ने पवस्व स्वपा अस्मे वर्चः सुवीर्यम्।
दधद्रयिं मयि पोषं स्वाहा।। इदमग्नये पवमानाय-इदन्न मम्।।३।।

ऋ. मं. ९ सू. ६६। मं. १९। २०। २१।।

شیرِتھ کاَم کرن والہِ أگنہٕ بل تیزٕ روز دِوان
کرُم ہُربر دھنَس، گاوٗ، گُربو تہٕ گیٚنو سان

४. ॐ भूर्भुवः स्वः। प्रजापते न त्वदेतान्यन्यो विश्वा जातानि परिता बभूव। यत्कामास्ते जुहुमस्तन्नो अस्तु वयं स्याम पतयो रयीणां स्वाहा। इदं प्रजापतये-इदन्न मम।।४।। ऋ. मं. १०। सू. १२१। मं. १०।।

یٚیمہِ پدارتھچ کامنایہٕ روزٕ ے دامان دَیہٕ رٹان

سیٚدھ سوزُے سپدن، یُتھ أسۍ بنوو دھنہٕ وان

ژۆرو منترو یعنی اکہِ اکہِ منترٕ ستۍ اکھ اکھ آج آہوٗژ گژھن دِنہٕ یِنہٕ تہٕ یِمہٕ منترٕ ستۍ گژھِ پأنژِم آہوٗتی دِنۍ:

ॐ भूर्भव: स्व:। त्वमर्यमा भवसि यत्कनीनां नाम स्वधावन्गुह्यं बिभर्षि। अंजन्ति मित्रं सुधितं न गोभिर्यद्दम्पती समनसा कृणोषि स्वाहा।। इदमग्नये इदन्न मम।। ऋ मं ५। सू ३। म २।। आ १।४।७।।

ہۍ أگنہٕ دیٖو ہردیَس منز رٹن وول چھُکھ کنیکہِ باقیو سان

سأری ہے زٔگتس چھُکھ گُپت روٗپ رکھیا کران چھِ وید وان ونان

گُنی منہٕ، یِمن دون بأژن سم ویٖہار شوبھ کرم کرٕناوان

تِم دھنی میٚترٕ روٗپ، گاوٕ گیٖو ہُمنہٕ ستۍ ژٕے پۆزان

تمہِ پتہٕ چھِ یِمو باہو آہوژو 12 آجھوتی دِنۍ۔ منتر چھِ:

ॐ ऋताषाड् ऋतधामाग्नि गर्न्धर्व: स न इंद बह्म क्षत्रं पातु तस्मै स्वाहा वाट्। इदमृतासाहे ऋतधाम्ने अग्नये गन्धर्वाय, इदन्न मम।।१।।

य १८। म ३८।।

ॐ ऋताषाड् ऋतधामाग्नि गर्न्धर्व वस्तस्यौषधयोऽप्सरसो मुदो नाम। ताभ्य: स्वाहा।। इदमोषधिभ्योऽप्सरभ्यो मुद्भ्य: इदन्न मम।।२।।

قوردٕتکۍ نیم پالن وول یُس زَل پدارتھن منز وِراجمان

سُے أگنہٕ دیٖو پرتھوی دھارن کرن وول زگہِ پالان پترٕان

تِمے أگنکۍ تیزٕ (برٕہم تیز) چھِ اوشدھ سارِے پھبان

سوکھِ سۆروٗپ یِم سوکھ دِنہٕ وأل چھِ حۆرٕ ونہٕ وان

یہٕ أگن روٗزِن اسہِ برٕہمن کھیٚترن رکھیا کران

چھُس تتھۍ اوشدھن نأوۍ تہٕ أگنس ہُمان

ॐ संहितो विश्वसामा सूर्यो गन्धर्व:। स न इदं ब्रह्म क्षत्रं पातु तस्मै स्वाहा वाट्। इदं संहिताय विश्व साम्ने सूर्याय गन्धर्वाय, इदन्न मम।।३।। यं।३६।।

ॐ सहितो विश्वसामा सूयो गन्धर्वस्तस्य मरीचयोऽप्सरस आयुवो नाम। ताभ्य: स्वाहा। इदं मरीचिभ्योऽप्सरोभ्य, आयुभ्य: इदन्न मम।।४।।

پانہٕ وٕنی دوٚہس تہٕ راتس تال میل کرن وول
سنسارس شانٛتی دِنہٕ وول سُے پرٛتھوی دھارن وول
پرٛزلوٚن ہِریہٕ رٕچھ یُس آکاشس منٛز وِراجمان
گاشہِ ران روٗزِن زٕژو ہِرٕچ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ सुषुम्ण: सूर्यरश्मिव्चन्द्रमा गन्धर्व:। स न इदं ब्रह्म क्षत्रं पातु तस्मै स्वाहा वाट्। इदं सुषुम्णाय, सूर्यरश्मये चन्द्रमसे, गन्धर्वाय, इदन्न मम।।५।। य १८।४०।

ॐ सुषुम्ण: सूर्य रशिमश्चन्द्रमा गन्धर्वस्तस्यनक्षत्राष्यप्सरसो भेकुरयो नाम ताभ्य: स्वाहा। इदं नक्षत्रेभ्योऽप्सरोभ्यो भेकुरिभ्य: इदन्न मम।।६।।

سوٚکھ کارک ہِرٕچو زٕژو تیز زوٗن ماجِ پرٛاوان
نکھیتر تارکھ تِمے تیزٕ آکاشس منٛز چمکان
چھِ سنٛسارِ وِدوانن ہنٛز یہِ کتھ مشہوٗر آسان
سُے تیزٕ بخشِن زوٗن، زوٗنہِ ناوی چھُس ہُمان

ॐ इषिरो विशवव्यचा वातो गन्धर्व: स न इदं ब्रह्म क्षत्रं पातु तस्मै स्वाहा वाट्। इदमिषिराय विश्वव्यचसे वाताय गन्धर्वाय, इदन्न मम।।७।। य अ १८।४१।

ॐ इषिरो विशवव्यचा वातो गन्धर्वस्तस्यापोऽप्सरस ऊर्ज्जो नाम। ताभ्य: स्वाहा। इदमद्भ्योऽप्सरोभ्यऽऊग्भ्य:, इदन्न मम।।८।।

وأنی بلہٕ دِتھ ہَوا روٗپ، ایشور سرٕو وِیاپک آسان
تیٚنٛدِ کنٛز، ہَوا، پرٛان وایو ہیتھ بُستھ آسمان
تس سرٕو وِیاپکس وٕنی کِین چھُس بہٕ نمن کران
ہَوا بل روٗپ ایشور ہنٛزِ ویرِ ہُمان

ॐ भुज्यु: सुपर्णो यज्ञो गन्धर्व। स न इद बह्म क्षत्रं पातु तस्मै स्वाहा वाट्। इदं भुज्यवे सुपर्णाय यज्ञाय गन्धर्वाय, इदन्न मम।।९।। य अ १८।म ४२।।

ॐ भुज्यु: सुपर्णो यज्ञो गन्धर्वस्तस्य दक्षिणा अप्सरसस्तावा नाम ताभ्य: स्वाहा। इदं दक्षिणाभ्योऽप्सरोभ्य: स्तावाभ्य: इदन्न मम।।१०।।

زگت دھارن وول بۄتن پالان، چھُ یگیہ رۄپ بھگوان

شۄہرتھ مانہٕ باپتھ یگیہ دکھِنا دان سۓ بھگوان

پۄزِر پھ چھُ دان، دھرمی، وبدوانس وبدایوُمت ونان

یگیہ، دان، دکھِنا رۄپ دَے ہنٛزٕ وِیر ہُمان

ॐ प्रजापतिर्विशवकर्मा मनो गन्धर्व:। स न इदं ब्रह्म क्षत्रं पातु तस्मै स्वाहा वाट्। इदं प्रजापतये विश्वकर्मणे मनसे गन्धर्वाय, इदन्न मम।।११।।

ॐ प्रजापतिविश्वकर्मा मनो गन्धर्वस्तस्य ऋक्सामान्यप्सरस एष्टयो नाम। ताभ्य: स्वाहा। इदमृक्सामेभ्योऽसरोभ्य एष्टिभ्य: इदन्न मम।।१२।।

کار أنزرنوول وأنی پزٕرنا دِتھ دھارن کرن وول من چھُ بھگوان

یُس سام، ریگ وید، رژایو گیونہٕ دٔسی چھُ آکاش رۄپ سایہٕ بان

اپشورس وبنتھ کرنٛچ وتھ، رِگ سام\ وید آسان

وبدیوُمت، وبدوانو وونُمت چھُس تہنٛزٕ وِیرِ ہُمان

## جیاہۄمٕچ 13 آج آہوژٕ:

ॐ चित्तं च स्वाहा। इदं चित्ताय इदम मम।।१।।

نبتھ گیاٗنک آدار دِل، چھُم تمی وِیرِ چھُس ہُمان

دَیہِ دِم تیُتھ دِل یُتھ روزٕ دے گیاٗن پزٕاوان

ॐ चित्तिश्र्व स्वाहा। इद चित्यै-इदन्न मम।।२।।

ژبتھ دزٔرھ بنیم چھُس تمہٕ وِیرِ ہُمان

ॐ आकूतं च स्वाहा। इदमाकूत्यै-इदन्न मम।।३।।

کزمہٕ یٔندربن دِم بل چھُس تَوے ہُمان

ॐ आकूतिश्च स्वाहा। इदमाकूत्यै-इदन्न मम।।४।।

کزمہٕ یٔندربن ہنٛزٕ شکتی باپتھ چھُس ہُمان

ॐ विज्ञातिश्च स्वाहा। इदं विज्ञाताय-इदन्न मम।।५।।

شِلپ وگیاٗن باپتھ چھُس ہُمان

ॐ विज्ञातश्च स्वाहा। इदं विज्ञात्यै-इदन्न मम।।६।।

شِلپ وگیان شکھتی باپتھ چھُس ہُمان

ॐ मनश्च स्वाहा। इदं मनसे-इदन्न मम।।७।।

سوکھ دوکھُک گیان سادھن دزٕ ڑھ من باپتھ چھُس ہُمان

ॐ शक्वरीश्च स्वाहा। इदं शक्वरीभ्य:-इदन्न मम।।८।।

کرٛمہٕ یٔندرِین تہٕ گیان یٔندرِین ہنٛزِ شکھتیو باپتھ چھُس ہُمان

ॐ दर्शश्च स्वाहा। इदं दर्शाय-इदन्न मम।।९।।

ماوسہِ رُوٗپ یگہِ باپتھ ہُمان

ॐ पौर्णमासं च स्वाहा। इदं पौर्णमासाय-इदन्न मम।।१०।।

پُنِم ہنٛدِین یگن ہنٛدِ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ बृहच्च स्वाहा। इदं बृहते-इदन्न मम।।११।।

چھُس پٔنٕہ بجرِ باپتھ ہُمان

ॐ रथन्तरञ्च स्वाहा। इदं रथन्तराय-इदन्न मम।।१२।।

شریر رُوٗپ رتھ یُس سنٛسارٕ تار دِوان چھُس تمِچہِ ویرِ ہُمان

ॐ प्रजापतिर्जयानिन्द्राय वृष्णो प्रायच्छदुग्र: पृतनाजयेषु तस्मै। विश: समनमन्त सर्वा: स उग्र: स इहव्यो बभूव स्वाहा। इदं प्रजापतये जयानिन्द्राय -इदन्न मम।।१३।।

اِشٹ سۍدی ہُنٛد باران ویزے دِنہٕ والین منترن

یگِو ڈٔسِ گوڈنی دَین دِتہٕ مِتۍ چھِ لۄکن

یِمن منترن ہنٛدِ پرٛباوٕ اِنٛدر شتھرن ہارٕ ناوان

سوپھل گرٛہن بابتھ مُنٛش چھِی یِمن ہُمان

تیزٕ ہکِی زینن وول چھُے پرٛزلان

منترو زینتھ تیزٕچ ویرِ ہُمان

یم ترٛاہ منتر پرٛتھ چھُ بے ہوم واتن انٛد

ॐ अग्निर्भूतानामधिपति: स मावत्वस्मिमन् ब्रह्मण्यस्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्यांकर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदमग्नये भूतानामधिपतये इदन्न मम।।१।।

أگنہٕ روٗپ دَے بۄتن تہٕ پدارتھن رچھان
میٚیہ تہِ رچِھن أگنہٕ دیٖو چھُس وننتھ کران
ہَون روٗپ کرمن منٛز ییتھ پڑارتھنا سبھایہِ منٛز
ییٚمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز ییتھ بڑٛہمن چھوکہِ منٛز
ہَون رٕپھ کرٛمن منٛز، بڑوٹھ کنہِ ہِتھ کنٛیایہِ منٛز
وبدوانن ہٕندِ آلوٕ سان روٗزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ इन्द्रो ज्येष्ठा नामधिपति: स माऽवत्वस्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा।। इदमिन्द्राय ज्येष्ठाना मधिपतये - इदन्न मम।।२।।

بڑِ کھوتہٕ بڈٛن پدارتھن منٛز چھُ وِدیُت آسان
أشٕ أشرتھ دِنہٕ واجین رچھم چھُس تمہِ ناوٕی ہُمان
ہَون رٕپھ کرٛمس منٛز ییتھ پڑارتھنا سبھایہِ منٛز
ییٚمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز ییتھ بڑٛہمن چھوکہِ منٛز
ہَون رٕپھ کرٛمن منٛز، بڑوٹھ کنہِ ہِتھ کنٛیایہِ منٛز
وبدوانن ہٕندِ آلوٕ سان روٗزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ यम: पृथिव्या अधिपति: स माऽवत्वास्मि् ब्रह्मण्यस्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं यमाय पृथिव्या अधिपतये - इदन्न मम।।३।।

موسہٕے پۄرٕ پڑتھوی ہُند سوامی آسان
موسمے روزنم رچھان چھُس تۄے ہُمان
ہَون رٕپھ کرٛمس منٛز ییتھ پڑارتھنا سبھایہِ منٛز
ییٚمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز ییتھ بڑٛہمن چھوکہِ منٛز
ہَون روٗپ کرٛمن منٛز، بڑوٹھ کنہِ ہِتھ کنٛیایہِ منٛز
وبدوانن ہٕندِ آلوٕ سان روٗزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ वायुरन्तारिक्षस्याधिपति: स मावत्वास्मिन् ब्रह्मण्यास्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं वायवे, अन्तरिक्षस्याधिपते - इदन्न मम।।४।।

پۄن دیو چھُ انترکش لۄکُک سوامی آسان
پَوَن دیو رۄزِنم رچھان، چھُس تَوے ہُمان
ہَون رِیچھ کرٛمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
یٚیمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛاہمن چھوکہِ منٛز
ہَون رِیچھ کرٛمن منٛز، برٛونٛٹھہِ کنہِ یہتھ کنیٛایہِ منٛز
وید وانن ہنٛدِ آلوِ سان رۄزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ सूर्यो दिवोअधिपति स मावत्वामास्मिन् ब्रह्मण्यास्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं सूर्याय दिवोऽधिपतये - इदन्न मम।।५।।

دِویہِ لۄکُک سوامی سِریہِ دیو آسان
سِریہِ دیو رٛچھِنم، چھُس تیٚشنٛزِ ویرِ ہُمان
ہَون رِیچھ کرٛمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
یٚیمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛاہمن چھوکہِ منٛز
ہَون رۄپ کرٛمن منٛز، برٛونٛٹھہِ کنہِ یہتھ کنیٛایہِ منٛز
وید وانن ہنٛدِ آلوِ سان رۄزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ चन्द्रमा नक्षत्राणमाधिपति: स मावत्वास्मिन् ब्रह्मण्यास्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं चन्द्रमसे नक्षत्राणामधिपतये - इदन्न मम।।६।।

نکھیترن ہُنٛد راجہِ ژٚنٛدرم چھُ آسان
پکھِ تل رٛچھِنم، تیٚشنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان
ہَون رِیچھ کرٛمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
یٚیمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛاہمن چھوکہِ منٛز

ہَون روٗپ کرٕمن منٛز، برٛونٛٹھ کنہٕ بہتھ کنٛیایہٕ منٛز
وبدوانن ہنٛدِ آلوٕ سان روٗزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ बृहस्पतिर्ब्रह्मणोऽधिपति: स मावत्वस्मिन् ब्रह्मण्यस्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं बृहस्पतये ब्रह्मणोधिपतये - इदन्न मम।।७।।

ویدن ہُنٛد سوامی برٛہسپت دیو آسان
برٛہسپت گرٕئم رکھیا، تمی ہے چھُس ہُمان
ہَون رِپھ کرٕمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہٕ منٛز
یٚیمہٕ کھیترے چھوکہٕ منٛز یتھ برٛاہمن چھوکہٕ منٛز
ہَون روٗپ کرٕمن منٛز، برٛونٛٹھ کنہٕ بہتھ کنٛیایہٕ منٛز
وبدوانن ہنٛدِ آلوٕ سان روٗزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ मित्र: सत्यानाम अधिपति स मावत्वस्मिन् ब्रह्मण्यस्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं मित्राय सत्यानामधिपतये - इदन्न मम।।८।।

پزٕرک میٚنار تہٕ سوامی چھُ میتھر آسان
پزٕرک دامان پٹھ روٗزِنم، چھُس توے ہُمان
ہَون رِپھ کرٕمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہٕ منٛز
یٚیمہٕ کھیترے چھوکہٕ منٛز یتھ برٛاہمن چھوکہٕ منٛز
ہَون روٗپ کرٕمن منٛز، برٛونٛٹھ کنہٕ بہتھ کنٛیایہٕ منٛز
وبدوانن ہنٛدِ آلوٕ سان روٗزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ वरुणोऽपामधिपति: स मावत्वस्मिन् ब्रह्मण्यस्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं वरूणायापामधिपते - इदन्न मम।।९।।

وٕرُن دیو ستھوٗل جلُک سوامی آسان
چھُس تسنٛز ویرٕ ہُمان روٗزِنم رچھان

ہَون رِیِھ کرِٕمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
ییٚمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛہمن چھوکہِ منٛز
ہَون روٗپ کرِٕمن منٛز، برٛونٛٹھ کنہِ ہیتھ کنیٛایہِ منٛز
وبدوانن ہنٛدِ آلو سان روٗزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ समुंद्र: स्त्रोत्यानामधिपति: स मावत्वस्मिन् ब्रह्मण्यस्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं समुद्राय स्त्रोत्यानामधिपतये - इदन्न मम।।१०।।

وُزنہِ ہُنٛد سوامی سمنٛدر چھُ آسان
سمنٛدر ناؔوِ ہُمان روزِنم سُے رچھان
ہَون روٗپ کرِٕمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
ییٚمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛہمن چھوکہِ منٛز
ہَون روٗپ کرِٕمن منٛز، برٛونٛٹھ کنہِ ہیتھ کنیٛایہِ منٛز
وبدوانن ہنٛدِ آلو سان روٗزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ अन्न साम्राज्यनामाधिपति: स मावत्वस्मिन् ब्रह्मण्यस्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं साम्राज्यानामधिपते - इदन्न मम।।११।।

چکرورتھ راجن ہُنٛد ایش اشرتھک دارمدار اَنٛس پیٹھ آسان
اَن پوٗرنا رچھِنم پکھِ تل چھُس انہِ کہِ ناؔوِ ہُمان
ہَون رِیِھ کرِٕمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
ییٚمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛہمن چھوکہِ منٛز
ہَون روٗپ کرِٕمن منٛز، برٛونٛٹھ کنہِ ہیتھ کنیٛایہِ منٛز
وبدوانن ہنٛدِ آلو سان روٗزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ सोम ओषधीनामधिपति स मावत्वस्मिन् ब्रह्मण्यस्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं ओषधीनामधिपते - इदन्न मम।।१२।।

اوشدھن ہُنْد سوامی چھُ ژٔندرم آسان
رٕچھِنم پدٕبن تل چھُس توٚے ہُمان
ہَون رٕپھ کرٕمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
ییمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛہمن چھوکہِ منٛز
ہَون رٔوپ کرٕمن منٛز، برٛونٛٹھ کنہِ ہیتھ کنیٛایہِ منٛز
وبدوانن ہٕندِ آلوٕ سان رٔوزِن مےٚ دَے رٕچھان

ॐ सविता प्रसवानामधिपति स मावत्वास्मिन् ब्रह्मण्यास्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं सवित्रे प्रसवानामधिपते - इदन्न मम।।१३।।

پوشن تہٕ موون ہُنْد سوامی ہرٕیہٕ آسان
سُے رٔوزِنم رچھان چھُس تمی ناوٕد ہُمان
ہَون رٕپھ کرٕمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
ییمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛہمن چھوکہِ منٛز
ہَون رٔوپ کرٕمن منٛز، برٛونٛٹھ کنہِ ہیتھ کنیٛایہِ منٛز
وبدوانن ہٕندِ آلوٕ سان رٔوزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ रूद: पशूनामाधिपति: स मावत्वास्मिन् ब्रह्मण्यास्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं रूद्राय पशूनामधिपते - इदन्न मम।।१४।।

پشن وِدناوان تہٕ مارن وول یاگرچھ آسان
رٕچھِنم سُے چھُس تہٕندِ ناوٕد ہُمان
ہَون رٕپھ کرٕمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
ییمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛہمن چھوکہِ منٛز
ہَون رٔوپ کرٕمن منٛز، برٛونٛٹھ کنہِ ہیتھ کنیٛایہِ منٛز
وبدوانن ہٕندِ آلوٕ سان رٔوزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ त्वष्ट्रा रूपाणामधिपति स ब्रह्मण्यस्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं त्वष्ट्रे रूपाःणामधिपतये - इदन्न मम।।१५।।

بیٚون بیٚون رنگو رۄ پوٚصۆ رژن ہِر یہِ رۄپ دے بناوان
رژھنم سُے چھُس تسنزِ نٲوِک بہٕ رنگہٕ رنگہٕ ہُمان
ہَون رٕپھ کرٛمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
ییٚمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛاہمن چھوکہِ منٛز
ہَون رۄپ کرٛمن منٛز، برٛونٛٹھٕ کنہِ ہٕیتھ کنیایہِ منٛز
وبدوانن ہٕندِ آلوٕ سان رۄزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ विष्णु: पर्वतामधिपाति स मावत्वास्मिन् ब्रह्मण्यास्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं विष्णवे, पर्वतानामधिपतिये: - इदन्न मम।।१६।।

ہَونُک کوہَن، بالن، اۄبرُک آدار ہِر یہِ زٕژٕ آسان
پنہٕ نبوٕ زٕژٕ وٕستی چھُ پھاٛئپھلاوان، چھُس تَوے ہُمان
ہَون رۄپ کرٛمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
ییٚمہِ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛاہمن چھوکہِ منٛز
ہَون رۄپ کرٛمن منٛز، برٛونٛٹھٕ کنہِ ہٕیتھ کنیایہِ منٛز
وبدوانن ہٕندِ آلوٕ سان رۄزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ मरुतो गणानामधिपतयो मावत्वास्मिन् ब्रह्मण्यास्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं मरुद्भ्यो गणानामधिपतिभ्य: - इदन्न मम।।१७।।

وُزملن ہُنٛد آگُر اۄبُر، تیز ہَوا آسان
رچھِن ترٛٹو نِش دَے، چھُس تَوے ہُمان
ہَون رۄپ کرٛمس منٛز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منٛز
ییٚمہٕ کھیترے چھوکہِ منٛز یتھ برٛاہمن چھوکہِ منٛز

ہَون رۄُپ کرِمن منز، برۄٛنٹھ کنہِ ہِتھ کنیایہِ منز
وبدوانن ہنٛدِ آلوٗ سان رۄُزِن مےٚ دَے رچھان

ॐ पितरः पितामहाः परेऽवरे ततास्तामहा इह मावत्वस्मिन् ब्रह्मण्यस्मिन् क्षत्रेऽस्यामाशिष्यस्यां पुरोधायामस्मिन् कर्मण्यस्यां देवहूत्यां स्वाहा। इदं पितृभ्यः पितामहेभ्य-परेभ्योऽवरे भ्यस्ततेभ्यस्ततामहेभ्यः - इदन्न मम।।१८।।

پٕژن بَب، مائجِ، بنٛد، باندھو، برٛہمانڈٕکی سأری زِنٛٹھی تہٕ وبدوان
کرِن رأچھ یِمن حالاتن منز ہِتھ غمخوار رۄُزِن وتھ گاشہِ راوان
ہَون رۄُپ کرِمس منز یتھ پرٛارتھنا سبھایہِ منز
یِمہِ کھیترے چھوکہِ منز یتھ برٛاہمن چھوکہِ منز
ہَون رۄُپ کرِمن منز، برۄٛنٹھ کنہِ ہِتھ کنیایہِ منز
وبدوانن ہنٛدِ آلوٗ سان رۄُزِن مےٚ دَے رچھان

یتھ پأٹھی وأژ 'ابھیاتن' 18 آہوٗژ اند تمہِ پتہٕ:
اُٹھ خاص آج آہوٗتی:

ऑठ खास आज्यआहुतिः-

ॐ अग्निरैतु प्रथमो देवतानां सोऽस्यै प्रजां मुञ्चतु मृत्युपाशात्। तदयं राजा वरुणोऽनुमन्यतां यथेयं स्त्रीपौत्रमघन्नरोदात् स्वाहा। इदमग्नये - इदन्न मम।।१।।

دیوٚن منز گوڈنیک اُگنہِ دیو یُس ژوٚٹ گرٛھنہِ نِش بچاوان
سُے اُگنہِ دیو رۄُزِن مےٚ سہایتس بخشِن زنہِ میانہِ سنتان
یہ شرسٹھ دَیہ رِچھ اُگن راز پتہٕ تہٕ رۄُزِنس دیایے
یِمہِ ستٕ نہٕ زُنی وُدِ وُچھنہِ پۄتھر دوکھ رٕچھنس کرِپایے

ॐ इमाम अग्निस्त्रायतां गार्हपत्यः प्रजामस्यै नयतु दीर्घमायुः। अशून्योपस्था जीवतामस्तु माता पौत्रमानन्दमभिविबुध्यतामियं स्वाहा। इदमग्नये : इदन्न मम।।२।।

دِیہٕ نَس پوٗتھرٕن آیَس ہُر بر، أگن دیو روٗپ گرٕیُگ دان
ہأنٛٹھ آسنکہِ دوٗشہِ روس زِنٛدٕ پوٗتھر ماجِہ روزِنَس ونان
پوٗتھرٕ سوکھ کٔنز زٔنی روزِ آنٛند پرٛاوان
بہٕ أگنہٕ دیوس نمان تسنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ स्वस्तिनोऽग्ने दिव आपृथिव्या विश्वानि धेह्यहथा यजत्र। यदस्यां महि दिवि जातं प्रशस्तं तदस्मासु द्रविणं धेहि चित्रं स्वाहा। इदमग्नये-इदन्न मम।।३।।

یٔگٕ نمہٕ، یا نمہٕ ویرُد یٔگٕ کرٛم یٔگٕ رکھیٛگ روٗزِن سیٚزرٕان
دِویہِ لوٗکہ پیٹھ پرٛتھوی لوٗکس تانٛی مہما روٗپ پھل روٗزِن دِوان
یُتھ پرٛتھوی پیٹھ نانا پرٛکاری دھنہٕ ہلم روٗزِو بران
دِویہِ لوٗکس منٛز یہِ کینٛہہ تہٕ جان گرِو تمٔیگ باران

ॐ सुगन्नु पन्था प्रदिशन्न ऐहि ज्योतिष्मद् धेह्यजरन आयु:। अपैतु मृत्युरमृतं आगाद्वैवस्वतो नो अभयं कृणोतु स्वाहा। इदं वैवस्वताय : इदन्न मम।।४।।

سوکھ ستی میلن واجنہِ وتہِ ہُنٛد دوپہٕ دیٛش منَس بیٚہناوان
دوٗشہِ روٗس بُجرٕکی دوکھ دادِ روٗس زُو منگان تیزوان
زبنہٕ مرنہٕ بنٛدھنہٕ موکہٕ لاوُم تھچھ بنہِ موٗکھی دامس
بِرییَس ہیُو پرٛکاش چون لیش ٹھور بیٚیہِ روٗپ طوٗفانس

ॐ परं मृत्यो अनुपरे हि पन्थां यत्र नो अन्य इतरो देवयानात्। चक्षुष्मते शृण्वते ते ब्रवीमि मा न: प्रजां रीरिषो मोत वीरान्त्स्वाहा। इदं मृत्यवे : इदन्न मम।।६।।

یوٚد اسہِ ہیُو دوٗیم کانٛہہ وتہِ ڈوٗلُمت پتھ، مہا کالہٕ ڈیٛشان
سُہ دوٗیمس لوٗکس نیزیم زُو کڈِتھ اسہِ پتٔ کٔنز حِساب سان
أچھن، کنو روٗس بوزناون والہِ، وُچھن والہِ بہٕ ونتھ چھُسے کران
ناشس مہٕ کرُکھ دیٛشکی ویرٕ تہٕ سانٛی ویرٕ سنتان

ॐ द्यौस्ते पृष्टं रक्षतु वायुरूरू अश्विनौ च। स्तानन्धयस्तो पुत्रान्त्सविताभिरक्षत्वावासस: परिधानाद् बृहस्पतिर्विश्वे देवा अभिरक्षन्तु पश्चात्स्वाहा। इदं विश्वेभ्यो देवेभ्य: - इदन्न मम।।६।।

چانٛہن بنہٕ مێن تانن ہی کنٛیک رٕچھِن دِویہٕ لۆکٕک بِریہٕ بھگوان
رچھِنے وات، کف تہٕ پِتہٕ رُٛگو نِش ہێرِ بون ویدھ وبدوان
ڈٕنگکی پلو لاَگِتھ کامہٕ وِزِ رچھِ دودِ شُرِس ببہٕ رازدان
تمہٕ پِتہٕ شُربن چانٛہن ژدلیاَرِ رچھِن گورِ کوٕلکی تہٕ دیشکی وبدوان

ॐ मा ते गृहेषु निशि धोष उत्पादन्यत्र त्वदुदत्य संविपशन्तु। मा त्वं रुदत्युर आवधिष्ठा जीवपत्नी पतिलोके विराज पश्यन्ती प्रजां सुमनस्यमानां स्वाहा। इदमग्नये इदन्न मम।।७।।

دوکھ دِنہٕ والی پرٛشن کٕنیک ژٕے پیٹھ شامن یِنہٕ زانٛہہ ودھِنے
ادھرمین ہٕندِ گرِکی ژٕنی چانہٕ دھرمہٕ یِنہٕ ودٕونہٕ بُتھِ شونگنے
ودٕونہٕ بُتھِ درٛیَن زاَمن پیٹھ یِنہٕ ژٕ اتھِ زانٛہہ تُلکھ
خوش منہٕ پُٛن پھولہٕ وُن باغ وُچھِتھ ڈیکہٕ بجٕ دَے کرٛپلیہٕ شۆبکھ

ॐ अप्रजस्यं पौत्रमर्त्य पाप्मानमुत वा अघम्। शीर्ष्णा: स्रजमिवोन्मुच्य द्विषद्भ्य: प्रतिमुञ्चामि पाशं स्वाहा। इदमग्नये - इदन्न मम।।८।।

ہاَنٛٹھ، دۆش، پۆتھرِ دوکھ، پاپھ کرمو سان
دوِیتہٕ باو بُرِتھ ادھرمین ہٕندِ بنٛدھنو سان
یِتھِ ہٹہٕ منٛز مال چھِ نبر کڈِتھ ژھُنان
سارِوے دۆشو موکہٕ لاونک یتھِ چھُس بہٕ پرٛن کران

یِمن اُٹھن منترن منٛز چھِ اکِہ پتہٕ اکِہ آجاہوٗتی اُٹھ تہٕ ستی ستی دِنہٕ:
ژور ساد آجاہوتی دِتھ چھِ منتر پرٛن:

चोर साद् आज्याहुति दिथ छु मंत्र परुन।
व्याहृति आहोच़:-
१. ॐ भूरग्नये स्वाहा।। इदमग्नये इदन्न मम्।।

أگنہٕ دیوٕ ہشٕزِ ویرِ چھُس ہُمان

२. ॐ भुवर्वायवे स्वाहा।। इदं वायवे-इदन्न मम्।।

وایو دیوٕ ہشٕزِ ویرِ چھُس ہُمان

३. ॐ स्वरादित्याय स्वाहा।। इदमादित्याय-इदन्न मम्।।

پڑاتن پڑکاش وان دَیہ ہشٕزِ ویرِ چھُس ہُمان

४. ॐ भूर्भुवः स्वरग्निवाय्यवादित्येभ्यः स्वाहा।।
इदमग्निवाय्यवादित्येभ्यः, इदं न मम्।। पार. का. १।कं. ५।सू. ३४।।

ترٕیلوٗکی ہٕنٛدِس پڑکاش وان دَیَس چھُس اَتھٕ ٹُلِتھ منگان
گونہٕ وان بناونہٕ باپتھ چھُس تَسٕنزِ ناوٕ بہٕ ہُمان

یمو ژورو منترو گرٕھن ژور آجاہوٗتی دِنہٕ۔ یم ہوم کٔرِتھ ووتھِ آسنہٕ پیٹھ ور تہٕ روزِ تھوٚد ؤتھِتھ پٔنٕنہِ مہارٕنہِ برٛونٛٹھ کنہِ مغربہٕ کُن بُتھ کٔرِتھ، یلہِ زَن سو چھِ پور کُن بُتھ کٔرِتھ بہِتھ۔ پٔنٕنہِ کھورِ اتھٕ کرِ مہارینہِ ؤچھِنس اتھِچِہ مُنٛزمہِ اونگجہ تھپھ تہٕ ٹُلبس تھوٚد تہٕ پتہٕ رٹبس ؤچھِنہِ اتھٕچ مُنٛزِم انگوج تہٕ نیوٗٹھ تہٕ ور پرِ موٗل کھانٛدرُک آرمبھ یا مہارنٕز گرٕہن کرٕنکی شےٚ منتر:

ॐ गृभ्णामि ते सोभगत्वाय हस्तं मया पत्या जरदष्टिर्यथासः। भगो अर्यमा सविता पुरन्धिर्मह्यं त्वादुर्गार्हपत्याय देवाः।।१।। ऋ म १०।सू ८५।म ३६।।

لٕہشوریہِ، سنتان، دھن سوبھاگی، مہارٕنہِ اتھس تھپھ چھُسے کران
بجرس تانی روز مےٚ ستی تٕ سوکھ بوٗگان
رتہِ باگہِ باپتھ مہاراز میانہِ تھپھ اتھس چھُسے کران
روز مےٚ ستی بجرِ پتہٕ تہِ خوش میانہِ انومانہٕ
لٕہشوری، نیاے کاری، زگت دلتہٕ سباسیٚد تہٕ وبدوان
چھِی گرٛہ آشرم کرٕمن باپتھ حوالٕہ مےٚ کران

ॐ भगस्ते हस्तमग्रमीत् सविता हस्तमग्रमीत्। पत्नी त्वमसि धर्मणाऽहं गृहपतिस्तव।।२।। अर्थव कां १४ अ १। मं ५२।।

لٕہشوریہِ تہٕ دھرم وِنٛزاروچھُسے چانٛس اتھس تھپھ کران

دھرمہٕ کِنۍ ژٕ بٕرِیا میٲنۍ بہٕ چون بڑتھا آسان

ॐ ममेयमस्तु पोष्या मह्यं त्वऽदाद् बृहस्पतिः। मया पत्या प्रजावति शं जीव शरदःशतम्।।३।। अथर्व का १४। अ १। मं ५३।।

اردٕ شرپر روٗپ زگت پالن ہار میانہٕ باگہِ سوٗزنکھ
میٲنۍ بٕریا روٗپ مےٚ پوٚچھر دِنہٕ یِگی مأنِکھ
مےٚ رٕنس ستۍ ہتس ؤری یس پتہٕ تہِ روز زِنٛدٕگی زُوان
ستھی سال ؤمبرٕ اُسن، روزو آننٛد تہٕ سوکھ بوٗگان
دِویہٕ کرٛپایہِ مےٚ باگہِ اکھ ژیٚنۍ ہیٚوٗ نہٕ بیاکھ کانٛہہ غمخوار
روز ہتۍ ؤہری پتہٕ تہِ زِنٛدٕ دٔے کرٛپایہِ بُتھ دِل قرار

ॐ त्वष्टा वासो व्यदधाच्छुमे कं बृहस्पतेः प्रशिषा कवीनाम्। तेनेमां नारीं सविता भगश्च सूर्यामिव परिधत्तां प्रजया।।४।। अथर्व का १४। अ १। मं ५४।।

یتھ درٕ سنسارٕکۍ دَیہِ گیانہٕ، وِدوانن ہنٛزٕ شیکھایہِ دنأڈی بنان
یتھ بجلی ژوپأرۍ چمکان، یتھ ژٕ پرٛاوتھ بہٕ سبتھاہ خوشی سان
یتھ پنہٕ یژھایہِ دَے تُرزگتھ چھُ داران
یتھ چأنہِ میانہِ یژھایہِ روٗزتن درشُن دِوان
روزِ پرٛزایہِ منٛز یتھ داگہٕ روٗس زنہِ میانہِ شوٗبہٕ راوان
یتھ برِیہِ زِنٛتۍ ہش پلو تہٕ زیورو روٗزتھ سجاوان
ہی ڈیکہٕ میانہِ زِنٛتۍ ہش پکے چانہِ انومانہٕ
روزے بجِتھ پلوو، زیورو آننٛد سوکھ مامے بأگران

ॐ इन्द्रग्नी द्यवापृथिवी मातरिशवा मित्रावरुणा भगो अश्विनोभा। बृहस्पतिर्मरुतो ब्रह्म सोम इमां नारीं प्रजया वर्धयन्तु।।५।।

بجلی باقی مشہوٗر اگن، برِیہٕ پرٛتھوی انترِکشکی ہوا سان
پرٛان اپان وایو، سدٕ وِد، پرٛزی ووپدٕ یشکن ہُنٛد گیان
شرسٹھ نیایک، پرٛزا پالک پانہٕ برٛہم تہٕ زَن شوٗبے مان

ژٔندرم، سوملتا جٕڈی، اوشدھ گن، پالن تہٕ پوٚچھر پڑزلیہِ دِوان
یتھٕ زنہِ میانہِ شُری کٔڑ ہتھ دَے پالان تہٕ پھولران
ہی میانیو بندھو تیتھٕ مہارٕنٛز ایشوریہِ آنٛدُک پڑن روٗزِن کران
لولہٕ مایہِ أسی دونٕوے میلتھ کرو رُت گرٕ ویوٕہار
بناوو ویوٕہار گیان دے گیان گرٕ پوٚتھر ہتھ پایہِ دار

ॐ अहं विष्यामि मयि रूपमस्या वेददित्पश्यन्मनसा कुलायम्।
नस्तेयमद्मि मनसोदमुच्ये स्वयं श्रन्थानो बरूणस्य पाशान्।।६।। अथर्व
का १४। अं १। मं ५६।।

یتھٕ منہٕ یٕنٛز کول بڈاونہٕ باپتھ لولہٕ چھستھ سیوٕ کاران
تیتھٕ میأنٛز ژٕرے میٚون لول منہٕ روزُ ممایہِ سیوٕ کاران
چھس منہٕ یٕنٛز ژوٗر کرٕنٛی ژٕ اوان، ژوٗرِ روزنہٕ زانٛہہ کھیاوان
سارِنے تھی گژھِ یہِ زٕنٛی یتھے ورتاو کرٕنٛی مےٚ ییٚتی شوٗبہِ سان
یتھٕ ویوٕہارس منٛز ویکنہٕ روٗپ بنٛدنن ہنٛدِ پاشہِ گرم آزاد
لولہٕ پڑن گرِتھ رِتبن کرمن یہِ ژٕرے گرٕہنٛز تیتھٕ آباد

پانہِ گرٕہنکی شےٚ منتر پرِتھ، رٹہِ ماہرٕنٛز ہنٛد دٕچھنہِ اتھ منٛزِم انگوج ماہرازٕ تہٕ ٹُلبس تھوٚد تہٕ سےٚ نوٹ یُس ہوٗن کونڈس دٕکھین طرفہٕ اوس تھووُمت، سےٚ مرد ٹُلہِ تتھ یُس تتھن اوس بیٚہناوِتھ تھوٚومُت تہٕ پکہِ ور ودھوٗہَس ییٚتی تہٕ دیاوٕناویکھ کونڈس أندی أندی دوشوٕنی پرٕتیکھن۔

یہِ چھُ پرٕتیکھیا منتر:

ॐ अमोऽहमस्मि सा त्वं गं सा त्वमस्मोऽहं सामाहमस्मि ऋक्त्वं द्यौरहं पृथिवी त्वं तावेव विवहावहै सह रेतो दधावहै। प्रजां प्रजनयावहै पुत्रान् विन्दावहै बहून्। ते सन्तु जरदष्टय: संप्रियौ रोचिष्णू सुमनस्यमानौ। पश्येम शद: शतं जीवेम शरद: शतं श्रृणुयाम शरद: शतम्।।७।। अथर्व का १५। अ २। मं ७१।।

یتھٕ یہِ گیانہٕ وان، گیانہٕ بنٛڈار چھےٚ ژٕےٚ ہلم داران

یتھِ مےٚ مأنۍ ملکھ پنٕنۍ یتھۍ ور ژٕ تہِ مےٚ روز مانان
ساموپدس برابر چھکھ ژٕ ترٕے مأنۍ مےٚ رگوپدس برابر مان
بہٕ ہِریہٕ ژٕ زمینہٕ رٕپھ گرٕبھ دار گرٕہ آشرم روز سمبلاو
ولہٕ خوش دِلہٕ رٕتہِ ساتہٕ ژٕ تہٕ بہٕ کھانٛدر کرو
رلہٕ مِلہٕ وٕپرۍ دارن گرِتھ ووتہم سنتان پأدٕ کرو
تِم پۆتھر بجرٕ پتہٕ تہِ سوکھٕ سان زِنٛدٕ روزن
اکھ أکِس یِن پانہٕ وٕنۍ بکار، لولہٕ آنمأنۍ کرن
ہٕتۍ وٕہرۍ پتہٕ تہِ اکھ أکِس لولہٕ نیٚترو وٕچھن
اکھ أکِس ءستۍ لولہٕ میٹھۍ، موٕدٕر، شٕہج وأنۍ بولن

یِیمہِ پرٕتیکیا منترٕ ءستۍ پرٕتیکیا گرِتھ روزِ ور ماہرِ نہِ نزدیک دٕچھنۍ ووترٕ کُن بُتھ گرِتھ۔ ماہرِ نہِ ہُنٛد دٕچھن اتھٕ پتہٕ نِس دٕچھِنس اتھس منٛز رٕٹِتھ روزن دوشٕوٕے تھوٚد وٕتھِتھ تہٕ سُہ منٛش یُس کونٛڈس دٕچھِنۍ کلش ہێتھ ہٕتھ چھُ، سُہ گرٕشہِ تِتھنٕے پہُن۔ تمہِ پتہٕ مأنٛزۍ یا بوٕے یِموتوٚمُل تہِ وٕشکہٕ پوٕنۍ گوڈٕے آسہِ لوٚب کُن تھوٚوُمُت کھوورِ اتھٕ ٹُلُن پوٕنۍ تہٕ دٕچھِنہٕ اتھٕ ٹُلُن ماہرِ نہِ ہُنٛد دٕچھن کھور تہٕ تھوٕنس پٕنٛژ کنہِ پێٹھ یوسہٕ تِتھن آسکھ گوڈٕنۍ تھٔوٕمٕژ۔ تمہِ پتہٕ پرٕ ور:

شِلا روہن : (پأترِ کنہِ پێٹھ ییہن ماہرٕنۍ مہاراز)

ॐ आरो हेममश्मानमश्मेव त्वं स्थिरा भव।
अभितिष्ठ पृतन्यतोऽवबाधस्वपृतनायत:।।१।। पार·का १।क ६।।

کنہِ کھس دیوی، دٕرٕڑھ وِشواسہٕ روز دھرٕمکۍ کرٕم کران
کلش ویرٕد ٹُلُن والِمن، کھورس تل روز دبأوِتھ تھوان
ہم ہستی ہاون والِمن روز ژٕے دنٛدس تل برٕکان
لڈاے ٹُلُن وألِمن چھوکہٕ روز مارٕ دگ ٹُلان

یہِ منترٕ پرِتھ یِن دوشوٕے کونٛڈس نزدیک پور کُن بُتھ گرِتھ تہٕ روزن کھڑا۔ یِتھن

روزِ ودھو ئِچھن گُن پئُن ئِچھس منٛز اتھ تھوِ ور ہٕندِس منٛزِ مس اتھس پیٹھ۔ پتہٕ پیہِ نوشہِ ہُنٛد مامٕج یا بوے، یُس تومُل تہٕ وُشلُک سوٗپ اتھس کیتھ رٕٹتھ آسہِ، تم تھاون سُہ سوٗپ پرٛتھوی پیٹھ یا دِن کانٛسہِ اتھِ۔ تمہِ پتہٕ ترٛاون ودھو ہٕندِس اتھس منٛز رٛژھا گیو تہٕ سوٗپہ منٛزٕ رٹہِ ئِچھنَس منٛز اتھس منٛز دویہ لٹہِ رٛژھا رٛژھا تہٕ ترٛاوِ ورِس منٛز اتھس پیٹھ تمہِ پتہٕ ترٛاوِ سُہ رٛژھا گیو تہٕ اتھس پیٹھ۔ پتہٕ تھوِ بیٛیہ برتھا ہٕندِس منٛز اتھس پیٹھ پئُن اتھ تہٕ نمتھ پیہِ أگنس برٛونٛٹھ گُن تہٕ پرِ یہِ منتر:

**کھاندرُک چھُ اکھ اہم حِصہٕ لاجا ہوم منتر:**

ॐ अर्यमणं देवं कन्या अग्निमयक्षत। स नो अर्यमा देव: प्रेतो मुञ्चतु मा पते: स्वाहा। इदमर्यम्णो, अग्नये - इदन्न मम।।१।। पार का १। क ६।।

نِیاے کأری، شرسٹھ پوٗزنیہِ دیٛو یُس ہٕنٛز کنٛیا پوٗزا کران
مالہِ نِکی بنٛدھن ژٕٹتھ سُہ دَے روزِ لوٗنچہِ رٕنٛس گنٛڈان

ॐ इयं नार्युपब्रूते लाजानावपन्तिका। ऋायुष्मानस्तु मे पतिरेधन्तां ज्ञातयो मम स्वाहा। इदमग्नये - इदन्न मम।।२।। पार का १। क ६।

داٛ لایہِ أگنس ترٛاون واجِنٛز زٕنٛی رِنٛس تیتھی ونان
دھن، یَشٕ، کوٹُمبھ رِنٛس آے سوٗزِن کرٛ پایہِ بھگوان

ॐ इमान् लाजानाव पाम्यग्नौ समृद्धिकरणं त्व। मम तुभ्यं च संवननं तदग्निरनुमन्यतािमिय गं स्वाहा। इदमग्नये - इदन्न मम।।३।। पार का १। क ६।

چھس چانہٕ یشہِ باپتھ داٛ لایہِ أگنس ہُمان
اسہِ پانہٕ وِنٛی گرٛہِسن لولہٕ میٛوٗل روٗزِن سہایک بھگوان

یمو ترٛیو منترو ترٛاوِ رٛژھا رٛژھا دزوِنٛس أگنس تہٕ تہٕ پرِ ور اتھ واس کرنک یا اتھ رٹہٕ نک منتر:

ॐ सरस्वती प्रेदमव सुभगे वाजनीवति। यान्त्वा विश्वस्य भूतस्य प्रजायामस्याग्रत:। यस्यां भूत गं समभवद्यस्यां विश्वमिंद जगत्। तामद्य गाथां गास्यामि या स्त्रीणामुत्तमं यश:।।१।। पार का १। क ७।।२।।

سرسوٚتی موکھس دِنہٕ واجِنٛز، ایشوریہ تہٕ اَن پأدِ کرن واجِین

روز وارِ پأٹھی یتھ ہۄن رۆپ کرٛمس رأچھ کران
چھکھ پزٛکرژ رۆپس بۄتن سارِنے ہنٛز شرِبان
اسہِ ہَن پزٛکرتھ یۆد سرٛشٹی کتہِ روزِ ووپدان
پزٛکرژ ہتی سورٛے زگت چھُ پأدِ سپدان
چانہِ دٔسی پأدِ سپدتھ چھُ سورٛے درٛشٹمان
تتھی چأنس رۆپس أزی کہِ پیٹھ بہِ کرٛے گونہٕ گان
یوسہٕ گون گاتھا پۆزِ رِیھ گوتھ زنہِ سپدن کیٛر تیمان

یہ منتر پرٛتھ پنہِ دٔچھنہِ اتھہٕ ماہرِنہٕ ہُنٛد دٔچھن اتھہٕ رٔٹتھ پرٛ ور:

ॐ तुम्यमग्रे पर्यवहन्त सूर्या वहतु ना सह। पुन: पतिभ्यो जायां दा अग्ने प्रजया सह।।१।। पार गृ सू का १। क ७। सू ३। ऋ मं १०। सू ८५ मं ३८।।

ہی دَیہِ چانہِ حکمہٕ چھُسن یہِ ماہرٛنی ترٛے مانان
سِریہِ پژون ہنٛدِ تیزٕ رۆزِن شۆبان، ووزٕلان تہٕ پزٕلان
بژتھا رۆپ ماہرازس پیٹھ ترٛاوِن شۆب، کیٛرتی ہُنٛد باران
یہِ ترٛے رۆپ لۄنچہِ مے گنٛڈیٛوٚن ویرٕ پوٚتھرو سان

ॐ कन्यला पितृम्य: पितलोकम यतीयमपदीक्षामयष्ट। कन्या उत त्वया वयं धारा उदन्या इवातिगाहेमाहि द्विष:।।२।। गेसूप्र २।ब २।सू ८।मं १।२।५।।

مول مأجی بوے ترٛأوِتھ، یہِ کنٛیک، وأرِوِکی نیم پأنہٕ راوٕنکی پژن کران
تمو رۆس یہِ کنٛیک میانہِ گرِ رۆزِن سدا رُت ووہار کران
زل دار یتھٕ بتھٕ ینہٕ وول ترٛن پانس ہتی نِوان
پانہٕ وِنی رٔلتھ دھرم ویرٛد کام رۆپ شۆتھر تتھ روزو دباوان

## منگل پھیرٕ:

لاجا ہوم پتہٕ یتھ پھیرس چھہِ منگل پھیرٕ ونان۔ یتھی چھہِ ژور پھیرٕ آسان۔ یِم منتر پرٛتھ یِکی کونٛڈس أندی أندی اکھ پھیرٕ کرِتھ، یِکی کونٛڈس پیچھم

ژھس منز پۆر گن بُتھ گرِتھ رژھا روزن دۆشوے کھڑا تہٕ ساری میلتھ کرن ژور پھیرِ۔ اَخرس منز یِگیہِ کونڈس پچھم طرفہٕ رژھا کھڑا روزِتھ لٲبے طرِیقہٕ ژورِ پھِرِ کرِ یا پۆرِ گژھتھ، یِگی کونڈس پرٛتیکھن دِتھ پچھم ژھس منز وِدھو ور روزن تھوٗد وُتھتھ، تمہِ پتہٕ کورِ ہُنٛد بوے یا ماجہِ تراون سہٕ سورے سۆپ کورِ ہِنٛدِس اتھس منز۔ تمہِ پتہٕ پرِ وِدھو:

ॐ भगाय स्वाहा। इंद भगाय-इदन्न मम।। पार गृ सू का १। क ७। सू ५।।

چھس ایشِ ایشرتھ باپتھ ہُمان۔

**باقی آہوٗژ:**

ॐ प्रजापतये स्वाहा। इंद प्रजापतये - इदन्न मम।। पार गृ सू का १। क ७। सू ५।।

پرجا پالک پرماتماہٕ سنٛدی ناوِ چھس ہُمان

**اپکانتس منز ماہرِ نہٕ جمتھ دِنی:**

ॐ प्र त्वा मुंचामि वरुणस्य पाशद्येन त्वाबध्नात्सविता सुशेव:। ऋतस्य योनौ सुकृतस्य लोकेऽरिष्टान्त्वा सह पत्या दधामि।।१।। ऋमं१०।सू८५।मं२४।।

شوٗبہٕ وِنی، سوکھ، سمپن، اُتپادک ماجہِ رۆدُس یمو گنڈو گنڈان
شرسٹھ زنیو دٔسی پٲرِیتی مَس لٹھرِ وارِ وارِ مُژراوان
چھس یِگی جایہ تہٕ باقے سونٛدر کرٕچ جایو سان
وِوِپدژو رۆس بڑتھا باوٕ ژےٚ پالنٛگ پژن کران

ॐ प्रेतो मुंचामि नामुतस्सुचद्धाममुतस्करम्। यथेयमिन्द्र मीढ्व:। सुपुत्रा सुभगा सति।।२।। बिवाहहोमे आश्वलायनगृह्यकारिका १८-१९।। ऋ मं १। सू ८५। मं २५।।

ایشوریہ، وِروان، ہرشے متی، مردِ چھی ژےٚ پژن کرٕنی
یہِ کنیک بٔھتی بڈٕ، پوتھرِ ماجہِ گژھِ شوٗبہ دار نیرٕنی
ماجہِ بنٛدنو یہِ کنیک چھے ژےٚ موکلاوٕنی
گنڈ وٲرِوِکی گرِتھ پوٗنتہٕ چھِنہٕ زانہہ مُژراوٕنی

یم دۄشوٕ ے منتر پرٕتھ چھِ 'سپد پتی ویدی' یا ستھ پھیرِ شۄرۄٕ کرٕنی۔ ورٕ ہنٛدِس پٹھمِس پلوس چھُ وودھو ہنٛزٕ ساڑ ٕ ستی گنڈ کرُن۔ یتھ 'جوڑا' چھِ ونان۔ وودھو ور دۄنوٕ ے وۄتھن پننہ آسنہ پیٹھٕ تھۄد۔ پننہ ڈٕچھنہِ اتھٕ ماہرنہِ ہُنٛد ڈٕچھُن اتھٕ رٕٹِتھ گرٛھِ ور کونڈٕ کس ووتر ڈِھس منٛز۔ تمہِ پتہٕ تُلہِ ور پٕنُن کھوور اتھٕ تہٕ تھوِ ماہرنہِ ہنٛدِس پھیکِس پیٹھ تہٕ پرٕ یہ منتر:

**أگنس أندٕ أندٕ ستھ پھیرِ دِنی:**

ॐ मा सव्येन दक्षिणमतिक्राम।। गोभि गृ सू प्र २। का २। सू १३।।

گوڑٕ کھوور پتہٕ ڈٕچھُس برٛوٚنٹھ گُن اَن

یی یہ ونے، تتھی وٕنی کنٛبس سن

یہ وٕنِتھ انِہ ناوبس ور ڈٕچھُن کھور پکنہٕ باپتھ برٛوٚنٹھ کُن تہٕ پتہٕ:

ॐ इषे एकपदी भव सा मामनुव्रता भव विष्णुस्त्वानयतु पुत्रान् विन्दावहै बहूंस्ते सन्तु जरदष्टय:।। पार का १। क ८।।

اَن باپتھ أکِسے کھورس پیٹھ ٹِکن واجٕین کُنٛیک پکھ میانہِ انمانہٕ

ہشر دِنہٕ وول، دَے ژٕنے وارٕ پأٹھی رۄٕزٕنے ڈٕلس تل رٹان

رل مِلہٕ دۄنوٕے أسی کرو پأدٕ سبٔھاہ سنتان

تم پۄتھر بجٕر پتہٕ تہٕ روزن زِندگی زُوان

یم منتر پرٕتھ پانس ستی ماہرینٕ نتھ پکہٕ ناوِ ورتس ایشان یا پور کُن اکھ کھور۔

ॐ उर्जे द्विपदी भव०।।

بلہٕ باپتھ چھٕستھ دۄیمہِ کھورِ پکہٕ ناوان

ॐ रायस्पोषाय त्रिपदी भव०।।

دھن گیانس پۄچھر دِنہٕ باپتھ ترٛیمہِ قدم ترٛاوٕ ناوان

ॐ मयोभवाय चतुष्पदी भव०।।

سو کھٕ کارک رۄٕپ ژۄٕرِم قدم ترٛاوٕ ناوان

ॐ प्रजाभ्य: पंचपदी भव०।।

سنتانن پالنہٕ باپتھ پاُنژِم قدم تژاوِناوان

ॐ ॠतुभ्य: षटपदी भव० ।।

موسمن موأفِق وِوہارس باپتھ شیٚیم قدم تژاوِناوان

ॐ सखे सप्तपदी भव० ।। पार का १ । क ८ ।।

وبہٕ میأنی ستھ پرٕ روز تژاوان

ییمہٕ کِنی وِوہار سأری چھِ سیٚد سپدان

ساڈبن گنڈ کرِتھے ایشان کُن بُتھ کرِتھ، ستھ منتر پرٕتھ ییٚہن دوشوِے پنہٕ نِس آسنس پٮ۪ٹھ۔ تمہٕ پتہٕ یُس گوڈِنی پاںٔ نوٚٹ ہیتھ کوٚنڈس دکھنہٕ طرفہٕ اوس بیٚہنو وُمت سُہ تُلہِ یہ نوٚٹ تہٕ ییہِ ور ودھوٚہس نزدیک۔ تمہٕ نٮ۪ہ منز تُلہِ پاںٔ تھوٚمبھ اتھس منز تہٕ دِیہِ تمن ڈبکس لو۔

ڈبکس لو دِنہٕ:

ॐ आपे हिष्ठा मयोभुवस्ता न उर्जे दधातन। महे रणाय चक्षसे।।१।। ऋ मं

१०।सू ९।मं १।।

ہی زلہٕ دیو اَن ووپدأوِتھ چھکھ سوکھی بناوان

چھے اَن کوٚتھبن ہوٚش اُچھن گاش بخشان

ॐ यो व: शिवतमो रस्तस्य भाजयतेह न: उसतीरिव मातर:।।२।।

ऋ मं १०।सू ९। ३ २।।

رسہٕ چانہٕ زلہٕ چھُ کلیان سپدان

امہٕ رسہٕ ستی روز اَسہٕ سگہٕ وان

یتھ ٹأٹھس شُرس مأجی مومہٕ روٗپ رَس چاوان

تتھٕ ییمہٕ زنمہٕ پٮ۪نی تراوتھ روز اسہٕ بخشان

ॐ तस्माऽ अरङ्गमाम वो यस्य क्षयाय जिन्वथ। आपो जनयथा च

न:।।३।। ऋ म १०।सू ९।मं ३।।

ییٚمہٕ اَن باپتھ جل پٕز اوشدھ سگہٕ وان

تمی اَن باپتھ پوٗر پأٹھی گزہن چھے کران

رِس رِپھ امر بتھ روز زلہٕ اسہٕ چاوان
پۆتھر تہٕ زُربن ہُند سوکھ روزو چھاوان

ॐ आप: शिवा: शिवतमा: शान्ता: शान्ततम:स्तास्ते वृःणवन्तु भेपसम्।।४।।

یُس زلہٕ کلیانک ہیتو شانت کرن وول تیز دِنہٕ وول آسان
اَسہٕ دون تیھٕو سُے نزُگ سوکھی بنِٕہ کرِ کلیان

یِم ژور منتر پرٕتھ ووتھِ ماہرنی:

**سۆریہٕ درٕشن کرُن:**

ॐ तच्चक्षुर्देवहिनं पुरस्ताच्छुकमुच्चरत्। पश्येम शरद: शंत जीवेम शरद: शतम ऋणुयाम शरद: शतं प्रब्रवाम शरद: शतमदीना: स्याम शरद: शतं भूयश्च शरद: शतांत।। यअ ३६।मं २४।।

ژ سورُے زانوُن دَیہٕ ہِریہٕ رۆپ چھُکھ گاشہٕ ران
وبدوانن ہِندِ دھرم، گیانہٕ رۆپ شود نیتھر بخشان
گیان نیترو ہتس ورِیس دیایہٕ روزو أسی ؤچھان
ہتس ؤری یس پتہٕ تہٕ روزو گیان أسی بأگران
أسی گیانہٕ کِنی ہتس ؤری یس گنزرنہٕ یمو دھنہٕ وان
ہُتی ؤہری پتہٕ تہٕ روزو زِنْدٕ، ؤچھان، بوزان

یہٕ منتر پرٕتھ کرن دہ نۆے ہِریک درٕشن۔ امہٕ پتہٕ تُلہِ ماہرازٕ ؤچھنہٕ پھکہٕ پٔتھ اتھ تہٕ تھٔوِ ماہرنہِ ربدس پٔتھ اتھ:

**ہرٕدیس سُپرش:**

ॐ मम व्रते ते हृदयं दछामि मम चित्तमनुचित्तं ते अस्तु। मम वाचमेकमना जुषस्व प्रजापतिष्ट्वा नियुनक्तु मह्यम्।। पार का २।क २।।

کرٕمو انۆسار چھس داران اناہ کرن تہٕ آتما ترٕے چۆن
دَیہٕ کرٕپایہٕ میأنس منس موأفق رۆزِن ہمیشہٕ من چۆن

اپکاگر منہٕ کٔنی بوز وأنی میٲنے
پژزا پالک دَے لکھنہٕ لانے میٲنے

یہ منتر ؤنتھ تھٲوِ ور ماہرینہٕ ہنٛدِس ہژ دیس پپٹھ اتھ تمہِ پتہٕ تھٲوِ تس ڈیکس پپٹھ اتھ تہٕ پرِ یِہے منتر بیٚیہٕ۔ ورچھ أشیر وادسباسبدن ماہرینہٕ باپتھ منگان:

ॐ सुमंगलीरियं वधूरिमा समेत पश्यत। सौभाग्यमस्यै दत्वा याथा ऽऽस्तं विपरेतन।। ऋ मं १० । सू ८५ । मं ३३।।

وبدوانو، چھِ ماہرٛینی، منگل سۆرۆپ شوبایہِ مان
شوبھ نظرو أہِی گرِ رۆزو میٚہربان
پُتن گرِ وُنی کٔمبن گرٛہو پیٚچ پۆت أجِ سان
چھو دُبارِ بیٚیہٕ یُن ییٚلہِ دِیہِ ژٔنی سنتان

أشیر وادرۆپ منتر:

ॐ सौभाग्यमस्तु। ओइम् शुभं भवतु।।

ژِ ڈیکہٕ بڈٔی ؤنی شوبھ وبوہٲری تہٕ باگہِ وان
وِبوہار گیانہٕ کٔنی روز پرٛاوان دَیہِ گیان

کھانٛدرٕچ پوٗرٕ کٔن ویدھی موکلیہٕ۔ تمہِ پتہٕ ودھو ور دِن یِگی کونٛڈس نِش ہتھ یہ سوشٹکرٛت منتر کٔنی اکھ آجا آہوٗتی پتہٕ:

ॐ भूरग्नये स्वाहा।।

پرٛکاش دِنہٕ وول دَے ہنٛزِ ویرِ چھِی ہُمان
امہِ پتہٕ چھِ ژورو منترو ژور آجاہوتی دِنہٕ۔ تمہِ پتہٕ کرِن دوشوے ہَنا آرام تہٕ کھانٛدرٕچ اُتر ویدھی کرن پتہٕ شۆرُ۔ یہ گرٛہ گرِکِس ایشان طرفہٕ بنأوِمتس ہِھس منٛز کرنہٕ یِن۔ تمہِ پتہٕ بریہٕ وسنہٕ پتہٕ دوشوٕنی ہُند آکاشس منٛز نکھیتر وُچھنی۔ تمہِ پتہٕ ودھو ور کونٛڈٕکِس پچھِم ہِھس منٛز ہوٗرٕ کٔن آسنس پپٹھ ہتھ زالن اُگن یِیمہِ منتر سِتی (اوم بھوٗ بھوٗ سوردھیو) یا گوڈٕنی آسہِ لگنچ جاے ایشان

طرفہٕ تہٕ تیٖلہِ چھُنہٕ کنیادان کرُن کیٖنٛہہ، تِکیازِ أگن آسکھ گوڈٕ نبتھ تتمن زولمُت۔
تیٖلہِ چھِ (اوم اینت اِدھم) یمو ژورو منترو أگنس ہُر دِنٛی تہٕ گیٖو ہمان پرُن:

ॐ अग्नये स्वाहा।।

چھِی یٖیمہِ أگنٛج وِیرِ ہمان

یمو ژورو منترو ستی گژھِ ووٚنٛی آداروانج بھاگھوتی دِنٛی ژور :

ॐ भूरग्नये स्वाहा।।

پرٛکاش سوٚروٗپ پرماتماہٕ شدِ ناوٚی چھِی ہمان

یمو ژورو منترو گژھن ژور ویاہرتی آہوژ سارِیے مِلٲوِتھ گُل أٹھ آجاہوتی دِنہٕ۔ تمہِ
پتہٕ گژھِ ہوم ہمو منترو ستی کرُن:

ॐ लेखासन्धिषु पक्ष्मस्वारोकेषु च यानि ते। तानि ते पूर्णाहुत्या सर्वाणि शमयाम्यहं स्वाहा।। इदं कन्यायै-इदन्न मम।।१।। सा मं ब्रा मं १।।

ڈیکہٕ رِکھن، نیٚترن دون، نابہِ منٛز أسن یِہٕ د کانٛہہ نِشان

پوٚرن آہوژ سٟتۍ نِشانن ور چون کرِ شمن چھُس پرٛن کران

ॐ केशेषु यच्च पापकमीक्षिते रूदिते रुदिते च यत्।। तानि ते पूर्णाहुत्या सर्वाणि शमयाम्यहं स्वाहा।। इदं कन्यायै-इदन्न मम।।२।। सा मं ब्रा मं २।।

دیماغس، پکنس ٹکنس، وُچھنس منٛز یِہٕ د کانٛہہ کمی ژٕنے آسان

یٖیمہِ پوٚرن آہوژ دٟسی تتھ شمن بہٕ کرِ چھُسے پرٛن کران

ॐ शीतेषु यच्च पापंक भाषित हसिते च यत्। तानि ते पूर्णाहुत्या सर्वाणि शमयाम्यहं स्वाहا।। इदं कन्यायै-इदन्न मम।।३।।

یوسہٕ کانٛہہ کمی سوبھاوٕ سٟتۍ وِیوٕہارس کتھن اسنٛس منٛز آسان

یٖیمہِ پوٚرن آہوژ دٟسی کمی بہٕ دوٗر کر چھُسے پرٛن کران

ॐ आरोकेषु च दन्तेषु हस्तयो: पादयोश्च यत्। तानि ते पूर्णाहुत्या सर्वाणि शमयाम्यहं स्वाहा।। इदं कन्यायै-इदन्न मम।।४।।

یَس دنٛدن منٛزس تہٕ دنٛدن، اتھن، کھورن کمی باسان

کران بہٕ پرٛن پوٚرن آہوژ سٟتۍ کھرٛی روزِے ژٕنے کاسان

**ہوم۔کنڑ خۄن صاف کرُن:**

ॐ ऊर्वोरूपस्ये जङधयो: सन्धानेषु च यानि ते। तानि ते पूर्णाहुत्या सर्वाणि शमयाम्यहं स्वाहा।। इदं कन्यायै-इदन्न मम।।५।।

زنگن گُپتھ یٔندرے، کوٗٹھین منٛز ییٚہ کی کُنہ یۄد باسان
پۄرن آہوژ دِٕس کی گرٛتھ دوٗر، برتھا چون چھُ پڑن کران

ॐ यानि कानि च धोराणि सर्वांगेषु तवाभवन्। पूर्णाऽऽहुतिभिराज्यस्य सर्वाणि तान्यशीशमं स्वाहा।।६।। इदं कन्यायै, इदन्न मम।।

چانین سارِنے انگن کنیک یۄد کھوچر کمی ژےٚ باسان
گیٛوچ پۄرن آہوژو کاسے سو سارٕے شاہمتھ چھےٚ پڑن سمجاوان
یم چھِ شےٚ، اتھ ستی ستی چھِ اکھ اکھ آجاہوتی تہٕ دِنۍ۔

ॐ भूरग्नये स्वाहा।।

پڑکاشک پرماتماسٕندی ناوی چھُس ہُمان

امہِ پتہٕ ویٛاہرتی منترو ستی ژور آجاہوتی دِتھ ووتھِ ور وودھولگنہٕ منڈپس نش تھۄد تہٕ نبر نیرِتھ گرٛھن ووتر طرفس کُن تہٕ ور ونِس یتھ پاٹھی:

**دھرُو تہٕ ارُندھتی درشُن:**

| | |
|---|---|
| دھروو تارُکھ وُچھ | ध्रुवं पशय।। |
| دھروتارُکھ چھُس وُچھان | पशयामि।। |

تمہٕ پتہٕ پرٕ ودھو یہ منتر:

ॐ ध्रुवमसि ध्रुवाऽहं पति कुले भूयासम् (अमुष्य असौ) गोभ गृ सू प्र २। का ३। सू ९।।

یتھ آکاشس منٛز دھروتارکھو ژٕ رۄزِتھ چھکھ ہیٚکتھ
تتھ دَے بۄزِن واُریو کولس منٛز بہ روزٕ ہیٚکتھ
پارسکر متہٕ کنٛ چھِ صرف دھرو تارُکھ ہاوان
گوبھل متہٕ دھرو تہٕ اروندھتی دوشوٕنی ہاوُن مانان

مانو گژہ سۆترکار درھو اروٗندھتی تہٕ ستہٕ ریٚشی ہٕیُن مانان

وودھو یہٕ منتر پرٕتھ وُچھِ ورتس کُن تہٕ تھوبس ڈیکس پیٹھ اتھ تہٕ پرٕ یہٕ منتر:

اروندھتی تارُکھ وُچھ — अरून्धतीं पश्य।।

ور ہاوِ اورندھتی تارُکھ تہٕ پتہٕ ودھو:

وُچھن چھس — पशयमि।।

ॐ अरून्धत्यसि रूद्धाऽहमस्मि (अमुष्य, असौ)

یتھِ اروندھتی تارُکھ چھُ ستہٕ ریٚشی تارکن نِشہِ ہمیشہِ روزان

تتھِ یہٕ کنیک ور ہِندِ بن نِمن چھس گنٛڈِتھ روزان

ॐ ध्रुवा द्यौध्रुर्वा पृथिवी ध्रुवं विश्वमिदं जगत्। ध्रुवास: पर्वता इमे ध्रुवा स्त्री पतिकुले इयम्।। सा मं ब्रा प्र १। ख ३। मं ७।।

یتھِ برٕنیک تیز برٕ یہٕ لُوک تہٕ پرٕتھوی گاشہِ راوان

بھوٗمہِ، سنسار، سورٕے پنہٕ نِس سۆرٕوٗپس منٛز تھمرٕ آسان

یم بال ساکھیات پننہٕ جایہِ ہِکتھ روزان

تتھِ روٗزِن میٲنی زٕنی میٲنِس کولس پانہٕ راوان

ॐ ध्रुवमसि ध्रुवन्त्वा पशयामि ध्रुवैधि पोष्ये मयि मह्यं त्वादात् बृहस्पतिर्मया पत्या प्रजास्वती सं जीव शरद: शतम्।। पार गृ सू ब १। क ८। सू १९।।

دزٕژھ سنکلپہٕ کٔرٕ یتھ مےٚ نِش سوامی ڈٕیُتھ ژٕ آسان

تتھِ ہمیشہِ بُتھِ تہٕ روز دزٕژھ سنکلپہٕ میٲنی فرض نِباوان

چھُکھ ژٕ دٔیِن میانہِ آیہِ باگہِ لیٚو کھمت یہٕ مانان

ہٕتی وُہرٕ پتہٕ تہٕ ترٕے ہتھ زِندِ روز پوٗتھروسان

پالن پوشن کرن وأٔلس ورس نِش ہِکتھ ژٕ روز

سوٗزمو چھکھ میانہِ یژھایہِ دٔیِن مےٚ نِش ژٕ بوز

ہٕتی وُہرٕ پتہٕ تہٕ آنند پرٕاو مےٚ ہتھ سنتانو سان

چھِ دوشوِے بأڑ اکھ أکی ہِنڈی نیم پأٹنگ پڑن کران

یِم دونوِے منتر پرِتھ گڑھن ور ودھو کونڈس نزدیک کونڈس پچھِم جِھس نِش پور گُن بُتھ گرِتھ بیہن تی نَس تہٕ پرن:

ॐ अमृतोपस्तरणमसि स्वाहा।।

امرِتھ روٗپ 'رسہٕ' زلہٕ چھکھ شیہجار بأگران

ژ چھکھ سون آشرے تمی چھس ہمان

**بتگ ہوم:**

ژٔیو منترو گڑھِ تڑیہٕ پھِرِ دوشوِنی ہنز آژمن ہیٚنی۔ امہِ پتہٕ أگن زألِتھ تمی ساتہٕ بتہٕ بنیٚومُت یُس آسہِ، تمہِ ستی 'اوم اینت اِدھم' ژورو منترو ستی أگنس دوشوِنی ہُنڈ ہمُن۔ تمہِ پتہٕ آدھاراواج بھاگ آہوٗتی ژور تہٕ ویاہرِتی آہوژ ژور دونوِے أٹھ آجاہوتی دِتھ، یُس بتہٕ تتھن ہُریوٗمُت آسہِ، سُہ چھُ بیٚیس بانس منز پھِرِتھ تھوٗن۔ تتھ منز کرٛژھ ستی گیوٗ رلاوُن تہٕ ڈٔچھِنس اتھس دوشوِے ور وودھو رژھا رژھا تھوِنی تہٕ أگنس ہمنی:

ॐ अग्नये स्वाहा।। इदमग्नये-इदन्न मम।।१।।

أگنِچ ویرِ چھی ہُمان

ॐ प्रजापतये स्वाहा।। इदं प्रजापतये -इदन्न मम।।२।।

پرزاپہٕ پأٹک ہنزِ ویرِ چھی ہُمان

ॐ विश्वेम्यो देवेग्य:। इदं विश्वेभ्यो देवेभ्य: -इदन्न मम।।३।।

سارِنے وِشوِ دیون ہنزِ ویرِ چھی ہُمان

ॐ अनुमतये स्वाहा।। इदमनुमतये -इदन्न मम।।४।।

رِژ بود دِنہٕ وألی ہنزِ ویرِ چھی ہُمان

اکہِ اکہِ منتر گڑھن ژورِ پھِرِ بتہٕ چھِ آہوژ دِنہٕ۔ پتہٕ (اوم یدسے کرمنا) امہِ منتر ستی گڑھِ اکھ سوِشٹکرٛت، ویاہرِتی ژور تہٕ سامانی پڑکرٕنکی أٹھ، اَشٹا آج آہوٗژ دِنہٕ پتہٕ ہُریوٗمُت بتہٕ أکس بانس منز کڈِتھ، پیٹھ گیوٗ ترٛأوِتھ، ڈٔچھِنس

اتھس منز بانہٕ رٔٹتھ منتر پرٕنی:

ॐ अन्नपाशेन मणिना प्राणसूत्रेण पृश्निना। वध्नामि सत्यग्रन्थिना मनश्च हृदयं च ते।।१।। मं ब्रा मं ८।।

شرپرُک پرٛانہٕ روٗپ رٔتن اَن روٗپ نیاہرٕ ستی گنٛڈِتھ یتھ آسان
ور وودھو سُنٛد ہرٛدے مَن پرٛزرکہٕ گنٛڈ گنٛڈِتھ یتھ تھٲنکھ بھگوان

ॐ यदेतद हृदयं तव तदस्तु हृदयं मम। यदिदं हृदयं मम तदस्तु हृदयं तव।।२।। मं ब्रा १।।३।।९।।

ہرٛدے چون ٹوٹھ چھُم چھُس پنٛن ہیٛو مانان
لولہٕ وۄہارٕ روٗزِن ژٕے تہٕ ٹوٹھ مے ہیٛو باسان

ہی برٛتھا یاہی زٔنی میٲنی:

ॐ अन्नं प्राणस्य षड्विंशस्तेन बध्नामि त्वा असौ।।३।। सा मं ब्रा प्र १। ख ३। मं १०।।

پرٛانَن پۄچھر دِنہٕ وول شتٕوہم تو چھُ اَن آسان
پرٛ لولہٕ چھُس اَن تتوِس ستی ژٕے گنٛڈان

**ور وودھو سُنٛد یکوٹہٕ بۄزن کرُن:**

یم ترٛژے منتر پرٕتھ گوڈٕنیک بتہٕ میوٗنڈ کھیٚیہ ور پانس، پتہٕ کھیاوِ رتھو وبرٛارو تمِس بتہٕ میوٗنڈ۔ یێلہِ ودھوسُہ موکہٕ لاوِ کھبتھ، تم دہشٕوے گژھن لگنہٕ کونٛڈس نِش تہٕ بیٚہن پور ڈُن بُتھ گرِتھ۔ ساموید تہٕ مہا وادیوگان کرن دہشٕوے۔ تمہٕ پتہٕ کرن دَے ہشٕز پۄزاتہٕ کرن دہنٕوے ہشری، دود تہٕ گیٛو رلاوِتھ بۄزن یانہٕ (کھیر)۔ پتہٕ یم برٛہمن سبھاسد تہٕ کارنٛد تہٕ یکوٹہٕ آسن سمٕتھ گژھن تم رنگا رنگ سِنٛگیو مرد مردن تہٕ زنانہٕ زنانن بتہٕ کھیاوٕنی۔

**نوشہِ ہُنٛد وارِ گوژھُن:**

دۄیم یا ترٛیێمہِ دوہ سُلہِ یێلہِ ور رتھس پٹھ ہِتھ یِزتہٕ سان پنٕنہٕ، ترٛیہ گرٛانان تہٕ نوشہِ ہنٛزن اَچھن منٛز اوٗش وُچھتھ ور یہ منتر پران:

ॐ जीवं रूदन्ति विमयन्ते अध्वरे दीर्घामनु प्रसितिं दीधियुर्नरः। वामं पितृभ्यो य इदं समेरि रे मयः पतिभ्यो जनयः परिध्वजे।। ऋमं१०।सू४०।मं१०।।

ہے وبدوانو (زِٹھو)

زٔنبن ہنٛز زِنٛدِ گاٗنی سوارنہٕ باپتھ رٕنی سبٹھاہ سِتم تُلان
چھِ رٕنی پنہٕ نبن زنبن وِیوٗہار رِپھ یگبس برٛونٛٹھ کُن انان
گر گرٕ ہستھکی شرسٹھ بنٛدن چھُ رِتہِ وِیوٗہارٕ نبھاوان
ہشہِ، ہہرٕ ہنٛزٕ سیوٗایہِ باپتھ سونٛدر ماہرنہِ مانہٕ ناوان
رٕنی روٗپ پورشس نال رٔٹتھ ماہرنی سوکھ پرٛاوان۔
سوکھِ بٕکنٛز لولہٕ ماہرینٛز رِنس پوتھرٕ بب بناوان

ॐ पूषा त्वेतो नयतु हस्तगृह्याश्विना त्वा प्रवहतां रथेन। गृहान् गच्छ गृहपत्नी यथासो वशिनीं त्वं विदथमा वदासि।।१।। ऋमं१०।सू८५।मं२६।।

اَتھس تھپھ کٔرتھ ولتہٕ ناوِ کٕوری وأرِیو ژٔے کھانْدر
کھس سونٛدر رتھس، یتھ پکہٕ ناوان گری زٕ رہدار
گرٕ واجینٛز بٕنتھ گرٛہ پٔنن وأرِیو وارٕ کار خوشی سان
رِتہِ وِیوٗہارٕ گرٕ سام وَش روز تِمن کران

ॐ सुकिं शुकं शल्मलिं विश्वरूपं हिरण्यवर्णं सुवृतं सुचक्रम्। आरोह सूर्ये अमृतस्य लोकं स्योनं पत्ये वहतुं कृणुष्व।।२।। ऋमं१०।सू८५।मं२०।

गोमि गृ सू प्र २।का ४।सू १।।

بِریَس ہش پرٛوزلوٗنی کنٛیک، یتھ رتھس پپٹھ روز قدم ترٛاوان
چھُ یُس پلاش کلِچ لٔکرِ (پوشہٕ گُل) بنٛیومُت سیمر گُلہِ لٔکرِ سان
پرٛزلوٗنی شوٗبہٕ وٕنی سونہٕ زیورو بجتھ سونٛدر پٔھیو یہِ رتھ کیاہ شوٗبان
پننہٕ نِس ورس ستی سوکھِ کاأری تہٕ پیدٛاے روٗس جایہِ کُن کرِ پرٛستھان
یِم زٕ منتر پٔرتھ گرٛہِ رتھ پکناوُن۔ یوٗ دگرٕ گرٛہنہٕ خاطرٕ ناوِ پپٹھ تہِ آسہِ کھسُن۔ یہِ منتر پٔرتھ گرٛہِ ناوِ پپٹھ بہُن۔

ॐ अश्मन्वती रीयते सरंभध्वम उत्तिष्ठत प्रतरता सखायः। ('त्या का

पूर्वार्ध)।।

دَے سُمرن کرن والو زیو و یۆ دکول آسہِ کنیو سان

سم بوز، ہمژ، کآم ہتھ ہو تہٕ وُسو حبسہِ سان

ॐ अन्ना जहाम ये असन्नशेवा: शिवान् वयमुत्तरेमाभिवाजान्। ऋ मं १०। सू ५३। मं ८।।

یم سأری دوکھ دوند کولہِ ترٲوِو، بورٕ روس رۄزِو تران

کلیان کارک اَن باقی پدارتھن ہُند سۆنچو چھِ توبہِ پژاران

یۆ دوتہٕ منژ ییہِ کُلین ہُند جہاز، کھوژوُن جاے یا شمشان گاٹھ۔ تیلہِ گژھِ یہِ منتر پرُن:

ॐ मा विदन् परिपन्थिनो य आसीदन्ति दम्पती। सुगोभिर्दुर्गमतीतामप द्रान्त्वरातय:।। ऋ मं १०। सू ८५। मं ३२। तथा सा मं प्र १। खं ३। मं १२।।

یتھ رتھس پتھ میأنس ورس بُتھ یم ڈاکو ویازمہ ییِن

یہ کژوُٹھ سفر گژھِ سہل وتن ہندِ بن شتھرن تہٕ دے ژلراوِن

یہ منتر وُنتھ یۆ دوتہٕ منژ کینہہ پریشانی آیہِ ٹائر پنچر گو یا رتھس پہہِ دژاو تہٕ أندرِ أندرِ دَے پاٹھ تہٕ دے سُمرن گژھ گژھِ سوزے ویکن دوٗر۔ تمہِ وتہٕ رتھ گرس نِش ٹھہراوِتھ ییہِ کانہہ پننہِ کوچ ڈبکہٕ بڑی پۆترٕ واجبن، قسمت واجبن زٕنی رتھس بژونٹھ کن تہٕ کرِ نوشہِ اتھسٕ تھف تہٕ ولتہٕ ناوبس گرٕ کس سجا منڈپس منژ، ییٚتھن سأری گبوان تہٕ گندان سمتھ آسن۔ دارس اژوُن چھُ ورِ یہِ منتر لوٗکن بوزٕ ناوان:

ॐ सुमंगलीरियं वधूरिमां समेत पश्यत। सौभाग्यमस्यै दत्वा याथास्तं विपरेतन। ऋ मं १०। सू ८५। मं ३३।।

ہی زِٹھو منگل سۆروٗپ ماہرینہِ رۄزِو ہلم داران

رۄزِو أمس ستۍ سأری توہۍ لولہِ وِیہار کران

رُت أشیر واد دِتھ، منگل کامنایہِ گرٕ پٔن توہۍ گژھو

پۆتھر ییٚلہِ زیوٚبس چھُو بێیہِ یُن کھبن چبن گرِو

یہِ منتر پرِتھ دِن آہتی پٔرٛھی ییٚمہِ منترٕ کنٛز اَشیر واد:

ॐ सोभाग्यमस्तु। ओ३म् शुभं भवतु।।

باگہٕ واَنی سۆزنٕے دَے بێیہِ گرِنٕے کلیان

سایَس روٗزِنٕے گرِ گرِ دَے میٚہربان

تمہِ پتہٕ ونہِ ور:

ॐ आ इह प्रियं प्रजया ते समृध्यतामस्मिन गृहे गार्हपत्याय जागृहि। एना पत्या तन्वं संसृजस्वाधाजिव्रीविदथमावदाथ:। ऋ मं १०। सू ८५। म २७।।

ہی ووڈھو یہِ واَرِیو سوکھ تہٕ سنتان دِیہِ نٕے

گرِ واجیٚنٛز بنہٕ باپتھ واَرِیوٕے گرِواَہک پرٛاپتھ ژھننٕے

ورس شرٟیر آیُتھ تھٲنٛچ دَے وزتھ ژٕے دِیہِ نٕے

بُجرس گرٛہستھ آشرم پالن روٗپ پیٚچ استوتھ ہرِ کھٔسنٕے

یہِ منتر پرِتھ نِیہِ ور ماہریٚنہِ سبھا منٛڈپس منٛز پتہٕ گرٛھن دونٕوے ہَون کونٛڈس نش تہٕ

تمہِ وزِپرِ ور:

ॐ इह गाव: प्रजायध्वमिहाश्वा इह पूरूषा:। इहो सहस्त्रदक्षिणोपि पूषा निषीदतु। सा मं प्र १। खं ३। मं १३। तथा पार गृ सू क १ का ८। सू १०। अ का २०। सु १२७। मं १२।।

گرُی گُپن ساَری زُری وفوٗر برتھا ہٕنٛدِ گرِ اَسی نٕے

ساسہٕ بدٕن دان دِتھ پالن وول برتھا فراگش منٛز بیہنٕے

یہِ منتر پرِتھ بیٚہن دونٕوے پچھّم طرفہٕ گاسہٕ آسنس پیٹھ تہٕ نوشہِ تھٲوِ پاَنٕس دٔچھنہٕ طرفہٕ بیٚہناَوِتھ۔

ॐ अमृतोपस्तरणमसि स्वाहा।।

سوکھ دِنہٕ والہِ زلہٕ دیٚو چھُکھ پرٛاَنٕن ہُنٛد آشرے

یہِ سون وُنن ژٕے پوشن ٹُل اَسی نٕے

یمو منترو سٟتی گرٛھن ترٛے آژمنہٕ ہیٚنہِ۔ تمہِ پتہٕ اَگن زاَلِتھ تتھ منٛز گیو ترٛاوُن تہٕ

آدھاراواج بھاگ آہوٗتی ژور، ویاہرتی آہوٗژ ژور، اشٹاویایہِ ہتی آٹھ، سارے مِلاوِتھ شُراہ آجاہوتی ودھوور یکجاہ دِتھ کرن پزٕ دھان ہوم شوٗرہٕ یِمو منترو ستی:

ॐ इह धृति: स्वाहा। इदमिह धृत्यै-इदन्न मम।।

یتھ گرس منٛز دأر چون برقرار روٗزِنے چھُس تمی وِیر ہُمان

ॐ इह स्वधृति स्वाहा। इदमिह स्वधृत्यै-इदन्न मम।।

یتھ گرس منٛز کوٗمبھس ستی لولہٕ وِیوہار کرُن ییٚژِنے چھُس تمی وِیر ہُمان

ॐ इह रति: स्वाहा। इदमिह रत्यै-इदन्न मम।।

میانہِ زنہِ نژُن پھیرُن ییٚژھن تمہِ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ इह रमस्य स्वाहा। इदं रमायि -इदन्न मम।।

نژُن پھیرُن ییٚتہِ دَے ییٚژھنے چھُس تمہِ ویرِ ہمان

ॐ मयि घृति: स्वाहा। इदं मयि धृत्यै-इदन्न मम।।

مےٚ ورس پٹھ دأر قائیم روٗزِن چھُس توٗے ہُمان

ॐ मयि स्वघृति स्वाहा। इदं मयि स्वधृत्यै-इदन्न मम।।

پتنہِ شرسٹھ دأرچہ ویر چھُس ہُمان

ॐ मयि रम: स्वाहा। इदं मयिरमायि -इदन्न मम।।

میانین پدارتھن منٛز لُطف باسہِ نے چھُس توٗے ہُمان

ॐ मयि रमस्व स्वाहा। इदं मयि रमायि -इदन्न मम।।सा मं प्र १। खं ३। मं १४।।

میانِسے سوٗنچس منٛز ہمیشہِ روز، چھُس تمی ویرِ ہُمان

یِمو منترو اکہِ اکہِ اُٹھ آجا آہوٗتی دِتھ:

ॐ आ न: प्रजां जनयतु प्रजापतिराजरसाय समनक्त्वर्यमा। अदुर्मंगली: पतिलोकमाविश शन्नो भव द्विपदे शं चतुष्पदे स्वाहा। इदं सूर्यायै सावित्र्यै इदन्न मम।।१।। ऋ मं १०। सू ८५। मं ४३।।

بجُر پتہِ زِنٛدِ روزنہِ باپتھ اِنصأفی دَے دیاوان
شوبھ گون کرٕمو، سو بھاوٕ سانٛہن شُرہن روٗزِن پزٕزلاوان
پزٕتھر سوکھ نوش پزٕاُتھ کوٗمبھس روٗزِن آنٛنٛد دِوان

رۄزِن وآرِیو گرس پنٕہ نِس مٔژ نوش سارِ سوکھسان
میٲنِس بِس تہٕ باقی مُنٛشن سوکھ رۄزِن دِوان
گاو گُپن رۄپ آگور چکشۄر پتی ہِنٛدِ دن سأمن لولہٕ مایہ سان

ॐ आघारेचक्षुरपतिघ्न्योधि शिवा पशुभ्य: सुमना: सुवर्चा:। वीरसूर्देवृकामा स्योना शन्नो भव द्विपदे शं चतुष्पदे स्वाहा। इदं सूर्यायै सावित्र्यै-इदन्नमम।।२।। ऋ मं १०। सू ८५। मं ४४।।

ورٕس ویرُوٗر کوبۄلی نہٕ کرن واجینٛز ہٕژ نظرٕ دِیہ نٕے بھگوان
شود انتاہ کرنو شوبھ گون کرٕمو رۄزِن نوش پھرٕسر دِوان
سو بھاوٕ کنٛز دژیس تہٕ وآرِیوکین روز ہٕژر منگل کانٛچھان
تھۄکھ سوکھی سیوایہ گاو گُپن بہٕ تہٕ روزے تتھے ورتاوان

ॐ इमां त्वमिन्द्र मीढ्व: सुपुत्रां सुभगां कृणु। दशास्यां पुत्रानाधेहि पतिमेकादशं कृधि स्वाहा। इदं सूर्यायै, सावित्र्यै-इदन्न मम।।३।। ऋ मं १०। सू ८५। मं ४५।।

ترٕیہٕ ویریک سگ دِنہٕ والہٕ زنہٕ ماہرینہٕ ہِنٛدِ بھگوان
وۄتھم پۄتھرٕ مأجی یہ ترٕے بناوُن چھُسے حُکُم دِوان
پأدٕ کر باگہٕ وان ترٕیہٕ خوش ڈول دٕہ سنتان
تمہٕ زیادٕ ینہٕ رۄزکھ کامنا ژٕ کران
دٕہ پۄتھر مأجی بنِتھ گِہم ورٕ رٕپھ ژٕ پرٕاوان
امہٕ زیادٕ مرن لوٕکٹہٕ نیرن خراب تہٕ کوبوٕ زوان

ॐ सम्राज्ञी श्वशुरे भव सम्राज्ञी श्वश्रुवां भव। ननान्दरि सम्राज्ञी भव सम्राज्ञी अधि देवृषु स्वाहा। इदं सूर्यायै सावित्र्यै-इदन्न मम।।४।। ऋ मं १०। सू ८५। मं ४६।।

مۄلِ میۄن ہٕہُر چوٗن، مأجی میأنٛز ہَش چأنٛز
بوے میۄن دژیُے چوٗن بیٚنہٕ میأنٛز زام چأنٛز
ژکرورتھ راژ ہیٚنز رأنی رٕپھ کر لٹھو رۄس ویوٕہار

بے ولیہِ لولہِ ملیہِ سمہٕار پرٕزلکھ لاگ سارِنے ہُنٛد غمخوار

یمو ژورو منترو گرٕہسن ژور آجا آہوٗتی، سوشٹکرت ہوم، اکھ اکھ وٕیاہرتی آہوٗژ ہنز ژور آجا آہوٗتی تہٕ پرجاپتی آہوٗتی اکھ کُل سأری مِلأوِتھ شےٚ آجا آہوتی دِنہٕ:

शे आज्याहुति दिथ:-

ओ३म् समञ्जन्तु विश्वे देवा: समापो हृदयानि नौ। सं मातरिश्वा सं धाता समु देष्ट्री दधातु नौ।। ऋ मं १०। सू ८५। मं ४७।।

گرٕہستھ آشرم رؤپ وِیٗر ییرٚنس زِٹھو أسی دوٚنوٕے تیار خوشی سان

پأنس ہیٚو شانت دِل سأنی اکھ أکِس پِٹھ مران

یِتھ دٚے چھُ زگہِ پأنس منٛز داران

تِتھٕ بسو اکھ أکِس منٛز أسی تہٕ لولہِ سان

अंह भो अभिवादयामि।।

یہٕ چھُس یابہ چھُس توٚہہِ نمسکار کران

دوٚنوٕے یِتھٕ پأٹھی ور ہِندِس بِس ماجہِ باقی زِٹھِین لولہِ ہۆت نمسکار کٔرتھ بیہن شوبھ آسنس پِٹھ۔ ماہرینٛ تہٕ ماہراز سوٚنہ زیورو بجتھ بیہن وامدیوگان تہٕ دٚے پُوز کرٕنہِ تہٕ سأری یم آمٕتی پٕرٛھی آسن، تم بیہن ایشور دھیانس منٛز تہٕ وٕنن ماہرِینہِ، ماہرازس مأرِلس آچارِیَس تہٕ برٛہمنس:

ओ३म् स्वस्ति भवन्तो ब्रुवन्तु।। आश्व गृ अ १। कृ ९ सू १५।।

توٚہی منٛگِو بھگوانس یِہنٛدِ باپتھ کلیان

تمہِ پتہٕ مول، آچاریہِ، وبدوان برٛہمُن کورِ ہِندِ مالِنیٚک تہٕ وأرِدِیک برٛہمُن پرِ ماہِ سان سوستی واچن پاٹھ تہٕ پتہٕ پرن سأری:

ओ३म् स्वस्ति। ओ३म् स्वस्ति। ओ३म् स्वस्ति।।

رٕچھن وول دٚے کرِنکھ سبھٕٹھاہ کلیان

یم شبدھ وٕنتھ کرن کارنٕد، بِس، پبترٕس، پچھنہِ بأیِن، مامن، نیٚمن، ماسوِین، پوپھن، پھوپھین، ماجہِ مامنِی، ماسن تہٕ باقی پورشن ٹھیک پأٹھی آدر ستکار۔ کھٕیاوِتھ تہٕ

چاۄتھ کرٕنکھ روٗخصتھ۔ تمہِ پتہٕ کھێن وِدھو ور کھیٚر یا وٕشے ترٛشنا روٗس دِنہٕ فاقہٕ تہٕ شاستر ریٖژ انۆسار کرن ژۄرِم دوہ گژ بھدان سنسکارُک سنٛز۔ امہِ پتہٕ کرن وأرِیو لولہٕ وِہۄہارٕ ستیٖ ہَش، ہٕہُر، زام، درٛیُے تہٕ کوٗٹمبکی باقی تہِ ودھو ہنٛز پۆزاتہٕ ستکار۔ پلوو تہٕ سونہٕ زیورو کرن نوشہِ خوش تہٕ سنتوشٹ۔ نوش تہِ کرِ تمن سارِنٕے پرٛسن۔ وأرِیو گرٕ ہتھ روزِ نوش پتی ورٛتا دھرم نبھاوان تہٕ پننہِ رٕژِ ووتھ بیٹھِ کرِ سارِنٕے ہُنٛد من پرٛسن۔ تسُنٛد ماہرازٕ تہِ تھوِ پننہِ زنہِ ہُنٛد خاص خیال تہٕ لولہٕ وِہۄہارٕ کنٛۍ تھوٚس خوش تہٕ سنتوشٹ۔



(وِواہ سنسکار ووت اَند)



# وان پرستھ آشرم سنسکار

پنژاہہ وُہرِ پتہٕ وان پرستھ آشرمک سمے چھُ اُکس منشس تیلہٕ یِوان ییٚلہٕ پوٚترس پوٚتر چھُ زیوان۔ تمہِ پتہٕ چھُ سُہ پننہٕ ترِیہ پوٚترس، بأیِس، رِشتہٕ دارس، نوشہِ گرِ حوالہٕ کران تہٕ پانہٕ چھُ جنگلس گژھنچ تیاری کران۔ یوٚدتہٕ ییٚژھبس، سو ہیکہِ تیٚلی ستی گژھتھ۔ نتہٕ چھُ سُہ زِٹھس پوٚترس ہدایت دِوان زِ ماجہِ گرِی زیو سیوا تہٕ پننہٕ نبن پننہٕ نبن زنانن شیکھا دِنہٕ باپتھ حُکم کران۔ تاکہِ تم ہمکن پننہٕ نبن زنبن سنتان دھرم انوٗسار کرٕم کرنأوِتھ تہٕ ہمکن آنند سان ییٚمہِ سنسأرِ اپور ترِتھ۔ پانہٕ کرِ جنگلس کُن پرٕستھان، ییٚتہِ سُہ یوٗگہ ابھیاسہ ستی آتماتہٕ پرآتماسُند گیان شاستر پرٕتھ موٗکھشچ وتہٕ منڈِتھ ہیکہِ منزلس واتتھ۔

یِس وان پرستھ آشرم دھارن آسہِ کرُن سُہ زالہِ اُگن تہٕ پرِ (اوم بھو بھوروا سودھا)، ایںت ادھم (سامأنی پژکرن) منترتہٕ باقی منترو دِیہ اُگنس گیوٚچ آہوژ۔

ॐ भूर्भुवः स्वर्द्यौरिव भूम्ना पृथिवीव व्वरिम्णा।
तस्यास्ते पृथिवि देवयजनि पृष्ठेऽग्निमन्नादमन्नाद्यायादधे।। य. अ. ३ म. ५ ।।

پرٕتھوی، سورگہٕ لوٗکس تہٕ تارا منڈلس ستہِ وبدوانو آکاش وبراجمان
ستہِ پننہِ بجرِ آتش فِشاں بالن منز پرٕتھوی آدھار آسان
بھسم کرن وول اُگنہٕ راز کِنکہٕ تہٕ توملہٕ سان
اُگنس ہمنہٕ باپتھ بہٕ یٔمن چھس اُگن زالان

یہ منتر پرٕتھ گژھِ لوکچہِ لوکچہِ ژ وشہِ ہبر یو تہٕ کوفوٗ رستی اُگن زالُن۔

ॐ अयन्त इध्म आत्मा जातवेदस्तेनेध्यस्व वर्द्धस्व चेद्ध वर्धय चास्मान् प्रजया पशुभिर्ब्रह्मवर्चसेनान्नाद्येन समेधय स्वाहा।। इदमग्नये जातवेदसे-इदन्न मम।।१।।

یَم ترٛوشہِ اُگنہٕ رازٕ چھِ چونٔے آدھار
یٚیمہِ کاٹھِ جل وونی گرٛہ پرٛوکھٹ اِظہار
دِم پوٚتھر، ذُری پوتھر، گاو، گیُن، اَن، یَش بڈاو مان
چھُم تہٕ پاٗنس باپتھ، چھِ پدارتھ جاٗنی، چھُس چانہٕ ویرِ ہُمان
یِمو منترو دِیہ اُگنس گیوٚچ آہوژ:

ॐ अदितेऽनुमन्यस्व

ہنسابے روٗس دِمٔے بوٗد ہی میانہٕ بھگوان

یِمو ژورو منترو سٟتی چھِ کونڈس اَندی اَندی پانژ لوٗ دِنہٕ۔ تمہِ پتہٕ چھِ آدھاراواج بھاگ آہوٗتی ژور، ویاہرتی آجا آہوٗتی ژور، سوستی واچن تہٕ شانتی کرن پاٹھ کرِتھ سِتھالی پاک (مچامہٕ: توٗمُل چھٔلِتھ گیوٚ تہٕ مودر برتراوُن تہٕ رنُن) بناوِتھ گیو رلاوِتھ تمچہِ آہوژ دِنی۔

ओं काय स्वाहा — سوکھ کانٛچھن واٗلی سٟندِ باپتھ چھُس پزٕی کرٛیا کران
कस्मै स्वाहा — سوکھ سوٚروٗپ سٟندِ ناوٕی چھُس پزٕی کرٛیا کران
कतमस्ये स्वहा — سبٕھا ہو منٛز چھُس ورتمان سٟندِ ناوٕی ست کرٛیا کران
अधिमाधीताय स्वाहा — پدارتھ ساٗری پرٛاونہٕ باپتھ چھُس یہ ست کرٛیا کران
आधीताय — ویدھا ہُر برپرٛتھ اندٕ گرٛہن چھُس ست کرٛیا کران
मन: प्रजापतये स्वाहा — منَس منٛز واس کرن وول دٟے سٟنزِ ویرِ چھُس ہُمان
चित्तं विज्ञातायादित्यै स्वाहा — زاٗنی گیان، یاداشت سیٚد کرن وول مَن تہٕ پرٛتھوی باپتھ چھُس ست کرٛیا کران۔

आदित्ये मह्ये स्वाहा। आदित्यै सुमृडीकायै स्वाहा।

پرٛتھوی سٟنزِ ویرِ چھُس ہُمان۔ وِناش روٗس یا کوٹُبل باوٕ روٗس واٗنی، سوکھ دِنہٕ واجیٚن ماجہِ ہٟنزِ ویرِ چھُس ست کرٛیا کران۔

| | |
|---|---|
| सरस्वत्यै स्वाहा | شیرٕنٛزٕ کلام باپتھ چھُس ہُمان |
| सरस्वत्यै पावकायै स्वाहा | گیانہٕ برِتھ وٲنی ہٕنٛز ویرِ چھُس ہُمان |
| सरस्वत्यै वृहत्यै स्वाहा | بڑٕبن وید وانن ہٕنٛز ہٕش وٲنی باپتھ چھُس ہُمان |
| पूष्णे स्वाहा | پوٚچھر دِنہٕ وٲلی ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| पूष्णे प्रपध्याय स्वाहा | آرام یِگی جان بُوٗزن تہٕ پوٚچھرِ باپتھ چھُس ست کڑیا کران |
| पूष्णे नरन्धिषाय स्वाहा | منُشن یُس وو پدیٚش دِوان، تس پوٚچھر دِنہٕ وٲلی ہٕنٛدِ ناوٕ چھُس ہُمان |
| त्वष्ट्र स्वाहा | پرٛکاش دِنہٕ وٲلی ہنٛزِ ناوٕ چھُس ست کڑیا کران |
| त्वष्ट्रे तुरीपाय स्वाहा | ناون ہُنٛد رکھیٚک تہٕ پرٛکاش دِنہٕ وٲلی دٕے ہنٛزِ ناوٕ چھُس ہُمان |
| त्वष्ट्रे पुरुपाय स्वाहा | سبٕھو روٗپو پرٛکاش دِنہٕ وٲلی ہنٛزِ ناوٕ چھُس ست کڑیا کران |
| भौवनाय स्वाहा | یِرٕلوٗکی شوبھ کڑیا یو باپتھ چھُس ہُمان |
| भुवनस्य पतये स्वाहा | سنٛسارس پالن ہار ہنٛدِ ناوٕ چھُس یہٕ ست کڑیا کران |
| अधिपतये स्वाहा | سارِنے ہیچھناون وٲلی ہنٛزِ ناوٕ چھُس شوبھ کڑیا کران |
| प्रजापतये स्वाहा | سارِسے پرٛزاہِ پالن پوشن کرن وٲلی ہنٛزِ ناوٕ چھُس ست کڑیا کران |

ॐआयुर्यज्ञेन कल्पताम स्वाहा دٕے تہٕ زِٹھِن ہٕنٛدِ دھرمہٕ میلہٕ متی کرم، ویدھایہٕ سان رٛژو کڑیا یو زوٗ زوٗنٛچ روز ژٕ زٕہو یژھا کران چھُس تمچہٕ ویرِ ہُمان

ॐ प्राणो यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

زِنٛدٕ روزنُک مۄل کارن چھُ پرٛان وایو آسان
رٕژو کرٛیایو یُتھ گژھہ ابھیاسہٕ روزٕ پرٛان سنٛداران

अपानो यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

یُس ہَوا دوٗکھن ناش کرِتھ سوٗکھی بناوان
رٕتہٕ مطلب رٕژِ کرٛیایہِ روٗزِن نبر نیران

ब्यानो यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

سارِنٕے جوڑن منٛز ؤیاپک ہوا یُس شریر پکناوان
رٕتہٕ وِزِ رُت کرِن تمی ویرِ چھُس ہُمان

उदानो यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

سارِنٕے انگن منٛز ؤیاپک یُس شریر پکناوان
شوبھ کرٛم باپتھ ہوپچ ویرِ چھُس ہُمان

समानो यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

انگ انگ یُس اَن واتناوِتھ پوٚچھر دِوان
چھُس تتھ سمان ہَوپکی ناوٕ اگنس ہُمان

चर्क्षु यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

دٔرشن شکھتی ہنٛدی مۄل کارن چھِ نیتھر آسان
نٕرُگ اچھو وُچھِنچویرِ چھُس ست کرٛیا کران

श्रोत्रं यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

رُت تہٕ شوبھ بوزٕنکی ناوٕ چھُس ہُمان

वाग्यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

رُت واکھ، وٕژن تہٕ مودٕر وانی باپتھ چھُس ہُمان

मनो यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

انتاہ کرنن ہنٛزٕ شودی باپتھ چھُس ہُمان

आत्मा यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

پرٛانن ستی وۄتم سمبندھ کٔرِ روزٕ زِندگی سواران چھُس توٚے ہُمان

ब्रह्मा यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

ژور وید زانُنہٕ باپتھ وۄتُم کرٛیا یِمچ کرنہٕ باپتھ چھُس تمی ویرِ ہُمان

ज्योतिर्यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

چھُس یِکبن ہُمنہٕ کِنۍ پزٕ زلوِنۍ زِندگی منگان چھُس تمی ویرِ ہُمان

स्वर्ययज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

پرٛانایام تہٕ یوٗگ ابھیاس کِنۍ روزٕ بہٕ دے وتھ پرٛاوان چھُس تمی ویرِ ہُمان

पृष्ठं यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

پزٕ البدھ کرٛم، سنسکر مو روزٕ سوپھل بناوان چھُس تمی ہُمان

यज्ञो यज्ञेन कल्पताम स्वाहा।

وۄتُم کرٛیا یو وأتن یِکن اند چھُس تمی ویرِ ہُمان

एकस्मै स्वाहा।

بکھتی کِنۍ روزٕ ست کرٛمو کِنِس دِیس گاران چھُس تمی ویرِ ہُمان

द्वाभ्यां स्वाहा।

سکھا باو کِنۍ زبوس تہٕ پرم برٛہم ہِندِ رِشتہٕ باپتھ ہُمان

یا کاریہٕ تہٕ کارن نأوِ چھُس ہُمان

शताय स्वाहा।

نانا پزٕ کأرِ تہٕ قودرتی پدارتھن ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

एक शताय स्वाहा।

اکھ ہتھ تہٕ اکھ ویوہار یا پدارتھن ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

व्युष्टयै स्वाहा।

أگنِس منٛز شۄلہٕ وِنۍ پدارتھن زالنہٕ باپتھ وۄتُم کرٛیا کرنٕکی نأوِ چھُس ہُمان

स्वर्गाय स्वाहा।

سوکھ بوٗگہٕ نٕکی نأوِ چھُس وۄتُم کرٛیا کران

اکہِ اکہِ یمو منترو تیتأجی 43 مچانٕچ، آہُوژ دِتھ، پتہٕ وِیاہرتی آہُوژ ژور دِتھ، سام گان پرٕتھ سار، نے وارٕ پأٹھی مِیلِتھ، ہون سامگری ہتھ کرِ جنگل کُن پرستھان۔ پتہٕ

سُہ شاسترن پٹھ وِچار، مہاتماہَن ہٕتؠ سنگ کُرِتھ، سوامی رٕپھ پرماتما سُنٛد ساکھیا تکار کرٕنٛچ کوٚشِش کُرِتھ پٔنٛن زنم سوپھل ہیٚکہِ کُرِتھ۔

یہِ وان پرٛستھ آشرم دھارن کرنٕک مطلب چھُ یہِ زِ منشس پزِ پنٕنٛز زِندگی، شریٖر پرٛان دٕہ یٔندرے، انتاہ کرن تہٕ یُس تہِ وۄتھم یا موٗلل ساگری آسبس سُہ یکیس سمرپت کرُن۔ یٖیمہِ ہٕتؠ سُہ پاپو روٗس پرماتما ہٕنٛز وتھ۔ پرٛاوِتھ یٖیمہِ زنمہٕ تہٕ بیٚیہِ زنمہٕ تہِ سوکھ پرٛاوِ۔ تس پزِ بھکتی سٕنٛز پرماتما پرٛتھ کُنہِ کرٛمس ہٕتؠ تھٕوِتھ لوٚکہٕ سیوا تہٕ تمن لول برٕنٛچ وتھ پانہِ راوٕنٕ۔



(وان پرٛستھ آشرم سنسکار ووت انٛد)



# سنیاس سنسکار

موہ، لۄب تہٕ طرفدٲری ہُند پاش ژٕٹتھ یُس مُنش اتھ اوستھایہِ منز پڑتھ زٕپوس منز کُن بھگوان ڈیئشتھ پریوپکاڑک کمر گنڈِتھ چھِ ونان سنیاس۔ یہِ سنیاس آشرم چھِ ہبکان پاستھ ؤہرِ پتہٕ بنتھ۔ گرس منز بہتھ ہیکہِ مُنش سنیاس جامہٕ لاگنےٚ ءکنٕ سنیاسی بٔنتھ تہٕ پنٕن زنم سنوٲرِتھ۔

ادھرم کارتٕ اوٕنی تہٕ شرٹھ کرمن کُن پانے پھیرنس چھِ سنیاس کرٕم ونان۔ یُس سنیاسس کُن پرورتھ گژھِتس چھِ سنیاسی ونان۔ سنیاسی چھِ ترٛیہ قسمو آسان:

۱۔ برٛہمچاری وژت پۄرٕ کٔرِتھ دارِ گرہستھ آشرم تمہِ پتہٕ وان پرٛستھ تہٕ تمہِ پتہٕ سنیاس۔ اتھ چھِ ونان سوتاسبد یا کرٕم سنیاس یا زٕندٕگی ہنٛدی مرحلہٕ سٲری پرٛاوِتھ پتہٕ نٕس سمیٚس پتھ بجرس منز سنیاس پرٛاوُن۔

۲۔ ییٚمہِ دوہ دزٕژھ یا پزٕ پاٹھی وٲراگ اکھ مُنش پرٛاوِ۔ اگر تمی وان پرٛستھ آشرم تہٕ آسہِ نہٕ دورمُت، سُہ ہیکہِ سیٚدٕ گژھ آشرم پتھے سنیاس آشرم گرٛہن کٔرِتھ۔ تکیازِ دزٕژھ وٲراگ تہٕ گیانٕچ چھُ واٲحِد کارن سنیاس آشرمک۔

۳۔ یوٚد برٛہمٲری وژتس منز پزٕ وٲراگہٕ برٛہمچاریس گیانہٕ، ویراگہٕ پرٛاوِتھ یژھایہِ دِلہٕ منز غاب سپدن۔ طرفدٲری روٗس سارِنے وو پکار کرِنٕچ یژھا پاٗدٕ سپدِ بس تہٕ دزٕژھ نیٚشچے کرِ، زٕ مرنہٕ برٛونٹھ برٛہمچاری آشرم پتہٕ نمہٕ بہ سنیاس سُہ برٛہمچاری نہٕ کرِ کھاندر نہٕ پھسہِ گرٛہستھ آشرمکین بندھنن منز، نہٕ کرِ وان پرٛستھ آشرم دارن، بلکہ برٛہمچاری وژت پۄرٕ کٔرِتھ کرِ سنیاس آشرم دارن۔

یُس زٕپو سنیاس نٕین یژھِ، خوش دِل رٕتہٕ نکھیتر رٕتہٕ ساتہٕ ترٛن دوہن لگاتار صرِف دود چیتھ درِ فاقہٕ۔ پتھرٕ پتھ ہیٚیہِ شونٛگن۔ پرٛنایام، دھیان تہٕ ایکانتس

منز کرِ اومکارُک زپھ۔ ویدی انُوسارانہِ ہوَن سامگری تہٕ گیوٗ۔ تمہِ پتہٕ ژوٗرمہِ دوہ ووتھِ راَ ژ ہنٛدِ پتمہِ پہٕرِ تہٕ شران دیٛان گرِتھ زپہِ اومکار۔ سرِ یہِ کھسنہٕ وِزِ وبدوانن ہُنٛد ورُن گرِتھ یا جامہٕ پرِتھ کرِ، سامانٛی پزٕکرن سوستی پاٹھ تہٕ شانٛتی پاٹھ۔ اَگن زاَلتھ دِیہِ اَگن کونٛڈس اَندی اَندی پانٛچ لوِ۔ آدھاراواج بھاگ آہوٗتی ژور، ویٛاہرتی ژور دِتھ پرِ یہِ منتر:

ॐ भुवनपतये स्वाहा।।

تژ بھوٗنکی سوامی چھُہ سے چانہِ ویرِ ہُمان

ॐ भूतानां पतये स्वाहा।।

پانٛچ مہابھوٗتن ہنٛدِ پالنہار، چانہِ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ प्रजापतये स्वाहा।।

زیٛون ہُنٛد پالنہار دَے ہسزِ ویرِ چھُس ہُمان

اکھ اکھ منتر پرِتھ آجا آہوٗتی دِتھ، کاہو منترو گرٛٹھ دویو وبدوانو سان سنیاس الگ بتہٕ رنُن تتھ ستیٖ گرٛٹھِ گیوٗ رلاوُن تہٕ سنیاس یَس نیُن آسہِ سُہ تہٕ بیٚیہِ ز وبدوان دِن تمہِ پانٛچ آہوژ تہٕ باقی شرسٹھ پورش تہٕ دِن ستیٖ ستیٖ گیوٗ آہوژ ہوَنس۔

ॐ ब्रहम होता ब्रहम यज्ञो ब्रहमणा स्वरवो मिता:।
अध्वर्युर्ब्रह्मणो जातो ब्रह्मणोऽन्तर्हितं हवि:।।११।। अथर्व कां १९।सू ४२।मं १।।

ویدو کِنی دَے سُنٛد سوٗروٗپ زانہٕ پوان
یِلکِ ویدایک بیٚیہِ تھم ویدٕے چھِ آسان
یجُر ویدُک زانٛی کار چھُ زیٛوس ویدٕے بناوان
ہُمنہٕ یِکی پدارتھ ویدن منز بسِتھ آسان

ॐ ब्रहम स्त्रुचो धृतवतीर्ब्रहमणा वेदिरुद्धिता।
ब्रह्म यज्ञश्च सत्रं च ऋत्विजो ये, हविष्कृत:। शमिताय स्वाहा।।२।।

अथर्व का १९।सू ४२।मं २।।

گیوٗ آہوژ دِنکی سادھن، ہتکاَرِ ویدی، ویدو وٗنی ستیٖ
نانا پرضکاَرِ لوٗکٕ بڈِ ہوَن ساَری وہو وبھناَی ستیٖ

ہَن ہمن وأکی پنڈِت پے پرِد ویدو کری متی
شأنتی دِنہٕ وأکی وید وپدیشو نأوی ست کرِیا کران

ॐ अंहोमुचे प्रभरे मनीषामा सुत्रावणो सुमतिमावृणानः इममिन्द्र प्रति हव्यं गृभाय सत्यास्सन्तु यजमानस्य कामाः, स्वाहा।।३।। अथर्व का १९। सू ४२। मं ३।।

دوکھ پاپھ دوٗر کرن والہٕ پالن والہٕ ہی ٹاٹھ بھگوان
دھنہٕ پنہٕ ژوٗ پنجل بود پٔنز ژےٚ کُن چھس لاگان
رچھن وأرِس دَیس نِش سو بود پرٛاوِنی چھس یژھان
ہوٚنکی پدارتھ دھارن کرِتھ روزِ منہٕ کامن سیٚد کران

ॐ अहोमुच वृषभं यज्ञियानां विराजन्तं प्रथमध्वराणाम्।
अपां नपातमश्विना हुये धियेन्द्रेण म इन्द्रियं दत्तमोजः, स्वाहा।।४।।
अथर्व का १९। सू ४२।। मं ४।।

دوکھن پاپھن یُس گالان، یگین، یگی پدارتھن منز وبراجمان
گورن، بس، ماجہٕ وبدوانن منز یُس سبٹھاہ شرسٹھ آسان
زلس خوشک کرن وول پرٛان وایو بود بلہٕ رژ رنگ پرٛن کران
بخشِمت دَیَن مےٚ آتمہٕ بل، شمہٕ دمہٕ تیز پرکاشہٕ سان

ॐ यत्र ब्रह्मविदो यन्ति दीक्षया तपसा सह। अग्निर्मा तत्र नयत्वग्निर्मेधां दधातु मे। अग्नये स्वाहा।।५।। अर्थ का १९। सू ४३। मं१।।

کٹھِن تپ تہٕ سنیاس نیمہٕ پالنہٕ کٔنی اِنسان
دَے زانن وأکی یمہٕ زبو چھِ برٛہم لوٗک پرٛاوان
واتناوِن میٚہ تہٕ تتھی پدس کرٛپایہٕ بھگوان
چھس تمی یتھ أگنس آہوژ دِوان

ॐ यत्र०। वायुर्मा त~~त्र~~ नयतु वायुः प्राणान दधातु मे।
वायवै स्वाहा।। इदं वायवे - इदन्न मम।।६।। अथर्व का १९। सू ४३। मं २।।

چھُ ہوا دِبو پرٛانن مےٚ بوچھر بخشان
چھس پرٛانن بوچھر دِنہٕ باپتھ أگنس ہمان

ॐ यत्र। सूर्यो मा तत्र नयतु चक्षु स्सूर्यो दधातु मे सूर्याय स्वाहा। इदं सूर्याय - इदन्न मम।।७।। अथर्व का १९। सू ४३। मं ३।।

پڑزلوٕنی سریہٕ زٕژو چھُ زگت پڑکاش پڑاوان
بخشِن میانِن أچھن گاش تمی چھُس ہُمان

ॐ यत्र। चन्द्रो मा तत्र नयतु मनश्चन्द्रो दधातु मे।
चन्द्राय स्वाहा।। इदं चन्द्राय - इदन्न मम।।८।। अथर्व का १९। सू ४३।मं ४।।

ژٕندرم شیتل، شُہُل امرِتھ رؤپ رس بأگران
منَن شانتی دِیہٕ میہ تہٕ چھُس توٕے ہُمان

ॐ यत्र०। सोमो मा तत्र नयतु पयः सोमो दधातु मे।
सोमाय स्वाहा।। इदं सोमाय - इदन्न मम।।९।। अथर्व का १९। सू ४३।मं ५।।

یِتھ سوملتا شانٛتی رؤپ دود پدارتھن بأگران
بخشِن میہ تہٕ شانٛتی چھُس سوملتا جڑِ منگان

ॐ यत्र०। इन्द्रो मा तत्र नयतु बलमिन्द्रो दधातु मे।
इन्द्राय स्वाहा।। इदमिन्द्राय - इदन्न मम।।८।। अथर्व का १९। सू ४३।मं ६।।

ایشوریہٕ بۆرُت پرمیشور زٕبون بل بخشان
بخشِن میہ تہٕ بل چھُس توٕے ہُمان

ॐ यत्र। आपो मा तत्र नयन्त्वमृंत मोपतिष्ठतु अद्भ्यः स्वाहा।।११।।
इदमद्भ्यः - इदन्न मम।। अथर्व का १९। सू ४३।मं ७।।

زگتُک کارن سۆکھشم تتو رؤپ بھگوان
امرِتھ رؤپ مُکھی دامُک دِیم وردھان

ॐ यत्र० बृहमविदो यांति दीक्षया तपसा सह। ब्रह्मा मा तत्र नयतु ब्रह्मा दधातु मे ब्रह्मणे स्वाहा।।१२।। इदं ब्रह्मणे-इदन्न मम।। टर्वि का १९। स ४३। मं ८।।

یِتھٕ سنیاس تہٕ تپہ کٔرِ برٛہمس زٕبو زانان
تِتھٕ ژورن ویدن زانن وول روٗزِن میہ تہٕ گیان دِوان

ॐ प्रागापान व्यानोदानसमाना मे शुध्यन्ताम्। ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयासं स्वाहा।।१।।

پڑان، اپان، ویان، اُدان، سمان، ہَوہو سان

پرانایم کِنز گژھن شود میانی پانژھ پڑان

روجوگون، تموگون بیٚیہ زگہِ بنٛدھنو رٔوس تھٲون

گوٚژھُس موکلُن پاپو نِش دَے کرٕ پایہ بۆزِن

ॐ वाङ्मनश्चक्षुः श्रोत्रजिह्णाघ्राणरेतोबुद्धया कूतिसंकल्पा मे शुध्यंन्ताम्। ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयास गं स्वाहा।।२।।

وأنی مَن نیٚتھر، کن، زیوٚ، نَس، بود بل سنکلپ، لکھش سان

زگت بنٛدھنو موکہِ لاوتِھ سارے یٮ۪ندریے مےٚ شود دَے کرٕ پایہ روٗزِن کران

ॐ शिरः पाणि पादपृष्टोरूदरजं घाशिनोपस्थपायवो मे शुध्यन्ताम्। ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयास गं स्वाहा।।३।।

کلہِ پٹھ کھورن تانی ساریٖ انگو سان

گرٔھن مےٚ سأری شود دَے روٗزِن میٚہربان

ॐ त्वकचर्ममान् सरुधिरमेदोम ज्जस्नायवोऽस्थीनि मे शुध्यन्ताम्। ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयास गं स्वाहा।।४।।

کیٚہی کرٔیل، گرٔد، ویٚشی، پھکہِ، مل، مُتر سان

رگو خوٗن وس ترٛژھ اُڈرِجہ روزُم شود تھوان

ॐ शब्द स्पर्श रूप रस गन्धा मे शध्यन्ताम। ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयास गं स्वाहा।।५।।

شبدھ سُپرش رَس رٗوپ گندھ گیانہِ یٮ۪ندریے روٗزِن پڑزلان

گیانہِ یٮ۪ندرین ہندی ویٚشے شود سپدن چھُس توٚے ہمان

ॐ पृथिव्यप्तेजोवाय्वाकाशा मे शुध्यन्ताम्। ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयास गं स्वाहा।।६।।

پرٛتھوی آکاش پونی ہَوا بیٚیہ اَگن سان

روٗزِن مےٚ شودی کران توٚے چھُس ہمان

ॐ अनामय, प्रानमय मनोमया विज्ञानमया आनन्दमया मे शुध्यन्ताम्। ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयास गं स्वाहा।।७।।

اَنمے، پڑانامے، منومے، وگیانمے، آنندمے سان
پانژوے کوش اَسن مےٚ پٹھ میہربان

ॐ विविष्टयै स्वाहा।।८।।

وبدوانن تہٕ پرمیشور سٕنٛزِ ناوِ چھُس ہُمان

ॐ कषोत्काय स्वाहा।।९।।

زگتک گوڈ منز تہٕ اَندر رۄپ دَے سٕنٛزِ ناوِ چھُس ہُمان

ॐ उतिष्ठ पुरूष हरित, लोहित पिंगलाक्षि देहि देहि दापयिता मे शुध्यन्ताम्। ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयास गं स्वाहा।।१०।।

سأری جنجٹ، ویٚکن دۄر کرن والہٕ آتما رٕپھ بھگوان
رجو گونہٕ کانکھیا تہٕ ترٛشنا پادٕ کرن والہٕ آتم بھگوان
آلُشہ نیٚندر ترٛاُوِتھ گژھہٕ بیدار روز انۆگژہ باپتھ وِیۆگ کران
گیان دِنہٕ والہٕ دِم گیان، ییٚمہٕ ستی ورتھ روزِم شود سپدان

ॐ स्वाहा मनोवाक्काय कर्माणि मे शुध्यन्ताम्। ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयास गं स्वाहा।।११।।

اوم شبدہ رۄپ مالہٕ روزِ دَیس نأوی ترٛاوان
منہٕ وأنی شریر کرٕم شود سپدنہٕ باپتھ ہُمان

ॐ अव्यवक्त भावैरहंकारैज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयास गं स्वाहा।।१२।।

یم باو چھُنہٕ زٕہو پرٛکھُٹ نیٚترو ڈیٚنشان
اہنکار مد دۄشو رۄس پرٛکاش باپتھ ہُمان

ॐ आत्मा मे शुध्यताम्। ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयास गं स्वाहा।।१३।।

آتمامیون شود سپدِن چھُس توٚے ہُمان

ॐ अन्तरात्भा मे शुध्यताम्। ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयास गं स्वाहा।।१४।।

من میون سپدِن شود چھُس توٚے ہُمان

ॐ परमात्मा मे शुध्यताम ज्योतिरहं विरजा विपाप्मा भूयासनंस्वाहा।।१५।।

پرماتما رۆزِن مےٚ پٔژھ خوش، شودی مےٚ رۆزِن کران

یمو پندہو منترو گژھِ بتہٕ ستیٚ آہوژ اکہِ اکہِ دِنۍ۔ تمہِ پتہٕ چھِ پانژترٕ ۳۵۰ آہوژ گیوٗچھہِ دِنہٕ۔

ॐ अग्नये स्वाहा: پرٛکاش سۆروٗپ دؠ‌ے ہنٛزِ ناوٕ چھس ہُمان

ॐ विशवेम्यो देवेम्य स्वाहा سارِنٕے وبدوانن ہِندِ ناوٕ چھس ہُمان

ॐ ध्रुवाय भूमाय स्वाहा روزوٗن تہٕ پوشہِ وٗن سوکھ باپتھ ہُمان

ॐ धुवक्षितये स्वाहा روزِ وٗن گیانی ایشور ہنٛزِ ناوِ چھس ہُمان

ॐ अच्युतक्षितये स्वाहा کُنی پاوٕ زُگتس منٛز بسان چھس تس دؠ‌ے ہنٛزِ ناوٕ ہُمان

ॐ अग्नये स्विष्टकृते स्वाहा اگن دیوٕ سوکھٕ دِوان چھس تسنٛزِ ناوٕ ہُمان

ॐ धर्माय स्वाहा کرتویہِ تہٕ کرم سیدٕ سپدن چھس توٕے ہُمان

ॐ अधर्माय स्वाहा کوکرٛیایہِ ہٕن ست کرٛیایہِ چھس توٕے ہُمان

ॐ अद्भ्य: स्वाहा پاݨ آگرن ہنٛزِ ویرِ چھس ہُمان

ॐ औषधिवनस्पतिभ्य: स्वाहा اوشدھن تہٕ جُڑٕین باپتھ ہُمان

ॐ रक्षादेवजनेभ्य: स्वाहा: تکھِتین تہٕ دیوٕ سوبھاوکین راچھ ہنٛزِ ویرِ چھس ہُمان

ॐ गृहाभ्य: स्वाहा گرس بکار یِنہٕ والؠ چیزن باپتھ ہُمان

ॐ अवसानेभ्य: स्वाहा ایکانت جایہِ یا مرنٕچ ویرِ چھس ہُمان

ॐ अवसानपतिभ्या स्वाहा مہاکال ہنٛزِ ناوٕ چھس ہُمان

ॐ सर्वभूतेभ्या स्वाहा سارِنٕے پرٛانین باپتھ چھس ہُمان

ॐ कामाय स्वाहा کامنایہِ ناوٕ چھس ہُمان

ॐ अन्तरिक्षाय स्वाहा انتریکش پدارتھو ناوٕ چھس ہُمان

ॐ पृथिव्यै स्वाहा پرٛتھوی ہِندۍ پدارتھو ناوٕ چھس ہُمان

ॐ दिवे स्वाहा — پرٕکاش رٕپھ پرماتماہسنٛز ناؤو چھُس ہُمان

ॐ सूर्याय स्वाहा — سِریہٕ بھگوان ہسنٛز ناؤو چھُس ہُمان

ॐ चन्द्रमसे स्वाहा — زُونہٕ ماجہِ ہنٛدِ ناؤو چھُس ہُمان

ॐ नक्षत्रेभ्या स्वाहा — نکھیترن ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ इन्द्राय स्वाहा — اِیش تہٕ اشرتھ دِنہٕ واجین بجلی ہنٛدِ باپتھ ہُمان

ॐ ब्रहस्पतये स्वाहा — آچاریہٕ ہسنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ प्रजापतये स्वाहा — راژٕ ہسنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ ब्रहमणे स्वाहा — سرٕو وِیا پک دَے ہسنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ देवेभ्या स्वाहा — وبدوانن یا زِٹھبن ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ परमेष्ठिने स्वाहा — پویتھر جایہِ روزن والین ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ तदब्रह्म स्वाहा — سُے چھُ پرم برٛہم چھُس تسنٛزِ ویرِ ہُمان

ॐ तद्वायु स्वाहा — سُے چھُ بلہٕ وان تہٕ زٕٹھ آے، چھُس تسنٛزِ ویرِ ہُمان

ॐ तदात्मा स्वाहा — سُے چھُ آتما، چھُس تسنٛزِ ویرِ ہُمان

ॐ तदसत्यम स्वाहा — سُے چھُ پرم پوٚز چھُس تسنٛزِ ویرِ ہُمان

ॐ ततसर्वम स्वाहा — سُے چھُ سورُے، چھُس تسنٛزِ ویرِ ہُمان

ॐ तत्पुरोनमः स्वाहा — تس پرم برٛہمس میٚون نمسکار

ॐ अन्तश्चरति भूतेषु गुहायाँ विश्वमूर्तिषु। त्वं यज्ञस्त्वं वषट्कारस्त्वमि गं रुद्रस्त्वं विष्णुस्त्वं ब्रह्म। त्वं प्रजापतिः त्वं तदाप आपोज्योतिरसोऽमृत भूर्भुवः स्वरों स्वाहा।।५०।।

مَن رۄُپ گوپھہِ منٛز زیون منٛز یُس وبراجمان
یُگی وشٹرکار، اِندر، رۄُدر، وِشنو، پرٕم برٛہم سان
راژٕ، زل، جوٗتی، رَس، امرِتھ تہٕ بیٚیہ برٛہم گیان
بھو، بھواہ، سواہ، پرٕلنہٕ رۄُپ دوکہٕ ناشکس زانان

یمو پنژٕ اہومنترو دِیہِ آجا آہوتی سنٛیاس ہٕنہٕ وول پورش۔ پانژھ شےٚ مسوال تژاوِتھ مُنڈن سنسکارس منز لیکھتھ ویدھی مُطأبِق دأرٕتھ، گوٚنٕہ، مَس کژِتھ کرِتران۔ تمہٕ پتہٕ پرِ ۱۰۷ لٹہِ پورش سوٗکتکی منتر۔ آژمن تہٕ پرٛانایام کرِتھ گلِی گنٛڈِتھ کوٗنڈس بُتھِ کنہِ أچھن اتھ لاگِتھ منہٕ ستی کرِتھ پأٹھی شِمِن منترن ہُنٛد زپ۔

| | |
|---|---|
| ॐ ब्रह्मणे नम: | سرو ودیا پک دَیس چھُس نمان |
| ॐ इन्द्राय नम: | اِشوریہِ وان بجلی چھُس نمان |
| ॐ सूर्याय नम: | تیز وان سریہِ دیوس چھُس نمان |
| ॐ सोमाय नम: | شیٖتل ژٔندرس چھُس نمان |
| ॐ आत्मने नम: | آتم سوٗروٗپ دَیس چھُس نمان |
| ॐ अन्तरात्मने नम: | اناتہ کرنن چھُس نمان |
| ॐ आत्मने स्वाहा: | آتمہٕ سوٗروٗپ دَے ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| ॐ अन्तरात्मने स्वाहा: | شود اناتہ کرنن ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| ॐ परमात्मने स्वाहा: | پرم آتما دَے ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| ॐ प्रजापतये स्वाहा: | راژٕ تہٕ سرشٹی ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |

یمو ژورو منترو آجا آہوتی دِتھ چھُس سنٛیاس ہیٚنہٕ وأٹس مدھو پرکھ کژیا کرٕنی۔ تمہٕ پتہٕ پرٛانایام کرِتھ:

ॐ भू: सावित्रीं प्रविशामि तत्सवितुर्वरण्यम्। ॐ भुव: सावित्रीं प्रविशामि भर्गो देवस्य धीमहि। ॐ स्व: सावित्रीं प्रविशामि धियो यो न: प्रोचदयात्। ॐ भूर्भुव: स्व: सावित्रीं प्रविशामि तत्सवितुर्वरेण्यं भर्गो देवस्य धीमहि धियो यो न: प्रचोदयात्।।

پرٛانن ہُنٛد پرٛان سوٗرے وۄپداون وول دَے پرٛکاشوان
دھیان کرنہٕ یگی سُنٛد، چھُس کران تھبر دھیان
ووتم گون کرٕمن ہنٛزِ ویرِ چھُس تس اناتہ کرنو کنی داران

يُس کامنا کرن یگی، سوکھ سوٚروٗپ، پأدٕ کرن وول پانہٕ بھگوان
رٕژِ وتہِ گُن چھُ سائی بود سُے ہمیشہِ لاگان
پرٛانن ہُنٛد پرٛان سرٕو ووہپدایک دَے منہِ منٛز چھُسن داران
اِیشوریہِ دِنہٕ وول، کامناتہٕ دھیٛان کرنہٕ یُگی سوکھ دایک بھگوان
رٕژن کامین گُن بودِ لاگان تَوے منہِ چھُسن داران

اَنٛدری چھِ یم منتر زِینہٕ:

ॐ अग्नये स्वाहा।। اَگنہٕ راژٕ ہنٛزٕ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ भू: प्रजापतये स्वाहा।। ॐ پرٛانن ہِنٛدِ پرٛان دَیہِ ناوِ چھُس ہُمان

ॐ इन्द्राय स्वाहा।। اِیشوریہِ وان بجلی ہنٛزٕ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ प्रजापतये स्वाहा।। پرجاپالک ہنٛزٕ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ विशवेभ्य: स्वाहा।। ॐ سارِنے دیوٗن تہٕ پرٛتھوی ہِنٛد بن وبدوانن تہٕ زِٹھین ہنٛزٕ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ ब्रहमणे स्वाहा।। سرٕو ویٛاپک دیہِ ہنٛزٕ ویرِ چھُس ہُمان

ॐ प्राणाय स्वाहा।। پرٛان وایو خأطرٕ چھُس ہُمان

ॐ अपानाय स्वाहा।। اپان وایو باپتھ چھُس ہُمان

ॐ व्यानाय स्वाहा।। ویٛان وایو باپتھ چھُس ہُمان

ॐ उदानाय स्वाहा।। اُدان وایو باپتھ چھُس ہُمان

ॐ समानाय स्वाहा।। سمان وایو باپتھ چھُس ہُمان

یِمو منترو گوڈٕ اَگنس آجا آہوتی دِنہٕ:

ॐ भू: स्वाहा:-

پرٛانن ہِنٛدِ پرٛان اِیشور ہنٛزٕ ویرِ چھُس ہُمان
یِمہِ منترٕ ستی چھِ پوٗرن آہوتی دِنی۔

ترٛیِہ قسمہٕ موہ تیاگ:

ॐ पुत्रैषणायाश्च लोकैणायाश्चोत्थायाथ भिक्षाचर्यं चरन्ति। श काँ १४।।

پۆتھر، دھن تہٕ یَش موہ ترٛاٗوِتھ یُس بیکھایہٕ نیران

سُہ چھُ دٔے ووپدیشہٕ کٔنٛز لۄکن دِوان ابھے دان

ॐ पुत्रेषणा वित्तैषणा लोकैषणा मया परित्यक्ता मत्तः सर्व भूतेभ्योऽभयमस्तु स्वाहा।।

پۆتھر، یَش تہٕ دھن یژھایہٕ چھُس ووٚنۍ بہٕ ترٛاوان

یێتہِ یور بہٕ سنٛیاس زیٛون دِوان روزٕ ابھے دان

یہِ منتر پٔرتھ دِیِہ سارِنے برٛونٛٹھ کنہٕ پرٛتھوی پێٹھ پانٛچ لۄتمہٕ پتہٕ پانٛ رژھارٕ ٹتھ پور گٔن تھۆودٕ اِتھ پرِ:

ॐ भूः सावित्रीं प्रविशामि तत्सवितुर्वरेण्यम्। ॐ भुवः सावित्रीं प्रविशामि भर्गो देवस्य धीमहि। ॐ स्वः सावित्रीं प्रविशामि धियो यो नः प्रोचदयात्। ॐ भूर्भुवः स्वः सावित्रीं प्रविशामि परो रजसे सावदोम्।।

پرٛانن ہُنٛد پرٛانٕ سوٗرے پاٗدٕ کرن وول دٔے پرٛکاشوان

دھیان کرن یِگٕ سُنٛد، چھُس کران تسُنٛد دھیان

ووتھم گون کرٛمو باپتھ چھُس منہٕ منٛزٕ تس داران

یُس کامنا کرن یِگٕ سوکھ سۆروٗپ پاٗدٕ کرن وول بھگوان

یُس رٕژٕ وتہٕ گٔن بود سانٛۍ چھُ ہمیشہٕ لاگان

پرٛانن ہُنٛد پرٛان، پاٗدٕ کرن واٗلِس چھُس ربدس منٛزٕ تھوان

اِیشورِیہٕ سوکھ دایک کامنا کرن واٗلِ سُنٛد چھُس کران دھیان

رجوگون، تموگون رۄس وُنۍ کینٛہ شکھتی روزبم رکھیا کران

منہٕ منٛزٕ یہِ منتر پٔرتھ گژھِ بێیہٕ سوٗے منتر (پوترشاناپێچ) پرٕنۍ تہٕ پتہٕ گژھن یم منتر پرٕنہٕ:

ॐ भू: सन्यस्तं मया　　ہے پژانن ہنٛدِ پژان چھُس سوٗرے تیاگان

ॐ भुव: सन्यस्त मया　　دۄکھن ناش کرن والہِ چھُس سوٗرے تیاگان

ॐ स्व: सन्यस्त मया　　ہے سوکھ دِنہٕ والہِ چھُس بہٕ سوٗرے موہ تیاگان

منہٕ کِنی یم منتر پٔرِتھ چھُ پوٗرُگن بُتھ کٔرِتھ سنیاسس نِنہٕ وول زیو اتھس منٛز زل رٔٹِتھ پران:

ॐ अभयं सर्वभूतेभ्यो मत्त: स्वाहा।।

سارِنے زیون گوٗژھ میانہِ سِتی میلُن اَبھے دان

یِمہٕ منتر چھِ دۄشوے اتھو پوٗنی پوٗرگن تژاوُن:

ॐ येना सहस्त्रं बहसि येनाग्ने सर्ववेदसम्। तेनेमं यज्ञं नो वह स्वर्देवेषु गन्तवे।।

یِمہٕ موہ سنسٲرٕ دوکھ مٹہٕ پانہٕ چھُکھ ہوان
گرہستھ آشرم موہَس پھسان تہٕ یونہٕ ژھوٚگ داران
تیاگ سوٗرے کٔرِتھ سنیاس آشرم بے پھِرٕ وک روز سمبالان
یِمہٕ کِنی امہِ سوکھ دِنہٕ والہِ یگہٕ میلکھ گژھ رنہٕ وبدوان

ॐ प्रजापत्यां निरुप्येष्टिं सर्ववेदसदक्षिणाम्।
आत्मन्यग्नीन् समारोप्य ब्राह्मण: प्रव्रजेद् गृहात्।। मनु ।।

پرزاپت پرماتما پرزاونہٕ باپتھ یُس یونہٕ ژھوٚگ تیاگان
باقٕی اَگن آتماہَس منٛز چھُ ہمتھ سُے داران

سُہ برٛہمن وبدوان نِیہٕ گرِ پیٹھے سنیاس۔ امہِ پتہٕ مون داران کٔرِتھ یم سنٲسی پاٹھ شےٚ وال ژھاگِکی تھوٕتی اَسی، کرٕپہ اکہِ اکہِ والہٕ تہٕ یونہِ کڈِتھ تھوِ منٛز اتھس منٛز پوٗنی برِتھ تہٕ پرِ:

ॐ आपो वे सर्वा देवता: स्वाहा। ओ३म् भू: स्वाहा।।

زلہٕ دیو یُس پرانٔ پوٚچھر دِوان تِسنٛز ویرِ چھُس ہُمان

یِمو دۄیو منترو گژھہِ سُہ ژھاگِکی وال تہٕ یونہِ ہتھ اتھک پوٗنی زلس باوُن۔ تمہِ پتہٕ

دِیہِ تس پُتِن گور پانہِ منز کڈِتھ شرانہٕ پٹھ گژتہٕ ڈنڈ یِیمہِ منتر ستی تھٲوِ سُہ ڈنڈ تہٕ
اتھس منز۔

ॐ यो विद्याद् ब्रह्म प्रत्यक्षं पुरूंषि यस्य सम्भारा ऋचो
यस्यानूक्यम्।।१।। १अथर्व का ९ मं १।।

یُس زٲنِو ساکھیات پننہٕ نۄ دیدو وُچھِ بھگوان
یِیمہِ کرٕنُتھ سوبھاو یگیس منز ہیوتُمت آسان
یُس پُز وٲنی تہٕ ووپدیش چھُ پرزُرک لوٗکن دِوان
رژایہِ ہوی شبد زٲنِو کڈان سنیاسی سُے بُتھ ہبکان

ॐ सामानि यस्य लोमानि यजुर्हृदयमुच्यते परिस्तरणमिद्धविः।।२।।

یُس ساموید لوٗمس برابر یجُروید ریدس سمان
یُس شاستر باقی ساگری ہمنس یگہ باسان
یُس آسن شیرنگ سامان ہومس برابر مانان
بے شک سنیاس ہنس لایکھ پوِہے زٲنِو آسان

ॐ यद्वा अतिथिपतिरतिथीन् प्रतिपश्यति देवयजनं प्रेक्षते।।३।

یُس پُژھی پوٗزا کران تمن مایہِ کھیاوان چاوان
سُے گیانی وبدوانن وُنہِ کڈان سنیاسی بُتھ ہبکان

ॐ यदभिवदति दाक्षामुपैति यदुदकं याचत्यपः प्रणयति।।४।।

یُس سنیاسی دوٗیمِن ستی میچھر ورتاوان
سُہ سنیاسی بیکھیایہِ نیرنک حقدار بنان

ॐ या एव यज्ञ आपः प्रणीयन्ते ता एव ताः।।५।।

یگیس منز یمن زلن ہُنٛد استعمال کران
بانہٕ کمن زلن سنیاسی پیچھ زل کرِیا مانان

ॐ यदा वसाथान् कल्पयन्ति सदोहविर्धानान्येव तत्कल्पयन्ति।।६।।

سنیٲسی یوٗد روزن جایہِ ہٕنز أندری کامنا کران
یِگی کُٹھ یِگی بانہٕ ہتھ سنیٲسی کأنسہِ بخشان

ॐ यदुपस्तृणन्ति बहिरेव तत्।।७।।

سنیٲسس کیُت پھرشہِ پھروٗش یوٗد چھِ کران
تس دژہٕ گاسہٕ زَن پھرشہِ پھروٗش باسان

ॐ तेषामा सन्नानामतिथिरात्मन जुहोति।। अथर्व का ९। सू ६ए २। मं ४।।

یُس تِمن نزدیک، بیٚہن والین ہِتی کاتھہ دیہٕ پوٗژ بیٚہان
سُہ یٔزن أگنس ہمنس برابر زأنِتھ آہوٗژ آتمأہَس دِوان

ॐ सुचा हस्तेन प्राणे यूपेस्त्रुक्कारेण वषट्रकारेण।। अथर्व का ९। सू ६,२। मं ५।।

یُس سنیٲسی اتھٕ ہِتھن بتہٕ میٚنڈی کھیٚاوان
گرٕھ مأنِن أگنس وومنہٕر سُہ آہوٗژ دِوان
یِتھ چلس کُن گُدأمس ہِتی سارِنے پٔشین گنڈِتھ تھوان
تِتھِ مَن یٔندرے وشس کرنک یِگی سنیٲسی أندری کران

ॐ एते वै प्रियाश्चाप्रिया श्चर्त्विज: स्वर्गलोकं गमयन्ति यदतिथय:।।

ٹوٗٹھ اٹوٗٹھ یِیلہِ سنیٲسس سم باسان
زِندٕ رے سورگ چھِ گرٕہستھس تِم پرٕاوٕناوان

ॐ प्राजापत्यो वा एतस्य यज्ञो विततो उपहरति।।

یِیلہِ سنیٲسس دَے زانٛج وتھ شرسٹھ باسان
دھرم کرٕم یِگی سُے سنیٲسی سوٗرے أنزران

ॐ प्रजापतेर्वा एषं विक्रमान अनुविक्रमते य उपहरति।।

سنیاس آشرٕمکی نیمہٕ دَے پرٕاوٕنچ کرٕیایہٕ سُہ سپوکاران
دَیہٕ گیٚانہٕ وتہٕ ژھانڈنہٕ باپتھ شوبھ گون پأنہٕ راوان

ॐ योतिथीनां स आहवनीयो यो वेश्मनि स गार्हपत्यो यस्मिन् पचन्ति स दक्षिणाग्नि:।। अथर्व का ९। सू ६,२। मं १३।।

پٔژھبن ہُند یُن گرٕھن سنگ سنیٲسین ہُند آواینی أگن مانان

یتھ گرٛہستھس منٛز یٕہ روزان تھ یٕہ گرٛہ أگن مانان
یُس ویٚشوانر اَن شرٛپان چھُ تتھ وان پرٛستھ مانان
یتھٕ پأٹھی سنیاسی چھُ سأری أگن آتماہَس منٛز داران

ॐ इष्ट च वा एष पूर्तं च गृहाणामश्नाति यः पूर्वोतिथेरश्नाति।। अथर्व का ९। सू ६,२। मं १।

یم گرٕکی سنیاسِس برٛونٛٹھے یوٗزن کران
تِمن گرٛہستھ سوکھ ایشٕ ایشرتھ ناشس سپدان
یس پوٚژھ پنٕہ نِس گرٕہے منٛز آسہِ یِوان
گرٛٹھِ گوڈٕ کھیاوُن پتہٕ باقٕے کھیاوٕنی جان

ॐ तस्यैवं विदुषो यज्ञस्यात्मा यजमानः श्रद्धा पत्नी शरीरमिध्ममुरो वेदिर्लोमानि बर्हिर्वेदः शिखा हृदयं यूपः काम आज्यंमन्युः पशुस्तोऽग्निर्दमः शमयिता दक्षिणावाग्घोता प्राण उद्गाता चक्षुरध्वर्युर्मनो ब्रह्माश्रोत्रमग्नीत् यावद् ध्रियते सा दीक्षा यदश्नाति तद्धविर्यत्पिबति तदस्य सोमपानं यद्रमते तदुपसदो यत्सं चरत्युपविशत्युत्तिष्ठते च स प्रवर्ग्यो यन्मुखं तदाहवनीयो या ब्याहृतिराहुतिर्यदस्य विज्ञान तज्जुहोति यत्सायं प्रातरत्ति तत्समिधं यत्प्रातर्मध्यन्दिनम सायं च तानि सवनानि। ये अहोरात्रे ते दर्शपौर्णमासौ येऽर्द्धमासाश्च। मासाश्च ते चातुर्मास्यानि य ऋतवस्ते पशुबन्धा ये संवत्सराश्च परिवत्सराश्च तेऽहर्गणः सर्ववेदसं वा एतत्सत्रं यन्मरणं तदवभृथः एतद्वै जरामर्यमग्निहोत्रम सत्रं य एवं विद्वानुदगयने प्रमीयते देवानामेव महिमानं गत्वादित्यस्य सायुज्यं गच्छत्यथ यो दक्षिणे प्रमीयते पितॄणामेव महिमानं गत्वा चन्द्रमसं सायुज्यं सलोकतामाप्नोत्येतौ वै सूर्याचन्द्रोमसोर्महिमानौ ब्राह्मणो विद्वानभिजयति तस्माद् ब्राह्मणो महिमानम आप्नोति तस्माद् ब्राह्मणो महिमानमित्युपानषत्।। तैति प्रपा १०। अनु ६४।।

یتھٕ پأٹھی چھُ وبدوان سنیاسی آشرٛم روٗپ یُگیہ سنٛدرن کرِتھ یگک ماہراز یِوان مانٕنہ تہٕ یُس تیٚسنٛز شرٛدا، پزٕ تہٕ میٹھ وأنی، پرووپکارک نیتی، وید، ایشور وُتھ ژھانڈنچ دزژھ پرورتھ آسان، سو گژھِ مأنٛز تیٚسنٛز ترٕ ے۔ سنیاسی سُند شریٖر چھُ یگکی

تینگل تہٕ پکِھ جاے۔ یم تسنٛدِس شرٟرس پانٛژھ مسام (روم، چھِدر) سہٕ گژھِہ ماتن دژھِہ گاسہٕ۔ وید تہٕ ویدک شبدھ فِکر ترٟتھ، تھ پانٛژھ پکنس چھِہ سنیاسی سُند ژھوگ ونان تہٕ سنیاسی سُند ہڑدے چھُ یکیک ژوٗن (ستمب) آسان۔ یُس اِسنٛدِس شرٟرس منٛز کام نظرِ چھُ گژھان، سُہ چھُ گیان أگنس منٛز ہمنٛگ پدارتھ تہٕ اُسنٛد کژٛدھ چھُ ملس برابر، تیٚچ ہرحال نیورتی چھِہ أسی یژھان۔ سنیاسی یُس ستہٕ دھرم وِیوہارس منٛز أنتھ، پژانایم یوٗگہٕ ابھیاس کنٛز پُتن زنم رتھِہ کھارنٛچ وژتھ دھارن، سُہ گژھِہ وید گیانہٕ أگن زانُن۔ یِیلہِ سنیاسی ادھرم کنٛز یٕندریہِ وشس منٛز أنتھ دھرٕمکی کارانجام انان گژھِہ زانُن چھُ سُہ دہٕ شٹن دھنٛد ڈِنگ سادھن بنان۔ تمہٕ سنٛز پژ تہٕ میٹھ وأنی چھِہ لۄکن ابھیدان دِوان۔ سنیاسی سنٛدِ شرٟرک پژان چھِس یگی ہوٗمس برابر آسان۔ یم أچھ چھِس تم چھِہ ژٕنٛدر تارکس برابر۔ یُس من چھِس سُہ چھُ یجُر وید زانُن وإٔلس برابر۔ کن چھِس بژہماتہٕ أگن أنن وإٔلس برابر۔

یتہٕ کینٛہہ سنیاسی چھُ دھارن کران سُہ چھُ گورموکھ ہنٛبس برابر۔ سنیاسی یہٕ کھیاوان سُہ چھُ گیوس برابر، تہٕ یُس پونٛی دود یا کانٛہہ تہٕ شیرٕ چھُ چوان، سُہ چھُ سومرسس برابر۔ یوٗد سُہ نژان پھیران چھُ سُہ چھِس پانٛژھ وأنی یکیک سامان، یُس سأرکران ووتھان، بیہان سُہ چھُ امہٕ یگیچ (یگیچ تیأری) آسان۔ یُس تسنٛد موکھ چھُ، سُہ چھُ ہمن أگنس برابر۔ یوس تسنٛز ویاہرتی آہوٗژ منتر پرٕنی، سُہ چھُ تسنٛد ویکیان آہوتِ روٗپ۔ یُس صبحن شامن سُہ بوٗزن چھُ کران، سُہ چھُ یگیچ سنٛدرُن۔ یُس سُہ صبحن مُنٛدینٛس تہٕ شامس کرٕم چھُ کران، تم چھِہ تسنٛدی وتہٕ ہاوِکی۔ یم دوہ تہٕ رأژ چھِہ تم چھِہ سنیاسی سنٛدی پٕنم تہٕ ماوسہٕ۔ یم گٹہٕ پچھ زوٗنہٕ پچھ تہٕ ربتھ چھِہ، تم چھِہ تسنٛدی ژوٗتُرماس۔ یُس سوشتہٕ کالک ربتھ چھُ، سُہ چھُ پشن بنٛد تھونٛگ سمأ۔ وُرین ہنٛدی وٗری چھِہ سنیاسی سنٛدی زِیا ترٟے رأژ ہنٛدی فاقہٕ یا وژت۔ یوٗسہٕ سأرٕے دکھنا یا ژھوگ یا یونہِ یُس بچینٛگ، بجُرک نِشانہٕ تسنٛد چھُ، سُہ ترأوِتھ

ژھعُن گو سارِوے کھوتہٕ بڈٕ بوٚڈ یگی کرُن۔ تسُند مرُن گو یگیہ پتہٕ تسُند شرٛان بجرٕ بیٚیہ مرنہٕ پتہٕ یُس نوٚو زنم چھُس سُہ چھُ تسِند بن شیٚشن کیُت سِتہٕ وو پدٛیش۔ یوٚگہ ابھیاسہٕ یوٚ دسنیاسی پننہِ دھرمُک کن دِیہ سُہ چھُ سے زیوٚٹھ یگی۔ یُس سنیاسی یتھ پاٹھی پرٛان تیاگ کرِ، سُہ چھُ وبدوانن ہنٛز گتھ پرٛاوِتھ پننہِ پرٛکاشہ سِتی پرماتماہس سِتی لےَ سپدان۔ یُس یوٚگ وبگیان روٗس سنسارٛی وبہارس منٛز مست روٗزِتھ مرِ، سُہ پیہ پنہٕ نٛس ببس ماجہِ ہنٛزِ بڈٕیی سِتی پرٛزناونہٕ تہٕ ژٔندرلوٗک پرٛاوِتھ گرٛھبس بیٚیہ کھے۔ دیان برہمن وبدوان یا سنیاسی یُس یمن دوٚنوٚنی مہیماہن پرٛاوان یا واتان چھُ، سُہ چھُ دِوِیہ گیان پرٛاوِتھ مچھِ گوٗھنہٕ وِزِ گوڈٕ موٗکھی سوکھ بوٚگان۔ منو سُمرتی چھِ ونان وأنسہِ ہندِس ترٛتیمس جِھس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ پنٛژاہن وٕرِیَن کم کھوتہٕ کم باہن وٕرین پرٛ أکس منٛشس جنگلن منٛز روزُن، یا ستتھ وٕہری پتہٕ سأری موہ ترٛاوِتھ پرٛبس سنیاس آشرم دھارن کرُن۔ یہ پنہٕ نٛس پانس فِکرِ تارنٛچ کوٗشِش کرِنی تہٕ پانے پان سمجاوُن زِ ہی سنیاسی پرمیشور چھُ ئُن تہٕ کیوٗل، یُس سارِنے زیوٗن منٛز آتما روٗپ چھُ بسان۔ تسِندِ تیزٕ کنٛی چھُ ہریہ گاشران تہٕ ژٔندرم رس بأگران۔ أگنہٕ روٗپ چھُ سے، ہریہ ژٔندرم روٗپ پرٛکاشُک تہِ چھُ سے۔ بڈٕ کھوتہٕ بوٚڈ پوٗزِنیہِ دیو چھُ اوم تہٕ اوم منترمنہٕ کنٛی ژِہی ژِہی زُپِتھ لاگہِ تھمر دھیان پنُن آتما پرماتماہس سِتی تہٕ کرِ سنیاس آشرم دھارن۔ یُس وبدوانن ہندی پاٹھی پتھِ کنٛی دَے بجرروزِ زانان، سُے سنیاسی سپدِ دَیَس سِتی لے تہٕ روزِ آنندس منٛز۔



(سنیاس سنسکار ووت أند)



# انتیشٹی سنسکار

संस्थिते भूमि भागं खानयेद्दक्षिण पूर्वस्यां दिशि दक्षिणापरस्यां वा।।१।।
आश्वलायन गृ सू अ ४।।

یۄ دنہٕ شمشان گاٹھ گنہِ جایہِ آسہِ ، تیٚلہِ گژھِ بستی نِش دوٗر، أکِس جایہِ دٕکھِن پوٗر یا دٕکھِن پچھّم دِشایہِ منٛز ہنا کھوڈ ہیٛوٚ کھنُنہٕ یُن۔ کلہٕ گژھِ بس ووتر ایشان یا ووتر کوٗنس منٛز تھونہٕ یُن۔

दक्षिणाप्रवणं प्राग्दक्षिणाप्रवणं वा प्रत्यग्दक्षिणाप्रवणामित्येके।।२।।
आश्वलायन गृ सू अ ४।।

کھوڈ گژھِ دکھنہٕ کِنۍ کھنُن۔ دکھنہٕ طرفہٕ کِس پوٗرگن گژھِ وسہٕ وُن آسُن۔ کیٛنہہ وبدوان چھِ مانان زِ یہِ گژھِ ایشان طرفہٕ آسُن۔

पावानुद्वाहुक: पुरुषस्तावदायामम्।।३।। आश्वलायन गृ सू अ ४।।

مورِدٕ ہنٛد بوز یۄ دتھوٚ دتُلنہٕ ییہِ، تیٛوٗتاہ گژھِ کھوڈ تہِ کھنُنہٕ یُن۔

वितस्त्पर्वाक्।।४।। आश्वलायन गृ सू अ ४।।

باہ اوٚنٛگل بون گژھِ کھنُنہٕ یُن۔

केशश्म श्रलोमनखनीत्युक्तं पुरस्तात्।।५।। आश्वलायन गृ सू अ ४।।

موردس گژھِ کلُک مَس، ترٛ وٚنِن کھوتِن ہُنٛد مس، دأر گوٚنژھِ تہٕ نم ژٕٹنۍ۔

द्विगुल्फ बहिराज्यं च।।६।। आश्वलायन गृ सू अ ४।।

دزٕ بہِ گاسہٕ تہٕ گیٛو گژھِ سوٚمبرِتھ اُنُن

दधन्यत्र सर्पिरानयन्त्येतत् पित्र्यं पृषदाज्यम्।। आश्वलायन गृ सू अ ४। कं १।।

زامُت دود تہٕ گیٛو رلاوِتھ گژھِ ژینٛتایہِ پٔتھ انُن، اتھ پہتر کرٛم کرنس چھِ 'پرٛ شدجیم' کرٛم تہِ ونان۔

अर्थतां दिशभाग्नीन्नयन्ति यज्ञपात्रणि च।।८।। आश्वलायन गृ सू अ ४। कं २। सू १।।

پتہٕ چھُ ژینٛتایہِ ہنٛدِس دکھنہٕ طرفہٕ أگنن ہنٛہٕ یوان، یتی گژھِ أگنہٕ بانہٕ

تہٕ نِنہٕ یِٛن۔ یلہِ کانٛہہ مرِ سُہ آسہٕ تن زٔنی یا زۄن، تس گرٛھِ گوڑٕ شرٛان دِیُٛن۔ ژنٛدُن تہٕ مُشکہٕ دار جٔڈی پانس متھِتھ گرٛھبس نٔوی پلو لاگنی۔ یُٛتاہ تس وزن شرٛیرس آسہِ، تیُٛتاہ گرٛھِ گیٛو یا تمہِ کھوتہٕ زیادٕ تہٕ یۄد یژھا آسہِ گرٛھبس تتھن تھوُن۔ کانٛہہ سبٹھاہ درِدر منکن وول فقیر آسہِ، گرٛھِ تس یہِ گیٛو دان کرُن۔ امیر لۄکھ گرٛھن مورد شرٛیرس برابر تۄلتھ ژنٛدُن، اکھ سیر گیٛو، اکھ رژھ کستوٗری، اکھ ماشہِ کوٗنگ، اکھ من گیٛوس سٟتی سیر سیر اگرتگر تہٕ گیٛوس منٛز ژنٛدن چۄر، یتھا شکتی، کوفوٗر، پلاش لکرِ ہُنٛد کاٹھ گرٛھِ شُمشان بلہٕ واتہٕ ناوُن تہٕ شرٛیرکی دوگنہٕ وزنہٕ سامان سان گرٛھِ موردِ تہِ شُمشان بل واتہٕ ناوُن۔ یۄد شمشان بھوٗمی آسہِ نہٕ بناوِتھ تہٕ نٔوِ ویدھی ہنٛزٕ جاے بناوِتھ گرٛھِ کھنُن۔ بستی نِش سبٹھاہ دوٗر بستی ہنٛدِ دکھنہٕ طرفہٕ جاے بناوٕنس گرٛھِ یہِ زیٛہنس منٛز تھوُن زِمیُٛن حساب گرٛھِ کھورٕ طرفہٕ بوٚن تہٕ کلہٕ طرفہٕ تھوٚد ہنا کھنُن۔

موردٕ سنٛز ژیٛتا گرٛھِ ساڑٕ ترٛے پاوٕ تھزٕ آسنی تہٕ سیٛنس برابر گرٛھِ سُنی آسنی۔ کھورن طرفہٕ بوٚن گُن گرٛھبس اکھ رژھا یانہِ پانٛژھ اُنٛگل یا اڈ پاو تھٲوِنی۔

تتھ جایہِ گرٛھِ گوڑٕ گُہہِ تہٕ میٛژٕ سٟتی لِوُن۔ اجہِ زِنہِ بنہٕ تانی گرٛھِ زیُٛن تتھ پٲٹھی لاگُن یتھٕ پٲٹھی بچھِ منٛز سیرِ چھِ بران۔ امہِ طریقہٕ زٔنی بنہٕ بناوِتھ گرٛھن بچہِ ہنٛزٕ رزٕ ژٹنہِ تہٕ ہیٛرِم شال گرٛھِ کاوجہِ دِیُٛن۔ تتھ ژیٛتایہِ منٛزس گرٛھِ موردٕ تھوٚوِتھ زیُٛن ژوشٕ ے اندھو تھوُن۔ ژیٛتایہِ ہنٛدی اَند گرٛھن خٲلی تھٲوِنی۔ زیُٛن تھَونہٕ وِزِ گرٛھن منٛزی منٛزی کوفوٗر چاٹہِ تہٕ تھَونہِ۔ یۄ تانی یہِ کرٛیا سپدِ تۄ تانی گرٛھِ الگ چوٗلس پیٹھ گبو گرٛم گرِتھ پھیٲرِتھ بانَن منٛز تھَوُن۔ کیسر، اگرتگر، ژنٛدُن، زامُت دود تہٕ سٲری پدارتھ یکجا تتھ سٟتی رلاوِتھ ژور بڈی وہ من ہٕری، شیٛشٕتر، سون یا چانٛدِ ہنٛدی یۄد آسن گرٛھن تیار تھٲوِنی۔ تمن منٛز گرٛھِ اوڈ یا اکھ چھٹانگ گبو واتُن۔ بُتھِ گرٛھِ تمن لکرِ ہنٛد بو ڈنٛڈ وٕ سٟتی جوڑ ڈیُٛن۔

## أگن زالُن:

تمہِ پتہٕ نزدیک رِشتہٕ دار زیوٗٹھ پوٚتر، برتھا یا میتھر، یوٚ دمودرِ سنیأسی آسہِ تُسُند شیٚش زالہِ گو تہٕ کوفوٗر لأ گتھ لشہِ توٗنتھ تہٕ کلہٕ پٹھٕ شوٚرُ کُرتھ دُچھنی کنہِ پٔژ کرم دِوان زالہِ ژٕ شوے اندو ژینتا۔

ओ३म् अग्नये स्वाहा।। — أگن دیو سنزِ ناوِی چھُس ہُمان

ओ३म् सोमाय स्वाहा।। — ژٔندر سنزِ ویرِ چھُس ہُمان

ओ३म् लोकाय स्त्राहा।। — مُنش زأژ ہندِ ہیتہٕ بایتھ ہُمان

ओ३म् अनुमतये स्वाहा।। — خاص یوٗنی دارنچ ویرِ چھُس ہُمان

ओ३म् स्वर्गाय लोकाय स्वाहा।। — سورگہٕ لوٗک دادِ چھُس ہُمان

یمو پأنژو منترو آہوژ دِتھ گژھِ پوٗرِ پأٹھی أگن پژزلُن، تمہِ پتہٕ ژور مُنش بیٚون بیٚون اِستادِ روٗزِتھ دِن وید منترو سٍتی آہوژ۔ ییٚتھن سواہا تتھن گژھِ آہوژ أگنس دِنہٕ۔

وید منتر:

ओ३म् सूर्य चर्क्षुगन्छतु वातमात्मा द्यां च गच्छ पृथिवीं च धर्मणा। अपो वा गच्छ यदि तत्र ते हितमोषधीषु प्रतितिष्ठा शरीरे: स्वाहा।।१।।

ऋ मं १०। सू १६। मं ३।।

دھرم سو کرِژ کرمو کنہِ چیٚشمہٕ پژأوِنے سِریہٕ بھگوان
پژان چأنی روٗزِن پژان وایوہس سٍتی لےَ سپدان
مچھِ گژھِنی کرمہٕ روٗس یوٚد، تیٚلہِ پژاو آسمان
یا پژاو پرٕتھوی یا زلن منز پنُن تھان
کرمہٕ پھل روٗپ پرالبدھ یوٚد دِیَن لیٚو کھمُت آسان
پنہٕ نبو سو کرمو کنہِ روز اوشدھن منز ساکھیات وبراجمان

ओ३म् अजो भागस्तपसा तं तपस्व तं ते शोचिस्तपतु तं ते अर्चि:। यास्ते शिवास्तन्वो जातवेदस्ताभिर्वहैनं सुकृतामु लोकं स्वाहा।।

چھے شریر چون ہی زِ بو زنم دأرِتھ مران
نہ زامُت تہٕ روزٕوُن چھُ آتما چون آسان
تھ سوٗرٕ وٕپس پیٖرٕھن دے دانہٕ گیانہٕ تہٕ پرٕزٕلاوان
شریرس چأنس روٗزِنے اگنہٕ چھہ نار ژٕنجہٕ یتھن تہٕ ناوان
آتما چون پننہٕ پرٕکاشہٕ دے روٗزنے گاشہٕ ران
کلیان کرن وألی ژٕے اُدہن یم موٗرژ بھگوان
موردس منشہٕ یونہٕ منز تہٕندِ دھرمہٕ دِتہٕ دیہ ستھان
سوکرژ کرمو کٕنی روزُس پوٗنی لوٗکس منز جاے شیران

ओ३म् अवसृज पुनरग्ने पितृभ्यो यस्त आहुतश्चरति स्वधाभिः।
आयुर्वसान उपवेतु शेषः सं गच्छतां तन्वा जातवेदः स्वाहा।।३।।

چانہٕ حکمہٕ تھوٗمت مرٕت شریر دے ژیتایہ پنٛتھ آسان
گیوٗ تہٕ ہونٛکی باقی پدارتھو سجأوِتھ شریر چھنہٕ تھوان
رأچھ کرِتھ بس ماجہٕ ہنٛدِ سمبوگہٕ ستی بنیہ واپس انُن
مُر نارٕ دٕزِتھ زِ بوٗتھ، آے دِس پرٕکٹ آسہٕ بزوٗنٛتھ کنہٕ کرُن
پأدٕ بوٗتن کرن والہٕ تہٕ زانن والہٕ ہی بھگوانہٕ
سوٗندر شریر روٗزِن زنم بنیہ یہٕ داران

ॲग्ने वर्म परि गोभिर्व्ययस्व सम्प्रोर्णुश्व पीवसा मेदसा च।
नेत्त्वा धृष्णर्हरसा जर्हषाणो दधृग्विधक्ष्यन्पर्यखयाते स्वाहा।।४।।

گیوٗ تہٕ پدارتھو اُگن، شریر روٗپ پنجرس چھُ زِ بو زالان
برٕہمچأری ورٕتس منز دوٗیم زنم تہٕ بل تہٕ ناوان پنٛن پان
سوکرمو روٗس یتہٕ گرٕھہٕ روزِے اُگن دوٗہے سوٗر موٗتھ کران
ست کرمو کٕنی یتہٕ گرٕھنہٕ چکرٕ نِش موکلاو پنٛن پان

ओ३म् यं त्वमग्ने समदहस्तमु विर्नापया पुनः। कियाम्ब्वत्ररोहतु पाकदूर्वा व्यल्कशा स्वाहा।।५।। ऋ मं १०। सू १६। मं १३।।

ژیتایہِ ہِنٛدِ اَگنہٕ راژ دۆز مورد شریرس سۆر موٚٹھ بناوان
پنہٕ نِس وٚتس پٹھ یہِ شریر زاٗلِتھ روزُن شاثتاوان
پاٗدِ سپدِن پوٚنی امہِ پتہٕ اتھن دیہِ یژھایے
نانا پڑکاٗری لجو پُتھ دھرمن گاسہِ شۆبہِ رنہِ جاے

ओ३म् परेयिवांसं प्रवेता महीरनु बहुभ्य: पन्थामनुमस्पशानम्। वैवस्वतं संगमनं जनानां यमं राजानं हविषादुवस्य स्वाहा।।६।।

مِرتھ دھرمیشٹن سوکھ دِنہٕ واٗلی بۆگہٕ ناون وول
نانا پڑکاٗری سوکھ باپتھ رژ وتھ ہاون وول
نسنہٕ مرنہٕ بنٛدنکی رۆپ یٔنٛدرے شومہٕ راون وول
بۆتن ہُنٛد راژ سِریہِ رۆپ گاشہِ راون وول
زیٛو ہَوٕنکی پدارتھ روز تِسنٛزِ ویرِ ہُمان
تِسنٛز اَگنیا ژٕ ہر وِزِ سپوِلہِ روز پالان

ओ३म् यमो नो गांतु प्रथमो विवेद नैषा गव्यूतिरपभर्तवा उ। यत्रा न: पूर्वे पितर: परेयुरेना जज्ञाना: पथ्या ३ अनुस्वा: स्वाहा।।७।।

شوبھ کرم زیٛون ہِنٛدی دَے پانہٕ چھِ کیوٚل زانان
چھنہٕ کانٛہہ زیٛو یہِ وتھ زاٗنِتھ یا ناہناوِتھ ہیکان
چھِ یۆس دَے وتھ منڈٕرٕ سانیو پیترو تہٕ وبدوانو سان
کرٕمہٕ پھل رِپھ ساٗری زیٛو ای وتہٕ بیٛیہِ زنم ہوان

ओ३म् मातली कव्यैर्यमो अंगिरोभिबृर्हस्पति ॠक्वभिर्वावृधान:। यांश्च देवा वावृधुर्ये च देवान्त्स्वाहान्ये स्वधयान्ये मदन्ति स्वाहा।।८।।

یاد کرنہٕ یِگی شاعر آتم گیانیو سان
یٔنٛدرے وشس کرن واٗلی بیٛیہِ ریژاٚین ہِنٛدی وبدوان
یتھ ہمیشہِ پاٗنی پانس منٛز خوش روزان
روز خوش تِتھ پاٗٹھی ژٕ دزٕونی ہی اِنسانہٕ

وبدوان یمن پرٛسن کران چھِکھ واپس کران
پرسپر باۄ تم دونوے ڈرٕ سوکھی روزان
منترو ہمِتھ ہونو کنز دیو پرٛسن روزان
پتھر پبنڈو رِپھ اَن ستی ترٛپتھ سپدان

ओ३म् इमं यम प्रस्तरमा हि सीदांगिरोभि: पितृभि: संविदान:। आ त्वा मन्त्रा: कविशस्ता वहन्त्वेना राजन्हविषा मादयस्व स्वाहा।।९।।

یئندرے وشس کرن والہِ کرٛمہٕ پھل یۄد بۄگن چھُ پیوان
ییمہِ سنسأری پتہٕ زنمس دُبارٕ بیٚیہٕ بُنتھ اِنسان
آتمہٕ گیانٕین تہٕ زگتس رأچھ کرن والین ستی روز پھیران
وبدوانو ڈسی پرٛشنسایے یگی وید منترٕ روز ژٕ زانان
ست گون ہستی پرٛزٕلتھ وبدوانن نِش پرٛأوِتھ گیان
ہوٕنکی پدارتھ رۄپ کرٛمو روز لۄکن اسہٕ ناوان

ओ३म् अंगिरोभिरा गहि यज्ञियेभिर्यम वैरूपैरिह मादयस्व। विवस्वन्तं हुवे य: पिता तेऽस्मिन्यज्ञे बर्हिष्या निषद्य स्वाहा।।१०।।

ییمہِ سنسأری ہتہٕ بیٚیہٕ دُبارٕ زنم ہی سوامی اِنسان
پرٛان ویدھایہٕ ہنٛدِ یۄگہٕ بلہٕ نانا پرٛکأری پدارتھو سان
ادھاتم گیانہٕ تہٕ رِتی کرٛمو نیو سأری پرٛسن روزُکھ کران
یاد گرِتھ چون پالنہار ییمہِ کنز روزِ پرٛسن اسہِ کران

ओ३म् प्रेहि प्रेहि पथिभि: पूर्व्येभिर्यत्रा न: पूर्वे पितर: परेयु:। उभा राजाना स्वधया मदन्ता यमं पश्यासि वरुणं देवं स्वाहा।।११।।

سانیو بیو بُڈی بیو پرٛوومُت چھُنہٕ یُس ستھان
گرٛھ وارٕ کارٕ پرٛاو زیوٕ ژٕ سُے ستھان
شود اَن دان ستی پرٛسن دَے یَس آتمہٕ دیو سان
پرٛکاش رۄپ یم دۄشوے روز، دَیہِ کرٛپلیہٕ دیدو وُچھان

ओ३म् संगच्छस्य पितृभि: सं यमेनेष्टापूर्तेन परमे व्योमन्। हित्वायावद्यं
पुनरस्तमेहि संगच्छस्व तन्वा सुवर्चा: स्वाहा।।१२।।

کرٛمو انوسار پتہٕ زٔمس زٕہو پاپہٕ روٗس در سنٛسأری
میٛوٗل گرٛھی بێیس بس ماجہِ ستیٚ یلہِ یکھ یپأری
یٔندرے وشس گرِتھ یکیو تہٕ پروو پکارٕے کرٛمو سان
سوٗندر شریر سوٗزِنے دَے ژٕ پرٛاو پرم ستھان

ओ३म् अपेत वीत वि च सर्पतातोऽस्मा एतं पितरो लोकमक्रन्।
अहोभिरद्भिरक्तुभिर्व्यक्तं यमो ददात्यवसानमस्मै स्वाहा।।१३।।

شمشانس منٛز آمتیٚو نیٚرِو ووٗنی اَمہِ جایہِ دوٗر
نیٚرِتھ گرٛھو پنہٕ نبن گرن تۄہۍ روٗزِو دوٗر دوٗر
داہ باپتھ موردس کیٚتھ پرٛانو بنیوٗمت چھُ یہِ ستھان
دوہ رأژ زلہٕ شود کۄرمُت دَیَن چھُ یہِ شُمشان

ओ३म् यमाय सोमं सुनुत यमाय जुहुता हवि:।
यमं ह यज्ञो गच्छत्यग्निदूतो अरङ्कृत: स्वाहा।।१४।। ऋ मं १०। सू १४। मं १३।।

دَے أگنیا پألنہٕ باپتھ سوم جُڈی روٗپ اوشدھ روز زٕہو سوٚمبران
دِے أگنیا پألن روٗپ ہوٕنکی پدارتھ پتہٕ روز ژٕ أگنس ہُمان
یِگی پدارتھن ہُند مُشک أگن ژوپأری پھہلاوان
سبٹھاہو پدارتھو دٔزِتھ أگن آسمانٔی شیٚچھ واتہٕ ناوان

ओ३म् यमाय धृतवद्धविर्जुहोत प्र च तिष्ठत।
स नो देवेष्वायमद्दीर्घमायु: प्र जीवसे स्वाहा।।१५।। ऋ मं १०। सू १४। मं १४।।

شود ہَوا کرنہٕ باپتھ پرٛاونہٕ باپتھ بھگوان
روز زٕہو ہوٕنکی پدارتھ ہُمان گیٚو سان
سارِنے دیوَن منٛز سُے ایشور سہل سأئ مُشکِل کران
سُے ایشور یاد کرنہٕ کٔرِ زٕٹھی وُمبرٕ روزِ بخشان

ओ३म् यमाय मधुमत्तमं राज्ञे हव्यं जुहोतन।
इदं नम ऋषिभ्य: पूर्वजेम्य: पथिकृदभ्य: स्वाहा।।१६।।

ऋ मं १०। सू १४। मं १५।।

مێٹھؠ پدارتھ زٕیِو روز ہَون رۄُپ أگنس ہُمان
یِکِیو کِنؠ پرٛاوُن زگتک پالنہار روزُن پرٛسن کران
سرٛشٹؠ پأدٕ کرنہٕ وِزِ یِم ریٖشؠ آسہِ برٛونٛہہ گیہِ نموٗدار
یِگٕیِن ہمن رۄُپ وۄہار کِنؠ سوٗزِو تِمن ساکھیات پٔژن نمسکار

ओ३म कृष्ण: श्वेतोऽरूषो यामो अस्य ब्रध्नऋज उत शोणो यशस्वान्।
हिरण्यरूपं जनिता जजान स्वाहा।।१७।। ऋ मं १०। सू २०। मं ९।।

سنٛسأرؠ رۄُپ رتھ، تم، ست، رج گونو گنٛڈِتھ آسان
یُس دمہٕ دمہٕ پکان، سبٕٹھاہ بۄڈ چھُ یِیہِ پرٛکاشوان
ایٖشورسٕنٛز کیرتی بۄرُت سِجتھ نانا پرٛکأرؠ دھنہٕ سان
پأدٕ کرن وول دَے خوشیوٗن سنٛسأرؠ رۄُپ رتھ بناوان

یِمو رِگوید کِیو 17 ہو منترو سِتؠ ژورو اندو ژور زٕنؠ گرٛھن آجاہوتی دِنؠ۔ تمہِ پتہٕ چھِ یِمو منترو آہوژ دِنؠ:

ओ३म् प्राणेम्या साधिपतिकेभ्य: स्वाहा।।१।।

پرٛان ہنٛدِ خأطرٕ چھُس ہُمان

पृथिव्यै स्वाहा।।२।। — پرٛتھوی ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

अग्नये स्वाहा।।३।। — أگنہٕ باپتھ چھُس ہُمان

अन्तरिक्षाय स्वाहा।।४।। — انترِکش نأوؠ چھُس ہُمان

वायवे स्वाहा।।५।। — ہَونٛچ ویرِ چھُس ہُمان

दिवे स्वाहा।।६।। — آکاش ویرِ چھُس ہُمان

सूर्याय स्वाहा।।७।। — سِرٕیِچ ویرِ چھُس ہُمان

दिग्भ्य: स्वाहा।।८।। — طرفن ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

| | |
|---|---|
| चन्द्राय स्वाहा।।९।। | ژٔندرچ ویرِ چھُس ہُمان |
| नक्षत्रेभ्यः स्वाहा।।१०।। | نَکھیترن ہٕنٛز ویرِ چھُس ہُمان |
| अद्भ्यः स्वाहा।।११।। | زٔلکی ویرِ چھُس ہُمان |
| वरूणाय स्वाहा।।१२।। | زلہٕ دیوتہٕ زلن ہٕنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| नाभ्यै स्वाहा।।१३।। | نافہِ باپتھ چھُس ہُمان |
| पूताय स्वाहा।।१४।। | شودھی باپتھ چھُس ہُمان |
| वाचे स्वाहा।।१५।। | وأنی ہٕنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| प्राणाय स्वाहा।।१६।। | پرٛان وایوٕچ ویرِ چھُس ہُمان |
| प्राणाय स्वाहा।।१७।। | پرٛانن ہٕنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| चक्षुषे स्वाहा।।१८।। | أچھن ہٕنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| चक्षुषे स्वाहा।।१९।। | دیدن ہٕنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| श्रोत्राय स्वाहा।।२०।। | کٔنکہِ أندرِم انگوچہِ ہٕنٛزِ ویر چھُس ہُمان |
| श्रोत्राय स्वाहा।।२१।। | کٔنکہِ نٮ۪برِم انگوچہِ ہٕنٛزِ ویر چھُس ہُمان |
| लोमभ्यः स्वाहा।।२२।। | نمن تہٕ روٗمن ہٕنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| लोमभ्यः स्वाहा।।२३।। | نمن تہٕ روٗمن ہٕنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| त्वचे स्वाहा।।२४।। | أندرِمہِ ٹمسلٕچ ویرِ چھُس ہُمان |
| त्वचे स्वाहा।।२५।। | نٮ۪برِمہِ مسلٕچ ویرِ چھُس ہُمان |
| लोहिताय स्वाहा।।२६।। | خوٗن دادِ چھُس ہُمان |
| लोहिताय स्वाहा।।२७।। | رکتھ پِنڈ باپتھ چھُس ہُمان |
| मेदोभ्यः स्वाहा।।२८।। | اندرِمین داتن باپتھ چھُس ہُمان |
| मेदोभ्यः स्वाहा।।२९।। | سارِہے شرٟرس نمی دِنہٕ وألی داتن ہٕنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان |
| मा गं सेभ्यः स्वाहा।।३०।। | نٮ۪برِمہِ شرٟرکی مازس باپتھ چھُس ہُمان |

| | |
|---|---|
| -मा गं सेभ्य: स्वाहा।।३१।। | أندرِمس مازس باپتھ چھس ہمان |
| स्नावभ्य: स्वाहा।।३२।। | ستھوٗل نبجن باپتھ چھس ہمان |
| स्नावभ्य: स्वाहा।।३३।। | سوٗکھشم نبجن باپتھ چھس ہمان |
| अस्थभ्य: स्वाहा।।३४।। | سخت أڈی جن باپتھ چھس ہمان |
| अस्थभ्य: स्वाहा।।३५।। | نرم أڈی جن باپتھ چھس ہمان |
| मज्जभ्य: स्वाहा।।३६।। | أڈی جن منز مازٕلشن ہنزِ باپتھ چھس ہمان |
| मज्जभ्य: स्वाहा।।३८।। | أڈی جن منز أندری مازٕلشن باپتھ چھس ہمان |
| रेतसे स्वाहा।।३८।। | ویر دھارک انگن تہٕ لِنگہٕ باپتھ چھس ہمان |
| पायवे स्वाहा।।३९।। | منڈٕ لکین انگن ہنٛدِ داہ باپتھ چھس ہمان |
| आयासाय स्वाहा।।४०।। | زمن ہنٛدِ پھرتی باپتھ چھس ہمان |
| प्रयासाय स्वाहा।।४१।। | خاص پڑیاس باپتھ چھس ہمان |
| संयासाय स्वाहा।।४२।। | رٕتہٕ یتنہٕ باپتھ چھس ہمان |
| वियासाय स्वाहा।।४३।। | ناناپڑ کاری یتنہٕ باپتھ چھس ہمان |
| उद्यासाय स्वाहा।।४४।। | تھزِ گژ باپتھ چھس ہمان |
| शुचे स्वाहा।।४५।। | شودی باپتھ چھس ہمان |
| शोचते स्वाहा।।४६।। | شودی کرن وأنلی ہنزِ ویر چھس ہمان |
| शोचमानाय स्वाहा।।४७।। | وبژار گاشہٕ راونہٕ باپتھ چھس ہمان |
| शोकाय स्वाहा ।।४८।। | یتھ منز شوٗگ چھِ کران تتھ باپتھ چھس ہمان |
| तपसे स्वाहा।।४९।। | دھرمکی کِنکہٕ کلیش باپتھ چھس ہمان |
| तप्यते स्वाहा।।५०।। | تپن وأنلی ہنٛدی باپتھ چھس ہمان |
| तप्यमानाय स्वाहा।।५१।। | خاص تپہٕ وأنلی ہنٛدِ باپتھ چھس ہمان |
| तप्ताय स्वाहा।।५२।। | تپہٕ ستیٖ شریر گالن وأنلی ہنٛدِ باپتھ چھس ہمان |

धर्माय स्वाहा।।५३।। دھرمکی ناوی چھُس ہُمان

निष्कृत्यै स्वाहा।।५४।। دۄیمس بدلہٕ ہینکی ویرِ چھُس ہُمان

प्रायाश्चित्यै स्वाहा।।५५।। پاپ نِوارنہٕ باپتھ چھُس ہُمان

भेषजाय स्वाहा।।५६।। سوکھ باپتھ چھُس ہُمان

यमाय स्वाहा।।५७।। نیاے کرن وألی ہِندِ باپتھ چھُس ہُمان

अन्तकाय स्वाहा।।५८।। کالہٕ ہِندِ باپتھ چھُس ہُمان

मृत्यवे स्वाहा।।५९।। مرنکی ناوی چھُس ہُمان

ब्रह्मणे स्वाहा।।६०।। پرماتماہِندِ تہٕ ویدن باپتھ چھُس ہُمان

ब्रह्महत्यायै स्वाहा।।६१।। مانن وألی ہِندِ باپتھ چھُس ہُمان

विश्वेभ्यो देवेभ्य: स्वाहा।।६२।। سارِنے دیوتاہَن ہِندِ باپتھ چھُس ہُمان

द्यावापृथिवीभ्याम् स्वाहा।।६३।। سِریہٕ لۄکھ تہٕ پرتھوی لۄکہ باپتھ چھُس ہُمان

یِمو ६३ منترو ६३ آہوژ دِتھ چھِ یِم آہوژ دِنہٕ:

सूर्य चक्षुषा गच्छ वातमात्मना दिवं च गच्छ पृथिवीं च धर्मभि:। अपो वा गच्व्छ यदि तत्र ते हितमोषधीषु प्रति तिष्ठा शरीरै: स्वाहा।।१।।

أچھ چانہٕ سِریہٕ پرٛان چأنی ہوٚہَس ہتی رۄزِن میلان

تہنزٕ دھرمہٕ روز پرتھوی زل اوشدھن منز آرام سان

सोम एकेभ्या पवते धृतमेक उपासते। येम्यो मधु प्रधावति ताँश्चिदेवापि गच्छतात् स्वाहा।।२।।

کُنہٕ کُنہٕ پیتر لۄکس منز تہنزٕ یژھایہٕ سوم رَس دِوان

پیترِ کینٛہہ چھِ گیو خاص کر کھینہٕ باپتھ منگان

کینٛہہ ماچھ بینیہ موذرٕ پدارتھ کھینس منز پراوان

دَے بۄزِنے تمنے ہتی ژ تہٕ جاے روز پراوان

ओ३म् ये चित्पूर्वे ऋतसाता ऋतजाता ऋतावृध:। ऋषींस्तवस्वतो यम तपोजां अपि गच्छतात् स्वाहा।।३।।

یِم پرٛانٛی زِٹھی کیٖنہٕ پوٚز ویوہار اٚسی کران
یگیہ کرن وٲلی، پرٛزِتھ، باگرن وٲلی رُت پرٛچار کرن وٲلو سان
تپہٕ ریٖشو یا تپی شور یِم ووپداوی ہتی لۆک آسان
دَے کرٛپایہِ روز تِہیے لۆک سویمی زیٖو پرٛاوان

ओ३म् तपसा ये अनाधृष्यास्तपसा ये स्वर्ययु:। तपो ये चक्रिरे महस्तांश्चिदेवापि गच्छतात् स्वाहा।।४।।

دھرٕمکی باپتھ کلیش ژالنس کانہہ دبأوِتھ چھُس نہٕ ہبکان
یُس دوکھ سوکھ دوھندن ژالن روٗپ سم یوٗگ کران
سورٕگ تہٕ ووتم لۆک یِم تپشور پرٛاوان
دَے کرٛپایہِ روز زیٖو تِہیے لۆک پرٛاوان

ओ३म् ये युध्यन्ते प्रधनेषु शूरासो ये तनूत्यज:। ये वा सहस्रदक्षिणा-स्तोश्चिदेवापि गच्छतात् स्वाहा।।५।।

رن بھوٗمی منٛز یِم ویٖر مارٕ سپدان
ویٖر گتھ پرٛاوِتھ چھِ پونٛی لۆک پرٛاوان
یگیو نانا وتو یِم ساسہٕ بُدی دان دِوان
دَے کرٛپایہِ روز زیٖو تِہیے لۆک پرٛاوان

ओ३म् स्योनाअस्मै भव पृथिव्यनृक्षरा निवेशनी। यच्छस्मै शर्म सप्रथा: स्वाहा।।६।। अथर्व का १८। सू २। मं ११।।

کشٹ روٗس جاے دِیِن پرٛتھوی موٗدِس دَے یرٛژھایے
سوکھ دِنہٕ واجینٛز پرٛتھوی سوکھ دِنیس دَے کرٛپایے

ओ३म् अपेम जीवा अरूधन् गृहेभ्यस्तन्निर्वहत परि ग्रामादित:। मृत्युर्यमस्यासीद् दूत: प्रचेता असून् पितृभ्यो गमयांचकार स्वाहा।।७।।
अर्थ कां १८। सू २। मं २७।।

کرٛمو کنٛی موٗدمُت لۆکو توٚہہِ تھوٚوہون گرس منٛز چھِوٕ ووان
کرٛمو کنٛی یہِ زیٖو مرِتھ زِنٛدٕ واپس چھُنہٕ گژھتھ ہبکان

وایو منڈلس منز ننہٕ باپتھ دَے سُند دۄت موت چھُس کڈان پرٛان
سمِتھ پکوتہٕ ہیچھو زِندٕ اُمس رۄس روزُن کتھ پٔتھ چھُو رِوان

ओ३म् यम: परोवरो विवस्वान्तस्तत: परं नातिपश्यामि किंचन। यमे अध्यवरो अधि मे निविष्टो भुवो विवस्वानन्वातत‍ान स्वाहा।।८।।

अथर्व का १८। सू २। मं ३२।।

بڈ کھوتہٕ بۄڈ زگتس پکناوول، زاُنو لۄکو سرِیہ ہیُو دَے تیز وان
تھدِ کھوتہٕ تھز کانہہ پدارتھ تہِ چھُس نہٕ تس ہش ڈیشان
چھُس تہٕندِ حُکمہٕ یگی تہٕ پر ووپکار کرٛم بہ کران
پرٛتھوی دارن وول تہِ سُے دَے یُس پھولران تہٕ گاشہِ ران

ओ३म् अपागूहत्रमृतां मर्त्येभ्य: कृत्वासवर्णामदधुर्विवस्वते। उताश्विनावभरद्यत्तदासीदजहादु द्वा मिथुनासरण्यू: स्वाहा।।८।।

پرٛلیہ پتہٕ تہِ سرِیچ پرٛانٔی گتھ زانٔی کار وید وانو چھِ وُچھمٕژ آسان
سرِیچ گرٛ پرٛان اپانس پۄچھر میلنہٕ کنٛ زگتس اُدہِن آسان
دوہ رأژ ہِندِ پأٹھی بڑتھا ترِیہِ میلان تہٕ دۄران
اتھ پٔتھ شۄکس گرٛھُن تہِ اتھ مۄرُن فضول باسان

ओ३म् इमौ युनज्मि ते वन्ही असुनीताय वोढवे। ताभ्यां यमस्य सादनं समितीश्चाव गच्छतात् स्वाहा।।१०।। अथर्व का १८। सू २। मं ५६।।

مۄدی ہتس شرِیرس زالنہٕ سدگتھ باپتھ ہی اِنسان
چھُستھ یمو دوپَو اَگنو (ستھۄل تہٕ سۄکھشم) وَیَس حوالہِ کران
میلن شرِیرس چانٔس یمو کنٛ سورگس منز جاے
یا پرٛاو تھز گتھ ہنٔیے تیتھ رُت ووپاے

یمو ژٕہو منترو چھِ ژٕہ آہوژ دِنہٕ:

ओ३म् अग्नये रयिमते स्वाहा।।१।।

لال جوہر دِن دِنہٕ وول تہٕ رۄگہٕ رۄس تھون وول اَگنٛ ویرِ چھُس ہمان

ओ३म् पुरूषस्य सयावर्यपेदधानि मृज्महे। यथा नो अत्र नापर: पुरा जरस

आयति स्वाहा।।२।।

پانس ہتی لوٗنچہٕ گنٛڈِتھ کرٕم پھُٹجہٕ ہی اِنسان
پاپھ ترٛاوِتھ پنہٕ نسِ پانس سام ہنگ روز پرٕن کران
پاپہٕ رٛوس ہیتھ بجرٕ برٛونٛٹھ ییرِلوٗکی روزکھ ژوان
تِتھٕ نیٚش پاپھ روزنک چھِ اسِ ووٗنی پرٕن کران

ओ३म् य एतस्य पथोगोप्तारस्तेम्य: स्वाहा।।३।।

یُس ہَوا ژٕندر زٕرٕ چھُ موردس گُپتھ یٚنٛدرِن رچھان
چھِ نیٚشاپ روزنک ہَوہَس ژٕندرس نِش پرٕن کران

ओ३म् य एतस्यपथो रक्षितारस्तेम्य: स्वाहा।।४।।

رکھیا کرن وأل دواتہٕ باقی پدارتھن ہنٛدِ ناوٕ چھُس ہُمان

ओ३म् य एतस्य पथोऽमिरक्षितारस्तेम्य: स्वाहा।।५।।

پرٛتھ انٛدٕ رکھیا کرن وألی دِویہٕ گونن ہنٛدِ ویرِ چھُس ہُمان

ओ३म् ख्यात्रे स्वाहा।।६।।

کیرتی اِظہار کرن وألی ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

ओ३म् अपाख्यात्रे स्वाहा।।७।।

اُپ کیرتی اِظہار کرنوألی ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

ओ३म् अभिलालपते स्वाहा।।८।।

وبدوانن برٛونٛہہ کنہِ زیوٗن ہنٛز سوکرٛژ ٹھیک پأٹھی ونٕنۍ ویرِ چھُس ہُمان

ओ३म् अपलालपते स्वाहा।।९।।

زیوٗن ہنٛز سوکرٛژ نہٕ ونن وألی ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

ओ३म् अग्नये कर्मकृते स्वाहा।।१०।।

أگنٕج آہوژ روٗپ کرٕم کرن وألی ہنٛزِ ویرِ چھُس ہُمان

ओ३म् यमन्न नीधीमस्तस्मै स्वाहा।।११।।

یُس پدارتھ ییٚتین یاد چھُنہٕ پیوان تمہِ پدارتھٕچ ویرِ چھُس ہُمان

ओ३म् अग्नये वैश्वानराय सुवर्गाय लोकाय स्वाहा।।१२।।

ویشوانر رۆپ اَگنہٕ تہٕ سورگہٕ لۆک پرٛاونہٕ باپتھ پھُٹس ہمان

ओ३म् आयातु देव: सुमनाभिरूतिभिर्यमो ह वेद प्रयताभिरक्ता।
आसीदतां सुप्रयते ह बर्हिष्यूर्जाय जात्यैमम शत्रुहत्यै स्वाहा।।१३।।

زگت گنڈس منز تھَون وول مشہوٗر دَیہ توتایہ اَسہِ روزِ رچھان
ییٚمہِ سنسارک وید توتایہ رۆپ رژایہہِ مایہ روزو اَسی گوان
شرسٹھ یگیو کِنی سیٚدی وۄتم زاتِ زنم گۆژھ میلُن چھُس منگان
کام رۆپ شۆتھر ناشس کرِتھ یگین کرٛیلہ ژنی مرد روٗزِن شۆبہ ران

ओ३म् योऽस्य कोष्ठ्य जगत: पार्थिवस्यैक इद्वशी। यमं भङ्ग्यश्रवो गाय
यो राजाऽनपरोध्य: स्वाहा।।१४।।

یُس نانا پرٛکارک دھنن ہُند سوامی آسان
وش کرن وول پرٛتھوی زیو ژر اَژر سان
کھٗژتھ یَس نہٕ ہکہِ تھۆتھ کانہہ سُہ چھُ تیٚوت پرٛکاشوان
تس سامن وٲلس رچھن وٲلی ہٕنز ویر روز، گونہٕ کیرتن کران

ओ३म् यमं गाय भङ्ग्यश्रवो यो राजाऽनपरोध्य:।
येनाऽऽपो नद्यो धन्वानियेन द्यौ पृथिवी दृढा स्वाहा।।१५।।

مہما ییٚمس دَے ہٕنز چھِ نہٕ ژانتھ ہیکان
زل، کولہٕ، شِنیاہ، دیش ہیتھ یُس زگت داران
ییٚمی دیَن ستھۆل پرٛتھوی دارن کرمژ آسان
تسی دَے ہٕنز روز گون کیرتن کران

ओ३म् हिरण्यकक्षयान् सुधुरान् हिरण्याक्षानय: शफान्।
अश्वाननश्शतो दानं यमो राजाभितिष्ठति स्वाहा।।१६।।

سونہٕ موکھ گنڈس منز تھَون وول راجہٕ زگتک یُس آسان
پرٛان آدھار زلن دِنہٕ وول روٗزِنی اَسہِ دان شکتی دِوان
یتھ گری پڈرن شیٚشتر نالہٕ کِنی گر چھُ رٕہدار پکان
تمہِ زیادِ تیز پکن وٲلی پرٛتھوی منڈلن منز یتھ یم وبراجمان

ओ३म् यमो दाधार पृथिवीं यमो विश्वमिदं जगत्।
यमाय सर्वमित्तस्थे यत् प्राणाद्वायुरक्षितं स्वाहा।।१७।।

یمے پرتھوی ہُند سار کلہِ کالک آدھار
یم میمہ سوُرے پکان چلان سوُرے کاربار
ہوا ستی پرانن سندھار، سُہ سوُرے یمے زان
یمے رپھ دیہ ہنز روز ہمیشہِ گون گان کران

ओ३म् यथा पञ्च यथा षड् यथा पञ्चदशर्षयः।
यमं यो विद्यात् स ब्रूयाद्यथैक ऋषिर्विजानते स्वाहा।।१८।।

یتھ پانژھ مہابھوٗت، شےٚ موسم، پنداہ تتھ، ست ریشی پزر مانان
تتھ سُے زیو ہیکہِ سوُرے وُنتھ، یُس دے مہا زانان
یتھ دے زانی کار کُنِس دیَس سوُرے چھُ مانان
تتھ گلہِ جہانس موچھِ منز رٹتھ یم بھگوان

ओ३म् त्रिकद्रुकेभिः पनति षड्वरिकमिद्बृहत्।
गायत्री त्रिष्टुपछन्दा गं सि सर्वा ता यम आहिता स्वाहा।।१९।।

(ترٚے اوستھایہ آتما، پرماتماتہ پرکرتی)

گیان، کرم، وہ پاسنایہ زیو گون کرم سوبھاو پراوان
پرتھوی، زل، بل، پزی وانی اوشدھ تہ آسمان
سارِوے کھوتہ تھدِ تھوٗد پانہ برہم آسان
گایتری ترشٹُپ زِتکی پدارتھ ہتھ سُے پرزلان

ओ३म् अहरहर्नयमानो गामश्वं पुरुषं जगत्।
वैवस्वतो न तृप्यति पञ्चभिर्मानवैर्यम: स्वाहा।।२०।।

پانژو مہابھوتو ہندِ اتھواسہ یُس چھے زیون تھُران
نیٚشدبن، گری، گین، زیو، ژراژر ہتھ یُس وو پداوان
وِز وِزِ زگت داران چھُنہِ اِر زانہہ یوان
اندھکار گالتھ گاشہران، سُے سرشٹی ہُند کمانڈر بھگوان

ओ३म् वैवस्वते विविच्यन्ते यमेराजनि ते जनाः।
ये चेह सत्येनेच्छन्ते य उ चानृतवादिनः स्वाहा।।२१।।

یمُک راز ہِریہِ مانٕنہٕ کٔنز یُس یِیٚرلۄکی پۆز وۄہار یژھان
کرٛموسوکھ دوکھ بۄگنہٕ باپتھ چھِس اپزٲرِس نِش بیۆن تھوان

ओ३म् ते राजन्निह विविच्यन्तेऽथायान्ति त्वामुप।
देवांश्च ये नमस्यन्ति ब्राह्मणांश्चापचित्यति स्वाहा।।२२।।

یِیٚرلۄک دھرمی ادھرمی مرِتھ بیۆن بیۆن تھونہٕ یِوان
ویدوانن نمان، برٛہمنن، وید گیانین یُس سیوا کران
تِم سٲری ژےٚ برٛونٛٹھ کنہِ آسان، ہی دیہِ پرٛکاشوان
اتھ ویرُد یِم پکن وٲلی تِم چھِ لۄپ سپدان

ओ३म् यस्मिन्वृक्षे सुपलाशे देवैः संपिवते यमः।
अत्रा नो विश्वपतिः पिता पुराणा अनुवेनति स्वाहा।।२३।।

یِیٚرلۄک رۄپ کُل، نیٚبری سوٛندر، أندری ژھوژ دور گندھ بأگران
یتھ کُلِس منٛز چھِ ویدوانٕے یۆت پرماتماہَس زانان گیوان
پتہٕ وتھ پٹھ یٚیمہِ سمسأری ہِریہِ بہٕ رۄپ پالان رچھان
شُکرانہٕ رۄپ تس ہِریہِ ہٕندی نأوی رۄزِو ہُمان

یہِ چھُ ایشور سُند وویدہٕ یش لۄکن:

ओ३म् उत्ते तभ्नोमि पृथिवीं त्वत्परीमं लोकं निदधन्मो अह गं रिषम्।
एता गं स्थूणां पितरो धारयन्तु तेऽत्रायमः सादनात्ते मिनोतु स्वाहा।।२४।।

یہِ پرٛتھوی تُہٕندِ باپتھ زیٛو بناوُہٕ ےٚ آسان
چھُس یِم زیٛو ہی پرٛتھوی چانہِ باپتھ سوزان
یِم زیٛو وویداونہٕ ستی چھُس تہِ نہٕ کانٛسہِ زکھ ولتہٕ ناوان
یٚیمہِ زگہِ رۄپ تھمُک وگیان ہمیشہِ رۄزٕنی ویدوان لۄکن دِوان
زیٛون گنڈِس منٛز رٹن وول یٚیمہِ سنٛسأری اکھ ویدوان
رۄزِن پننہِ گیانہٕ لۄکن گاشرِتھ زنم سوپھل کران

ओ३म् यथाऽहान्यनुपूर्वं यथर्त्तव ऋतुभिर्यन्ति क्लृप्ता:।
यथा न: पूर्वमपरो जहात्येवा धातरायू गं षि कल्पयैषां स्वाहा।।२५।।

یتھ دوہہ پتہٕ بیاکھ دوہ سِلسِلہٕ وار پکان
سوٚنتہٕ کال باتےٚ کالن ستی پکتھ واپس پھیران
یتھ بڈس پورشس پتہٕ پوتھر تہٕ باقی چھہٕ پلزان
تتھ ہی دیہ یمن سارنیٚ روز یشگ بل دوان

ओ३म् नहि ते अग्ने तनुयै क्रूरं चकार मर्त्य:। कपिर्वभस्ति तेजनं पुनर्जरायुगौरिव। अपना: शोशुचदघमग्ने शुशुध्या रयिम्। अप न: शोशुचदघं मृत्यवे स्वाहा।।२६।। तैत्ति प्रया ६। अनु १, १०।।

أگنہٕ راز یتھ نہٕ کانہہ ییٚمہٕ سنسأری کرٛور وٮ۪ہار کرے
یژھایو یوٚرت ژتژل پتہٕ روٗپ رجوگونیٚ زیوٚ ہموٚ ژونگ زالے
یتھ گاو ہمش کنی پلیٚج راٗچھ کران
تےٚ ہمش کنی روٗزن زیوٚ پانس رچھان
کرٛپایہٕ گال پاپھ سأری دھنس روز شودی کران
کرٛمو کنی موٗدی متی سُند دوکھ ژالنٕج ویرٕ ہُمان

یم شتوٗہ آہوژ دِتھ اوم اگنے سواہ ییٚمہٕ منتر پٔتھ مزتھو سواہ تانی یتہٕ اکھ ہتھ تہٕ اکوٗہ آہوژ یا ژورن اِنسانن ہنز میلتھ بنن کُل ژور ہتھ تہٕ ژوشیتھ، یوٚ دِز دِن تم گییہٕ زٕ ہتھ تہٕ دوتأجی۔ یوٚ دگیو سبتھاہ آسہٕ تیلہٕ گوژھن خاصکر اکھ ہتھ تہٕ اکوٗہ امی ستی دِنہٕ۔ یوٚ تانی شرٕیرس بسم سپدنہٕ تو تانی گژھن آہوژ دِنہٕ۔ تمہٕ پتہٕ گوژھن شرٛان گرِتھ پلو بدلاوِنی۔ یتھ گرس یہٕ موٗدمُت آسہٕ، تتہٕ گوژھہٕ گُہہٕ ستی لِوِتھ أندی أندی گُہہٕ یا چوٗنہٕ رِکھ دِنی۔ تمہٕ پتہٕ سوستی واچن، شانٔتی پرٛکرن پاٹھ، ایشور وو پاسنا پاٹھ کرٕن۔ یمو منترو أگنس گیو ہمتھ نیرٕ موٗدی متی سُند ہوا گرٕ منزٕ نیبر تہٕ شود ہوا اژِ اندر تہٕ سارنیٚ ہُند دِل روزِ رژھا خوش۔ اگر امہٕ دوہ پوٗرٕ پوٗزا یتہٕ نہٕ کرنہٕ، پتہٕ گوژھہٕ دوٗیمہٕ دوہ صُبحن تتھےٚ پأٹھی سوستی واچن تہٕ شانٔتی پرٛکرن منترو گیو آہوژ أگنس دِنہٕ۔

تمہِ پتہٕ ییلہِ ترٛیم دوہ آسہِ، تمہِ دوہ مۄدی ہِتی سُند کانٛہہ پۄتھر یا اَشناو گوژھِ شُمشان بل تم پھۄل ٹُلنہِ تہٕ تھوِ شُمشان بلس منٛز گنہِ اندٕ گن جایہِ، پتہٕ بھاوِ پانٛس منٛز تمی دوہ یا پییہِ گنہِ رٕژِ دارِ۔

بَس امہِ برٛونٛٹھ گن چھُنہٕ مۄدی ہِتس کانٛہہ تہِ کرم کرُن فرض، تِکیازِ یجُر ویدکی ییمہِ منتر (بھسمانتم شریرم) ہِتی چھُ یہِ سیٚد سپدان زِ داہ تہٕ پھۄل پانٛس بھاونہٕ پتہٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ کرٛتویہ کرم یُس تمہِ ہِندٮ۪ن اَشناون، پۄتھرن گنڈان چھُ۔ ہاں، یۄدوکانٛسہِ باسہِ سُہ ہیکہِ زِندٕ زُوے وید ویدھا، ویدِ ھک دھرم پرٛچارٕ باپتھ، غریب اناتھ پالنہٕ باپتھ، دھرم وو پدیشہٕ باپتھ یۄتاہ تہِ ہیکہِ تیۄتاہ دھن خرچ کرِتھ یا مرِتھ کرن تسندی ناوی دان۔

یۄد دیانند ریشی چھُ لیۄکھمُت زِ داہ دِنہٕ تہٕ پھۄل ٹُلنہٕ پتہٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ سنسکار کرُن آسان، نہٕ چھُ مورد ہِندِ باپتھ کانٛہہ تہِ کرتویہ کرم کرُن، مگر تم چھِ پتہٕ ونان زِ موردِ گرِ منٛز کڈنہٕ پتہٕ گوژھِ ہر دوہ اَگن زالِتھ سامانٛی پرٛکرنٛج تہٕ شانٛتی پاٹھچ خاص آہوٗژ دِنہٕ یِنٛی یا ژورن ویدن منٛز گژھن کیٚنٛہہ شلوٗک یا گنہِ ادھیایہٕ ہِنٛز دوہے منتروآہوٗژ دِنٛی تہٕ ویدوان گوٗروجی گوژھِ تمیٚک مانے وٕنِتھ باقین فِکری تارٕن۔ یِتھ پاٹھی موردس بنانٛتی سان روٗخصتھ دِتھ گوژھِ باہہِ دوہ پتہٕ پنٕنی زِندگی موموٗل مُطابِق ییہِ پکناونٕی۔



(اَنتیشٹی سنسکار وۄت اَند)



